عالمی اَدبس منز چھےٚ تنقیدٕچ داۄنس داریاہ۔ یوٗنٲنی تنقید چھےٚ
حضرت عیسیٰ ہس برونٹھ پانژھ ہتھ وری پٲدٕ گومٕژ۔ اَمہِ برعکس چھےٚ
کٲشرِ تنقیدِ ہٕنز زامٕژ تُر۔ تحریری تنقیدِک اِبتداہ چھےٚ ییٚتہٕ ۱۹۴۷ پتہٕ
سپدان۔ اَمہِ برونٹھ ییٚمہٕ ادبی محفلہٕ خاص کر صوفیانہٕ شاعری مُتعلق شہر
پانٛمن منز گژھان چایہٕ سپدان آسہٕ تِمن منز اوس شاعرانہٕ خوصوٗرِیتن
پیٹھ کتھن ڈل دِنہٕ یوان تہٕ شارٕک موضوٗ تہٕ بحثُک کٕن بنان۔ شارفہم تہٕ
سوخن شناس آسی پننہِ استیدادٕ موٗجوٗب شارن پیٹھ اظہارِ خیال کران۔
مگر ییٚتھ بحث آسی نہٕ لیکھنہٕ یوان۔ شاید اَمہِ موٗجوٗب تہٕ زِ یِمن بحثن منز
حِصہ نِنہٕ والی آسی یا نہٕ لیکھ پرٕ نِش بےٚ خبر آسان۔ یہِ تہِ باپتٲے اوس
یہِ تنقید قلمبند کرِتھ چھاپُن ناممکن۔ ممکن چھےٚ رسم الخط دشواری تہٕ آسہٕ ہا
تِمن اَتھ کامہِ ہُچھتہِ یوان۔ ییٚمہٕ گوٚڈ اَتھ پرٕن وول آسُن تہٕ بیس گُرٕ نہٕ
تہٕ تیار چھنہٕ کرنہٕ یوان۔ ییٚمن ناموافق حالاتن منز اوس ییٚتھ چیزُک چھاپُن
نہ صرف دُشوار بلکہ ناممکن۔

عبدالاحد آزاد (۱۹۴۸ - ۱۹۰۰) چھ گوڈنیُک کٲشر شاعر
ادبی توٲریخ دان تہٕ نقاد۔ ییٚمو کٲشرِ شاعری ہنٛز تنقیدی توٲریخ اُردو
زبانہِ منز لیوٗکھ۔ اگر یہِ کارنامہ کٲشرِ زبانہِ منز آسہ ہا اَتھ روزِہے کٲشرِس
تنقیدی دُنیاہس منز اکہِ گٕنہٕ کٕنہٕ ہنٛز اہمیت۔ یہاےٚ بٲژ چھےٚ تِمن
تنقیدی مضمونن ہنٛز تہٕ یِم آزادس برونٹھ دیسی تہٕ بدیسی عالمی موخاصکر
نگہٕ اَدبس پیٹھ بییٚن زبانن منز لیکھمتۍ چھ۔

یہِ کتھ آیہ ہٕنزٕ وننہٕ زِ لگہ ہار رسمِ خط تہٕ نثر لیکھنُک رِواج
نہٕ آسنہٕ کِنہِ اوس نہٕ تنقید لیکھنُک سوال پٲدٕ سپدان۔ آزادن ۱۹۴۷-۴۸

# کأشُر تنقید نگأری

(غلام نبی فراق)

تنقید چھےٚ تخلیقس لَر لۄرٕے تھٔنہٕ ہیوان۔ تنقیدُک یہ عمل چھُ تِمی وِزِ تخلیقی کارس آدران یَلہٕ سہٕ لفظن ہُنٛد انتخاب کران چھُ۔ تجزیس ترتیب دِوان چھُ تہٕ داستانَس یا بیت اَکھ ہیئت ژھاران چھُ۔ اَما پۆز ادبس منٛز چھےٚ تنقید نِش مُراد گژھان ادبی تہٕ فنی کارنامُک سہٕ موٗلناوُن یُس یا تہٕ کُنہ ماتہٕ متہٕ جمالیاتی خیالہٕ نِش نیران آسہِ یا بیاکھ نقادٕ سُنٛد ذاتی مِزاجٕ، وۆہ جۆد دِوان آسہِ۔ تنقیدُک اصطلاح چھُ کیٚتین مانیٚین منٛز وَرتاونہٕ آمُت یِمن منٛز عیب ژارُن تہٕ صِفت وَننہٕ مقصد چھُ۔ اَسہِ چھےٚ عام طور تنقیدی عملہٕ کامہِ ہیٚتھ وَنان زِ کینٛہہ یہ ادب چھا جان کِنہٕ اَجان. مگر یہ جان تہٕ اَجان چھےٚ نہٕ کانٛہہ تیٚتھ چیز یُس ہمیشہ اَکے ڈَنٛجہٕ بیٚہتھ روزان آسہِ تہٕ نہٕ بدلوُن آسہِ۔ تواریخ چھےٚ ییٚتھ پٔزرس شاہد زِ یہ چھےٚ یِتھہٕ زمانس منٛز تبدیلی ہاوان۔ یاونی تۆر یہ زِ پرٛیتھہٕ زمانہٕ چھےٚ اکہٕ منٛز بیٚن پان وُچھن یِژھان. یُس تنقیدی سرمایہ از تام عالمس منٛز جمع سپُدمُت چھُ سُہ چھُ اَمہِ تبدیلی نِش تہٕ وۄجود لبان۔ یہ تبدیلی چھےٚ سوٗنٛی توجہ تِمن معیارن کُن نِوان یِم وِزِ وِزِ تہٕ پتہٕ بیٚنہٕ وقتہٕ نقادو بٔدۍ کٔرۍ ہیٚتھ چھےٚ تہٕ کران روزان۔

روزان ۔ اَتھ سازِ ہیٚ وقتَس منٛز چھُ یہِ تنقید اَکھ بیٚڈ بجہٕ پٔیٹھ
روزان ۔ میقدارِ کِنۍ سیٚٹھا کم آسنہٕ علاوہ چھُ یہِ تنقید یَک رنگ تہٕ
یَک بہزانہٕ آسان ۔ یہِ چھُ عام طور گوڈٕ کلچرل کانگرسن تہٕ سیمینارن کلچرل
کانفرنسن کِس ترجمان نیم ادبی نیم سیاسی رسالہ کونگ پوشس منٛز
چھپان ۔ اَمہِ علاوہ چھُ اَمی بہزانہٕ کۍ سٕتھ تنقید ریڈیو کشیرِ کین ادبی
پروگرامن منٛز تہٕ نشر سپدان ۔ اَتھ دورس منٛز اگر رحمان راہیؔ مارکسی ادبی
تنقید کِیا گو ، سمجاوِنہٕ یِہان چھُ اختر محی الدین چھُ افسانن مُتلق تِمو یادی
کتھن منٛز دان کرناوان ۔ امین کامل چھُ مہجورنین بونین تل تنقیدی
مضمونن منٛز مہجور سٕنز شاعری تہٕ زندگی متلق مولو مالُہ پیش کران تہٕ فراق
چھُ اُردو زبانی ہٕنزِ کیٚتھ عصری تنقیدی مضمون کاشرِس منٛز ناران۔
ییم اَکھ مارکسی نظریس سیتہ تولُکھ نقادان چھ ۔ پی ، این پُشپ تہٕ
چھ تِمو لِکھمو لوہ کیٚنہہ تنقیدی سامہٕ پیش کران ییم تحقیقی کتھہ ہیکہ
ییٚاری لل دید ، شیخ نورالدین تہٕ شمس فقیر سنزن تصوفس پیٹھ چھ چھید
یِہان ۔ اَتھ سازِ ہیٚ تنقیدس پیٹھ چھُ عصری اُردو تنقید نگاری ہُند
جادہِ اثر آسان ۔ پی ، این پُشپ الگ تراوِتھ چھ باقی نقاد پٔیٹھ
ادب پارس منٛز ترقی پسند عناصر ژھاران تہٕ پننہِ بیاکُن زورِ سیتہ
تِہندے سطحس پیٹھ آنان ۔ یِہندِس اَمہِ ترقی پسند نظرین چھکِہ دوہ
یِیتھ علاقس منٛز دانشورانہ وُچھ وار تہٕ فلسفیانہ اوجار حاصل
کُرِ کھتہ آسان ۔ اَتھ چھینہ وُنہ سعہ سُنٛز نظر نصیب سپدان یُس تنقیدس
فن بناوِنہٕ علاوہ شعر فتک جِس پرژناوِتھ تنقیدس منٛز تیچ ترپس
کرِتھ ہیکہِ ۔ یہِ تنقید چھُ آسان مارکسی ، تاثراتی ، مولوماتی تہٕ تواریخی

پیٹھے یُس سیاسی سماجی تہٕ معاشی انقلاب یتھہٕ علاقس منٛز آو تمۍ بناوۍ
کٲشرِ زَبٲنۍ ہٕنٛزِ ترقی ہٕنٛدۍ حالاتھ ساز گار۔ ریاستکین مُلکن ہٕنٛزِ اَکھ
بَڑھ حکومت آیہٕ شکلہ منٛز یتھ۔ یمۍ جوٗ جمہوٗری چھِ۔ ریڈیو کشیر آو
وجودس منٛز۔ کٲشرِ زَبٲنۍ آو اَکھ قٲبلِ عمل رسمِ خط دِنہٕ تہٕ آرچِس
منٛز داخل کٲشرِ زبان شاید گوڈنچہ لٹہ تٲلیمی ادارن منٛز۔ ادیبن ہٕنٛزِ
اَکھ نٔو جماعتھ آیہٕ منظم سپدتھ بڑونٛہہ کُن۔ یمیکۍ افراد عام طور درمیانٛی
طبقس سیتۍ تعلق تھاوَن وٲلۍ تہٕ پٔرۍ لیکھۍ نوجوان آسان چھِ۔ یِم نہٕ چھِ
درویش آسان نہٕ صوفی، نہٕ جوگی نہٕ گوشہ نشین۔ یِم چھِ سیاسی کارکن
ووستاد، ڈاکٹر، اخبار نویس، وکیل وغیرٕ آسان۔ ترقی پسند تحریکس سیتۍ
وابستہٕ یِم جوان ادیب چھِ ادب برائے زندگی ہٕنٛدِس نظریس لول بران۔
یمَن منٛز چھِ دۄشوٕے نظم نگار تہٕ تہٕ نثر نگار تہٕ شٲمِل۔ یہنٛدۍ ووٗمہ
چھِ جدید کٲشرِ نثرِ تقنیہٕ پرٛاوان۔ یتھینٛکۍ اَکھ حِصہٕ تنقید تہٕ چھُ۔ تنقید
لیکھن وٲلین منٛز چھِ اکثر تِمے یِم یا نہٕ یا تہٕ شاعر آسان چھِ یا افسانہٕ نگار
تہٕ ناول نویس۔ رحمان راہی، نور محمد روشن، اختر محی الدین امین کامل
تہٕ غلام نبی فراق چھِ ترقی پسند نظریس مطابق ادب تہٕ تنقید بڑونٛہہ پکناوان
یمَن سیتۍ سیتۍ چھُ پی، این، پُشپ منٛز لیکھنہٕ علاوٕ ہِنٛدۍ منٛز ہندیت کالکین
کٲشرِ ینا شاعرن پیٹھ تنقیدی مضمون تہٕ لیکھان یِم مولوٗ ٲنی یمیکو آسان
چھِ۔ نور محمد بٹ چھِ اَکھ تنقید نگار۔ میران یُس کینہہ تنقیدی مضمون نہٕ اگر
معاصر ادبس پیٹھ تہٕ منٛزہ منٛز ادبی ژاٹن پیٹھ لیکھان چھِ۔ اَمہٕ پٔتہٕ
چہٕ تنقیدہٕ چھِ خیالاتن ہٕنٛدِ تجزیہ آسان۔

کٲشرِ تنقیدک یہ دور چھُ ۴۹-۱۹۴۸ء پیٹھہ ۵۷-۱۹۵۶ء تام

آو توجہہ پھرنہ تہٕ اکہ تیز ژھ تنقیدی زبانی آو ادب ژوپارہ کرنہ یوسہ بڈونیہ ٹکن ٹیبحہ بول بوش کران چھے۔ نور محمد بٹ چھ اکھ ترقی پسند ادیبس پیٹھ پننین کینژن تنقیدی مضمونن منز حملہ آور سپدان مگر یہ چھُ اکھ ادبس تہٕ شاعری حقیقت پسندی کُن لاگنچ کوشش کران۔ تکیازِ سہ چھُنہ انقلاب پسند حقیقت نگاری سیتو سمجھوتہ کرتھ ہیکان۔

۱۹۵۵-۵۶ یو رکن چھے نظریاتن منز تبدیلی یوان تہٕ وچھان وُچھان چھُ امیک اثر نہ صرف ادبس پیٹھ بلکہ تنقیدس پیٹھ تہٕ یوان ادیب، شاعر تہٕ نقاد چھِ اکھ تبدیلی محسوس کران۔ اَدبن ہند یوٚہے ترقی پسند بڑہ نہ دور یتھ منز رحمان راہی، اختر محی الدین، امین کامل غلام نبی فراق آسان چھِ چھِ پننین تخلیقن منز اکھ تبدیلی جاے شیران۔ نقادن ہندین کوششن منز تہٕ چھِ یہے یہ تبدیلی ساروے بروٚنٹھ سطحس پیٹھ انان۔ یہے چھ نتھ نوٚس رجحانس برونٹھ بڑہ نہ آسان، یُس کانترس ادبس تہٕ تنقیدس پیٹھ سوٚن اثر ترآوان چھُ تہٕ اکھ نوٚس منزہ لس کُن ہکناوان چھُ۔ یہے ادیب تہٕ نقاد چھِ مُروجہ ترقی پسند نظریہ چہ زوٚ انجوٚر ژھٹراں۔

علاقٲئی ملکی تہٕ بین الاقوامی حالاتو علاوہ چھے اکھ زوٚنجوٚر شکنی سبب تبدیلی جاے ذمہ وار یوسہ ہمن ادبن پانس فکس تہٕ ادبس متعلق یوان چھے۔ یم ادیب چھِ یتھ کتھ پیٹھ زور دوان زِ ادیبس پزِ نظریاتس مقابلہ پننین ذاتی تجربے دوٚرس مانن۔ فن گژھِ نہ کنہِ سیاسی سماجی یا مذہبی پروگرامک آویز بناونہ ین۔ کینژن ادبن یمن منز اکھ اہم شاعر دینا ناتھ نادم تہٕ شامل چھِ چھُنہ یہ رجحان ٹارِ کھسان تہٕ نم چھِ

کھسِتھ یِہِنْد اکھ وجوُد۔ اَکھ مِنز چھُ جانہٕ زور اَدب پارٕکِس موضوعس پیٹھ دِنہٕ یِوان۔ وُچھنہٕ چھُ یِوان زِکیٚ اَدب پارٕ چھاہ محنت کشن ہِنٛز ترجمانی کران۔ اَکھ مِنز چھا سامراج مارنہٕ زاج مارجنہ بہ موجوٗد۔ یِہ چھا طبقٲتی لڑایہ مِنز پانٛچ واری طاقتن تہٕ رِشتن ہِنٛز بے باق تہٕ جبروتل طرفداری کران۔ یِمن چیٖزن ہِنٛد تلاش چھُ نقاد پنٛن پننہٕ دانشورانہٕ مقدوٗرٕ موجوٗب کران تہٕ یِہ دانشورانہٕ مقدوٗر چھُ وُنہٕ سیٚٹھاہ ہِنٛز آسان۔ یُس چھُ پیٚتھ تنقیدس مِنز شدید غلطی سپدنُک احتمال تہٕ روزان تہٕ یِتھہ اَنٛز چھُ نظریات پسند آسانی سان کران تہٕ۔ تہٕ او یِمن نقادن ہِنٛد ذکر تہٕ ہمیشہ پیٹھ زور دِنہٕ تہٕ نہ ووٚتھ زنہہ ادبس مِنز بانٛز ہِنٛدِس روٗلس پیٹھ کانہہ بحث۔ یِہ پردن ڈلی ڈلی ہیٚشس سپدِ تہٕ پیٹھ آسے بڑیڈی کڈتہٕ۔ یُوسہ کتھ تنٛگ رِتھ پیٚش پیہ تہٕ سپدِ شاباش۔ یِتھہ تنقیدہٕ ستو سپنٛز تہٕ اَدبس تقویت حاصِل یُس اَدب کم پُہٕن تہٕ تبلیغ مَنا حادِ پُہٕن چھُ۔ یوٚدوے میٚنٛز ہِنٛدِ لحاظہٕ اَمہ وقتہٕ کِس اَدبس مِنز کیٚنٛہہ جوٗر تمند تجربہ تہٕ سپدان روٗدی یِمن ہِنٛدِس بختنہٕ پیٚنٛکس تہٕ اوس لویٚنے نظریٲتی جنگ ہیٚتھ۔ متوازن تہٕ درمیں تنقیدہ نہٕ آسنہٕ کِنہ ڈراو یہ نتیجہ زِ سہ اَدب سپد یادِ یُس تہ تہٕ موصفتو نِش دورلو پم اَدبس تبلیغو نِش ژھین دِوان چھُ۔ یُس رٹ تہٕ اَمہِ دور چہ شاعری سہ موسیقی تہٕ لطافت لیوہٕ اُسہ اَزنہٕ کاشُر کلاسکی ادبہ نِش حاصِل کران چھ۔ اَکھ مِنز چھُ اَکھ زور تہٕ شور نظر گژھان یُس سیٚتھ اَندنہٕ واتان چھُ۔ اَکھ ابتدائی دورس مِنز آونہٕ کانہہ تیٚتھ تنقیدی مضموٗن برونٛہہ کُن یُس مِثالہ بابت پیش سپدِ ہیٚکہِ۔ اما پوز اکھ اہم کتھ پیٚنٛز یہ زِ تنقیدکِس موضوعس

منٛز چھُ اِنسان دوستی انقلاب تہٕ موٗزوٗر پرستی ہُنٛد باز آلوسانین کنن گژھان۔ اُمہِ وقتس منٛز چھُ محی الدین حاجنی کاشُر نثرٕچ کتاب چھاپان ییٚمہ منٛز کینٛہہ تنقیدی مضموٗن تہٕ جاے لبان چھہٕ۔ یِم مضموٗن چھہٕ کینٛژھا نواریٚخی کینٛژھا تاثُراتی تہٕ کینٛژھا معلوماتی۔

تنقید نگارس گژھہ فن کارس مقابلہٕ (حالانکہ تنقید نگار تہٕ چھُ فنکارے آسان) باقے کینٛہہ علاوٕ ریوایتس پیٚٹھہٕ تہٕ پوٗر پوٗر نظر آسنہٕ تہٕ فن تولنٕکی پیمانہٕ تہٕ گژھن تس دِیُت آسنہٕ۔ کاشرِ زبٲنی ہٕنٛدِس اُمیس نوٚوِس نقادس اُس نہٕ یژھہ ریوایتھے۔ نہٕ اوس سُہ عالمی نقادن ہنٛدیو مُقرر کرِتھ ہیٚتیو اُصوٗلو نِش واقف نہٕ اوسُس تیٚمہ پننہٕ وسیاب نہٕ ستیٚن واریاہ ادبی سرمایہ مُطالہٕ یُس قریب بِشن ہنٛزن ورٕین پیٚٹھ وِحاظ کرِتھ چھُ۔ ییٚتہٕ چھُ اکھ وجہہ زِ تمہِ ہیوٚکنہٕ تنقیدکیس داینس منٛز کانہہ بوڈ کُمٕری لہ ہے کرِتھ۔ سون یہٕ نقاد چھُ پنُن تحقیقو ادبس پیٚٹھ قلم تُلان لیکھ یا تہٕ عصری چھُ یا دُسی یاب ستیٚدان چھُ۔ یا ییٚچ فوٗرمایش ستیٚدان چھُس۔ اکثر چھُ اُمیس بیٚٹھے پانٛچھ ییٚمہ کالکہ ادبک تہٕ مُطالہٕ ستیٚدان۔ وقتس سیٚتی سیٚتی چھےٚ تس بیٚیَن زبانَن ہنٛدِ تنقیدی ادبچ زان ستیٚدان۔ نظریَن ہٕنٛز پچھ سپدان۔ وِچھا معوکھ نیران تہٕ پوٚختگی حاصل سپدان۔ میون یہٕ تاثُر چھُ نتیجہٕ تمن تنقیدی مضموٗنن ہنٛدِ مطالُک یِم ۱۹۵۵ء پیٚٹھہٕ ۱۹۶۰ء تام کاشرِس ادبس پیٚٹھ لیکھنہٕ آے۔ یوٗہے چھُ سُہ دور ییٚمہ منٛز مارکسی تنقیدی نظریس کیہ لوٗرنہٕ اُنہا تہٕ معلوماتی، تاثُراتی نوارٟخی تنقید چھپان چھُ۔ یِمو تنقیدی مضموٗنو ستیٚ چھُ اَمہِ ادبکہ دایرٕ ہنا کُشادٕ سپدان۔ کیٚنٛہہ لفظ تہٕ اصطلاح چھہٕ کھسنہٕ نیران تہٕ مخصوص مانہٕ زٲنان۔ کیٚژ علامژ چھےٚ زَنم لبان تہٕ تنقیدی

ترقی پسند نظریس دامنس لمب کرِتھ ڈھ کرُ ڈھ کرِ دوان۔ اکھ تبدیلی چھےٚ وۄ جۄ دلبان تہٕ یہ نوٚو رُجحان چھُ نہ صرف ڈوٗٹھان بلکہ یوٚلھان تہٕ۔ اَکھ کاروانس سیٚتۍ چھِ بٮ۪یہ تہٕ کیٚنژھہ نوٚۍ شاعر تہٕ نثر نگار شامل سپدان، یِمن منٛز غلام نبی خیال تہٕ مظفر عازم ہیٚنا بروٚنٛہہ کُن تنقید نگارن ہُند حیثیژ منٛز نمودار سپدان۔

ریاستی کلچرل اکاڈمی چھےٚ ۱۹۵۸ءَ منٛز قایم سپدان۔ یہ ادارٕ چھُ کاشرِ زبٲنۍ ہنٛزِ ترقی بابت کیٚنٛژ قدم تُلان۔ یِمن منٛز شیرازٕ رسالہٕ تہٕ اکھ ورُی یہ سعہ نمبرن 'سون ادب' چھپنہٕ علاوٕ یِوان کاشُر ادب تہٕ شیرازٕ اردیٚتہٕ ژکن بروٚنٛہہ کُن داناں چھ۔ کیٚنٛژ اہم ادبی سیمینار تہٕ سمپوزیم تہٕ چھ منظم سپدان۔ درمیانی ذہن پیٹھ ہیٚن ورٚدین چھُ سماجک جمانی شوٗعور تہٕ ہیٚنا پوختان تہٕ یہ چھُ تمیہ ادبیچ منگ کران یُس نعرٕ بازی تہٕ نیم سیاسی تبلیغ بدل موٚحفوظ کرِ نیچ صلاحیت تھوان آسہہ۔ 'سون ادب' ۱۹۵۹ءَ ہٕندِس شمارس منٛز یِم تنقیدی مضمون چھپیہ تمن منٛز چھُ نور محمد بٹ 'سون نوٚو ادب' عنوانس تَل مضمونس منٛز تمیٚ مقصدی ادبس مَتان یُس تمیٚ صدی ہٕندِس پہ نثری میس ڈیلہ کیس فیصلس تام ناوِم، روشن راہی کامل فراق پیش کران چھ۔ اَتھ منٛز چھُ جیالال کول صمد میرس پیٹھ اَکھ موخصر مولوٚمٲتی مضمون پیش کران تہٕ اختر محی الدین 'دۄ ژہہ تہٕ افسانہٕ' ناوِ تنقیدی مضمونس منٛز پننین افسانن ہُند آگرکَ بے پناہ دوان۔ 'سون ادب' ۱۹۶۰ تا ۱۹۶۲ءَ منٛز تہٕ چھ کیٚنژھہ تنقیدی مضمون چھپان یِمن منٛز اہم اوتار کرشن رہبر سُند گُل ریز تہٕ سومناتھ زُتشی سُند مہجور عنوانہٕ دوال تنقیدی مضمون چھپان چھ۔ اَکیم چھُ مولومٲتی تہٕ دوٚیم

وچھان چھِنہٕ۔ کینہہ وٕٹ چھےٚ مغربی طرزِ تنقیدُک اثر سیٚٹھاہ بٔرِتھ۔ اُمہٕنٛزٕ ناسِک
منٛز چھُ کاشُرِ زبانی منٛز فنُک احساس، تہٕ ہم غلام نبی فراقنٕ تنقیدی مضمون
۱۹۶۳ء ہِنٛدِس سون ادبس منٛز چھپان یِس اکِس سیمنارس منٛز پرنہٕ آمُت
آسان چھُ۔ یہ سیمنار چھُ کوشُر مرکزن منظم کورمُت آسان۔ اَتھ منٛز چھُ
باقے کتھو علاوٕ کٕلہم فنہٕ کِس رتبس وٕرتاوس پیٹھ زور دِنہٕ یوان۔ شیٚیمس
دٔہیلس منٛز چھِ کیٚنٛہہ مختصر تنقیدی مضمون ریڈیو پیٹھ نشر سپدان۔
تہٕ پرتاب میگزینس شیرازس تہٕ سون ادبس منٛز چھپان۔ یِم چھِ قسمہ قسمکو
آسان۔ اُڈٕ تنزاتکی، اُڈٕ مولوگاتی تہٕ اُڈٕ حیاتیاتی۔ اماپوز یِمن منٛز تہٕ
چھُنہٕ نظریاتی اہمیژ پیٹھ زور دِنہٕ یوان۔ محی الدین حاجنی سٕنٛز مقالات
تہٕ چھےٚ وونی بازرس منٛز واتان یِتھ منٛز باقے مضمونو علاوٕ کیٚنٛہہ تنقیدی
مضمون تہٕ آسان چھِ۔

۱۹۶۶ - ۱۹۶۸ء یِس دورُن چھُ تنقیدی ادبس منٛز میقدارِ کنہ بٔڑ بٔر
سپدان۔ ۱۹۶۶ء منٛز چھُ اوتار کرشن رہبرُن کاشُر ادبچ تاریخ بازرس منٛز تراوان۔
یِتھ تنقیدی ادبس منٛز پننۍ اہمیتھ چھےٚ۔ اَتھ سیٚتیٚ سیٚتیٚ چھُ غلام رسول
سنتوشُن کاشُر ادب تہٕ امین کاملُن نیب رسالہ چھاپان۔ یِمن ہِنٛدِ ذریعہ تہٕ
چھِ اَسہٕ تام کیٚنٛہہ جان تنقیدی مضمون واتان۔ فاروق نازکی سٕنٛد جدید
شاعری، اوتار کرشن رہبر سٕنٛد کردار نگاری تہٕ ادب تہٕ بران کشورن اُنٛدِیک
کاشُر حسیتچ تہٕ نیب رسالس منٛز پی، این، کاچرو سٕنٛد مضمون ٹریلوک کول
پشتہٕ پینٹنگ۔ مظفر عازم سٕنٛد غالب تہٕ کاشُر شاعری۔ فراقنٕ ابہام تہٕ
اشاریت چھےٚ یمو منٛز نادہٕ ہینٛس لایق۔ اَتھ دورس منٛز سپدٕ ریڈیو پیٹھ
تہٕ وزٕ وزٕ تِتھو تنقیدی مضمون تہٕ تنقیدس مُتعلق کیٚنٛہہ مباحثہ نشر۔ یِم اَتھو

زبان چھےٚ واضح صوٗرتس منٛز برۄنٛہہ کُن یوان۔ جے لال کول، محی الدین حاجنی
پی، این، پُشپ۔ رحمان راہی۔ اختر محی الدین۔ نور محمد بٹ۔ غلام نبی خیال
اوتار کرشن رہبر سومناتھ زتشی تہٕ غلام نبی فراق یِمَو تنقید تخلیق کران چھےٚ
چھُ اَمہِ بیٛزرِ پُرِتھ نشاندہی کران۔ یِمَن تنقیدی مضموٗنن منٛز چھِ تِم ساری
تنقیدی مضموٗن شامل یِم اختر محی الدین سٕندِس افسانہٕ "آدم چھُ عجب ذات"
افسانس پیٹھ ۱۹۷۰ء اندر لیکھنہٕ آے تہٕ تِم تہٕ یِم "سون ادب" سوٗ نمبرس،
"کۄہِ نٕک پوش" تہٕ "شیرازہ" رسالس منٛز چھپان روٗدی۔

۱۹۶۰ء برۄنٛہہ کُن چھُ بییہ اَکھ پھیر نقادَن ہُند سُے برۄنٛہہ دوٗر
طرزِ تنقیدس منٛز بییہ اَکھ پھیر تبدیلی ہاوان۔ یُس ۵۶-۱۹۵۵ء تام مقامی
ترقی پسند تنقیدس ابتداء کران چھُ تہٕ ۱۹۵۵ء پیٹھ ۱۹۶۰ء تام اَمہِ نِشہِ
منحرف سپدتھ یِمَو اَتھ نظریاتی پابندی یہِ نِش آزاد کران چھُ۔ ادیب چھُ
پننین تجربن اظہار کرنہٕ وٲلۍ تہٕ نقاد چھُ یِمَن ہُند سُے سپاہٕ ٹھ سنان۔ تجربن
ہنٛدِس پۄرس تہٕ ترسیلس پرکھاوان تہٕ وانٛہ اَدبُکِس حُسنس منٛز یُتھ وُچھان
لفظن ہنٛدِس انتخابس، ستان تہٕ پتہٕ تغلیقچہٕ تاثیر کٲری ہٕنٛد جادُ بیکھ
زور دِتھ۔ اَمی وجہ چھِ یِم تنقیدی روہ جمانہٕ چھ وۄتھ کڈان یِہندِ نظریاتی
وابستگی نِش بالاتر تہٕ فن پارکِس جُدا جُدا تہٕ کُلہم حُسنس تہٕ قبوٗلہس پیٹھ
تۄجہ نقادن چھُ۔ اَتھ طرزِ تنقیدس چھُ مغربی تنقیدُک اَثر پیٹھ پان۔ ووٗنی
چھےٚ بییہ اَکھ نوٚو بحث جسی یتھ نہٕ یوان لیکھنہٕ اَتھ تُہنس رہہ جھانس
مقبوٗل بناوان چھےٚ۔ یتھی زمانس منٛز چھُ کٲشُر زبٲنی ہُند اَکھ بہلہ پایک
تہٕ اہم نقاد رحمان راہی پننہٕ کہہ وُٹھ ناوی کتاب ترتیب دِوان یُس تہٕ
کٲشرِس تنقیدس منٛز اہم روز لگیہ یسہٕ دُیہ تہٕ کتٲبی صوٗرتس منٛز مارکیٹ

کوششو سیتۍ تمہٕ شوقچ نشاندہی سپدان یُس نوجوان پیٖڑھ ہُنز اَتھ اَدبی
داڑِ سیتۍ باگہٕ گژھان چھےٚ۔ غلام نبی ناظر سٕنز کأشُر شأیری کتاب ۱۹۷۴ء
تہٕ چھےٚ کأشِر تنقید رکیس داٗیرس منز یِوان۔ ناظر چھُ اَتھ منز شأیری ہٕنزِ
تأریف کران۔ شأیری ہٕنز منصبہٕ چھُکاوان تہٕ شأیری ہٕنزِ عناصِر
ثبوٗن پرکھاوان۔ اَتھ سیتۍ سیتۍ چھُ سُہ محاکات، تخیُل، تشبیہہ
استعارٕ، وانناوِہر، لفظن ہُنز حُسن تہٕ حقیقت عنوانس تحت کیتھہ
تمہٕ کسچھ وَنان تہٕ وِشرِھنان یمن پیٹھ نقادس سیتۍ پریتھہ جایہ اِتفاق
کرُن ناممکن بنان چھُ۔ کُنہ کُنہ جایہ چھےٚ شارن ہٕنز تشریح غلط کأمِژ
کانہہ ادبی صِفت زورٕ شورٕ سان وِشرِھناوان وِشرِھناوان چھےٚ باسنہ
تژھہ شارٕ مثال پیش سپدان یمہ سٕہ مومولی درجچ آسان چھےٚ۔ نقاد چھُنہ
تمن روٗ حجانن تہٕ معیارن متعلق کانہہ کتھ کران یم معاصر نقاد اَدب
پرکھاونہٕ باپتھ ترونہٕ کُن انان چھِ۔ اَمہٕ کتابہٕ ہٕنز تنقیدی نثر تہٕ چھےٚنہ
تخلیقی نثرِ کیس تحرزس تام واتان۔ اَکا پوٚز ناظرنی یہ تنقیدی کوشش
چھےٚ یِمہٕ لِحاظ اہم زِ اَتھ موضوعس پیٹھ چھہ باگھٕ لیچھمژ اَسِ تہٕ
کانہہ کتاب کأشرِس اَدبس پیٹھ۔ یہ کتاب ہیٚکہ عام لُکن سعہ اِطلاع
دِتھ یمہ شارفہم بناونہٕ باپتھ فنوٗرذری چھےٚ۔ یِمہ سیتۍ کأشرِ
شأیری ہٕنز اَکھ اندازٕ ہیٚکو سپدِتھ ہیٚکہ۔

پیٹھمن ترٕہن وٕرِیَن یِموٚ گُذرِمِژ لوٚ کأشرِ شأیری پیٹھ کرنہٕ آمژ
تنقید وُذاہ تم منزِل پیےٚ قریب نتیٚجہ کِیٚہ کیٚنہہ تنقیدس تہٕ وُچھنہٕ یُس
پأٹھری تہٕ افسانوی اَدبس متعلق باگہٕ دِیتِ۔ یِم کیٚنہہ جان تنقیدی مضموٗن
لیکھنہٕ آےٚ تِمن منز چھِ پیاٚرٕ کِشورن تہٕ رتن لال شانتن پاٹھرِس متعلق تہٕ

نوٚس روح جانَس اُندٕ اَندٕ نذران چھ۔ شیرازٕ ۱۹۶۹ء منٛز چھُ بہارس پیٹھ فراقُن تنقیدی مضموٗن، شفی شوقُن علم تہٕ ادب ' گُلشن مجیدُن ابہام چھپان۔ شفی شوق تہٕ گُلشن مجید چھ اَتھ زمانَس منٛز تنقیدی ادبس سیٖتھ خاص دِلچسپی ہُند اظہار کرٕتھ اَتھ نوٚس روح جانَس سگٕ دوان۔

کلچرل اکاڈمی کرِ نوو مرحوم شاعرن ہُند واریاہ کلام چھاپنہٕ پیٚتھ فوردا شس پیٹھ تیار۔ یہ آرڈر رٹن والیو لیوٗکھ پنٕ پننہٕ کتابہٕ اکھ تنقیدی پیش لفظ تہٕ یِمَن یِمَن شاعرن مُتعلق واریاہ مولوماتھ ترٛاوٕنہٕ کنہٕ تھاوان چھُ۔ اَتھ دایرس منٛز چھُ محی الدین حاجنی سُند 'کلیاتِ وہاب' محمد یوسف ٹینگُن 'ولی اللہ متو'۔ غلام محمد شادُن 'عبدالاحد ناظم'۔ غلام نبی گوہرُن کلیاتِ عارف وغارٕ دیوان۔ امین کامل سِند کتھ مضموٗن تہٕ چھ تنقیدی ادبُک اکھ حِصہ بنان یِم تِمو اکاڈمی ہٕنٛزَن نِمَن کتابَن بطورِ تمہید لیکھ یِم تِمو ایڈٹ کرٕ مثلن نور نامہ، صوٗفی شاعر وغارٕ۔ یِم تنقیدی مضموٗن چھ نہٕ صرف مولوماتی بَلکہ تحقیقی تہٕ۔

غلام نبی خیالُن کوٗر ارسطوہٕ سُند مشہوٗر بوطیقا تنقیدی کتابہٕ ہُند کوشُر ترجمہ یُس کیتٲہ وٲری برونٛہہ چھاپ تہٕ سپُد۔ اَمہٕ پتہٕ بیاکھ کتاب چھےٚ کاشرِ کُنالہ ' یہ سہ ۱۹۷۲ء اندر چھاپ سپز تہٕ یتھ ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ تہٕ دِنہٕ آو۔ اَتھ منٛز چھےٚ کینٛہن عظیم عالمی ادیبن ہٕنٛزن شخصیژن تہٕ تِہُنٛد ادب پارن مُتعلق شہ تنقیدی سام یکجا کرِتھ آمُت یُس وقتہٕ وقتہٕ مینٛدِن کارنامن پیٹھ سپُد مُت چھُ۔ عبدالاحد حاجنی سٕنٛز کتاب کاشرِس ادبس پیٹھ اکھ نظر، چھےٚ شین تنقیدی مضموٗنن ہٕنٛز سومبرن۔ اگرچہ یِم مضموٗن سنجیدٕ یا معیاری تنقیدٕ کِس نظرِ سٕ تام واتان چھینہٕ تاہم چھےٚ یِہ

تہٕ رُجحان ساز۔ یمہ وِہ ڈیُت تنقیدی زبٲنی اکھ وۄجود تہٕ اسلوب تہٕ۔ اَکھ پژر چھ پتمہ ورۍ یکہ ادبی مناظرہ سیمینار، تہٕ سمپوزیم ہتر شایٖد یِم کلچرل اکاڈمی تہٕ ریڈیو کشمیرن منظم کٔری۔ مگر امیُک مطلب چُھنہٕ یہ زِ یمینہٕ یدر چھنہٕ تنقیدچ کُنہ پیش یا ضنوٚروٚرتھ۔ یَرٕ چھُ یہ زِ اکھ منز چھےٚ کنہ پتھ تہٕ تہٕ اَزیچ چھےٚ نہٕ ضنوٚروٚرتھ تہٕ۔ نقادو چھےٚ خاص کر عصری ادبس منٛز لوٚن غلطی کٔرمژٕ۔ یم چھ جانِب داری ہنٛدۍ شکار تہٕ سیدٕ کرِمژٕ۔ یمو چھےٚ ژھہٕ تہٕ زچھمٕژ تہٕ ادیب آسنہٕ کِنہٕ پنٕنۍ پان تہٕ بچہ وٚمت۔ یمو چھےٚ دَجہ تہٕ وٕجمژٕ تہٕ داد اتہٕ کٔرمژٕ۔ پَس چھےٚ نوین نقادن ہیم پتھ ترٚمنٕ وٕرۍ ہنٛدِ ادبہٕ نیش وعوٕ سیٹھا دۄر چھ سیٹھا اہم کام پزٕ ادان۔ جانبدٲری ہنٛدِ یَرٕ چھ جایہ کرٕ۔ دَچھ چھےٚ مژراوِنہٕ، داد اچھ کہہ وُچھن کھادرِ۔ سون کٲشُر ادب چھ ییمن نقادن پزٕ ادان۔ ضنوٚروٚرتھ چھےٚ جرأت منٛد تہٕ پوٚختہٕ کار نقادن ہنٛز ییس ستہٕ نظر آسہٕ ادبس پیٹھ تہٕ تہٕ زندگی پیٹھ تہٕ۔

اختر محی الدین، امین کامل، رتن لال شانت، ہری کرشن کول سٕنٛدۍ
افسانوی ادبس مُتعلق مضمون یِمن ذاتن ہُنٛد ادبی وارِیاہ گوشہٕ گاشراون
تہٕ یِمن ہُنٛد ارتقٲیی اکھ انداز پیش کران۔

سائنٛسی تنقیدی ادبس منٛز چھُ اکھ ارتقا نظرِ گژھان یُس
یِمہٕ کیٚتہٕ ہیٚنہٕ نشان دِہی کران چھُ زِ یہ چھُ برونٛہہ برونٛہہ پکان تہٕ نوٚو
مٔنزِل ژھاڑان۔ کیٚنٛہہ رُجحان راہی سٕنٛد "مارکسی ادبی تنقید کیا گو" تہٕ کیٚنٛہہ تِمو
سٕنٛدۍ شارُت تہٕ تِمکۍ ترکیبی اجزا۔ اکِس منٛز چھُ سہٕ تنقید نگار بِنٛیہ برونٛہہ
کٔرِتھ یوان تہٕ دوٚیِم چھُ سہٕ ۱۹۷۲ء اندر لیکھان۔ یِمن دۆن مضمونن منٛز
چھُ بیٚنہٕ ہن وٕری یِن ہُنٛد ژھینٛن تہٕ یُہے ژھینٛن چھُ کاشُر تنقید کہ
ارتقٲیی اکھ انداز کرناوان۔ کیٚنٛہہ چھےٚ تنقید کرار تقریح تہٕ تہٕ چھےٚ سۄ
حقیقتھ بیٚٹھ پیش نظریہ وَنِتھ دِتھ چھُ زِ ادبچ یہ ذاتھ تہٕ چھےٚ باقی
ذاتن ہُنٛدۍ پٔٹھۍ پوٚٹھان تہٕ آسے لبان۔ سۄ کام انجام دِنس لایق بنان
یِمہٕ بایہٕ یہ وٕجودس آمٕژ چھےٚ۔ بیٚنیہ وارِیاہ کمزور یو بادٕ وجود یوسہٕ
جان کام تنقیدن تیٚتھ میٚن وَرِی ین منز کٔر تمہٕ سیٚتۍ آو پرن والین مقابلہ
فن کارن تہٕ ادیبن واریاہ فایدٕ۔

از کل کیٚن جوان نقادن برونٛہہ کُنہٕ چھےٚ دۄ زٕ اکھ دوایہٕ یوسہٕ
شکلہ وان شکلا دان اُزکۍ زِٹھۍ نقاد یٔہتھ سۄ کوشش کران یوان آسے یوسہٕ
کُڈ تہٕ دُشوار آسہ۔ یِہے کیٚتھہٕ زِٹھۍ نقاد چھہٕ تِم یِمو کاشُر تنقید نظرِ یاتی منٛزو
منٛز پوزیشن ژٕٹھ نوو تہٕ جنگ کرِنوو، بیٚتہ تِمو منٛز دٲلیٚس کوڈ تہٕ نیوٚکھ تِتھہ
دُگی یِہس منٛز بیٚیتہ میٚتہٕ ساسہ رۄخ بہاون ووَل تہٕ انٛدر پٹھ سیتۍ بیٚٹھ انسان
نظرِ گژھان چھُ۔ ڈاے درجن وٕری گژھتھ تہٕ چھہٕ وُنہٕ تہٕ یِمے نقاد جنہٕ یہ

ہرگاہ شِتی کنٹھہِ شعرٕ "مہانے پرکاش" دیٚمتیٚک زمانٕچ جارج گریرسن پنٛدٲہم صدی مُشخص چھُ کران۔ تہٕ مٮ۪تہ چھُ تس سیٚتۍ اِکِس حدس تام اِتفاق) دُہمہ صدی ہٕنٛدۍ شعرٕ تخلیق مانُن، تیٚلہ چھےٚ کٲشُر شاعری ہٕنٛز گۄڈنِچ صورت یہے اٰسمہ بڑونہہ کُن یوان۔ امہ کِس پرٛیتھ ژۄرمِصری بنٛدس چھُ گۄڈنیکۍ تہٕ ترٛیٛیم مِصرٕ، دۆیُم تہٕ ژۄرِم مِصرٕ ہم قافیہ۔ چھےٚ اَرِچ صنفی شکل۔ مثلن ؎

پاگٕرتھ یہ کمو پیوس پساوے
شتہ کنٹھس گتہ زمہ کتا تھو
تینہ مہ میجن کھلہ نمہ ساوے
نے مارادے مینے پرماتھو

یہے فنی شکل چھےٚ عام طور للہ واکھَن ہٕنٛز تہٕ۔ اَدٕ کینٛہہ یہ وَنُن زِ واکھ ہٕنٛز صنفی شکل چھےٚ للہِ ہٕنٛدِ بیٚیٹھٕ ننٛز نیران چھُنہٕ صحی۔ عام اکھ للہ واکھ چھُ ؎

آیس وَتے گییس وَتے
سیمہ منٛز سۄتھے لۄسُم دۄہ
وُچھم چنٛدس ہارٕ نہٕ اَتے
اَتھ ناوِ تارس کیاہ دِمہ بو

مہانے پرکاش یا للہ واکھ دۄشوٕنی اندر چھُنہٕ وَزنٕچ ژھنہ یاد ماترائین (ارکانِ وَزَن) ہٕنٛدِس تیداد س پیٚٹھ تھاونہٕ آمُت۔ بلکہ چھےٚ اَرِچھ اَچھرَن تہٕ لفظَن ہٕنٛدِس دَباوس (stress) پیٚٹھ کم یا زیادٕ زیٚیٹھراونس تہٕ ژھۄٹراونس پیٚٹھ قایم۔

# کأشرِس منٛزوزنہٕ نظام

(امین کامل)

شاعری گٔژھ نہٕ زبٲنی منٛز اُسٕنۍ، یِتھ وزن تہٕ آہنگ پابند۔ یہ چھُ اَمہِ کِنہ گژھن یاد تھاونس منٛز شامِل۔ اَمہِ وراے چھُ اکھ تخلیقی نثر بیان بِیٚنِس ماتلِق کانٛہہ سوال زِ آیا یوسہٕ نثری شاعری سپدان چھےٚ، سو کیٛتھ پأٹھۍ زن مانون شاعری؟ اَمہِ شاعری ہندۍ طرفدار چھِ اَتھ سوالس یہِ جواب دِوان زِ بے شک چھِنہٕ اَتھ اندر مروجہ تہٕ رِوایتی شاعری ہندۍ بحر تہٕ وزن ورتاونہٕ یوان، مگر پرٛیتھ لفظس چھُ پنُن اکھ ذأتی آہنگ آسان۔ لہٰذا چھُ اَتھ اندر ورتاونہٕ آمتیو لفظو سیٚتۍ اکھ مسلسل اندرٗنی آہنگ روٗنہٕ شُرو کران روزان، یمہ کنۍ یہِ شاعری ہندِس دایرس منٛز یوان چھےٚ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَتھ اندر جذبہٕ تہٕ تخیُل تہٕ وۄنہٕ تخلیقی عمل تہٕ بیٚیہِ سپدان یوسہٕ شاعری ہٕنٛز خصوٗصیت چھےٚ۔

مےٚ چھُنہٕ اَمہِ دلیلہٕ ہندۍن طرفدارن تہٕ مخالفن ہندِس بحثس منٛز وٕژِھن، یہِ چھُ میانہٕ موضوع نیبر۔ مےٚ چھُ صرف مختصر پأٹھۍ یہِ ہاوُن زِ کَم کَم وزن یا نٕو مرُوجہ وزن چھِ کأشرِ شاعری اندر استعمال سپدۍمتۍ تہٕ تِمَن اندر کیٛتھ کُنہٕ کِتھ تام چھِ اَسہِ پننِہ ضرورژ مطابق کُنہٕ تبدیلی یا ہیر پھیر کٔرِتھ روادار روٗدمٕتۍ۔

ہیاکھ اہمیتھ لبان چھےٚ۔ مثلن اَکھہٕ اَندر چھہٕ اَسہِ کینہہ وٲژن تہٕ تِمَن ہٕندۍ شکلہٕ تہٕ میلان یوٚدکُن نٕہ گوٚو کانٛسہِ نظرِ چھےٚ وٲژہٕ ترٕہ تہٕ بیٚیہ حسبِ ضرورت وژنہٕ عوٚرو بخشن۔ اگرچہ نُندہٕ رێشی سِنٛدین کُنہِ کُنہِ نامَن، بارخودا یا پاپہٕ لوارہٕ، تہٕ ہو زُوو پایس ییتہٕ مُسلسل شروکین ہنز تہٕ چھےٚ صنفی شکل ییٚہے مثلن شێتیوٚ بندوٚ ہنز زِ بند:

چھوٗنات اَج ناکرا سمیت اییٚنہٕ ہارنے
کھیشنے پاشن ٹھکرا پیالہٕ گژھہٕ ہارنے
ہر اوٚ آج نشنو چھمو مییانے کارنے
نگیات کھیشما پشنو پیالہٕ مہٕ گژھہٕ ہارنے

یہ وٲژن چھہٕ صنورٲدی باسان زِ صنفی شکلہٕ کیٚمو تِہٕ کینہہ شێنہٕ شروکیہ قافیہ بندی تہٕ دوٚیمہِ حصہٕ ہیچھ مگر تِہندِس موضوعچ گٲنی تہٕ اخلاقی تہٕ بانامہٕ کتھا چھہٕ۔ اَندر چھہٕ سنسکرت کین چھندن یا وٲژن ہُنٛد ورتاو سپدمُت باسیوٚ لے اَکھہٕ چھنٛدِ ییتہٕ بندہ چھہٕ وٲنان تہٕ یہ چھہٕ شادہٕ سنسکرت چھند کانٛشرِ اوٚنیچ گوٚڈنیچ کوٚشش۔ اَمہِ چھنٛدہٕ وداسے باقی اَکھ کینہہ چھند زیچھہٕ یم:

وٕسنت تِلکم۔ دروکٹکا۔ ویشم پا پینا۔ مالنی وِرتم۔ سگندرا وِرتم
شارٗدول وِرتم۔ منداکرانتا وِرتم۔ اَچلا وِرتم بیٚیہ[1]

اگرچہ یم سنسکرت چھنہٕ تہٕ یکوٚتہٕ برٛونہہ۔ والکہ تہٕ شرودکو تہٕ کیہ راسہِ مگر اُرین اَچھرن یا لفظن پیٹھ دباو (Stress) ترٲوِنچ رٔو اتہ رکوٗز کانٛشرِ شاعری وارِیاہ کینہہ لاگ۔ اَتہٕ چھہٕ اَسہِ اَکھ شار چھُنٛن وٲنان۔ نِکیانہٕ وَہَنی ورتاوی شاعر و فارسی بحرتہٕ وٲژن ییمَن منز لَکن ہُنٛد

---

[1] چھند چھہٕ اَسان اَچھرن تہٕ ماتراین پیٹھ دٲرِتھ کینہہ چھہٕ ماترک تہٕ کینہہ چھہٕ دارنِک۔ کانٛشرِ چھند چھہٕ سنسکرت اَستہٕ تہٕ عام طور تِمہٕ نشہٕ وارِیاہ ڈلیتھہ۔

لۄ وا کھ تہٕ شیخہٕ شرٕ کیو پتہٕ چھےٚ پنٕد اٚہمہ شعری اندر بحث اونان پٔنٕ بانا مُرکتھ نٕوی اٚکھ شارٕ سنہ میرن دٕسیاب سپنٕ ہرش، یوہٕ سہ وٕنش مُسودچی شکلہ منز چھےٚ۔ اٚمیک اٚکھ نقل چھُ سیٚ نش تہٕ بشیشی شیکھر توشحانی بیٚمو اٚکہ بیچہٕ تفصیلی کام چھےٚ کرٕمژ، چھُ اٚکھ منظوم لتابہٕ (مہا کاویہ) اندر شامل کران۔ مگر گُنہٕ تہٕ سنسکرت منظوم داستانہٕ اندر چھےٚ، میانہٕ زانٔنی کارٕ سی مطابق، ڈراماہکو پاٹھو کرداڑن ہندی ڈائیلاگ دریٚشہ گژھان۔ اوٚ کنہٕ چھُ یہ میانہٕ حسابہٕ اٚکھ نیم اوپیرا۔ بہرحال یہ بحث اٚکھہ کُن تراوِتھ چھُ اٚمہ کِس پرتھہ بنٛدس شاعرن ہندِ نیداوِ مطابق قافیین ہنٛز صورتھ بدلان۔ کہے چھےٚ قافیہ بندی تہٕ کہے چھےٚ زُ مصری (تمام شکل چھےٚ یٔہے) واکھ شرٕ ہش وٚزنن ہنٛز عام قافیہ بندی۔ مثلن واکھ شکل چھےٚ یہ :

پی پی کرٕ پانہٕ سکھے شوٕ بوانو
گگے ہیلہ یوگہ ہاتھ لوسے
مدن سُدرن کُٹہ راج اُسن میانو
شُن اُشُن ناکھمہ کامہ وُکھی لوسے



میٚرٕ شرابسما توٚ اربوٚ نلے پوشنگ
نادگنہ وچھے بوار ہو شری ژنگ
روٕ ہنے دٕپہ رگیہ ردوس گوہ وِندا
جوٚمہ لیت اومرٕ نرٕ چنچل نیچ وِندا

اٚمہ علاوٕ چھےٚ اٚکھ اندر شارچہ دوٚیمہ صنفی شکلہٕ تہٕ میلان، یمہ کنہٕ یہ سونہٕ مرن

دِلبند، دِلاَزار، دِلارام نگارو ... گُل خند، گُلِ رُخسار، گُل اندام نگارو

وُچھ آفتابن چون ژۄزن مۄکھ تہٕ دۄلس رنگ ... کُج کاژِ تۄے زۄن چھُس سرسام نگارو

سیتاہ یہِ گژھتھ دِتھ لولہٕ نارس بالہٕ یارس پیٹھ ... کم گیتہٕ وُنی وُنی رام گوردھن رام نگارو

رۄشُل چھِ زانتھ دینُن مذہب چھ تہٕ زُلف چانی ... کیٛاژِ کیٛا گو کفرُتے اسلام نگارو

یا مہجور چھ ونان سے

لأگتھ ژلے پانس جامہ چھچتی شامہ ہیتی آکھ

لوٚت تراو قدم کوٚت گژھک ہیارِ اَنی روز

دِتہ چانہٕ دِوان پیٚہ مۄان وُسہِ وُسہِ ہیپان چھس

گرِ بال ذرایس ژیٚنے چھتہ گرِ تارِ اَنی روز

•

وۄلہ شور یاتھ واوشتس مورچ تلیتہ گو

اِظہارِ تی کوٚرُ زُلفہٕ چھے مقصد ایہ وسنے کیا

ژہ لایہ وُچھنک حال ونہے وارِ وُچھے ہے

تگہٕ زیو منے گیم اوشہ وۄشم ددرایہ ونے کیا

•

ستبانانہ یہ دیوانہٕ کۄرُن حُسنِ کمالن

واُدانہ یتھ دارانہٕ پھروُن چانی خیالن

نیہہ گنڈ تھوُر جوار گنڈ تُتہ چھ لولُک عوم

زوٚنمُت نہِ وتہ سوریوُ یہ تو تڑوٚ سوختہٕ کالن

یا آزاد چھ ونان سے

چھُم کیا خبر کتھ وید تہٕ قرآن دیان چھک

ہیوُن خون غریبن تہٕ بڑُن گنجِ خزانہ

اَکھ ضابطہٕ بند نظام چھُ ، تہٕ اَتھ چھنہٕ دَباوَس کانٛہہ تہٕ گُنجایش ۔ غارٕ شعوٗری طور رٔوز بڑین بڑین شاعرن ہندِس کلامَس اَندر تہٕ دَباوَس قائم ہٕنٛز یہِ خامی کلہٕ کڈان ۔ مثلَن مہجورٕ سُند شار چھُ :

بلہٕ پورٕ چہٕ تس ہی مالے　　　واو عشقنٕکس مَدٕ والے

مَدٕ لفظَس چھُ دَباو تراوِتھ لمُن پیوان تہٕ اَز دَپو اَتھ شارَس چھُ ۔

فارسی بحرَن تہٕ وزنَن چھُ یہِ یکانٛ دام گَژھ کام پیٚنٛد پیٹھ للہٕ کھوٗل سپُدمُت تہٕ محمود گامی چھُ اَمیُک بوڑ علمبردار بنیمت بَتو نٛہہ کُن پیوان ، ییلہٕ زَن غزل تہٕ مثنوی فارسی شاعری ہندِس تقلیدس اندر سانہِ شاعری اندر جان پٲٹھۍ جاے چھ رٹان ۔ اَکہ طرفہٕ چھُ وزنَن ہنٛد نوٚو تہٕ ضابطہٕ بند نظام بارسَس پیوان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھےٚ یہِ اَتھ وزنہٕ صنعت تہٕ برقرار روٗزِتھ کاشرِین وزنَن (لَیَن) رٔچھ کران ۔ محمود گامی سُنٛد پیٹھٕ مہجورَس تام یِم فارسی بحر مثنویَن تہٕ غزلَن اندر مختلف صوٗرتَن منٛز ورتاونہٕ آیہِ ۔ تِم چھےٚ کٕہم کٕہم پٲٹھۍ یِم :

بحرِ متقارب ، بحرِ ہزج ، بحرِ مضارع ، بحرِ رجز ، بحرِ بسیط ، بحرِ رمل ، بحرِ خفیف ۔ بحرِ کامل

دوٚن ہتن وَریہن ہندِس اَتھ شارٕ سرمایس اندر چھنہٕ کانٛہہ تہٕ شاعرس اَتھ فارسی ضابطہٕ بَنٛدٕ وزنہٕ نظامَس اندر کٕنہہ تہٕ قسمٕچ تبدیلی ہنٛدِ ضروٗرتھ محسوٗس سپُدمٕژ ۔ یہِ چھےٚ اَلگ کتھ زِ غارٕ شعوٗری طور چھےٚ کٕنہہ شار کٕنہہ وِز چھٹان تہٕ ۔ رسُل میر ، مہجور ، آزاد بیترِ زَن فارسی بحرَو روٗچھنہ زان تہٕ چھےٚ امیُک ، چھنہٕ اَتھ نٕشہ چھُہ ۔ مثلَن رسُل میر چھُ وَنان :

کُنہٕ شعرٕ عروضی زِحافہٕ تبدیلی وَرٲے شارِ پھٹٕن۔ درحقیقت چھِنہٕ سانہِ موسیقی اَندر اَکہِ زیٖچھِ Beat پَتہٕ دوٚن ژھوٚٹین Beats (بیٹن) ہُنٛز ریوایتھ تہٕ ساٲنی کَنَن تہٕ ذہنَس چھِ اَمی حسابہٕ کام کَران۔ اَمہٕ برعکس چھُ یِمَن فارسی وَزنَن اَندر اَکہِ زیٖچھِ بیٹہٕ پتہٕ پوٚتُس ہیٚتھ زٕ ژھوٚٹی بیٹ یِوان۔ یہِ چھےٚ دوٚیِمہِ موسیقی تہٕ اُتی نے چھِ ساٲنی شاعر کھوٚنتہٕ کھیوٚن ہِنیالہٕ پٲٹھی ناد یہِ ہیٚتھ کُنٛہ :

سوٚن مِزاز چھُ۔ —— • —— • ——

ایرٲنی مِزاز چھُ۔ —— •• —— •• ——

اَمی قسمُک اَکھ فارسی بحر چھُ بحرِ مجتث مثمن مخبون محذوف۔ وزن چھُس مَفاعِلُن فَعِلاتُن مفاعِلُن فَعِلُن۔ یہِ بحر اوٚن ہیٚے کٲشُر شاعری اَندر اَکھ تہٕ چھےٚ بیٹَن ہُنٛز ترتیبہ اَندر دوٚن ارکانَن ہُنٛز پوٚتُس ہیٚتھ زٕ ژھوٚٹ بیٹ یِوان۔ ظٲہر چھُ زِ اَتھ اَندر نہٕ چھِ ساٲنی شاعر وٕسی ہیوان۔ مِرزا عارف صاحبن چھُ اَکوے غزل اَتھ ہُنٛز دوٚیمُس تہٕ قدمہٕ قدمہٕ وٕسی ہیوٚمت۔ شاعرَن سینٛز ہیتو چھکنہٕ ساننِ موسیقارَن تہٕ اَتھ سے وٕیرٕ تنہٕ ہیٚمٕت پیٚوا اَتھ گیوٚنہٕ چ کوٚشش کٔرمُت گوٚو ناکام۔ اَلبتہ گیوٚو اَمیُک اَکھ غزل شمیمہ دیوِ پٕھس کامیاب رٕوٚد، تکیا زِ تمہٕ رٕٹ اَتھ اَدٕر دوٚ گیوٚن ترٲے۔ یہِ چھُ ہاوان زِ یِمَن نوٚین مِزازٕ کین وزنَن اَندر چھُ اَسہِ پننہِ زبٲنی تہٕ موسیقی مِزازٕ مدِ نظر تھٲوِتھ، کم کاسہٕ اَدلا بَدلی کرُن ضرور وَرتھ۔ یِمیٚک اَکھ تجربہ میٚ کر بود تہٕ تھَکھ ہیٚتھ وٕتھی آلہ گرٕ ہنہٕ مَلہٕ گرٕ ہو۔ غزل اوس:

بہار پوٚک نہٕ اگرچہ نہٕ ترٲیہ گژھ اَیہ میٚے کیٚہ

گو لالہٕ داغ جگر ہیٚتھ چھُ جایہ جایہ میٚے کیٚہ

نۄؠ واتہٕ دٕرتاوان چھ قانوٗن کرِتھ ناو

یِم ظُلم ستم فند فریب حیلہٕ بہانہٕ

•

مقبوٗل ازل عاشق ییٚلہِ جلوِ ہُن ہاوے ہیریٚتِ خنجر نیٚزٕ زن پوشہٕ پھلے پھلاوے

•

آو گُلن مُند بہار آو دِلن ہُند بہار گُل تہٕ گے بے اختیار دِل تہٕ گے بے اختیار
عشق چھ حُسنس فدا، حُسن کتھا اکھ جُدا عاشقیٚن ہُند مُدا، عاشقس آرام نو کیٚہ یار
عشق جوان تازٕ دم زیادٕ دِشے ہِتھ نٕ کم دِل تہٕ دِماغ نوبہار پوشہٕ پھلے لولہٕ نار

•

یِم چھِ یِمن ترین ردٕیِن شاعرن ہِندِ کلامہٕ منز کینہہ مِثالہٕ تہٕ یِم ساری شار چھ دوکھ پانٛژھ پھٹان. میون ذاتی خیال چھ زِ رُوشل میر چھ آزاد تہٕ دوٚیِم یِتھی ہوٚکہٕ شاعر چھ کینژن نوین فارسی بحرن دٕرتاوِنہٕ یاد بوزٕ نہِندِ آہنگہٕ نیش دوٗر اَسی ہیٚتہٕ زِ چھ یہ زِ ساری زبانی تہٕ موسیقی ہُند مزاجہٕ چھنہٕ یِمن وزنن ہُند واقف. یہ چھُ پر مزاجہٕ پیٚٹھ تہٕ اَسہ ریوٗ ایتھ اُمس تہٕ یہ ہُل. سانی کن تہٕ ذہن، ییٚلہِ تم خالص کاشرِ آہنگ، ییٚچھ بحرن وزنن ہِندِس ایرانی آہنگس پیٚٹھ نوٚو ساتھ ہیکان دِتھ. یِمن تیٚم گرزِ مِتدی یِم شار مے نوٚمونہٕ پانٛژھ دِتی تم چھ یا تہٕ بحر ہزج مثمن مقصور و محذوف یا مثمن اخرب نتہٕ چھ بحر بسیط مثمن مطوی. وزن چھ یہ :

مفعوٗلُ مفاعیلُ مفاعیلُ فعوٗلُن / مفعوٗلُ مفاعیلُن مفعول مفاعیلُن /
مفتعلن فاعلن مفتعلن فاعلُن.

یہ صورتِ حال چھےٚ اکثر زٕ کیٚن شاعرن تہٕ شیدان تہٕ اَتھ وَنوشید بیشود

سپدِ برٔنٛرٛ۔ شأیری گژھ اکھ ٲلگی (latitude) پأدٕ یہ چھےٚ اَلگ کتھ نہٕ ییمہ کوٗشش کأژاہ روزن کامیاب۔ لیکن کوٗشش کرنہٕ چھےٚ کرُن نہٕ ضنوٗر ؤری۔ کینژھا گژھ روزٕ نہٕ کینژھا پکہ بۄزنہ۔ یہ پکھ نہٕ چھُ لازِن۔ نہٕ ٹینج نہٕ نزاو نیج یہ عمل چھےٚ یتہٕ وَتھ آمژ تہٕ بۄزنہ گژھن نہٕ روزٕ جأری۔

•

لہ عربی عروٗضُنہ نظام کوٚر ایرانیو اختیار مگر ژھانٛفہٕ تبدیلی کٔرِتھ کوٚرُکھ کینژہ نوٚو وزن (لنیہ) تہٕ۔ اَما پوٚز عربی زبأنی اندر چھُ پرٛیتھ حرف حرکژ دار۔ فارسی تہٕ اُردو زبأنی اندر چھےٚنہٕ یہ ضروٗرتھ۔ اَدٕ کینژن عربی وزن ہٕنٛز اٰخری حرف حرکژ دار چھُ ژھنٛکھ ثرأوِتھ۔ مگر کأشر زبأنی چھےٚ وکھر ضروٗرتھ۔ اُسہ ہیکو "چھُ، شہ، دِ، بہ، ژٕ" ہیوٚ حرکژ دار لفظ اٰخرس پیٹھ اٰنِتھ پننہ شأیری وُسعتھ بخشتھ۔ اَمیُک تجربہٕ کوٚر مےٚ پننین نوین غزلن اندر۔

اُسہ چھ نوٗمُو وزن پتھ اَنان تہٕ یہ پتھ اُتھ چھنہٕ ہرج تہٕ گوناہ
مگر اَتھ منز اگر شعوٗری طور پننہٕ مزاجٕ مطابق کینٛہہ زحافہٕ تہٕ تبدیلی
کرو، سُہ تہٕ چھُنہٕ عائب۔ ایرانکو ییٚلہٕ عربی بحر ووٚنہٕ زِم اَتھ ہَمہٕ منز
پننہٕ زبٲنی تہٕ موسیقی لحاظ تبدیلی روا تھاو۔ یُو تُو لبہٕ کچھ، اُسہ زن کیاز
چھ یژھن تبدیلی ین منز چھان۔ مثلن کٲشرِس روٗفس تہٕ فارسی بحرس
وانٛہہ کرِتھ گژھ مے اَکھ نےٚ وزن چھُس:

مفاعیلُن فعوُلان مفاعیلُن فعولان ( فعولان بدلہٕ فعولن تہٕ)

تہٕ غزل بنیوو:

نظر سر ہیم زمستان، جگر کلہم ییکستان

کُتن بر سر ویکن پہ گوناوِن تہٕ طوفان

ناکار تجربہ چھُنہٕ بلکہ سیٹھا میوٚٹھ تہٕ موٗدُر۔ بیٚیہ پاٹھۍ چھِ بحرِ مضارع
اَتھ کرِ مے اَکھ تبدیلی اُنوس بیچھ ییٚہ پننہٕ نتیجہ کینٛہ سیٹھا دوٗرس
تہٕ اہم روز۔ وزن بنیوس: مفعول فاعلات مفاعیل فاعلُن۔ تہٕ غزل
چھُ:

چشمن شیہچ براتھ، دپان شُس آرام دِلے

پانس سو کونہٕ شاپچھ ہنا صبح شام دے

بیٚیہ کینٛہہ کو کو مے بحرِ متقارب تہٕ بحرِ ہزج اندر تہٕ زحافہٕ تبدیلی کرِتھ
کینٛہہ شعوٗری تجربہ۔ چنانچہ اَتھ کُن چھُم اشارٕ تہٕ کوٚرمت:

ییم اُسہ گژراں زحاف بحرن

رٕنم کرکھ لہٕ خلیل خان ہبا گے

غرض چھُمہٕ پننہٕ شعوٗروٗضی تجربہ باوُن۔ بلکہ چھُرا یہ باوُن زِ بیٚیہو تجربو
سیٖتی ہیٚکہِ سون وزنہٕ نظام تہٕ وسعتھ ورٲولیتھ تہٕ ساننہٕ موسیقی تہٕ

اظہارُک لفظی شکل اختیار کرٕ ہیٚر۔ امہِ طریقہٕ آسہٕ پرٛتھ قومس تہٕ مُلکس منٛز مرثیہ گوئی ہُنٛد دٕسلابہ سپدمُت۔ امہِ نظریہٕ مطٲبق ہیٚکو دعوا سان وَنِتھ زِ مرثیہٕ ہُنٛد فن گژھہ دُنیہِ ہِنٛزِ سیٹھاہ پرون ابتدٲیی تہٕ انسٲنی نسلُک اکھ مشترک صنف کلام آسُن۔

اَگر مُصیبت زدٕ انسان شرٕ زُبور ہیمہٕ تہٕ وَدِ اکھ نالہٕ آہ و زاری تہٕ جملہ جذباتن ہِندِس طوفانس منٛز نیران چھہ، لاشعوری طور چھہ تم گُنہ گنہ موزونیتُک قالب تہٕ ترٛاوان۔ یِتھِس حالتس اندر زبانہِ ہِندِس وجودس منٛز یِنہٕ بٲتہٕ کاٚنسہِ اَنہٕ اَشناو سٕندِس مرنس پیٚٹھ اکھ قسمکو جملہٕ یا وَدِ اکھ ادا آسن سپدان، تمن پیٚٹھ آسہا شاید پرٛتھ لیسبل صنفہٕ وَرِتھ ہیٚر۔ امہِ رنگہٕ تہٕ چھہ اصطلاحی مفہومس اندر مرثیہ گوئی ہُنٛد وسلابُک شرف گژھُک کالہٕ کِس انسانیس حاصل۔ توراتس (توریت) منٛز کینٛژن نبیو ہِنٛز تہٕ یا غمبرن ہِنٛدِ نوحن تہٕ وَدِ اکھ ہُنٛد وجود تہٕ چھُ امہِ صنفکہ انتہٲیی پرون آسنُک اکھ بوڈ بار ثبوت۔

اَگر نقادن ہِنٛدِ وَنِنہٕ مطٲبق چھے مرثیہ گوئی انسانہٕ سٕندین پٕنٕن تہٕ اعلا جذباتن ہُنٛد اکھ عکس، مرن والی سٕندین وصفن ہُنٛد دلی بےقرارٕ تس سیٹھہٕ پنٕنہِ وابستگی ہُنٛد اظہار، تمہٕ سٕندِ موجودگی تو ثبوت تہٕ تسنٛزِ جُدٲیی پیٚٹھ دِلی تأثراتن ہِنٛز ناکارٕ یاد۔ یِم نوقطہٕ تہٕ کتھ چھے زنن تہٕ اعلا درجہ کین اخلاقن ہِنٛز علامتہٕ تہٕ مرثیہ گوئی ہُنٛد اصلی مفہوم۔ امہِ موجب ہیٚکو اتھ دعوا سان وَنِتھ زِ مرثیُک فن چھہ نہٕ فقط اکھ فطری صنف کلامے بلکہ یہ چھہ دِلی وابستگی تہٕ مروتُک اکھ خاص ذریعہ تہٕ انسٲنی صفاتن ہُنٛد تُوبہ وُن نمونہٕ تہٕ۔

# کأشُر مرثیہ نگاری

(نشاط انصاری)

**مرثیہ کیا گو؟**

پننس کانٛسہِ ٹاٹھِس ہِندِس مرنس پیٹھ اَکِس صاحب دل انسانہٕ چھُنہٕ کُنہِ کِس سوٗدرس ہنٛز عرف سیدٕن تہٕ تَسند زالہٕ زالِہ اوٗش ترٛاوُن چھُ اَکھ فطری امر ۔ اَوٕ کِنہ چھےٚ مرثیہ اَچھوٗ ہنٛز اوٗش ہارنٕچ اکھ منظوٗبی شکل ۔ لہٰذا یہِ دعوا کرُن چھُ حق بجانب زِ مرثین ہنٛز تأریخ تہٕ چھےٚ تیٚتھے پرانٕ یۄتہٕ پرانہٕ خود انسانی نسلٕچ تأریخ چھےٚ ۔ ہابیل ہندِس مارِ گژھنس پیٹھ حضرت آدم علیہ السلام ہنٛزٕ اَچھوٗ ہنٛز اوٗش وَسٕن چھےٚ شاید سۄ خاموش تہٕ ابتدائی مرثیہ یُس یہِ فطرت کہ قلمہٕ اَکِس دۄہ کٕہ نہٕ ہٲلِ ہندِس مولِس پیٹھ تحریر آسہ ہے کٔرمژ ۔ کانٛسہِ شخصہٕ سُند اَنٛکہ اُستاد یا عزیز تہٕ یار دوست ییٚلہ ییٚمہ دُنیہٕ مَنٛز ٹھوپ خٲلی کٔرِتھ دۆیمِس دُنیہِ کُن وۄتھان چھُ تہٕ اَتھ پتہٕ تَمہ سُند جُدٲیی پیٹھ اوٗدُن تہٕ رۄوُن چھُ نفسیٲتی طور لٲزمی بنان ۔ اَمہ کِنہ کِنہ چھُ مرثیہ کرنُک وجود بنیَس لغوی مانہٕ مفہوٗمَس اَندر پتھ دورس تہٕ قومس ہنٛز بلکل یقینی ۔ مرثیہ فَنُک تأریخی پۆت منظر نظرِ تل تھاوِتھ چھےٚ یہِ کتھ ہانٛکہ بوزان زِ کھۄٹ کالُک انسان تہٕ آسہ ہے پنٕنہ انتہٲیی غمُک اظہار اَچھوٗ ہنٛز اوٗش ترٛاوِتھ تہٕ وَدِتھ دِتھ شکلہِ اندر کران تہٕ زبانی ہندِ وجودس ہنٛز پتہٕ آسہِ آسِ غٲر

شخصن تہٕ تِمنٛز یاد چھےٚ نِشان چھِ گرٛدِ بُزِکۍ گرٛٹھان تہٕ تِمو متعلق ییٚمہٕ تہٕ مرثیہ تحریر چھےٚ آسان یِوان کرنہٕ، تِم چھےٚ سانیو ذہنو منٛز وارٕ وارٕ ہِٹان۔ یوٚدوے اَمہٕ قسمچہ مرثیہ کتابن اندر بارِ فرٕ تہٕ چھےٚ روزان، مگر تِمن اندر چھےنہٕ سوٚ دِلکشی تہٕ تاثر قایم روزان، یُس یِمہٕ دل کشی مرثی لیکھنہٕ وِزِ تِمن اندر بسان چھےٚ مگر اَمہٕ اوٚصولہٕ تہٕ کُلیہ نِشہٕ چھےٚ تِمہٕ مرثیہ بلکل مُستثنےٰ ییٚمہٕ جناب سید المرسلین حضرت محمد مصطفیٰ صلعم سٕندِس لختِ جگرٕ تہٕ تاجدارِ کربلا حُسین علیہ السلام سٕندِس شہادتس متعلق یِمو موٚترٕ وارٕ ہو شتو وری یو پیٚٹھ برابر لیکھنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ یوٚت یوٚت وخ چھُ گُذران تیوٗتاہ چھےٚ پرٛھن مرثیَن ہنٛز اہمیت ہُرٛان تہٕ یِمن ہٕندِس تاثرس تہٕ دِلکشی منٛز چھےٚ دوہ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُریر سپدان۔ اَمیُک وجہ چھُ یہِ زِ امام عالی مقام سٕنز یاد چھےٚ پرٛیٚتھ وری یہِ محرم کین ایامن منٛز عالمِ اسلامس اندر منانہٕ یِوان تہٕ یِتھ پاٹھۍ چھےٚ سید الشہداء سٕنز انتہائی بے بسی منٛز شہید سپدنٕچ یاد تازٕ یِوان تھاونہٕ۔

کربلا ہُک واقعہ چھُ دُنیہِ ہِکہ تاریخُک سہ بوٚڈ بارٕ تہٕ عظیم المیہ، ییٚمی عجم تہٕ عربکین شاعرن اندر اکھ زبردست ذہنی انقلاب اوٗن۔ کربلا ہچہ ٹریجڈی بروٚنٹھ اَسہ عربکۍ شاعر ہوس پرستی ہٕنزِ شاعری زوٗجان وندان تہٕ اکھ اندر اکھ اَکِس پیٚٹھ سبقت نِنہٕ خاطرٕ اَسہ تِم پننین اعلا شاعرانہٕ صلاحیژن ہُنٛد مُظاہرٕ کران۔ وقتہٕ کین بادشاہن، امیرن، وزیرن تہٕ بہادرن ہٕندۍ قصیدٕ لیکھنہٕ موکھہٕ اَسہ پنٕن سورُے زورِ قلم صرف کران۔ مگر امام حُسین علیہ السلام سٕنزِ شہادتہٕ تہٕ کربلا ہکۍ المیَن ہتھو، تِہنٛد سوٚنچُک تہٕ شاعری ہُنٛد ڈانچہ یکسر بدلاوِتھ۔ ییٚمہٕ کنہٕ تِم ہوس پرستی ہٕنزِ شاعری برعکس

اُکس مذہبی رہنما سٕندِس ژھینہٕ گژھنس پیٹھ مرثیہ تحریر کرُن چھےٚ تٔسُند روحٲنی بٔڑرٕچ علامت۔ اُکس سیاسی تہٕ قومی لیڈر سٕندِس گُزرنس پیٹھ مرثیہ وَنُن چھےٚ تمہٕ قدرشناسی تہٕ قومی جذبُک اظہار، یُس اَکھ مہذب تہٕ شائستہ قومہٕ ہُنٛد شان چھےٚ۔ کانٛسہ عزیز سٕندِس مرنس پیٹھ مرثیہ لیکھُن چھےٚ تمہٕ اخوت کہ جذبٕچ ہی بٔڑ یمہٕ کرِ نوزکی تہٕ نفاستہٕ پیٹھ انسان سٕنٛز حقیقی خوشی تہٕ سرمستی ہُنٛد دارومدار چھُ۔ کانٛسہ دوستہٕ سٕنٛز جُدٲیی پیٹھ مرثیہ وَنُن چھےٚ تمہٕ دلی محبتُک ثبوت، یُس رنگ و نسلٕچ بٔنٛدشن کٔرِتھ دوٚن مختلف رنگ تہٕ نسلہٕ کین انسانن اَکس اکٲیی منٛز تبدیل چھُ کران۔ یُتھن حقیقت پسند کتھن تہٕ حالاتن منٛز چھےٚ مرثیہ گوئی ہُنٛد فن "شاعری برائے شاعری" یا "شاعری برائے حُسن کاری" نہٕ بلکہ چھےٚ اکہ مہذب، شائستہ تہٕ باکردار قومہٕ کین رتین تہٕ اعلیٰ اخلاقن ہنٛز بارٕٹھ تہٕ علامت تہٕ۔ یہ چھُ سُہ اہم نقطہ یمہٕ کنہِ مرثیہ گوئی ہُنٛد فن بیٚین شاعری اصنافن مُقابلہٕ زیادٕ قابلِ قدر تہٕ زیادٕ قابلِ اعتماد چھُ بنان۔

انسانہٕ سٕنٛدین لطیف احساساتن تہٕ سنجیدگی ہٕندین بٔڑرن پیٹھ مرثیہ کرِ فنچ بُنیاد آستہٕ موکھ چھ تمہٕ کنہ اتھ صنفِ کلاسک پسند کران یمن اندر بُرد باری تہٕ متانت کہ اوصاف لبنہٕ چھُ یوان۔ سطحی ذہن تھاون والین ہُنٛد خاطرٕ چھےٚ مرثیہ نہٕ بایٔث کشش ہیکان بٔنِتھ تہٕ نہٕ دلچسپی ہُنٛد سبب۔

اُکس نقادٕ سٕنٛدِ وَننہٕ مطابق چھےٚ مرثیہٕ ہنٛز بٔڑ بارٕ خٲمی یہِ زِ یہِ چھےٚ کانٛسہ نتہٕ کانٛسہ شخصیہ سٕنٛدِس ذاتس سٕتی وابستہ آسان۔ یمہٕ وجہ تس شخصیہ سٕنٛز یاد ذہنہ کہ کاغذٕ پیٹھ دفتیچ بدلی سببہٕ میٹان چھےٚ

مُمکن ہُنٛز نظرو تھاوٕیہ۔ یِیمہٕ کتھ کأشر شاعری ادبُک یہِ حِصہٕ قلمی نُسخن تامہتے موٗجوٗد چھُ۔ اَتھ چھ کینٛہہ خاص وٗجوہات، یِموٗ منٛز یہِ اکھ خاص وجہ چھُ زِ مرثیہ نگأری روٗز ہیٚتہِ ابتداء پٮ۪ٹھے شیعہ فرقس تام موٗجوٗد تہٕ یِمَن کأشرِ شأعرَن اَتھ فنَس پٮ۪ٹھ وۄستادی حأصِل روٗز یا اَتھ صنفِ کلامس پٮ۪ٹھ طبع آزمأیی کٔرٕکھ تِم آسی اندٕ وَندٕ شیعہ فرقس سیٖتی تعلُق تھاوان تہٕ مرثیہ تخلیق کرنہٕ آسِہ تِم پننِ مذہبی فرِیضہٕ تہٕ زانان تہٕ نجات لبنُک اکھ ذٔریعہ تہٕ۔ اَتھ برعکس یوٗدوَے شیعہ فرقہٕ کیو شاعیرو تہٕ مُصنفو وارٕے کأشرِ کأشر شاعیرَن زانِتھ کالہِ مرثی تخلیق کٔرِ تہٕ سوٗ آس بلکُل شخصی۔ مثلن محموٗد گأمی ہِنٛز مرثیہ یِم تِمو تہٕ پنٛچ مسدس مرثس پٮ۪ٹھ تحریر چھےٚ کٔرمژ۔

امام عالی مقام مسدس شہادتس مُتعلق یِمہٕ تہٕ مرثیہ شیعہ فرقہٕ کیو شاعیرو پٮ۪ٹھ کالہِ تخلیق چھےٚ کٔرمژ تِمن ہِنٛز خاص خصوصیت چھےٚ یہِ زِ فارم تہٕ ٹیکنیکہ لحاظہٕ چھےٚ تِم بلکُل منفرد نوعیت چھ۔ یأنی پٮ۪ٹھ پأٹھو غزل یا قصیدٕ یا بیٚییہ کانٛہہ صنفِ سۄخن عربی تہٕ فارسی زبأنی ہِنٛدین اصنافن سیٖتی عروٗضی لحاظہٕ مُطابقت چھُ تھاوان، تِمہٕ رنگہٕ چھنہٕ کأشر مرثیہ نہٕ عربی زبأنی ہِنٛزن مرثیَن سیٖتی عروٗضی تہٕ فارمکہ لحاظہٕ رلان تہٕ نہٕ فارسی زبأنی ہِنٛزن مرثیَن سیٖتی۔ دوٚیم خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اکس مرثیہ مِنٛدِ خأطرٕ چھُ پننُ اکھ خاص وَزن مُقرر۔ اَتھ منٛز ہیٚکہ نہٕ کُنہٕ قسمُچ تہٕ تبدیٖلی یِتھ۔ مثلن اکس مرثیہ چھُ "عبادت" ناو۔ یِمہٕ وزنہٕ یہِ مشرقس منٛز پرنہٕ یِیہ، بلکُل تمی وزنہٕ گژھ مغربس منٛز پرنہٕ یِنہٕ۔ یہِ پابندی چھےٚ سیٹھاہ ضروٗری تہٕ کیازِ پرٕ ییٚتہ مرثیہ ہُنٛد وزن چھُ تسلیم شُدہ آسان۔ یہِ وزن چھُ تمی وِزِ مُقرر آسان کرنہٕ آمُت یِمہٕ وِزِ سۄ مرثیہ لیکھنہٕ چھُ آسان آمُت۔ امہٕ کنہِ خأطرٕ اوس پرٕ ییٚتہ کانٛہہ

کربلاکین شہیدن ہنز بے بسی، تہندس تریشہ داگس رأحتی برحنا روزنس تہٕ سرفروشی تہٕ بے انتہا شجاعتس پیٹھ پننہٕ زورِ قلم صرف کرنہٕ لگو۔ یتھوٕے شاعرن ہنزٕ و کوششو سیتۍ سپد مرثیہٕ ہُند فن امام ہُمام تہٕ کربلاکین دوٚیمین شہیدن کُن براہِ راست منسوب۔ اَتھ چھُ مرثیہٕ ہُند ناو بوزنہٕ ییتھے کربلاہچہ ٹریجڈی ہُند دل گداز نقشہ بوزن داگِس ہوبہو درینٹھ یوان تہٕ یہ فن چھُ زبأنی ہُند سہ سرمایہ، یُس اگر عربی، فارسی تہٕ اردو زبأنی اَندر کڈون، تیٚلہٕ روزِ نہٕ تتھ کہین تہٕ۔

## کأشر مرثیہ نگأری ہنز خصوصیات

گُنہٕ زبأنی تہٕ ادبہٕ کہ پوچھر لینک تہٕ پھہلنک

چھُ اَکھ خاص اصول۔ سہ گوٚو یہ زِ مختلف زبأنین ہنزِ الفاظ، محاورات، تلمیح، تہٕ اصطلاحات، خیالات، اسلوب تہٕ انداز بیان ادلہٕ بدلہٕ تہٕ دوٚرٕ دوٚرٕ گژھِتھ زبأنی ہُند دامن خاطرخواہ حدس تام وسعی کرُن۔ اَمی اصولہٕ کنوٚ چھےٚ بجہ تہٕ ترقی یافتہ زبأنی لہ کچین زبأنین مالا مال بناوان کرِتھ تہٕ اَکہ زبأنی ہندی صنفِ سخن چھ کُنہِ نتہ کُنہِ رنگو بیٚیس زبأنی اَندر یِلہ واسطہ یا بلاواسطہ طور جاے رٹان۔ ییمے خاص اصولٕ چھ کأشرِ زبأنی پیٹھ تہٕ لاگو سپدِ کر ہیتو تہٕ سپدان تہٕ چھ۔ چنانچہ بیٚین زبأنین ہِنٛز ہنیوت دٕیت کرنکو اصولَن تھوٚد کأشرِ زبأنی ہُند دامن ادبہٕ کیٚس تہٕ ییتھ کُنہِ شوبِس منز مالا مال کرِتھ۔ یتھ پأٹھو بنیوو مرثیہ نگأری ہُند فن رتہ غزل، قصیدِ یا مثنوی ہندِ صنفکو پأٹھو کأشرِ زبأنی ہُند اَکھ مونتبر تہٕ باوقار صنفِ سخن۔ اَما کأشرین ہنزِ غفلتہٕ تہٕ اَتھ فنَس سیتۍ بے اعتنائی تہٕ عصبیتک جذبہ ہاونہٕ سببہ چھُ وُنہ تہٕ یہ منفرد تہٕ موٚلُل ادبی سرمایہ عام

داُیرِ وٲلۍ یا پٲژھ خوان تہٕ چھہِ وَنان۔ ہیمَن نزدیک چھہٕ مرثیہ پرَن وول دوہ دِنٕۍ آسان، لیکن مرثیٚن ہٕنٛدِس اصطلاحس منٛز ذاکر چھہ وَنان، شہ چھہ گوڈٕ مرثیہ ہیٚنٛدٕ اَکھ زٕ مصرع یا نٕے درٕنٛہ سان پران، تمہ پتہٕ چھہ شہ ترٛیٚیم یا ژوٗریم یا پیٛنٛژیم مصرع زیٚوٗر کڈانۍ تہٕ پٲژھ خوان چھہ اجتماعی صوٗرتس منٛز شہ مصرع رٹان تہٕ درٕنٛہ سان پران، تمہ پتہٕ چھہ شہ ترٛیٚیم ژوٗریم یا پیٛنٛژیم مصرع زیٚوٗر کڈانۍ تہٕ پٲژھ خوان چھہِ اجتماعی صوٗرتس منٛز شہ مصرع رٹان تہٕ درٕنٛہ سان انٛدواتہٕ ناوان۔ یتھہٕ پٲٹھۍ چھہٕ ذاکرس پیٛٹھ مصرع انٛد واتہٕ ناونس منٛز دباو پیوان۔ مرثیہ ہٕنٛز موسیقیت، زیر و بم تہٕ سُر تال یہ سورُے کیٚنٛہہ چھہ پٲژھ خوانن تام آسان۔ اَدٕ موکھ گژھن تمہ ماہر تہٕ مرثیٚن ہٕنٛد وَزن زانن وٲلۍ اندر یوٗنۍ تہ کار آسنۍ۔ اَتھہٕ جمعٕ ہیکو اَسۍ دٕیمین تفظن اندر ذاکرِ سٕنٛدِ "دہر باج" تہٕ وٕنۍہتھ۔ تہٕ گیوٗن والین ہٕنٛدِ پٲٹھۍ چھہ یتھہٕ ذاکرس پتہٕ پیٛنٛز دہر باج (پٲژھ خوان) آسان۔

## کٲشُر مرثیہ نِگٲری ہٕنٛز مختصر تٲریخ

میانہٕ تحقیقہ کنۍ چھہ مرثیہ نگٲری ہُنٛد فن یتہٕ نوٛمہِ صدی ہجری یَس منٛز شورُو سپُدمُت۔ تہٕ یہ سہ ابتدائی مرثیہ لیکھنہٕ چھہٕ آمُت سہ گوٚو شیخ نورالدین نورانی سٕنٛدِس وفاتس پیٛٹھ "شام بی بی" ہُنٛد مرثیہ۔ شام بی بی اوس شیخ العالمس اَکھ ژاٹھ کوٗر تہٕ تمہ چھہ ۸۵۰ھ یَس منٛز وفات کوٚرمُت۔ یانی یہ مرثیہ چھہٕ اَز بروٗنٹھہ اَلہٕ پلہٕ ساڑھ پانٛژھ ہتھ (۵۵۰) وری بروٗنٛہہ زامُت۔ یہ ابتدائی تہٕ گوڈنیُک مرثیہ چھہٕ سیٹھاہ طویل تہٕ اَتھ زبان چھہٕ سوٗ، یُس شیخ نورالدین نورانی سٕنٛدین شعرٕ کین بالکل دیٚیہِ ہٕنٛدین واکھن ہٕنٛز چھہٕ۔ یمنہٕ مرثیہ بروٗنٛہہ

مرثی نِگار یانس اندر وزن مقرر کرنس جہارت نہ تھاوان۔

کأشرِ قدیم طرزٕچین مرثین ہنٛز بیاکھ خصوصیت چھےٚ یہ زِ پرتھ مرثیہ چھُ پننُ خاص ناو مُقرر مثلن میزان، عطش، شیشہ، جہاز، دریا، اسپ معراج، رو، مو، دماغ، سرود، رج، چراغ، ششت وشو وغأرٕ۔ ناون ہنٛز رعایتہٕ کینٛہو گژھہ آکہ مرثیک مواد پننس ناوس سیتۍ ابتداء پیٹھٕ انتہاہس تام برابر مُطابقت تھاوُن تہٕ تمہِ لوازمات تہٕ جزئیات گژھن مرثیہ اندر بیان سپدنۍ یمہ مرثیک عنوانس یا ناوس سیتۍ لازم و ملزوم آسن۔

بیاکھ خصوصیت چھےٚ یہ زِ یُس شخص شأیروٕنۍ تۄس یا مُصنیف مرثیہ تخلیق کرِ، تَس گژھہ قرآن، حدیث، منطق، فقہ، مذہب تہٕ تأریخس پیٹھ نظر آسنۍ۔ اَوے موکھ چھےٚ پریتھ کانہہ شخص پرانہِ طرزٕچ مرثیہ تخلیق کٔرِتھ ہیکان۔ یۄہے وجہ چھُ زِ مہاراجہ پرتاپ سنگھ سِندِ وقتہٕ پیٹھٕ سپدٕ قدیم فارمہٕ چہ مرثیہ تخلیق یہ ڈٕپ زِ نہٕ ختم۔ اہم خصوصیت چھےٚ یمن مرثین ہنٛز یہ زِ کربلاکین شہیدن ہنٛدۍ مظالم بیان کرنہٕ علاوٕ چھےٚ یمہ تبلیغک اکھ خاص ذریعہ تہٕ رحم، ہمدردی، انصاف، صبر رضا، رفیع حمایتھ، مظلومن سیتۍ ہمدردی، ظلمس تہٕ ظالمن سیتۍ نفرتھ، باطلس خلاف جہاد غرض پرٕژھن کھۄتن مُند درس دِیُن چھُ یمن مرثین ہنٛز خصوصیت۔ اَکس مرثیہ اندر اجزاے ترکیبی یتھ مُند سلسلہ وار تہٕ ترتیب وار آسُن چھُ انتہائی اہم۔ یوسہٕ قافیہ سکیم قدیم طرزٕچین مرثین اندر چھےٚ تتھ مثال ہیٚکہ نہٕ کُنہِ زبانِ اندر نہ میلتھ بیاکھ خصوصیت چھےٚ مرثین ہنٛدِس پرنس اندر سۄ گیہ یہ زِ اَکس مجلسہ اندر چھےٚ دأیرِ کٔرِتھ کہہ زٕنۍ یا تروٚاہ زٕنۍ کُھن پیٹھ بہان، یمن

یِمَن صِنفَن ہِنٛز تارٟخ، ابتداء تہٕ ارتقاہس پیٹھ پوٗر بحث کوٚرمُت چھُ سہٕ چھُ "کٲشِرۍ زبان اور شاعری" کِتابہِ ہِنٛدِس گوڈٕ جلدس منٛز حرف پہٕ وٕنِتھ بُردِتھ کُن یِکان تہٕ اُتی کنہِ زٕ ٹان:-

"شاعر جو نظم غم اور ماتم کی حالت میں لکھتا ہے اُس کو مرثیہ اور نوحہ کہتے ہیں۔ چونکہ یہ جذبات دوسرے جذبات سے پُرجوش اور پُرخلوص ہوتے ہیں۔ اس لئے مرثیہ کو اہم ترین صنف سخن اور حقیقی شاعری کہا جاتا ہے۔"

بہرحال وَنُن چھُ یہِ زِ پٔتِمہِ طرزِ چہن یِمَن کٲشُرِ ین مرثیَن ہُند یُس واَفر سرمایہ (یِمَن مُتعلق بہٕ یہِ مقالہ تحریر چھُس کران) سائنس ادبس منٛز موجود چھُ سہٕ چھُ چھرا کربلا کین شہیدَن تہٕ خاص کر حضرت امام حُسین علیہ السلام سٕندِس شہادتس مُتعلق۔ تِ یِمہ مرثیہٕ چھےٚ مواد کِنہِ تیٚتھ تخلیق سپز منٛز، یِوتاہ مواد کٲشرِ ین بابِ صنفِ سخنَن ہُند آسہِ۔ یِمَن مرثیَن ہُنٛز فارم تہٕ ٹیکنیک چھےٚ بالکل منفرد۔ مطلب چھُ وَننُک یہِ زِ یہِ فارم چھُ تیوٚتاہ مُشکل زِ اَنٛدیُک کانہہ تہٕ شاعر ییٚکہٕ اَتھہٕ فارمس منٛز مرثیہ تخلیق کٔرِتھ تہٕ یہِ فارم روٗد ییٚتہِ ترمیٖن (۲۰۳) بُڈون ہٲتھ ورین مُروج، ییٚتھ پیٹھ اگر طبع آزمائی کرن آیہٕ سہ آیہ شیعہ فرقہ کین شاعرن ہٕندِ دٕسی۔

یِوتان وَن شخصی مرثیَن ہُند تعلُق چھُ شام جی تہٕ محمود گامی سٕندِ درمیانی دورس منٛز چھِنہٕ اَمہِ قسمٕچ مرثیہٕ وُچھنَس منٛز یِوان۔ البتہ چھےٚ محمود گامی ین تمہِ وِز غزلہٕ فارمس منٛز مرثیہ تحریر کٔرمٕژ سیٚلِس پنُن جوان نیچوُ مرِتھ چھُ گژھان۔ تسٕنز اَکھ مرثیہ اَندر چھِنہٕ سہ زور بیان یُس اَسہِ گوٚژھہٕ۔ عبدالاحد ناظمن تہٕ چھےٚ اَکھ مختصر مرثیہ اَلیہٕ پٔہرٕ ورِی

خبر کوٚت کال آسہٕ تمہِ سعہ مرثیہ تخلیق کرٕمت۔ شام بی بی ہٕشرٕ یہٕ مرثی چھےٚ وٕژن چالہِ لیکھنہٕ آمٕژ۔ یمن ترٛیٚمہ مصرِ یتہٕ چھُ ووجک مصرٕ (ریفرین) گُنٛدٕ۔ اَمہِ کنہٕ چھُ فلحال نتان زِ کشیرِ اندر چھُ مرثیہ نگٲری ہُند رِواج غزل، قصیدٕ تہٕ مثنوی ہِندِ پٮ۪ٹھہٕ برونٛہہ وارِ یاہ کال اوسمُت۔ یہِ تہٕ ہیکو وٕنتھ زِ مرثیہ نگٲری ہُند چلن چاو چھُ شیخ العالم سُند وقتہٕ پیٚٹھٕ اوسمُت تہٕ یہِ ہُنز تہٕ ہیکو دٲوا کرِتھ زِ خبر شخص برونٛہہ ٹہٕ تہٕ آسہٕ مرثیہ لیکھنک رِواج کشیرِ اندرٕ۔ مگر مزید تحقیقاتن تام یِیہِ شام بی بی ہٕشرٕ یہِ مرثی کٲشرِ زبٲنی اندر گوڈنیُک مرثیہ تصور کرنہٕ۔ اَمہِ مرثی ہُند گوڈنیُک بند چھُ یِمہٕ ترٛاپہٕ :

نُنٛد سہز کہٕ سہزی بانہٕ
لیلہ وونوٚ بہٕ کرسے کوتو
مُلہ تہٕ روزِتھ چھینہٕ رمبانہٕ
نُنٛدِ ہشرٕ گوسہ ہرگس کوتو

آخری بند چھُ یہِ :

زاہ تہٕ کورسے منّے وزی شامی
فائرتھ ہیر پیٚشیاو منّے کوتو
وونٛد یُو دِیتہٕ پیٚٹھ شامی
نُنٛدِ ہشرٕ گوسہ ہرگس کوتو

شام ہٕشرٕ یہٕ مرثی چھےٚ شخصی مرثی ہِندِس زُمرس منٛز یوان۔ شام بی بی یتہٕ چھینہٕ محمود گٲمی سُندِس وقتس تام پیٚٹھن شخصی مرثین ہُند کانٛہہ نیب نِشانہ میلان۔ یہ یِتہٕ گوڈنکو تذکرٕ نویسن عبدالاحد آزادن چھُنہٕ مرثیہ نگٲری متعلق کہیں لیوکھمُت تہٕ نہٕ تحقیقات کوٚرمٕتہٕ۔ حالانکہ تمہٕ چھُ

ترجمہ تہٕ تِمَن پَتہٕ کوٚر اَکھ روضۃ الشہداہَس کریری قبول شاہَن تہٕ ترجمہ۔ حقانی ین یُس دوٚے کانٛہہ مرثیہ چھِنہٕ لیچھمِت۔ مگر سید قبول شاہ کریری اوس صرا باضابط مرثیہ لیکھان۔

وُہمہ صدی ہِندؠو شاعرو اَندرٕ اگر کانٛسہِ سُنی فرقکہ شاعرن مرثیہ لیکھنس اَندر کمال چھُ کوٚرمُت، سُہ چھُ غلام محمد حنفی سوپوری۔ تِمو چھےٚ شہادتِ حسین ناوُچ اَکھ کتاب باضابط تصنیف کرٕمٕژ۔ یوسہٕ وُنہٕ مسودٕچہ شکلہِ اَندر چھےٚ۔ مثنوی چالہِ پٮ۪ٹھ مرثی چھےٚ سیٹھاہ طویل تہٕ کربلاہک واقعہ چھُ تِمو پانٕہٕ پانٕہٕ بیان کوٚرمُت۔ زیٛنہ گیر کرِ غلام احمد ثاقب تہٕ ہَرل ہِندٕ وارکو سید غلام مصطفےٰ اشتہن تہٕ چھےٚ مرثیہ تحریر کرٕمٕژ۔ یِم دوشوٕے شاعر سپٕدی ۱۹۸۵ء یَس اَندر فوت۔

## مرثیہ ہِندی اجزاء

پرانہٕ طرزٕچین مرثین ہِندی اجزاے ترکیبی چھےٚ شمارس منز پانژھ۔ یِم اجزا چھِ برخاست، دُنبالہ، گَتھ، کرٕنچھ تہٕ نشست۔ برخاست دُنبالہ تہٕ نشست چھِ فارسی زبانی ہِندی لفظ، یِم چھِ بلکُل واضح۔ گتھ تہٕ کرٕنچھ چھِ کٲشرٕ لفظ۔ گتھ چھُ دراصل ہندی لفظ یہٕ "گت" یُس کانٛسہ مُستہٕ دِیہ ہَت یِمنٕک مطلب راگس مطابق نژُن گو۔ یتھ پاٹھو گتھ موسیقی ہِنزِ محفلہِ اندر گیون والین سیتو رقص کرُن وول یا رقص کرن والین چھےٚ آسان۔ سو چھےٚ اَکس خاص موقس پٮ۪ٹھ گیونس دوران رقص کران تہٕ امہ وِزِ چھِ گیون بوزن والی وجدس یِوان تہٕ تِمن پٮ۪ٹھ چھےٚ اکھ خاص کیفیت طٲری سپدان۔ بلکُل تِتھے پاٹھی چھِ مرثیہ پرنس دوران تِمہ وِزِ مرثیہ بوزن والی تہٕ پرٕنن والی وجدس یِوان، یِمہ وِزِ گتھ آسہ چلان۔ پتھ کانٛسہ

برۄنٛہہ کُس تام رِشتہٕ دار سٕندِس مَرنَس پیٹھ لیٚچھمٕژ۔ ناظمہٕ سٕنٛز اَکھ مرثیہ اَندر چھُنہٕ شہ زور بیان یُس آسُن گۄژھہ۔ اَتھ برعکس بُٹیلہٕ وہاب کھارٕنۍ یُہٕ ہے اَکھ ہٕیتہٕ وٕری برۄنٛہہ نوجوان نیٚچوٗ مُرِتھ گوٚو۔ تٕمۍ لیٚچھ اَکھ دل دوز مرثیہ تٕمۍ تھیٚکۍ اَکھ اَکھ مصرعہ چھُ پُر اثر۔ بظاہر چھےٚ یہٕ مرثیہ غزلہٕ ہٕندِس اَندازس منٛز تہٕ وہاب کھارٕن چھےٚ اَتھ اندر سۄ کیفیت ظاہر کٔرمٕژ، یۄسہ اَکِس گۄبرِ مٲلِس نوجوان نیٚچوٕ سٕندِس ہٕنٛگہٕ تہٕ مَنٛگہٕ مَرنَس پیٹھ سپدِ۔ کینٛہہ شعر چھِ اَمہٕ مرثیہٕ ہٕندۍ پیش:

شالہٕ مار باغس چھیر پوشہٕ نۄلو
سۄ نہٕ لانکھ وُچھنے نیر پوشہٕ نۄلو

وُلمنہٕ کھاے لیکھ ژولہم ترٲوِتھ
لیکھنہٕ کنہٕ نیٚتہٕ تھٔکم ہیر پوشہٕ نۄلو

وہاب کھار وانے زولِتھن نارے
زٲلِتھ تہٕ گوکھ نا سیر پوشہٕ نۄلو

مقبول شاہ کرالہٕ وارِس تہٕ پیو یتھےٚ ہشُے دوہ وُچھُن تہٕ تٕمۍ لیٚچھ مُسدس چالہٕ مرثیہ اَکھ رنگس منٛز۔ چھےٚ مقبول شاہ کرالہٕ وارِس مُسدس چالہٕ مرثیہ لیکھنس منٛز یِتہٕ اولیت حٲصِل۔ حاجی الیاس اُس ژرارِک روزن وول۔ تس اوس مقبول ناوِ نیٚچُو یُس سرینگر کیٚہ سٹیٹ ہٲی سکولس منٛز زیرِ تعلیم اوس تہٕ تس تہٕ گو سُہ نوجوٲنی اندر خُدایی مُنٛد داغ دِتھ اَمی سٕندِس مرنس پیٹھ لیچھ یتہٕ الیاسن وژُن فارسی منٛز زہ توٗہ مُن بنٛدن پیٹھ مُشتمل اَکھ مرثیہ۔

پیر عزیز اللہ حقانی ین کوٚر "روضۃ الشہداہس" کٲشرِ پاٹھۍ

اَکِس مرثیہ ہٕنٛزِ پَتٕھ چھپیرِ ہُنٛز چھےٚ دَنہٕ ہیچ درجہ بنٛدی۔ بانٛے موسیقیت گنٛڈِتھ۔ اَوَے چھُ مرثیہ ہنٛدین اجزا یے ترکیبی ین اندر شعر تسلسل بٕہیہ زیر و بم قائم روزان تہٕ یہ کنہ ہیٚکہٕ نہٕ لفظن ہنٛدِ ذریعہٕ ادا سپدِتھ۔ تہٕ کیا زِ اَتھ چھُ زیادٕ یہی مرثیہ بوزنس سیتھٕ تولُق۔

یتھ پاٹھو اَکِس چھپیرِ اندر پانٛژھ اجزا یے ترکیبی لازمی چھہ یتھے پاٹھو چھہ اَکِس مرثیہ اندر پانٛژھ حصہ آسان تِم چھہ حمد، نعت مدح، معجزہ تہٕ درد۔ حمد چھپیرِ منٛز چھہ اللہ تعالیٰ سٕنٛدی کمالات، اَتھٕنٛد بجر، شان، قدرت تہٕ تسٕنٛدی صفاتن ہنٛز بیان پیوان کرنہٕ۔ نعت چھپیرِ اندر چھہ امام الانبیاء محمد مصطفیٰ صلعم سٕنٛدی اوصاف، تمہٕ سٕنٛدی اخلاق تہٕ تِمنٛز خوبیہٕ ظاہر پیوان کرنہٕ۔ ترییمہ چھپیرِ چھہ مدح وَنان۔ اَتھ اندر چھُ شاعر مولا علی علیہ السلام سٕنٛز شجاعت، سخاوت تہٕ مختلف جہادن اندر تِہٕنٛزِ سرفروشی ہُنٛد حال وَنِتھ ناوان۔ ژوٗرِیُم حصہ گو معجزہ۔ اَتھ چھپیرِ منٛز چھےٚ تِمن معجزن ہٕنٛز نشان دہی پیوان کرنہٕ یِم جناب حضورن تہٕ علی علیہ السلامن وَنٕنہٕ آمٕتی چھہ تہٕ مرثیہ ہُنٛد پانٛژیُم حصہ گو درد۔ اکہٕ مرثی ہُنٛد سوز سے تُہنٛد لُب لُباب چھُ اَتھی چھپیرِ منٛز آسان تہٕ اَمی حصہ خاطر چھُ شاعر مرثیہ تخلیق کران تہٕ اَتھ حصس منٛز چھُ کربلا کین شہیدن ہُنٛد حال حضرت امام حسین سٕنٛز شہادت، تٕمیٚ سٕنٛدین عزیزن، بایَن تہٕ رفیقن ہٕنٛز سرفروشی سان شہید سپدُن اہلِ بیتن ہٕنٛدی مدینہ پیٹھٕ کربلا تام واتنک واقعات سفرٕچ تکلیف، کربلاہس منٛز قحطِ آب فراقس پیٹھٕ پابندی، یزیدی فوجک مظالم، شہادتک خونین منظر، مخدرات عصمتن ہُنٛد خیمہ ناد، شام [illegible] شہیدن ہنٛدین بدن پیٹھ ظالمن ہنٛدی گُرد [illegible]

پیچھٕ چھےٚ وقت طارِی سپدان تہٕ سنگ دِل کھوتہٕ سنگ دِل تہٕ اگر کانٛہہ آسہِ تیٚتھٕ رٕ اَچھو منٛز چھ ڈوٗرایہ اوٚش وسان۔ اوٚوے چھ امہِ حِصہٕ کین شارَن ہُنٛد تعداد بیٚین اجزاہن مُقابلہٕ وارِیاہ آسان۔ امہِ حِصکو شار چھ سیٹھا روان، آسان زبانِ منٛز تہٕ لفظہٕ ہٕندِ قسمکو آسان۔ یوٗتانۍ دوٚپ گژھِ یہِ ہُنٛد چھِ امیُک مطلب گو فرٕ یاد ڈیٚن۔ یہِ شار چھِ ذاکر گژھن زوٚن ونان تہٕ اَچھو مصرن یا شارن پیٚٹھ چھِ تیٚتھٕ فنکار آسنُک بے پناہ لگان۔ اکِس مرثیہ چھیپرِ اندر چھ یہِ جُز وزنہٕ سان اندٕ واتہٕ ناوُن۔ انتہائی مُشکل آسان تہٕ یوٗہے جُز گو اکہ مرثیہ ہُنٛد کلائمکس تہٕ امہِ پتہٕ جُز نشست گو اینٹی کلائمکس۔

پرٕ یِتھ مرثی چھےٚ کم از کم پانٛژن بحرن اندر تخلیق سپدان۔ یانے برخاستہٕ خاطرٕ چھےٚ اکھ بحر ورتاوُنہٕ یِوان تہٕ دُنبالہٕ خاطرٕ بیاکھ۔ ییٚتھے پاٹھۍ چھُ بیاکھ بحر گٕژھہ حِصہ کین شارَن ہٕنٛدِ خاطرٕ ژارنہٕ یِوان تہٕ امی طریقہ چھےٚ ژوٗرِم بحر گیٚرِ ہٕنٛدِ خاطرٕ تہٕ پانٛژِم نشست خاطرٕ۔ اکھ واقہ چھُ مرثیہ ہٕنٛدِس اکِس بندس منٛز بیان سپدان تہٕ مرثیہٕ ہٕندِس اصطلاحس منٛز چھ اَتھ بندس "چھیپر" ونان تہٕ اکِس مرثی اندر چھےٚ واریاہ چھیپرٕ آسان۔ اَتھ خاطرٕ چھےٚ نہٕ کانٛہہ تعداد گنٛڈنہٕ آمُت۔ مگر یہِ شرط چھ لازمی زِ پرٕ یِتھ چھیپرِ اندر گژھن پانٛژ حصہ اجزائے ترکیبی بنِتھ۔ یِتھٕ کٕنۍ چھ ویٚش کٔڈی چھ ضروٗری زِ پرٕ یِتھ چھیپرٕ ہٕنٛدِ برخاستُک قافیہ چھ گژھان آسُن ییٚتھے پاٹھۍ چھ پرٕ یِتھ چھیپرٕ ہٕنٛدِ دُنبالُک، پرٕ یِتھ چھیپرٕ ہٕنٛدِ گٕنٛڈُک۔ پرٕ یِتھ چھیپرٕ ہٕنٛدِ گیٚر بیٚہ ہُنٛد تہٕ پرٕ یِتھ چھیپرٕ ہٕنٛدِ نشستُک قافیہ تہٕ چھ گژھان آسُن۔ یہِ عروضی پابندی چھےٚ اکہ مرثیہ خاطرٕ سیٹھا ضروٗری۔

سیّد رضا، حکیم غلام رسول، تہٕ حکیم حبیب اللہ۔ سیّد صالح، سیّد تُراب تہٕ سیّد مُصطفیٰ اٰسۍ ورمُلہ (بارہمولہ) روزان۔ مُلا رحمان، خواجہ حسن بٹ خواجہ غلام حسین، مرزا ابوالقاسم، خواجہ محمد باقر تہٕ خواجہ محمد دائم اٰسۍ گنڈ خواجہ قاسم (ناگام) روزان۔ تہٕ سیّد رضا اوس سعدہٕ ڈاڈرۍ محلا قس اندٕ کھلوکامتس منز بسان۔ باقے مرثیہ نگار اٰسۍ سرینگرٕ۔ مرثیہ نگارن ہنٛدِ اَمہ دورُک اَوٕلی شمع اوس حکیم حبیب اللہ۔ یُس عام طور عرف حبہ صاب اٰسۍ وَنان۔ یہ اوس تعلیم یافتہ آسنہٕ کِنۍ سیٹھا ذہین۔ یوانُن گوو یہ پاگل تہٕ پاگل خانس منز لیچھم حبہ صابن "زندان" ناوُک مرثیہ۔ موجوٗدہ دورس منز یم شاعر اَکہ صنف کلامس آبیارِ چھِ کران تِمو منز چھِ سیّد محمد یحییٰ نگامی، سیّد حسن میر بحرین، مُلا محمد زوار پلوامی، مولوی سیّد حیدر جِگر نگامی۔ حکیم جواد تہٕ ڈب دو کرنٛیُک سیّد صادق شاہ گنڈرِ لنٛس قابلِ اَکہ ججار سیتھو اوس منشی محمد صادق تہٕ حکیم مہدی حسین تہٕ۔ مگر یم دوشوے صاحب سپدۍ ژور پانژہ ورِہۍ برونٛہہ فوت۔

ہم عصر شاعرو منز چھِ اکثر شاعر تُس فارسس منز مسدس مخمس ترکیب بند، ترجیع بند، مثلث، نظم تہٕ مثنوی حالہ مرثیہ لیکھان تہٕ باضابطگی سان یم شاعر اَکہ فنس بیٛیٹھ طبع آزمائی چھِ کران تِمو منز اوس تنہا انصاری شریف۔ ہنٛدِ وفاتہٕ برونٛہہ لیکھۍ تِمو بے شمار قطعات یمن اندر اہلِ بیتن تہٕ خاص کر کربلاکین شہیدن متعلق تِمو وینٛز پننہ جذبات پیش اٰسۍ کران۔ عبدالجبار خاموش تہٕ اوس مرثیہ لیکھان۔ ہم عصرن منز چھِ کامگار کشتواڑی، نشاط کشتواڑی، سیّد مبارک شاہ فطرت۔ غلام رسول کاوسہ، فاضل کشمیری، آغا سید باقر الموسوی

ییٚلہٕ پیٚٹھ شہیدن ہُنٛد ترٛین دوہن ڈولُن. کربلا پیٚٹھ کوفہ شہرس تہٕ کوفہ پیٚٹھ شہرِ شام تام اسیٖرن ہنٛد واتُن تہٕ ناوٕنکو تکلیف، اسیٖرن ہنٛز زندگی تہٕ قٲدخانہٕ کیٚن تکلیفن ہنٛدۍ واقعات بیان سپدان. یِمن مرثیہ اندر چھے حمد چ، نعت چ، مدح چ تہٕ موجزٕچ اکھ اکھ چھیر آسان. مگر دردٕ پیٚر چھے بانہِ ژٕ ترٛیٚشے تہٕ امہ کھۄتہٕ تہٕ زیادٕ آسان.

## بڈۍ بڈۍ مرثیہ نگار

تاریخی لحاظہٕ ییٚن کٲشُر مرثیہ ژٕھن دورن اندر باگراوِنہٕ. گوڈنیُک دور چھُ امیر کبیر حضرت میر سید علی ہمدانی ہنٛد یور ینہٕ پیٚٹھ ژکھ (چک) حکمرانن ہنٛدِس زوالس تام. دوٚیِم دور چھُ مغلن (مغلیہ) تہٕ پٹھانن ہنٛد ینہٕ پیٚٹھ سکھن ہنٛدِس دورس تام. ترٛیِم چھُ سکھن ہنٛد زوالہٕ پتہٕ ۱۸۴۶ء یس تام تہٕ ژوٗرِم دور چھُ مہاراجہ گلاب سنگھ سُنٛد عہدِ حکومتہٕ پیٚٹھ مہاراجہ رنبیر سنگھ سُنٛدِس پوٗت دورس تام مقرر کرنہٕ آمُت. امہ پتہٕ سپد قدیم طرزچ مرثیہ لیکھنُک رواج تہٕ طریقہٕ اکہ حسابہٕ ختم. سکھ دورس منز چھے مرثیہ نگٲری ہُند فن ییٚتہٕ عروجس پیٚٹھ ووتمُت تہٕ اَتھ دورس اندر چھے اکثر مرثیہ تخلیق سپزمٕتۍ. یِموٚ شاعرو اَتھ فنس منز کمال چھُ ہاوِمُت تِموٚ منز چھے سید صالح، سید تُراب، سید مصطفیٰ، مُلا رحمان، خواجہ حسن بٹ، خواجہ غلام حسین (حُسیہ بوسے) مرزا ابوالقاسم، خواجہ محمد باقر، قاضی احمد علی، خواجہ محمد دایم، حکیم محمد عظیم، حکیم عبداللہ، منشی شاہ محمد، منشی محمد قاسم، منشی محمد یوسف، منشی صفدر، منشی مصطفیٰ علی، منشی احمد علی، محمد عبداللہ انصاری، منشی محمد عباس، کاظم خان، احمد علی غازی، منشی احسن اللہ، منشی حسین علی، منشی حیدر علی، حکیم حسن علی

تہ تحقیقی مقالہ ئس چھپوو تہ کاشرِ پِھ مرثیین ہِنْد تاریخی پوٗت منظر، فارم تہ منفرد اسلوٗب سورُے کیتھہ وِہرِ ھنا دیو کھ۔ امہِ پتہ آیہ "الوش تہ آب" ناوِچ کتاب چھپاونہ۔ امیُک مصنف اوس پوٗہے حکیم غلام صفدر ییَس مُتعلق میٚ پتھ ہیٚیر کُنہ تذکرٕ کوٚرمُت۔ مگر تمہِ کتابہِ منز آیہ کینژن مرثیین ہُندی نموٗنے پاٹھی چھپاونہ۔ امہِ کس فارمس تہ ٹیکنیکس متعلق آیہ نہ وِہرِ ھنے کرنہ۔ یہ کتاب چھاپ سپدنہ پتہ تک گۄمہ وری چھیوو پتہ بوزنہ بڑ گا میکو سید محمد انیس کاظمی ین "کاشر مرثیہ نگاری" ناوِچ کتاب سنہ ۱۹۷۵ عیسوی منز۔ خیال اوس زِ کاظمی صاحبن یہ کتاب کرِ سعو کمی پوٗرہ ییمہ خاطر وقت تقاضہ اوس کران۔ مگر سہ نہ ہیوٚک یہ کتاب چھپاوتھ یہ ژھریر پوٗرہ کرتھ۔ تمو چھے سرسری طور کینژن مرثیین ہُندی نموٗنہ پیش کری متھ۔ تہ مرثیہ نگارن ہُندی ناو گنزرٲوی متھ۔ یِتھہ پاٹھی چھ یہ فن وُنہ تہ تحقیق طلب۔

## قدیم مرثیین ہُند نموٗنہ

اقتباس از مضمون جہانہ مُصنف مرزا ابوالقاسم۔

برخاست، ۱: خلقو مرگوٚے پادشاہ گرن گران ہنْد کاراہ، مرگ کرِ پاراہ مرگس نہ چاراہ۔

دُنبالہ۔ پرٛیتھ ذی حیاتس رژِ موت، اندر پرٛیتھ کمالس زوال کیہ آبادی خرابی۔

": مرگوٚے پادان داہ کھادان یِنہ ناد کمہ خانہ دادِ ہیے۔

": ییٚچس نہ کینہہ بکار رِوان، ییٚس نِوان تس یوان ناد ہیے

برخاست، ۲: امامہ یتھہ ییٚچھا خانہ، نبوٚتس کرن ماردارا، دُیتن نہ کانسہ

فارق بڈگامی، شاہد بڈگامی، مسجود سیلانی، غازی جلال الدین میثم، محمد زمان آزردہ، ابر ہاشمی، سید محمد رضوی، منظور ہاشمی، غلام علی گلزار، محمد یوسف فگار، مصطفیٰ طاہر، واحد پالری، غلام احمد نیازی شوکت انصاری تہٕ پتہٕ خاکسار شامل۔

محرم کین دۄہن لیکھن والین منز یم شاعر مرثیہ چھ لیکھان تمہٕ سٕتی طبقچ نمایندگی چھہ یم شاعر کران: محمد امین کامل، دینا ناتھ نادم، بنسی نردوش رحمان راہی، مظفر عازم، مرزا عارف، رشید نازکی، مشتعل سلطانپوری غلام نبی جوہر، جرار شریف، علی محمد شہباز، پریم ناتھ شاد، پیتامبر ناتھ در فانی، غلام نبی گوہر، تنہا نظامی، سعد الدین سعدی، محی الدین گوہر، محمد یوسف عاجز، عبد الغفار مجبور، غلام محمد غمگین، غلام محمد شاد ندیم تہٕ غلام محمد آجر۔

## مرثیہ نگاری پیٹھ کتابہ

کاشرین مرثین متعلق آیہ نہٕ از تام پیٹھ پاٹھی کانہہ تہٕ نمایندہ کتاب چھپاونہٕ تہٕ نہٕ آو مرثیہ نگارن ہند کانہہ تذکرٕ لیکھنہٕ۔ سنہ ۱۹۵۰ عیسوی منز تجود امیتک ذکر حبہ کدل سرینگر کو غلام صفدرن۔ مسود تیار کرنہٕ یتہٕ سوز تمو یہ اصلاح خاطرٕ تنہا انصاری مرحومس نش۔ تمو کرٕ تتھ مسودس دُرستی۔ مگر یتہٕ تور نہٕ فکرٕ زٕ حکیم صابن کیاز چھپاونہٕ یہ۔ البتہ چھپاوت تسندی اکھ قریبی رشتہ دار حکیم غلام حسین مخمورن "کتاب البقاء"۔ مگر کاشرین مرثین ہندین منفرد فارمس تہٕ امہ کس تکنیکس متعلق آیہ نہٕ تنقیدی آیس منز روشنی تراونہٕ۔ البتہ کرٕ یہ امہ کس ابتدایی کوشش تنہا انصاری مرحومن، ییلہ نمرہ گگریز رسالہ خاطر ۱۹۵۲ء منز اردو زبانی اندر مرثین متعلق اکھ تنقیدی

نشست ۔ یوسۍ اُس پنجتنن ہُنٛز ماتم دار کرٕکھ باندن سردار، اَمہ سِتھ سردار تیمہ مُنٛز ٲسی ۔

یہ چھےٚ قبرِ زینبِ کُبرٰی کھوٚتن تل چھس فضہ کنیز دٔیِس ہُنٛز خادمہ ۔

•

اقتباس از مضمون کتاب مصنف مُلا عظیم

برخاست ۲۱ ۔ تہندین پارٕ بے چکرن کرن کیاہ کوفکو بے کتاب

دُنبالہ ۔ ہیوٚر ہیکہ حقِ تألیم کٔشن زٕ چھو ہیکھ تعظیماہ

〃 لٔدو بتہٕ سرنیزٕ رحلن سبق شرُوٗع تہنٛدین جگر گوشن

〃 نیزٕ ہاتھ یزید وس شمرِ ذی الجوشن

برخاست ۲۷ ۔ دراید تہندٕ سے امام حسین حمایل کرٕتھ قرآن

کریان سعدس نوٚے خطاب

دُنبالہ ۔ بٔ چھس عالم پننس قضاہس چھُم رضا وتسلیماہ

〃 اماسیٚن سانے شانہٕ نازل قرآن عالمس چھےٚ روشن

سورۂ محمد گومت چھُوٕ نا تہٕ ہیہ گوشن

گنھ ۔ جانی یٔدٕ ہر باین دوہے وعظ یہٕ پانو گرگرے

〃 تمہ ہنٛز تہٕ حیف جوراہ نفاسے موٚ چھُو ز نیکہ میانہ نظرے ۔

گرٕنیکھ ۔ اَکھ چھُوٕ تہٕ میانی اولاد بیٚیہ کلام اللہ

نشست ۔ کمہ مذہبہ مارن میون ذونوٚ روا کمہ کتابہ ہُنٛز دِرا دیہ فتوٰی ۔

ننیشتہ ہارام کوڈنس اکھ بہار۔

ڈنبالہ۔ یہ گیتہ زانہ مرثیہ آفتاب زمین شاہ حسین رعدس بیلہ خزیری
علی اکبرنی شبابی۔

〃 کہ نی نہ تا قیامت ترتہ قیامت کنہ خانہ واد سے۔

〃 ساڑہو دردل نتہ غم خوار خونہ خزتہ تالہنو پانے والہنو شہید فرا سے

گنجہ عا۔ مرگوے پہ وطن کران مزار ڈولان وطن دار مرگوے چھو
پیپٹ وتن ساوانے۔

〃 یتہ سمسارس ہرکس اتہ تکہ مرگس اما بینے چھو بائے دو طوفانی
اتھو بائے مرگس گو بس جناب زینبس بیلہ ہارہ ہس بامے جانے۔

〃 تہمہ زنگہ ہول گنڈرہ ہتہ بائے مرگس ودہے سہ بکس ذمنت
اسہو زمن گرشہانے۔

کہ تکھہ۔ چھو لیکھان عسرتھا جبی رو ایتھا مسّے کربلا و شام سفرے۔

〃 اوس شاہہ نیرا کھ نخلستان اسہ اتھو منز کربلا و منزلاہ۔
وچھو صاحب درداہ ودان پیپٹ اکس قبرے
ارٹیم منزہ داپہ بشنز دتہ شہ قاری قرآن تلاوت کرے۔

گھہ۔ دو چھو بیلہ پران کلام کرہ مس سلام دکم جواب فصیح شفا صلو

〃 سید تہ ہمکلام دو تہ چھے شاہ شہ سلام ہے

〃 ڈومیس زنہو مار پہ بینتہ چھنہ مقبراہ نومہ نہ قبر کشنز گیہ
تراونہ لوگ اوش نے کولو۔
بورتہ ہابش دید اسہو قابہ زمین بابہ شاہ دین ، نہ ہشنزے
نازنین چھنے یتہ میز تلو۔

معشوق آسُن تہٕ تمہٕ وِسہ پہلہٕ خود ایس تام واتُن اُس یِمہ اَکِس عٲلِمس
بُزرگس، شاعِرس تہٕ دِلہٕ وٲلِس فخرٕچ کتھ باسان۔

وَنِتھ ہیٚکو زِ "مثنوی" چھِ مُسلسل نظمہٕ وَنان یتھ پٕرتھ
شارس اَکُے قافیہ چھُ آسان تہٕ پٕرتھ شارہ پتہٕ قافیہ بدلان چھُ۔ تۄہے
چھِ اَتھ "مثنوی" یانے "زٕ زٕ کَرنہٕ آمٕت"، یا زِ جُفتہ خفاوت وول (چیز)
وَنان۔ یتھ تہٕ ادبس سیٚتھ کم زیادٕ دلچسپی تہٕ کم کاسہٕ آسہِ ژھ شوٗد بوزٕ آسہِ زِ لفظ
"مثنوی" بوزتھ چھُ تس ذہنس منز اَکھ خاص تہٕ مخصوص قسمُک (اَدٕ ژھین)
نظمُک تصوُر یوان ییٚمیُک کیٚنہہ اس سیٚٹھا وسی تہٕ کُشادٕ چھُ تہٕ ییتھ منز
شاعِر کانٛہہ تہٕ تواریخی، اخلاقی، تمدُنی، سماجی، تصوُفانہٕ قِصہ، فلسفیانہٕ
کتھ، واقعہ، منظر کیفیتھ بیٚتر نظم کرِتھ ہیٚکان چھُ۔ اَحسن مارہروی
چھِ اَتھ مُتعلق وَنان:

"جذباتِ انسانی، مناظرِ قدرت، تاریخی واقعات جس
خوش اسلوبی اور روانی سے مثنوی میں سما سکتے ہیں ان
کی اتنی گنجایش کسی صنفِ سخن میں نہیں۔ زندگی کے
تمام سوانح رزمیہ ہوں یا تاریخی، عشقیہ ہوں یا اخلاقی
فلسفیانہ ہوں یا افسانوی — غرض کہ تخیل کی کھپت
مثنوی میں ہوتی ہے۔"[۱]

پٕرتھ شارس پتھ نوٚو قافیہ آسنہٕ کنہِ چھُ شاعِرس صرف زٕ قافیہ
اَکہِ ویزِ ژھانڈٕنی پیوان۔ قافیک قاعدٕ نہ آسنہٕ کنہِ چھےٚ اَتھ منز کانٛہہ تہٕ

---

(۱) مقدمۂ کلیاتِ ولی۔

# کأشِرِ لولہٕ مثنوِیہ

(محمد احمد اندرابی)

پرٛتھ دورُک ادب چھُ پننہٕ دورُک عکس ہیوُتھ آسان۔ ییمہٕ ادبی صِنفَن یا ہیٔتَن اَکھ زمانس منز چلِتھ جاو آسہٕ رٕوَمتۍ تمیُک عکس تہٕ پۄر پۄر نقش چھُ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ جایہٕ جایہٕ تمہٕ ساری سے ادبس منز نُنہٕ تہٕ ٹاکارہٕ پأٹھۍ درٛینٛٹھ گژھان۔ یِتھۍ نقش چھ کُنہٕ تہٕ ادبہٕ چہ داخلی شاعری کھوتہٕ بیانیہ شاعری اندر زیادٕ واضح تہٕ نُنۍ آسان۔ مثنوی چھےٚ بیانیہ شاعری منز سارِنٕے سرِس تہٕ اَکھ منز چھ یِتھۍ چیز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وُستلیہٕ ہیکان بکیانہٕ آمیُک دامانہٕ چھُ کُشادٕ۔ مثنوی منز چھِ اَکِہ دورٕکۍ ذیہنی، سماجی تہٕ معاشی زندگی ہندۍ تاثرات سہل پأٹھۍ وُچھنہٕ یِوان۔ یۄدوَے زَن فارسی، اردو تہٕ کأشرین مثنوین سام ہنہ یہ اَکھ کتھ ییہ وُچھنہٕ تہٕ وُنہٕ کُن زیہمن زٲنین منز چھےٚ لولہٕ مثنوی زیادٕ تہٕ یِمن منز چھُ کُنہٕ کُنہٕ تصوفُک رنگ تہٕ۔ اَمہٕ چھُ اَکھ خاص وجہ یہ گو یہ زِ تصوف اوس تمہٕ زمانہٕ شاعری ہُند بۄڈ بارٕ عُنصُر تہٕ محرک تصویہہ جمع یاد چھےٚ عشقس پیٹھ۔ شوقُس تہٕ پاک لولہٕ داستان وَننہٕ اُس تمہٕ زمانہٕ اخلاقی نظرِ سٕتۍ کھوٚٹ۔ ماشوق اوس تیٚش پأٹھۍ مرد آسان، اڑٕ کی بڈۍ صوفی، بزرگ بیترِ اُسۍ اَتھ نتیجہ پیٹھ پکان تہٕ پنُن کلامہٕ وَنان۔ مرد

بحرِ رمل مسدس، بحرِ خفیف اور تقارب' ان ہی چار بحروں میں لکھی گئی ہیں۔ کشمیری شعراء نے بھی (باستثنائے سوامی پرمانند) مثنویاں ان ہی بحروں میں لکھی ہیں۔" ؎

یِتھ وَے زَن "مثنوی" عربی زبانٕکۍ ہُند لفظ چھُ۔ امیُک مطلب چھُ اکھ صِنفِ موزُنت یَتھ اَکہ شعرٕچ کینژھہ نہ لیوکھ بیشبلی نعمانی چھُ رچن، مثنوی ہُند بیٚش رۄمان یُس اکہ شعرس چھِ اَزہمِینہٕ تہٕ مُسلسل پاٹھۍ واقعات نظم کرنہٕ یِوان۔ عربی یَس شعرٕچ مثنوی آیہ کامیٛتہ زیٛچھ تخلیق۔ علامہ غلام علی آزاد بلگرامی چھُ "مظہر البرکات" ناوٕچ اکھ عربی مثنوی ہُند پیٚ وَنان۔ امہِ علاوٕ چھُ بٔیس ترِین زحمتہٕچ مثنوی ہُند نۍ نیب یِوان یِمہ زَن فارسی مثنوی تقلید کران کینژو (غار معروف) شاعرو لیچھہ مرثیٚ چھٕ۔ سانہِ بایَتھ چھٕ مثنوی ایرانک دُنیت۔ رُودکی چھُ فارسی زبانٕکۍ ہُند گوڈنیُک باضابطہ شاعر مانہٕ یِوان۔ امی چھٕ کینہہ مثنوی لیچھہ مرثہ۔ یِمہ ہِنزٕ کینہہ شارٕ وٕنہٕ تہٕ موٗحفوٗظ چھٕ۔ مثنوی چھٕ فارسی یَس شعرٕ جہار لبان۔ شاہنامہٕ فردوسی، بوستان سعدی سکندر نامہٕ نظامی، یوسف زلیخا، شیرین خسرو، سام نامہ، جنگ خاور تہٕ مثنوی مولانا روم بیتر چھُ امیُک زندٕ ثبوٗت۔ امیُک کینہہ لوکھ چھِ وَنان ز مثنوی ہُنز آغاز چھُ ۸۵۰ (ق۔م) یَس شعر ہیٚو یونانُک منسن یُس پیٚلہِ زَن ہومر ؎ ایلیڈ بیتر لیٚکھتہ اَکھ صنفس دِس تُلان چھُ۔ ہمہ وِشیٚنہٕ امہِ مثنوی ہُند رۄنہ چھُ سیٚٹھاہ کھوٗد تہٕ اَتھ ادبی ختم یتہ

---

گیری زبان اور شاعری، جلد ۱
؎ تاریخ مثنویاتِ اُردو — از جلال الدین احمد

زیٛنہٕ کھوتہٕ تہٕ زیٛنہٕ داستان بیترِ نظم سپدتھ ہیکان۔ مثالہٕ پاٹھؠ نمون شاہنامہ۔ ۶۰ ساس شار، الف لیل۔ ۴۲ ساس شار۔ اگر شاعرس فنس پیٹھ عبور آسہ تس چھُ مثنوی منز نثرُک ہیوٗہ تسلسل ورتاوُن وارٕ اچھُک۔ ماننے گوٚو نہٕ ہرگز یہٕ زِ مثنوی منز کیا چھےٚ محض قافیہ بندی ہنز گنجایش۔ قصیدٕ، غزلہٕ تہٕ مرثیہ مقابلہ چھُ امیُک موضوع ہمہ گیر تہٕ لا محدود۔ اکہ سے مثنوی منز چھُ جنگ جدل تہٕ حسن عشقُک باتھ تہٕ نصیحتھ تہٕ آسان۔ ہیم ساری چیز پٔتی تہٕ جان پاٹھؠ ورتاونہٕ باپتھ چھُ فنس پیٹھ عبور آسُن شرط۔

کُنہ مثنوی ہنز کامیابی چھےٚ یتھ کتھ پیٹھ منحصر کر تہٕ لیوان زامہٕ کین شارن چھا اکہ ہانکلہ ہندی پاٹھؠ گرٛہ گنڈ یا یمن گنڈن چھا اکھ اکس سیتھ واٹھ۔ ڈلیلہ ہنز بنیاد (یانے پلاٹ) گژھن چھُ تہٕ یہ چھا چُست۔ ڈلیل ما چھےٚ بلہ زیٛٹھر اوٚنہٕ آمژ یا واقاتن ما چھےٚ خامخاہ طول دِنہٕ آمُت۔ یمن کردارن اندی پکھ تہٕ دلیل پکان چھےٚ تم چھا زُو دار تہٕ زندہ یوس باسان، یمہند کلام چھا دلچسپ۔ وزن تہٕ بحر چھا ٹھیک۔ مثنوی چھےٚ ییژ پاٹھؠ یمن ستن بحرن منز لیکھنہٕ آمژ۔ (۱) متقارب مثمن مقصور یا محذوف (۲) ہزج مسدس اخرب محذوف (۳) ہزج مسدس مقصور یا ہزج مسدس اخرب مقبوض (۴) خفیف مسدس مقصور (۵) رمل مسدس مقصور یا محذوف (۶) سریع مسدس تہٕ متقارب مثمن اثرم مقبوض۔ کاشرِ مثنوی ین منز چھےٚ ہم ساری بحر۔ عبدالاحد آزاد چھُ وَنان زِ لولہٕ مثنوی یہٕ چھےٚ عام پاٹھؠ بحرِ ہزج مسدس منز تہٕ رزمیہ مثنوی یہٕ بحرِ متقاربس منز لیکھنہٕ آمژ۔ "مثنوی بلحاظ بحر فارسی مثنویاں عموماً ہزج مسدس

کشمیری شاعر بھی عشقیہ مثنویوں میں سراپا، جشن، شادی، وصل و ہجر اور غم و شادمانی کے واقعات لکھتے وقت طبیعتوں پر خوب زور لگاتے ہیں۔ فارسی استاد عشقیہ مثنویوں میں وصل و زفاف کے واقعات کے مرقعے جن الفاظ میں کھینچتے ہیں کشمیری شاعر ہجویات میں بھی ویسی باتیں زبان پر نہیں لا سکتے۔"

"یہ کتھ اکھ کُنہ تہ اُردو تہ اگر وچھو کأشرِس شعرس منز چھِ نوعیتہ مثنوی رنگہ رنگہ جان سرمایہ۔ رزمیہ، عشقیہ، بیانیہ، طنزیہ، مزاحیہ تہ دعائیہ مثنوی چھے سائنس مثنوی سرمایس منز موجود۔۔۔ اکھ تہ چھ کینہہ وجوہات۔"

بقول عبدالاحد آزاد[125]:

"جب کشمیر میں فارسی کا غلغلہ بلند ہوا تو یہ زبان رسل و رسائل کا ذریعہ بنی۔ یہاں فارسی درسگاہیں قائم ہوئیں۔ فارسی زبان کے جنگ نامے شاہنامۂ فردوسی اور سکندر نامۂ نظامی ان درسگاہوں کے ٹیکسٹ بک رہے۔ ان دو ہمہ گیر جنگ ناموں نے عام لوگوں کے رزمیہ مذاق کو ابھارا۔ عشقیہ اور صوفیانہ شاعری کے شیدائی ملکہ حبہ خاتون، خواجہ حبیب اللہ اور خان بدخشی کے کلام سے اپنی پیاس بجھاتے تھے لیکن رزمیہ مذاق کے عوام کی طلب فارسی داستانیں نہیں بجھا سکتے تھے ان میں اس کا بے پناہ انتظار پیدا ہوا۔"

---

۱۲۵ کشمیری زبان اور شاعری۔

چھِنہٕ اَز تہٕ برابر قائم ۔ یورپی اَدبس منٛز تہٕ چھےٚ کُنہٕ کُنہٕ کاشہٕ مثنوی نظر گژھان ۔ جنوٗبی فرانس چہ ہپتہٕ کالچہ زبانٛی منٛز چھےٚ ترٛیشٔے لولہٕ افسانہٕ مثنوی آیہٕ نظم کرنہٕ آمٕژٕ۔

1. Roman De la Rose.

2. Aucassin et Nicolette.

3. Tedilus and Criseyde.

جرمنی ہٕنٛز قومی نظم "Der Nebelun Goulied." تہٕ چھےٚ اکھ مثنوی ۔ انگریزی ییس منٛز چھےٚ چاسرنٛز "کینٹربری ٹیلس"۔

کاشرس منٛز چھےٚ مثنوی فارسی تہٕ اُردو پیٹھ آمٕژ ییتہٕ پائٹھی زن نعت، منقبت، غزل بینٛن آیہٕ ۔ یہٕ صنف سونٛین چھُ یتہٕ تہٕ کینٛژھا اَتھہٕ شرہٕ بانہٕ چھُ آمُت یتہٕ چھُ تقریبن دوہ زٔمے ۔ اُسلوبٕک تہٕ مثنوی نمون نسخہٕ چھُ آگُر کاشہٕ نتہٕ کاشہٕ فارسی یا اُردو مثنوی کینٛہہ مثنوی چھےٚ بلکُل فارسی مثنوی ین ہُنٛد کاشُر ترجمہ ۔ بیٛن مثنوی ین ہٕنٛز قصہٕ ، ماحول تہٕ طرز بیٛتھ کردارن ہٕنٛدی ناو تہٕ انداز تہٕ چھُ سُے ۔ بوٗنٕے بوٗت تہٕ زبان تہٕ چھےٚ ناوٕ بایتھ کاشُر کاشرین مثنوین پیٹھ پننٛ راے دِوان چھُ عبدالاحد آزاد لیکھان:

"کشمیری میں مثنویاں اکثر عشقیہ ہیں یا رزمیہ اور قریب قریب سب کی سب فارسی اور اُردو عشقیہ اور رزمیہ داستانوں کے منظوم ترجمے ہیں۔ فارسی شعراء کی طرح

---

۱ اُردو مثنوی شمالی ہند میں ۔ ڈاکٹر گیان چند جین۔

شاعرن منز آو امیُک شوق پادٕ کرنہٕ۔

کٔشیرِ منز کرِ چھ امہ صنفس گوڈ لاگمت؟ امہ متعلق چھ شیقہ پاٹھو کینہہ وَنُن مُشکل۔ علی جواد زیدی صاحب چھ امہ متعلق لیکھان:

"افغانوں کے زمانے میں کشمیری کے احیاء اور کشمیری کے بہت سے ادیبوں اور شاعروں کا ادبی سٹیج پر جلوہ گر ہو جانا کشمیری ادیب کے بلوغ کی ایک علامت ہے۔ اس دور میں تمام اصناف سخن پر طبع آزمائی ہوئی ہے۔ جن میں مثنوی، قصیدہ، غزل، نعت، مرثیہ، شہر آشوب، ہجو، تاریخ، قطعہ، نظم، رباعی وغیرہ سبھی شامل ہیں۔"

یمیس اکس جایہ امہ کتھہ واشکٔہ کڈان چھ زیدی صاحبٕ لیکھان:

"انیسویں صدی کے آغاز میں جب نسبتاً بد امنی اور انتشار کم ہوا تو تصنیف و تالیف کے نئے میدانوں کی طرف بھی توجہ ہوئی۔ عاشقانہ اور صوفیانہ غزل تو پہلے بھی لکھی جاتی تھی۔ لیکن طویل بیانیہ تخلیقات کی طرف پہلی بار باقاعدگی سے توجہ ہوئی۔ اس کام کا بیڑا ایک وقت کئی شعراء نے اٹھایا۔ اس دور میں سب سے پہلی رزمیہ پرکاش رام کی "رام اوتار چرت" ہے جو کشمیری رامائن کا مرتبہ رکھتی ہے لیکن دوسری مثنویاں جو لکھی جانے لگیں وہ زیادہ تر عشقیہ اور صوفیانہ تھیں۔ محمود گامی کی "شیریں خسرو"، مقبول کی "گلریز"، ولی اللہ متو

---

۲۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ ج ۲، مقدمہ

فارسی ہیک اثر تہٕ رۄسوٗخ کم گژھنس سیتی ہیوٚت سانیو شاعرو فارسی ہیک مثنوی سرمایہ کاشرِس منز پھیرُن تہٕ کیٚنژن صورتن منز یِمن مقٲمی رنگ تہٕ یتیٚک ماحول دِیُن۔ کینہہ مثنوی چھےٚ بلکُل تقلیدی تہٕ اٰمہ چیزَن تہٕ دِیت کاشرِس پوٚچھر تہٕ سائنس ادبی سرمایس کوٚرُن ہُرہ۔ ترجمن ہِنٛز اہمیت متعلق چھہ علی جواد زیدی لیکھان۔[1]

"ترجموں کا ایک دور ہندوستان کی ہر زبان پر گزرا ہے بلکہ تقریباً دنیا کی ہر زبان کو اس مرحلے سے گزرنا پڑا ہے۔ جب متوسط طبقے ابھرتے ہیں اور علم و تہذیب کی اجارہ داری متزلزل ہوتی ہے تو ترجمے اس کی پہلی نشانی بن جاتے ہیں ایسے تاریخی موڑوں پر تہذیب ترجمے سے زیادہ کچھ پیدا نہیں کر سکتی اور یہی کشمیری میں بھی ہوا۔ یہ کوئی پسندیدہ رجحان نہیں تھا۔ اگر کشمیری ادب میں یہ دور نہ آتا تو زبان آج ایک اہم بولی ہوتی، زبان نہ ہوتی۔ آج جو یہ ہندوستان کی اہم قومی زبانوں کے دوش بدوش کھڑی ہے تو اس میں ان ترجمہ کرنے والوں کا بڑا حصہ رہا ہے۔"

بیاکھ بوٚڈ وجہ چھےٚ یہ زِ اوٚنہ تام اوٚس کشمیر غاٗرہ مُلکی حاکمن تل یِہ چھےٚ اکھ حقیقت زِ فاتح چھِ پننہ وۄنہ مقٲمی زبانن دباوان آمٕت تہٕ پننہ زبانن پھیرِ دوان رۄدمٕت۔ فارسی عام آسنہٕ کنہٕ اوٚس فارسی ادبک شاہکارن لوکن پسند تہٕ یہی کنہٕ تہٕ آے تمن کاشرس منز پھیرنہٕ تہٕ

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد مقدمہ

وغیرہ کو اپنی زبان میں نظم کیا۔"

پرکاش رام بٹ چھُ محمود گامی سٕندِ ہم کال اوسمُت۔ یہ کتھ چھےَ معلوٗم تقریباً یَس ہٕنٛدِ بو تس وأنۍ ہرشار "رام اوتار چرِت" چھےَ محمود گامی سٕندِ "شیرین خسرو" پتہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ تہٕ یمہِ کنہِ چھُ مثنوی لیکھنس محمود گامی بٕنٛدِ اوس مُلان۔

ساریٛن لولہ مثنوِیَن منٛز چھُ پیٚتھ یا اکھ کُنہِ فارم تہٕ کُنہِ فارمولا موضوع یا اکھ اوس قصہ (پلاٹ) یہ آسان ز کانٛسہ ملکس زبانی تاریخ بۆزِتھ یا طوطہ بیترِ سٕندِ زبانی یا پانہ وُچھتھ اوس کانٛہہ شہزادہ، رئیس یا وزیر زادہ، یا کانٛسہ بڈس بادشاہ سٕند فرزند کانٛسہ شہزادی، رئیس زادی یا وزیر زادی ہٕنٛز کانٛسہ نازنینہ ماہ جبینہ پیٚتھ چھلہٕ اسان گژھان۔ قصہ بروٛنٛہ پکناونہٕ باپتھ اوس شاعر منٛز قصہ سوٗد وودِ مُشکلہ ہچاوان۔ شاعر اوس (پانہٕ تہٕ) پریٛن والیس بڈین بڈین خیالی باغن بیترِ پھیراوان تہٕ سال کرناوان تہٕ یمہِ کنہِ تفریح مُہیا کران۔ یہ وودِ زن ہیروٗس کانٛسہ ہمیشہ مُلاکھ عشوٗرگار ہتہ ییچ تیمہ باپتھ اُسی بالہ فطری کردار (چھُ دیہ پیٚتھ بیتر چامنز) تہٕ اوس لازمی ز ہیروٗ پھیرن گژھی سپدِ شریف، حشمپن، گاٹُل تہٕ دِلدار آسیٚنۍ۔ تیمن اُسی ساری اِنسانی وصف تہٕ صفتہٕ آسان۔ بچہٕ ژگہ مُہمہ سر کرِتھ تہٕ پیٚتھ ہینس ژھنٛڈِس ژٕنہِ رکھہ کرِتھ تہٕ کلس گنٛڈِتھ اوس یمن وصال سپدان۔ وصال گژھو تہٕ شاعر تیمس حمد پران۔ پرن والین (تہٕ پانس تہٕ) دُعا یہ خاطرا کرِتھ طہ ژھوٚٹراوان۔

از پیٚلہ اُسی مثنوِیَن پیٚٹھ بحث کران چھِ تہ یمن باساموٗ ہوان چھہ،

کی ہی دال ناگراے ہو یا رمضان بٹ کی "اکہ نندن" سب اسی صنف میں آتی ہیں"۔

سائی بیشتر محقق چھ یتھ کتھ پیٹھ متفق زِ کاشرِس منز مثنوی ہیکھنس چھ باضابطہ پاٹھو محمود گامی یَن دس تُلمُت۔ آغا پوز علی جواد زیدی چھہ گفت چھہ زِ گوڈنیچ رزمیہ چھپنے پرکاش رامن لیچھ مثنوی ادتار گرشتن رہبر چھپ تِ تِشند ناوے ہیوان۔ شہ چھ دنان: "اتھ تیمہ سایر دپے لکھو پرانہ اول لپہ اپیلہ (مثنوی) ہنند پے میؤلمت چھ، سہ چھپنے محمود گامی یُن "شیرین خسرو"۔ محمود گامی چھ کاشرِس منز مثنوی ہنندس صنفس دس تُلان۔ یہ مثنوی چھپے اُمو ۱۸۰۵ ادیس منز لیچھو مُژ۔[۱]

| | |
|---|---|
| غلام درگہش محمود گامی | ہزاران رحمت حق بر نظامی |
| بہ عمر و دولت خود شاد باشد | ملک چوں شاہ در شہباد باشد |
| بہ کشمیری زبان گفتیم خوشتر | بروز چہار شنبہ ماہ صفر |
| گزشتہ ہجرت سردار عالم | ہزار دوصد بد از یکی کم ۱۱۹۹ (۱۸۰۵ء) |

غلام نبی خیال لن تہ چھ یتھے ہیوہ خیال پیش کرِ مُت۔ شہ چھ لکھان

"بزمیہ مثنویاں کشمیری شاعری کے تیسرے دور سے تعلق رکھتی ہیں جو محمود گامی سے شروع ہوتا ہے۔ محمود گامی اس صنف کے پیش رو ہیں"۔...... "محمود گامی کا نام اس لحاظ سے ہماری ادبی تاریخ میں ایک خاص اہمیت کا مالک ہے کہ اس نے سب سے پہلے مثنوی کی صنفِ سخن کو کشمیری میں متعارف کیا اور فارسی کی چیدہ مثنویاں مثلاً شیرین خسرو، لیلیٰ مجنوں، یوسف زلیخا، قصۂ ہارون رشید اور شیخ منصو

---

[۱] کاشر ادبچ تواریخ۔

زیٚہنٕز موجوٗدگی چھےٚ بلۍ ژکیانہٕ ازٕ چھہ آسہ دوٚیمہ وسیلہ نظرِ تَل۔ ہم کردار چھینہٕ سہ امہِ مثنوی ین منٛز محض دِل بہلائی باپتھ۔ یا مثنوی چھینہٕ بجایہ خود تحریک یا دل بہلائی ہُنٛد ساماں۔ مثنوی چھینہٕ تفریحہٕ باپتھ لیکھنہٕ آمژ۔ یمن اوس ییٚژ کینہہ اکھ اخلاقی پہلو تہٕ۔ ہیروٗ سُنٛز کامیابی اُس حقچ تہٕ پزرچ فتح تہٕ کامرانی۔ دشمن اوس ایمانہٕ کرِ کاشہ نیشہ چھلہٕ تہٕ اوس شرک علامت۔ ظُلمس مقابلہ کرُن، اپزِس برونٛہہ کنہ نہٕ نمُن، پننہ لفظہٕ باپتھ کلہ دِیُن یا وعدٕ وفائی کرٕنۍ۔۔ یمن کتھن منٛز باوتھ چھےٚ کاشرین مثنوی ین منٛز تہٕ فارسی تہٕ اُردو مثنوی ین ہُنٛدی پاٚٹھۍ۔

مثنوی یوٚر نگویس تہٕ سرمایہ کاشرِس منٛز موجوٗد چھہ تتھ پیٹھ کتھ کرنہٕ برونٛہہ چھُم یہِ عرض کرُن زِ مےٚ چھہ گژھان مشہوٗر مثنوی گوشاعرن ہُنٛد ناو ہیٚوٗ تمت۔

محموٗد گامی: شیرین خسرو، لیلیٰ مجنوٗن، یوسف زلیخا، قصہٕ شیخ صنعان، محموٗد غزنوی، قصہِ ہاروٗن رشید، پہلی نامہ تہٕ یک حکایت چھےٚ محموٗدٕنۍ مثنوی۔ محموٗد گامی ینٛزن مثنوی ین پیٹھ تبصرٕ کران چھہ عبدالاحد آزاد لیکھان:

"ماخذ اور ترتیب و تدوین کے لحاظ سے محمود کی مثنویاں تقلیدی ہیں لیکن ان کو تقلید محض نہیں کہہ سکتے۔ وہ فارسی داستانوں کے منظوم ترجمے بھی نہیں کہلا سکتے۔ وہ ان داستانوں کے منظوم خلاصے اور آزاد ترجمے ہیں۔۔۔۔۔ طبیعت اُکتا جاتی ہے تو تبدیلِ ذائقہ کے لئے داستان میں گیت جوڑ دیتے ہیں۔ جذبات کی عمومیت، سلاست اور

اَسہِ چھےٚ وۄنۍ تِہِنٛدۍ نیٚچھہٕ وَنیٚچھ کیٚنٛہہ بِلکُل مُشراوان۔ مثنوٕیَن ہُند سارۍ
ہیٚنہٕ وٕز چھُ مٕتۍ بٲساں زِ تَتھ دورُک ماحول، حال تہٕ ہیٚتر گژھن اَچھن
تَل روزٕنۍ۔ جدید دورس منٛز آیہٕ یِمہٕ شٲیری بارَس اَمہِ سٕعوا اَسہِ
تقلیدی۔ فارم، مضمون ہیٚتر اَسہِ گٔنڈِتھ۔ اَمہِ پٮ۪ٹھ یِتھہٕ وقت نِم حالاتھ،
تِمہٕ وَقتُک عقیدٕ، ہیٚتر نظرِ تَل تھٲوِتھ۔ اَسہِ ہیٚکو نہٕ تِمَن اَز یِتھ کرِتھ اَگہ
اَکھ دورس منٛز یِمَن نثرٕکۍ اَدب دٲستانَن تہٕ دلیلَن ہِنٛدِس حِصَس
منٛز موجود چھےٚ، سُہ تہٕ چھُ اَمۍ اَمانہٕ۔ شٲیرِس کیاہ تہٕ دوست طاقتن ؟ اَکھ
دورس منٛز اَسہِ جِنَن، دیوَن، پٔریَن ہیٚتر ہیوٚت لُکن مُکمل پٔزھ ——
تِم سعدہٕ تہٕ دربَدر تہٕ بَدر لاگِتھ تہٕ دِتِھ کٔن یِمَن یا ہیٚنہٕ کُنہِ مُشکلہِ منٛز ہرگاہ
اَسہِ مذہبی عقیدٕ تِمو کٕنہٕ تِم تہٕ چھےٚ اَکھ لَو پھٔر دوان۔ یِمہٕ اسرائیلی ہِشَرن
کتابَن منٛز چھُ حضرت سُلیمانؑ تمام جِن ذٲتَن، کٮ۪مَن کتہٕ لُکَن پٔرِنٛدَن
چرِنٛدَن ہیٚتر حاکم تِمہٕ منٛز اَکھ (بلقیس) چھےٚ اَکِس پٔری ہِنٛز کۄر،
یانے تس چھےٚ پٔری زادٕ نیٚبہٕ —— !

ہومرُن نِژن تصنیفن منٛز چھےٚ پٔریَن تہٕ دیوَن ہِنٛد ذِکر، شیکسپیرن
چھُ پٔرکہِ علاوٕ مُختلف قسمن ہِنٛدہِ عجیب تہٕ غریب مخلوق پیش کٔرمٕتۍ۔
سانیٚن مثنوٕیَن منٛز چھِ جِن، پٔری ہیٚتر غلط مَلط کَتھہٕ۔ اَز تہٕ ہرگاہ
پانس اَندر یِکہٕ لُکن پٔرزھہٕ یا تہٕ ہیٚکو کانٛہہ تِمٮ۪ہ چھےٚ تم یِمَن تہٕ جِنَن، پٔری
ہیٚتر ہیٚکہٕ پٔزھہٕ چھےٚ —— ؟ ہرگاہ مثنوٕیو منٛز تہٕ حقیقہٕ کتھہٕ پیٚیہِ تہٕ
روزٕنۍ نِیَن والیس کتھ کانہٕ دِلچسپی۔ بالا فطری طاقتہٕ چھہٕ نہٕ صرف
مثنوٕیَن ہِنٛدین کِردارَن مُشکل کرِتھ دوان بلکہ چھُ کُنہِ کُنہِ رقیب تہٕ
یِمَو کِردارَو سیٖتۍ چھُ پَرن وول اَشتِیاقَس ہران۔ اَز ہیٚکو اَسۍ یِہ وَنِتھ

مثنوی منز ییتھ کتھ کران ؎

بجز اہلِ دلان نو کانٛسہ مونٛے

ونُن میونے ظریفن وینہ دونے

عزیز اللہ خان چھے عشقُک ستور

عزیزٕن سوز بوزِتھ گژھان شور

مثنوی ہُند طرزِ بیان چھُ سادٕ۔ پلاٹ محمود نہٕ کھوتہٕ کھسِتھ۔ واقعہ بیان کرنُک انداز تہٕ منظر نگاری بیترِ تہٕ جان۔

پرکاش رام بٹ۔ "رام چرت" چھے اَمِنز رزمیہ تہٕ شاید کاشرِ گوڈنیچ رزمیہ۔ آزاد چھُ وَنان زِ "پنڈت پرکاش رام بٹ نے مثنوی "رام او تار چرت" بحرِ ہزج مسدس میں لکھی ہے۔" تہٕ علی جواد زیدی [illegible] لکھان چھُ زِ "...... پہلی رزمیہ پرکاش رام کی "رام اوتار چرت" ہے جو کشمیری میں راماٸن کا مرتبہ رکھتی ہے۔" اَمِچ اہمیت چھے مُسلمہ۔

سیف الدین تارہ بلی: وامق عذرا اَتھ ہی مال چھے تارہ بلی صابنہ مشہور مثنوی یہ۔ گوڈنیچ مثنوی ہُند آگُر چھُ حضرت شیخ یعقوب صرفی صابنہ مثنوی۔ یہ چھ کینہہ نو کُھ اَمِیُک ترجمہ مانان۔ مرغوب بانہالی چھُ اَکھ تنقیدی سام ہیوان وَنان زِ "ویسے چھ چھاپ سپز مژ اکھ کاشر مثنوی منز کُل ۱۰۴۹ اشعار تمو منز چھ تقریبن 37 شعر دوہ دوہ لیکھنہ آمتی۔ ۴۵ شعر چھ خالص عربی تقریبن ۱۲۰ اشعار چھ خالص فارسی۔ ۲۰۰ بیٹھی شعر چھ تمو ہمن ہُند گوڈنیُک یا پتیم مصرع [illegible] پور فارسی چھُ ...... مگر وامق عذرا مثنوی ہندس مقبولیتس پیٹھ اثر انداز سپدن والین گوہ مین تہٕ فارسی آمیز شعرن لیٛ دور چھ لفظن ہُند

روانی اور طرزِ ادا کی سادگی، جو محمود کا طرۂ امتیاز ہیں اُن کی ہر مثنوی میں موجود ہے۔ خاص کر قصۂ شیخ صنعان میں بلا کی روانی اور برجستگی ہے۔ تغزل کی یہ کیفیت ہے کہ پوری داستان جیتی جاگتی غزل معلوم ہوتی ہے۔"[۱]

محمود گامی یَن چھِ اَمہ علاوہ بیٚیہ اَکھ بِلکُل لۄکٕٹ مثنوی "اَکھ حدیث"[۲] ناو لیکھمٕژ۔ یہ چھےٚ فقط اَکوے بَند یس پیٹھ واتہٕ۔ شُرُوع چھُ یِتھہٕ کِنۍ گژھان ؎

روز واضح بوز حدیث عربی

دوٚپ حضرت عائیشن قدرہ موٚے

دوہ یِہ اَکہ حضرت اُسہٕ واظ بانہٕ پیران

کیا چھُ موہ دَس سخت ہوالا بنان

اَمہ علاوہ چھِنہٕ "قصۂ ہارون رشید" تہٕ "منصور نامہ"[۳] وغیرہ طریقہ لیکھمٕژ دوشوٕے قصہ چھُ ہمون جایَن مختلف آپہ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔

ولی اللہ متو : ولی اللہ چھُ محمودُن ہم کال۔ اَمی سُنز مشہور مثنوی چھےٚ "ہیمال"۔ اَمیُک آگُر چھُ صدرالدین وفائی سُند اَکھ داستان۔ ولی اللہ ہن چھُ مثنوی منز ہمزون جایَن عزیز خان تہٕ ظریف خانیو ہاتھ تھوکُر مٕتۍ۔ آزادٕن وُنُن چھُ زَبان چھُ زِنتہٕ چھُ ییم ہاتھ آکی باپتھ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ ولی اللہ چھُ ییمَن دوشوَنی صاحبن ہُند ذکر کرنہٕ

---

۱ کشمیری زبان اور شاعری ج ۲ ص ۳ ۲ یم ترٚیشوَے چھ تاجی محمودُن زیر ترتیب "کلیات محمود گامی" منز شامل کرنہٕ آمٕتۍ ۳ یم دوشوَے ولی اللہ [illegible] محمودٕ سُند۔

عبدالاحد ناظم: "زین العرب" چھے مشہور کاشُر مثنوی یمیُک آگُر فریدالدین عطار رحمتہ اللہ "الٰہی نامہ" چھُ۔ ناظم چھُ پانہٕ اَمیُک اعتراف یِتھہٕ کنہٕ کران ؎

بیلہٕ اند "الٰہی نامہ" کوٚرمُت

یمیُک شیخ عطارن چھُ جوٚرمُت

زسنہ ساڑہ بہ شحتہ زیادٕ تتھہ کاہ

گوٚمُت از ہجرتِ معشوق اللہ

"زین العرب" چھُ اصل ناو رابعہ بنت کعب سٕندس غلام بکتاش سیتھ محبت چھہٕ گژھان۔ یُہ اَتھ کتھہِ منز چھُ گژھان تَس چھہٕ بے (حارث) مار ناوان۔ یہ چھُ اکھ پوٚز واقعہ۔ پروفیسر غلام محمد شاد چھُ اَتھ تنقیدی سام ہیوان لیکھان[1] ..... مثنوی زین العرب چھےٚ ناظمہٕ سٕنز بے انتہا موٗثر ہُنز عکاسی کران ..... ساریے داستان پیٹھ المیہ پیٹھ شوٗرٕ گژھتھ طربیہ کیو، تَو پتھ المیہ سیٹھے پیچھ اندواتان ..... مثنوی منز یُدوے وارِیاہ کردار چھہٕ، پوٚز ناظم چھُ خاص خاص کردارن ہُند پورٕ پاٹھۍ وتھ تُلان ... منظر نگاری ہُنز چھےٚ وارِیاہ مثالہٕ مثنوی منز ... مثنوی اندر چھےٚ کاشُر ماحول کہ نفسیاتی عکاسی سٕنز ..... موختصر پاٹھۍ ہیکو وٕنتھ زِ ناظمہٕ سٕنز مثنوی ہُنز زبان چھےٚ دلچسپ، سادٕ تہٕ سہل تہٕ۔"

مقبول کرالہ واری: مقبول صابنہٕ گلریز ہُندناوکس نہ چھُ کنہٕ

---

[1] شیرازہ، جلد ۱۳، شمارٕ ۲ (مثنوی نمبر)

اُمہِ جود گرٚن یانہِ سیف حدائِق بن گیٚنٛژن جایِن کھیٚکھنہٕ لایُق نہٕ گژھن
کأشرِ شارٕ تہٕ لیکھہٕ میٚتھرٕ :

وَفادأرۍ چھیٚ روزٕن باصفا پور
جفا کأرۍ چھیٚ آسُن از وفا دوٗر
پٔتہٕ تس روٗزِس زندگی شرمندگی چھم
مرُن فرخندگی، پزٕھ زندگی غم

●

مرُن مارُن قشند بوٗزتھ ہیٚتو گمٕنہ
وُچھتھ کرِ بوہہیکہ تیٚتھ تاب چھٕمنہ
رٕہہ مالہٕ شہ تاف اوسُم بہارس
گمتہ ریٚنزِ تس پتہٕ ووہ لایہ نارس

ہیٚمال' چھُن ولی اللہ مُتس مُقابلہ لیچھمہٕ ہش۔ یہ چھیٚ لُدھیانہ
لیکھنہٕ آمُت۔ پانہ چھُ ونان :

ز اول تارہٕ بل اصلک میٚتہ خانہ
برن ژٕلی رزقہٕ پھُلو در لودھیانہ

مثنوی ہِنٛز زبان چھیٚ سیٹھا فارسی آمیز :

چھُ حمدُک لال پیش اہلِ حق مال
بحالِ وقال فرود نیچ ہیہ مال
بعزتِ نعتِ سید پیرِ صحبت
بلذتِ ارزان انجیرِ جنت

---

(۱) شیرازہ، جلد ۱۳، شمارہ ۲ (مثنوی نمبر)

اِنتہائی اَوٗلیٖن ایحساسن مضراب لوٗگمُت" نخشبی سٕنٛز تہٕ مقبوٗل صٲبنہٕ گگرِ یزِ مُقابلہ کران چھہ ٹینگ صاب لیکھان: "..... مقبوٗلن چھُہ مثنوی ہٕشدِ ین واقاتن ہٕنٛز ہاتھل ژٹنہٕ ورٲئی کیٛنٛژن کتھن پٔننہٕ حِسابہٕ رنٛگ کھورمُت مگر کیٛنٛژن جاین چھُہ سُہ نخشبیس پتہٕ گومُت۔ عوٗموٗمن چھُہ سُہ جذبات نگٲری منٛز نخشبی یَس بٲزی تارِان...... یمن شارن منٛز چھُہ جنسی جذبُک تُنٛزر یِنہٕ سٕتۍ لطیف رنٛگس منٛز۔ مگر مقبوٗلن چھُنہٕ کتھ گُنہٕ جایہٕ حدٕ گٔژھمژ۔ یہ نوٗرُک مرحلہ چھُہ فنکار سٕنٛدِ خاطرٕ بڑٕ اوٗتُل تہٕ مقبوٗل چھُہ اَتھ پٮ۪ٹھ صِراطس نشوٗش یا ہِتھ تورمُت۔"

"گرٮ۪سۍ نامہٕ" تہٕ گو کافی مشہوٗر تہٕ اَمہ نِشہٕ متأثر سپدِتھ لیکھ وارِیہو شاعرو "موہ قدم نامہٕ" بیتر یِم تہٕ پٔکو۔ مقبوٗل صٲبن چھےٚ بیٚیہٕ تہٕ زٕ مثنوی لیٖچھمژٕ۔ "یوسف زلیخا" تہٕ "قصٕہ شاہ بہرام"۔ یِمہ دۄشوے چھےٚ یتھ کُنٛو راوِستۍ۔ اما پوز یوسف زلیخاہُک اکھ نسخہ چھُہ ریسٕرچ لایبریری منٛز۔ اَتھیُک ڈکشن چھُہ گواہی دِوان زِ یہ چھُہ مقبوٗل صٲبُن۔ "قصٕہ شاہ بہرام" مثنوی ہٕنٛدِ اشتہار چھُہ از تروٕنٛجاہ وارِیاہ کال ۱۳۲۷ھ منٛز سرایہ پاینکو اَکھ کُتب فروش پٔننہٕ اَکِس کِتابہٕ "ہیٖلی نامہ" کِس پتس ورقس پیٚٹھ چھپوومُت۔

پیر محی الدین مسکین۔ مسکین چھُہ فارسی ڈلیلن سٕتۍ سٕتۍ پنجابکۍ عشقیہ داستان "سوہنی مہیٖنوال" تہٕ "ہیر رانجھا" تہٕ کاشرِ اوی میتو۔ اَمہ علاوٕ چھےٚ مسکین سٕنٛز یِمہ مثنوی "زیبا نگار"،

---

لہ مسکین صاب چھُہ وَنان زِ اَمہ ناوٕچ مثنوی چھےٚ تس بروٚنٛہہ روٗسُل میرن تہٕ لیٖچھمژ اما پوز یہ چھےٚ راوِستۍ۔

گوٚمُت۔ اَما پوٚز یمہٕ علاوٕ تہٕ چھےٚ یموٚ پننہِ قلمہٕ کٲشرِس مثنوی سرمایس یِمہٕ
مثنوی ہیٚو سیٚٹھا ہُر کوٚرمُت۔ گریسہ نامہ، بہار نامہ، بیپر نامہ، منصور نامہ،
قصہٕ حضرتِ صابر، یوسف زلیخا تہٕ قصہٕ شاہ بہرام۔ اما پوٚز یمہٕ عمر
واتنہٕ کانہہ تگُر یمہٕ ہُندِس مقبولی یتھ۔ گُریز ہُند آگُر چھےٚ ضیاء الدین
نخشبی سُنز مثنوی۔ مقبول صاب چھُ اَتھ متعلق وَنان ؎

ڈُلیلہ یوٚز درد و سوز آمیز
چھُ تصنیفُت راوِین یتھ نادُ گُریز
یتھ یتِھ راوِی ضیائی نخشبی چھےٚ
بقولِ راست ترٛاوان صحی چھےٚ

مقبول صابنہٕ زبان چھےٚ فارسی آمیز اما پوٚز کُنہ کُنہ چھےٚ بل کُل
کٲشر ؎

بَر تیمہٕ چشمہٕ ڈیشِتھ گیہ بیمبرزل
ژٕ دلیتھ گےٚ ہُرنہٕ ہنگل روٗدی جنگل

خودا غمہ کٲسونس اسیٚ یِھ وٕن
سو چھوکہٕ بلہ آوِنس یُس چھُس لُلہٕ وُن

کہِنی ہیٚر بلبلن لاوِین گُلن گرٛاو یا   یَنِہ ہُر کرنس تہٕ لگوس آسہ بیوٕنے

گُریز تنقیدی سام ہیوان چھُ محمد یوسف ٹینگ لیکھان[۱] :-

"یہ چھےٚ اَکس پوٚختہٕ مشق تہٕ پوٚختہٕ قلم شاعرٕ سُنز تصنیف......
مقبولنہٕ آرٹ، جذبات نگاری، احساسِ جمالت تہٕ مُدری خلقن چھُ ساہ

---

[۱] شیرازہ، جلد ۱۳، شمارہ ۲ (مثنوی نمبر)

چھےٚ اَکھ زیٖٹھ رزمیہ۔ حنفی صاأب تہٕ چھےٚ پنٕنِس کلامس منٛز فارسی لفظن بدل کٲشرۍ لفظ ورتٲوِتھ ہیٚکۍمتۍ۔

امیر شاہ کریری۔ شاہ صاأب چھ بُنھ یاگٕرۍ رزمیہ نگار۔ "سام نامہ"، "ظفر نامہ" "خاور نامہ" چھکھ مشہور۔ اَمہِ علاوٕ چھ یِہٕندۍ "جنگِ علقم" تہٕ "جنگ محمد حنیف" تہٕ ناماوار۔ سام نامُک آگُر چھُ فردوسی سٕنٛد شاہنامہ۔ یِہُنٛد چھ ترجمہ کٲرۍ ہٕنٛدی کو جان نوٚمونہٕ پیش کٔرِتھ ہیٚکہٕ تہٕ اصلس سیٚتۍ پۄر پۄر اِنصاف کوٚرمُت۔ اَما پۄز زبان چھکھ فارسی آمیز۔

مولوی صدیق اللہ بہرامگلی اندازٕ علاوٕ چھ مولوی صاأبن "سکندر نامہ" تہٕ مشہور۔ یِہِمیُک آگُر نظامی سٕنٛد "سکندر نامہ" چھُ۔ ترجمہ چھکھ زوردار کوٚرمُت مگر زبانی پیٹھ چھکھ فارسی یُک اثر ٹھاکارٕ۔

وہاب پرے۔ وہابس چھ "فردوسیِ کشمیر" ونان۔ یہ چھ بسیار گو اوسمُت۔ اَمہِ چھ نہٕ[2] رزمیہ "اکبر نامہ" تہٕ "شاہنامہ" لیکھی متہ اَمہِ علاوٕ وارِیاہ مثنوی تہٕ۔ اَکھ چھُ حمید اللہ شاہ آبادی سٕنٛد فارسی اکبر نامُک ترجمہ تہٕ بیاکھ فردوسی سٕنٛدِ شاہنامُک۔ ترجمہٕ کرنس منٛز چھےٚ تس جان مہارت آسمٕژ۔ اَما پۄز فارسی یُک اثر چھُ ترجمن منٛز ٹھاکارٕ۔ "مکرِ زن"، "بہرام گور"، "بے بُزرج نامہ"، "قصۂ چہار درویش"، "نونہال گلبدن"، "خلافت نامہ"، "درویشی" تہٕ "ہفت قصے" اَمِکۍ چھےٚ مشہور۔ مرحوم آزاد چھ وہاب صاأبس متعلق لیکھان[1]:

"ایسے عالی رتبہ، نادر الوجود اور قادر البیان شاعر کی داد سخن دینے میں کوتاہی کرنا انصاف سے بعید ہے۔"

ثناء اللہ کریری۔ "احوال الآخرت"، "قصۂ خسروان"

---

۱؎ کشمیری زبان اور شاعری

"لیلیٰ مجنون" تہٕ "چندر بدن"۔ اَمس مُتعلق چھُ عبدالاحد آزاد لیکھان[1]

"مسکین کا رتبہ اُن کے پیش روؤں سے کسی قدر کم نہیں ہے لیکن یہ امر مسلّم ہے کہ وہ مثنوی کے لئے پیدا ہوئے تھے۔ اس صنف میں وہ محمود گامی ناظم اور مقبول صاحب کے دوش بدوش ہیں۔"

پیر عزیز اللہ حقانی: حقانی صاب چھُ سانیو مشہور شاعیرو منٛزٕ "قصہٕ بے نظیر بدرِ منیر"، "گُل بن عشق"، "گُل اندام"، "چندر بدن"، "جوہرِ عشق"، "گُلدستہٕ بے نظیر"، "فقیر نامہ"، "ممتاز بے نظیر" تہٕ "قصہٕ دُشمنانِ اہلِ بیت"۔ حقانی صابنس مُتعلق چھُ آزاد مرحوم لیکھان[2]:

"محمود گامی کے بعد اگر خطۂ کشمیر نے کوئی مطلق العنان سخن ور پیدا کیا وہ حقانی صاحب ہیں۔ شاعری میں اس مردِ میدان نے ہر قسم کے کرتب دکھائے ہیں۔۔۔۔ مثنوی کی عبارت عالمانہ ہے لیکن روانی اور پختگی ان کا نمایاں وصف ہے۔ تخیل میں فارسیت اتنی ہے کہ گویا اسی ماحول میں پلے ہیں۔"

"گُلدستہٕ بے نظیر" مثنوی ہُنٛد آگُر چھُ "میر حسنۂ مشہور مثنوی "سحرالبیان"۔ حقانی صابنۍ زبان چھےٚ فارسی آمیز۔ وۄں گوٚ منٛزٕ منٛزٕ چھکھ خالص کاشرِ اشارتہٕ وُنی متھ۔

غلام محمد حنفی: حنفی صابس مُتعلق چھُ مشہور زِ تم اوس بسیار گو۔ قصہٕ قمرالزمان، حبہ خاتون، ہزار داستان، گُل صنوبر[3]، لیلیٰ مجنون، الف لیلیٰ، باغ و بہار، خلافت نامہ، چہار درویش، معراج نامہ، حاتم نامہ تہٕ قصہٕ حضرتِ امیر حمزہؓ چھےٚ یمٛہنٛزٕ مشہور مثنوی۔ قصہٕ امیر حمزہؓ

---

۱، ۲، ۳ ہ کشمیری زبان اور شاعری

ضروریات سے واقف اور سلیم الذہن ہونے کے باوجود انہیں تتبع میں لطف آتا ہے۔[۱]"

خواجہ اکرم بقال۔ بقال صأبس چھُ تخلص "اُدِ لد" اوسمُت۔ بسان اوس ژرار شریفہٕ نیہ۔ کلامس چھُ مقبول صأبس اصلاح اوسمُت ہیوان۔ اُمہ سُنز مثنوی چھےٚ "مہر و ماہ"۔ یہ چھےٚ اکھ طبع زاد مثنوی یتھ اند ۍ وٕند کاشرِ میراثہٕ چھُ۔ بقال صأبس چھُ بینہٕ علاوٕ اکس کو ییتی عشق اوسمُت تہٕ اتھ مثنوی منز "مہر" تہٕ "ماہ" ورتاوِتھ چھُ اصلی اُمہ پننۍ لولٕچ داستانہٕ نظم کوٚرمٕژ۔ مرحوم آزاد چھُ لیکھان:[۲]

"ان کی شاعری کا لب لباب "مہر و ماہ" ہے۔ جس کا جواب کشمیری شاعری آج تک پیدا نہ کر سکی ..... خواجہ صاحب کی جادو بیانی ہے کہ مناسب بحور کی دوسری عشقیہ داستانوں میں وہ لطف نہیں آتا جو "مہر و ماہ" کا حصہ ہے ..... برجستگیٔ جذبات، لطافتِ زبان اور اختصارِ مضامین کی رُو سے کشمیری مثنویوں میں اس کا جواب نہیں ..... "مہر و ماہ" کے تعشق کے قصے کے بہانے خواجہ صاحب کو آپ بیتی کہنے کا ایک موقعہ ہاتھ لگا ہے۔ یہ ساری داستان درپردہ ان کی اپنی سرگزشت ہے جس کا ہر واقعہ انکے دھڑکتے ہوئے دل کی آئینہ داری کرتا ہے"

بلبل ناتہٕ گامی۔ "سام نامہ" تہٕ "قصہٕ نل و دمن" چھےٚ اکھ مثنوی تُہنہٕ

---

[۱] کشمیری زبان اور شاعری [۲] کشمیری زبان اور شاعری۔

ته "قصهٔ سباد يهود" جهڙي ثناءالله صاحب جي مثنوي آهي. ڪجهه ٻين مثنوين جهڙي زياد مشهور ته مقبول اُن ڪري ٿي نه سگهي، جو ان ۾ عام اسلامي عقيدي موجب آخر زماني جا حالات، امام مهدي جو ظهور، حضرت عيسيٰ جو دنيا ۾ وري اچڻ، دجال جو ظاهر ٿيڻ، پل صراط، جنت ۽ جهنم، حساب، جزا، روزِ محشر جا حال [illegible] آهن.

حسن شاه ڪوهياري. حسن جو شاعر ته نه مورخ آهي. انهيءَ مشهور جو تحقيق مورخ زياده. اهو شعر جهڙي هڪ مثنوي "اعجاز عربيه" – ان ۾ آنحضرت ﷺ جا معجزات بيان ڪيا آهن.

علي شاه سرل – "خديجه نامو"[1] جهڙي هڪ مذهبي اپيل [illegible] واجبي مثنوي جنهن ۾ علي صاحب آنحضرت ﷺ ۽ حضرت خديجه ؓ جي تعلقات ۽ نهايت ئي دليل قلم بند ڪيا آهن. هي مثنوي جهڙي بلڪل روايتي انداز ۾. علي صاحب جهڙي ٻيا هڪ لکي مثنوي "گل بڪاولي" نه لکي سگهيو. علي صاحب کان علاوه جهڙي هي مثنوي ٻين ڪيترن شاعرن ۽ قلمبند ڪئي آهي.

سيف الدين عاجز. عاجز جي لکيل مثنوي "نوبهار" جهڙي روايتي انداز ۾. اهڙي آخر ۾ "بهار دانش". زبان جهڙي فارسي آهي. آزاد مرحوم جي ڪهڻ موجب جهڙو عاجز مقبول کان گهڻو مثنوي مان متاثر ٿيو آهي.

"عاجز کے کلام کی خصوصیات سے معلوم ہوتا ہے کہ
وہ مقبول صاحب سے متاثر ہیں اور شعر و شاعری کی

---

[1] اُهي نالو ۾ ته اهو موضوع آهي جنهن تي هڪ مثنوي جهڙي ٻيا اڪ شاعر صديق الله جي ته لکيو آهي.

سنسکرت اور کشمیری و ہندی      بہ اردو و فارسی فقرہ بندی

مکٲمی شاہ : اَمہِ چھےٚ لوَلہٕ مثنوی "قصٕہ بہرام"[ع] (زیرہ و بہرام) اردو پیٚٹھ کاشرِس منز ترجمہ کرمژ۔ یہ چھےٚ بحر ہزج مسدس محذوف مقصورس منز۔

بگرد مہ شدہ بان تابان ستارہ

رٕنبہٕ وُن ہیٚتھ گیہٕ تُرٕٹ زٕرین طومارہٕ

چھےٚ گوہر شمع چھیہٕ رٕس زن تارِ منز بند

دُنے کیا ہے بہاتے شوبہٕ دِین دند

محمد اسماعیل نامی ۔ "مغازی النبی" چھےٚ یہُندٕ اکھ مشہور تصنیف اَمِہنٛز اکھ لوَلہٕ مثنوی چھےٚ "شیرین خسرو" اَمیُک آگُر چھےٚ نظامی سٕنٛز "شیرین خسرو" تہٕ یَتھے چھےٚ محمود گامی سٕنٛز مثنوی ہُنٛد آگُر۔ نامی سٕنٛز مثنوی تنقیدی ساماہ ہیوان چھُ امین کامل لیکھان: " اَکھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ نامی سٕنٛز یہ مثنوی چھےٚ مانے تہٕ بیانہٕ دوشوے لحاظٕ داریاہ کیٛتھ پناہ دار ۔۔۔۔۔ داستان چھےٚ فارسی مثنوی ہندِ انداز س منز پیش سپُز مژ۔ غارضرورتی پلاٹ تہٕ غارضروری تفصیل ۔ ہرگاہ یمہ مثنوی ہند کرشار یمن تہٕ ۱۲۰۴ شعرٕ آسن، واقعاتن ترتیب بدلاوتھ سکہن یٲنِس مۆختصر کٔرتھ یتہٕ بنہٕ اکھ نفیس نظم[ع]۔

حامی الیاس ۔ یِہُنٛز مثنوی "ممتاز بے نظیر" چھےٚ یانٛژن چھکن منز آمٕژ علاوٕ چھےٚ تِمہ زٕ مثنوی یہ "خنجر عشق" تہٕ "مکرِ زن"۔ آزاد مرحوم چھُ وَنان زِ عزیز اللہ حقانی، ہاکورہ بدِ سنگاہ گواسد میرن تہٕ حاجی حامن

ع "شاہ بہرام" ناو چھےٚ اکھ لوَلہٕ مثنوی محمد شعبان ڈارن تہٕ لیچھمٕژ۔
ع شیرازہ (کاشُر) جلد ۱۳ شمارہ ۲ (مثنوی نمبر)

زٕ مثنوی۔ "نل دمن" مثنوی ہُنٛد آگُر چھُ مہابھارت۔ اَمہِ پتہٕ بیاکھ غٲر مطبوعہ مثنوی چھےٚ "نل دمینتی"۔ اَمیُک آگُر تہٕ چھُ مہابھارت۔ بُلبُل چھُ گاہے فارسی آمیز تہٕ گاہے ہندی آمیز زبان ورتاوان۔

محی الدین مسکین (ترالی): مسکین چھُ عاشق ترالی سُند زٕٹھ بوے۔ اَمہِ پتہٕ چھےٚ پانژھ مثنوی یہ۔ "چندر بدن"، "قصۂ اصحاب کہف"، "احوال القیامت"، "داستانِ ریا" تہٕ "جنگ خیبر"۔ یمو منٛز چھےٚ زیادٕ مذہبی پس منظر یمیک روایتی اندازس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔

علی محمد عاشق (ترالی): عاشقس چھُ فارسی زبانۍ پیٹھ جان عبور اوسمت۔ "زہرہ و بہرام"، "گلزار حسن"، "نور مال" تہٕ "عبرت نامہ" چھےٚ اَمہِ سٕنٛز مثنوی۔ "زہرہ و بہرام" چھےٚ سیف الدین تارہ بلی سٕنٛزِ ہیٖ لِ ہنٛدِس رنگس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یمہٕ تہٕ چھےٚ روایتی رنگس منٛز۔ اَما پوٗز "نور مال" چھےٚ ہمو نِشہ منہا ڈلیتھ۔ ترکیباہ یہ چھےٚ اکھ بٔڑ مقامی عشقہٕ داستان۔

حسن گنی: ژُھ اَکھ ہِندی منٛز چھُ کشیرِ منٛز زبردس ہینٛلو یوان اَسیٖ تھ۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھےٚ حسنٕنہٕ اَکھ لوکٕٹ مثنوی "ہینٛلو نامہ" لیچھمُت۔

وِیشنو کول: وِشمبر ناتھ کول سٕنٛز مثنوی چھےٚ "وِیشنو پرتاپ راماین" یہ چھےٚ بالمیک ریشی سٕنٛد راماینُک ترجمہ۔ یہ اَمِس ویشنو کولن مہاراجہ پرتاپ سنگھس اَرپن کوٚرمُت۔ تُتے اوس اَتھ ناوس منٛز "پرتاب" زُونمُت۔ اَزاد چھُ 30,۰۰ شارن ہٕنٛز اَتھ مثنوی منٛز "شاہکار" وَنان۔ اَتھ زبان چھےٚ سنسکرت آمیز۔

پرم اَتھس یہ لچھ نارائن آیا — بہ کٲشُری رامائن آیا

اَما پوز کُنہٕ کُنہٕ چھُ کانٛہہ کانٛہہ کأشُر شار نہٕ نظرِ گژھان۔

لسہ خان۔ غلام رسول خانن چھےٚ "گُل بکاولی" علاوٕ "قصہ بہرام"
"قصہ چہار درویش" تہٕ لیکھو متھ۔ اُہٕنز "گُل بکاولی" ہند آگر چھُ "گلستانِ بقا"
ناوٕچ اکھ کِتاب۔ کأشرِس منز چھےٚ یہ مشہور مثنوی خان صأبس علاوٕ نعمہ
صأب صفاپوری، عبلی شیخ تہٕ علی شاہ ہریلن تہٕ نظم کٔرمٕژ۔

پیر عبد القدیر۔ قدیر صأبنہٕ "شکریز"، مثنوی ہُند آگر چھےٚ
فارسی تہٕ "شیریں"۔ قدیر صأبُن چھےٚ طوالتس کأم ہیٚژمٕژ تہٕ بےٚ شمار
غزل مثنوی منز شأمِل کٔرِ مٕتۍ۔ یہنٛز زبان چھےٚ زیادٕ فارسی آمیز۔ پننِس
مسودس چھکھ نہٕ دوٛیِم نظر تہٕ دِژمٕژ۔ ونان چھہ ؎

یہٕ دوٚن مےٚ نی لیٛوکھ کُس تہٕ اِصلاح
ملہ اسیم نہٕ اصلا، اوس نہٕ افلاح

عبد الغفار فارغ۔ فارغن چھُ "قصہ حضرت یوسف زلیخا"[1] تہٕ "علم
نامہ" لیٛوکھمُت۔ اَمہ علاوٕ چھُن "مسدسِ حالی" کأشرِس منز پھیر مٕژ۔ اَمی
سٕنز "یوسف زلیخا" چھےٚ اکرم بقال سٕنز اندازچ تہٕ ترٛاے گژھاے تہٕ چھُس
ترٛژھے۔

عبد الاحد آزاد۔ کأشرِس ادبس منز چھُ آزاد پننہٕ تنقیدی نظرِ
تہٕ انقلأبی نظمو باپتھ مشہور۔ آزادن چھےٚ زٕ مثنوی "چندر بدن" تہٕ
"قمر الزمان" لیچھمٕژ۔ دونٛوے چھےٚ غأر مطبوعہ۔ زبان چھکھ نہٕ
میٚژ فارسی تیٚژ۔ "قمر الزمان" مثنوی تنقیدی سام ہیوان چھُ موتی لال
ساقی ونان: "آزادن چھےٚ مثنوی ہندس مسودس منز یِمہ کتھ ہنٛز
لکھ کٔرمٕژ زِ آہنگ آگر کیاہ چھُ۔ یوٚت تام میانہٕ تحقیقک تعلق چھُ۔

---

[1] شمس الدین غمگین تہٕ چھےٚ اَمہ ناوٕ اکھ مثنوی لیچھمٕژ۔

ہیوٚت یہٕ قصہٕ (ممتاز بے نظیر) کاشرِس منٛز بیک وقت پھیرِتھ۔ اَما پوٚز گوٚو دٕنی وانتہٕ حقانی صاحبن یہ کام اَنٛد۔ اسہ یِرٕن ہیٚکِو کینہٕ یہِ اَنٛد وانتہٕ گوو بھے تکیا زٕ سہ سیٚد رحمتِ حق۔ حاجی صابنہٕ مثنوی تہٕ چھےٚ چھاپ گامژٕ۔ آزاد چھےٚ لیکھان:۔ "موازنہ کے زاویہ نگاہ سے اس میدان میں حقانی اور الیاس دوش بدوش نظر آتے ہیں۔ لیکن حقانی صاحب کی روانی اور پختگی انہی کا حصہ ہے۔"[1]

درویش عبدالقادر۔ نعتیہ کلامہٕ علاوٕ چھےٚ قادر صابنہٕ اکھ مثنوی "قصہٕ یوسف زلیخا" اَمی زبانہِ چھےٚ زبردس فارسی بحرٕ ژھنٛدن تاریخ سہ

خجستہ طرحِ چھم تاریخِ میلاد ۱۲۸۵ھ   خجستہ طرزٕ زٕ وُنم بادلِ شاد
یہٕ طرحاہ اوس از میانہٕ دستہ   دِلن اَتھ دوٚپ زٕ ہے طرح خجستہ ۱۳۰۷
رقم از طبع طاصاں فالِ تاریخ   دوٚپُکھ منظورِ عام اَتھ سالِ تاریخ ۱۳۰۷

حاجی محی الدین مسکین۔ "وامق عذرا"، "یوسف زلیخا" تہٕ "گُلِ نور" چھےٚ مسکین صابنہٕ مثنوی یہٕ۔ حاجی صابن چھےٚ ییٚژ پاٹھو ییٚچھر کام ہیٚتھ مژ۔ مثنوی گُلِ نور چھےٚ خاص پاٹھو اَمیُک شکار بیٚنٕژ مژ۔ اَکھ دٕ دلیلہٕ بٕرٕ چھےٚ واریاہ دلیلہ وٕنِتھ آمژٕ۔ نتیجہ چھُ زِ یمن چھےٚ کیٚنہہ موٚٹ اُلٹے بیان۔ بقولِ حامدی صاحب "ساروے مثنوی چھُ مصنف بیانیہ انداز ژھونٛڈ سے چھوٚنہٕ تہٕ تاثر۔ مسکینس چھےٚ شاعرانہ نکتہٕ تہٕ پوٚکمت ... ساروے مثنوی چھےٚ تُک بندی۔ زبانی پیٚٹھ چھکھ فارسی ہُک غلبہ"

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری۔

ہیٚنز بٔڑ جان مثالہٕ نظرِ گژھان ..... گٔکھِم پاٹھو چھےٚ یہٕ مثنوی کاشرِ مثنوی یَن منٛز ہاونہِ لایق۔"

مولانا شمس الدین حیرت (کاملی) حیرت صاحب اُسی فارسی پؠٹھ وۄستاد۔ اکھ موسیقار تہٕ فارسی علاوٕ اُسو کاشرِس منٛز تہٕ شار وَنان۔ فارسی مثنوی یو (گلزار کرامت، آیینِ اُلفت، قانونِ فطرت، فریادِ حیرت تہٕ شاہ نامہ) علاوٕ چھکھ اکھ کاشر مثنوی "رعنا و زیبا" تہٕ چھپیٚمژ۔ اَتھ چھُ مقبول صاحبنہِ "گلریز" ہنٛد ہیوٚہ انہار تہٕ آمیٚکھ آگُر چھےٚ "شمس و قہقہہ" نادِر اکھ کتاب۔ مثنوی چھ ۸۰۰ اشعار یِم حیرت صاحبنہِ وَنیٚہ موجوب صرف دۄہن دۄہن منٛز وَنیٚہ رچھ آمتہٕ۔ "رعنا و زیبا" تنقیدی سام ہیوان چھ رٔشیٚد پونپُر وَنان: "یہٕ کتاب (شمس و قہقہہ) چھےٚ مولانا حیرت سٕندِس خاندانی کتب خانس منٛز محفوظ۔ "رعنا و زیبا" چھ کتابہٕ ہنٛد پیٚنژمہ بابہٕ پتہٕ شۄرُو گژھان ....... مثنوی چھےٚ اکِہ مربوط فنکارٕی تجربٕچ پاٹھو سمبرنہٕ آمٕژ ...... فارسی زبانی ہنٛد اثر چھُ مولانا حیرت سٕندِس تخلیقی مزاجس رنٛگہٕ رنٛگہٕ حاوی روٗدمُت۔ ییمہٕ کِنہ مثنوی منٛز مقامی رنٛگ تہٕ خیال خاصے درشیٚمُت چھُ گژھان ..... حیرت سٕنٛد تخلیقی جذبہٕ چھُنہٕ ڈُکانہٕ گژھیٚنہ کِنہ جہار لیٚتھ ہیٚوکمُت۔"

بالک رام (ناکام)۔ "ہریش چندرا" ناوٕ اکھ مثنوی چھےٚ اُمی سٕنز تخلیق آمیٚکھ آگُر چھُ مہابھارت۔ مثنوی چھےٚ غار مطبوعہ۔ اَتھ چھُ مذہبی رنٛگ تہٕ کِنہ چھےٚ زبانی پیٚٹھ ہِندی تہٕ سنسکرت لفظن ہنٛد غلبہ تہٕ۔

ایٚنِجو عطار۔ عطار چھُ بہریک کدلک اوسمُت۔ "کرشن اوتار" چھےٚ اُمی سٕنز مثنوی یَتھ "بھاگوت پُران" آگُر چھُ۔ اَتھ منٛز چھےٚ کرشن سٕنز زندگی

میانٛی کتھ چھےٚ مثنوی ہُند آگر "اَلِف لاَئِل"... کینٛژن جاین چھےٚ مثنوی فارسی ترکیبو سیتۍ بٔرِتھ... آزادٕنی فکمن چھےٚ وارِہن جاین سیٹھا جان منظر نگأری ہٕنٛز مثالہٕ پیش کرٕمٕژ... اَمہٕ مثنوی ہُند صفحتھ چھےٚ یہ کتھ زِ مُصنفن چھےٚ کتھ اختصارٕ سان بیان کرٕمٕژ گنہٕ جایہٕ چھُنہٕ باسان زِ کانٛہہ شار چھُ ہُریمانہٕ یایلٕ... شاعرن چھُنہٕ ٹلہٕ اورٕ یورٕ کتھ پلاٹس سیتۍ واپ مٕژ... اَمیُک بوٚڈ عیب چھےٚ یہ کتھ زِ دلیل چھےٚ تیتھ کُنہ وونہٕ آمٕژ زِ یَرن دٲلس چھےٚ اکھ صفہٕ پٔرِتھ دوٚیُم صفہٕ پرنٕچ کل گژان ۔[1]

غلام احمد بشیر ۔ بشیر صاب چھُ مہجور تہٕ آزادٕن ہم کال ۔ اُمہٕ سُند مرن سنہٕ چھُ ۱۹۴۰ء ۔ اُمہٕ سُند بیشتر کلامہٕ چھُ ضایہٕ گومُت ۔ اکھ مثنوی "قمرالزمان بدورا" چھےٚ چھپےمٕژ ۔ اَمیُک آگر چھُ "اَلِف لاَئِل" مُشعل سُلطان پوٚری چھُ اَتھ تنقیدی سام ہیوان لیکھان ۔ "یتھٕ قصس منز چھُ اَسہٕ کٕلہم پأٹھۍ عرب ایرانٕکی ماحول نظرِ گژھان..... مثنوی منز چھےٚ شاعرن پنٕنہٕ ماحولٕچ ترجمانی کرٕمٕژ ۔ واقعاتن ترتیب دِنہٕ وِزِ چھُنہٕ یمن اونٛد پوٚکھ مُشراونہٕ آمُت ۔ عرب ایرانٕکی اَسِتھ تہٕ چھےٚ یہ دلیل ییٚتہِ چھی باسان ۔ کأشرِ لبنہٕ یوان..... قصس تہٕ قصہٕ وٕنن والین (کردارن) چھُ پانہٕ وأنی دوٚر واتھ ۔ کِردار چھُ وارِہس حدس تام زِنٛدٕ... مگر وارِہن جاین چھےٚ کردار نگأری ہٕنٛز کمزوری نظرِ گژھان یتھ کنۍ واقعہٕ بے ندٕ گژھان چھُ.... مثنوی منز چھےٚ واقعہٕ نگأری تہٕ منظر نگأری دعہٕ شونٛز

---

[1] ۔ شیرازٕ (کأشر) جلد ۱۲ ، شمارٕ ۲ ، (مثنوی نمبر)

تہٕ عبان نثار اختر شینز "امن نامہٕ"

امہ پوٚز کاشرِس منز چھِنہٕ کانٛہہ شاعِر اتھ صنفس کُن توجہ دِوان۔ کامِل صابن چھےٚ سیٹھا بوٚڈ شہید شیرواٗنی یس پیٹھ اکھ مثنوی لیچھمٕژ یُس ریڈیو پیٹھٕ نشر سپدیوو۔ دپان چھہ زِ کامِل صابن چھےٚ بیا کھ لوکٹ مثنوی تہٕ لیچھمٕژ یُس نہٕ ووٚنہ بازر دراو۔ امہ علاوٕ چھہ ووٚنہٕ یوان زِ مرغوب بانہالی تہٕ چھےٚ اکھ مثنوی لیچھمٕژ۔ — خدا کرِزِن یہ اَسی پوٚز۔

ہِندی حالاتھ تہٕ گوپی ین سیٚتھ تمہٕ سٕنز گِنڑ باشہٕ جایہ جایہ وبرٕ ھناونہٕ آمٕژ۔ یہٕ تہٕ چھےٚ مسودٕکِس صورتس منز موٚحفوظ۔

عبدالغنی حافظ۔ حافظ صاب چھُ ژٕتن پوژیک۔ اُمہٕ سٕنز مثنوی "چندر بدن" تہٕ چھےٚ مسودٕکِس صورتس منز موٚحفوظ۔ ڈلیل چھُن بانہٕ نظم کرٕنہٕ آمٕژ۔ اماپوز منز چھِن روٚشل میرٕنی غزل مُناسِب جاین ورتاوی متۍ۔ عبدالغنی ٹھوکر مشہوٗر۔ مشہوٗر صابٕن زاسنہٕ چھُ ۱۹۲۰ء تہٕ خاژرسان چھُ حالے حیات۔ دوہ یُو لولہ مثنوی یُو "بُلبُل ہزار داستان" "وزرا مال" "علاو چھُن" "جنگ نامہ خالد بن ولید" "قصہ ایوب صابر" "سیر جنت" (یانے قصہ حضرتِ ادریس) تہٕ لیوکھمٕت۔ یم چھےٚ غار ضروٗروٗری طوالتس کٕنۍ ہیوان پیمہٕ کِنہ پلاٹ چھُس چھُ باسان۔ "بُلبُل ہزار داستان" مثنوی تنقیدی سام ہیوان چھُ غلام نبی آتش لیکھان۔ "...... واقاتن چھےٚ نہٕ غار ضروٗروٗری زیٚچھر دِتمٕت مُت۔ ترجمسی منز چھےٚ نہٕ خامخاہ تمثیلہ پیش کرمژ۔ اُمہٕ ژھعہ چرٕن چھےٚ مثنوی سیٹھا دلچسپ بناومژ۔ کاشہ تہٕ واقہٕ چھےٚ نہٕ تِتھ کٕنۍ ورنوومت یِتھ آڈ لیوک ونتھ ہیکہٕ...... تہٕ کیفیژن جاین چھُ تِتھ قلم ژھالہٕ مارٕنہٕ بالہ دری یاوکو پاٹھو تیز نیکان...... وادیہو کمزوری یو باوجود چھےٚ "بُلبُل ہزار داستان" اکھ جان مثنوی۔"

ازکل چھُ عام لوٗکن ہندی پاٹھۍ ادبین تہٕ شاعرن ہندین ذہنن تہٕ معاشی شوٗعو نال ڈلیمٕژ تہٕ پیٚتھ کنی چھُ مثنوی تین ژھنڈ دور ختم گومُت۔ اُردو منز چھےٚ اقبالنی یتہٕ توتہٕ ژھعمہ چہ موجب کیٚنہہ مثنوی موجوٗد۔ یمہ چھےٚ علی سردار جعفری سٕنز "جمہور"[1] کیفی اعظمی سٕنز "خانہ جنگی"[2]

---

[1] [2] اُردو مثنوی شمالی ہند میں، ڈاکٹر گیان چند جین۔

کلامَس نِشہِ خاص کر مثنوٕیَن ہِنٛدِس کاشُر ترجمہ رٕوٗدی اَتھ سٕے رِیُک زیٛ دورَس منٛز محکوم تہٕ مقہور کاشرین وارٕے شوٗلہِ وان تہٕ تِہٕنٛدین غم تہٕ مصیبت کین بُرنزین منٛز تِمَن رٕوٗحانی تسکین واتناوان۔

اَما پُز اَتھ غولاٗمی منٛز تہٕ دِتھ سانہِ کینٛژو شاعرو سیٹھاہ اہم کارنامہ سرانجام یِمہ کِنہٕ تِموٚ وقتی حکومت تہٕ راج ضروٗر ہیتھاو۔ تہٕ پننین دِلی جذبن تہٕ اِحساسن تہٕ دِژِکھ زبان۔ تِموٚ أنی فارسی زبٲنۍ ہِنٛدی کینٛہہ اہم رزم نامہ کاشرِس منٛز یِمہ کِنہٕ تِمَن اَتھ شاہی زبٲنۍ لول ورتاوُنُک تہٕ دعوا حاصل رٕوٗد تہٕ پننِس قومَس بیداری ہِنٛد آلو لاینُک تہٕ۔ علی جواد زیدی چھِ وَنان زِ "اَتھ دورَس منٛز اوس رزمیہ نظمَن ہِنٛدِ تخلیقُک تہٕ ترویجُک سیٲسی جواز تہٕ موجوٗد۔ عام پٲٹھۍ چھِ رزمیہ نظمَن فروغ تِمَن دورَن ژھٕنڈان یِیلہِ سلطنَژ یا قوم مُلک گیری ہِنٛزِ خاہِشہِ تَل جنگی جذبَن ہوا چھِ دِوان تہٕ نتہٕ چھِ سیٲسی یا سماجی اِستحصالس خلاف خوٗہ دِلوکن ہِنٛدین دِلن منٛز بغاوژُک جذبہٕ واش کڈان یِمَن ڈوٗکھ کرنہٕ باپتھ شاعر رزمیُک دامن رٹان چھِ۔ چنانچہ یِتھ دورَس منٛز یِمَن نظمَن زَنم لوٗگ سُہ تہٕ اوس کاشرِ ہِنٛدِ سیٲسی تہٕ اقتصادی اِستحصالکہ اَکھ دور، لہٰذا اگر وہاب تہٕ بُلبُل ظاہر پٲٹھۍ باسان چھِ فارسی زبٲنۍ ہِنٛزَن مثنویَن ترجمہ کرنس کُن تُھکِو مگر چھِ تِم دراصل لوٗکن ہِنٛزِ بے قرٲری ہِنٛدۍ نقیب تہٕ تِہٕنٛدین باغی جذبَن ہِنٛدۍ ترجمان تہٕ۔ تِمَن دوٚہَن اوس نہٕ واریاہ بیان کنِہ وٕنِتھ اوَے اُس کُنہِ اشارِ منٛز بیان کرنہٕ○" محمد یوسف ٹینگ

---

○ سامنامہ از لچھمن کول بُلبُل مرتبہ غلام نبی خیال کلچرل اکادمی سرینگر سنہ ۱۹۶۲ء ص ۶

# کاشِرِ جنگنامہ

(غلام نبی خیال)

ملکِ کشیرُک اَخری خود مختار بادشاہ یوٗسف شاہ چک ییلہِ ۱۵۸۶ء یس اَندر مغل شہنشاہ اکبر بادشاہن دوکھس منز ہٮ۪نِس دربارس منز بلوو تہٕ پتہٕ جلاے وطن کٔرِتھ کشیرِ نِش ہمیشہ بوٗد میل دوٗر واٲران بہارِس اَکِس بڈِ ناو پرگنس منز سوٗزُن تمی دوہہ پٮ۪ٹھہٕ سپُز کاشرِس قومس پیٹھ سعہ ٹھول تہٕ سیاہ رات نازِل یمیُک سحر اَدہٕ زانہہ پھوٚل۔

یتھہٕ کنۍ ییلہِ کشیرِ نیبر مہ تسلُّط پیتہٕ غلامی تہٕ استبدادُک طوق نالہِ گو۔ تمہِ روٗٹ پننہِ کہ سیاسی سماجی تہٕ معاشی زندگی سیتۍ سیتۍ ثقافتی زندگی وہ سہ چار تہٕ دوہہ بتھ بوٗتہٕ پننِس سکینجس تل۔ نتیجہ دراو یہٕ زِ کاشرِ ین گوہ مانتہٕ پیوو فارسی زبانِ ہنٛدِس زبردس اثرس تل یتھہ اَمہ کِین مشہور تہٕ نامہ وار کلاسیکی شاہپارن پننہِ زبانِ منز ترجمہ کرُن ییمیُک اکثر حصہ اَز گرو محفوٗظ چھُ۔ مغلن ہنٛدِس دورس منز آو کاشرِ زبانِ اَتہٕ تہٕ تمہِ برعکس کہ مقامی دربارن تہٕ تعلیمی ادارن منز فارسی یَن شاہی سرپرستی حاصل یمہ کنۍ نظامی، جامی تہٕ سعدی تہٕ باقی کینہہ مشہور فارسی شاعر سرزمینِ کشیرِ کو پننی فن کار باسنہٕ ہیوتن۔ تِکیازِ ہنٛدِس

مغلن ہندِ کشیرِ غلام بننہٕ پتہٕ روٗد حکوٗمی ہندی بگڑٕ زوٗل مستقل پاٹھو پتھ ملکس نال وولتھ تہٕ مغلن ہنزِ دسبردارۍ پتہٕ روٗد پٹھان، سکھ تہٕ ڈوگرٕ کشیرِ ہندۍ حاکم تہٕ مالک بنتھ انسانن کیو حیوانن سیتی ہیوٗے ورتاو کران ۔ کاشر رزمیہ شاعری ہند نزوٗل چھُ اتھی دورس منز سیدان بیلہٕ کل دیمنتہٕ ہش عاشقانہ دلیل بننہٕ زبانی منز نظم کرن والی لچھمن کول بلبلن (۱۸۱۲ء — ۱۸۸۴ء) پننین زخمی ایحساسن تہٕ فلوٗئے خیالن گفتار بخشنہٕ باپتھ خواجہ کرمانی سُند مشہوٗر رزم نامہ "سام نامہ" کاشرِس نظمس منز پیش کوٗر۔ امہِ پتہٕ روٗد قومی جذبن اظہارُک رنگ کھالنُک یہ سلسلہ الہ پلہٕ ہتھس ؤرہیس چلان ییلہِ محمد اسماعیل نامی ین (۱۸۸۴ء — ۱۹۴۸ء) یہ گوپی زِ تہٕ اکھ مذہبی رزمیہ یا نے مغازی النبیؐ پننس ترجمس منز اکھ ادھ سارۍ بے کلامس لیکھت دیت۔ کاشری پاٹھو "مہابھارت" تہٕ بڈشاہ سُندِ وقتہٕ "شاہنامکہِ" ترجمک ذکر تہٕ چھُ تذکرن منز موجوٗد مگر یم مسودٕ چھِنہٕ از تام دستیاب ہیکو ہتھ سپدِتھ۔ بُلبُل سُندِ پتھ نامی یس تام یم مشہوٗر رزمیہ کاشرِ شاعری نصیب سپدِ تمن منز چھُ پرکاش رام کوریگامی (وفات ۱۸۸۵ء) سُند رام اوتار چرت تہٕ لوہ کُش چرت رلاؤ تھ رامائن، مولوی صدیق اللہ حاجنی (۱۸۳۲ - ۱۹۰۰ء) سُند سکندر نامہ، وہاب پرے حاجنی (۱۸۴۵ - ۱۹۱۴ء) سُندی شاہنامہ تہٕ اکبر نامہ، سید امیر شاہ کریری (۱۸۴۶ - ۱۹۰۵ء) سُندی سام نامہ ظفر نامہ، خاور نامہ تہٕ جنگِ ملقمہ۔ پیر عزیز اللہ حقانی (۱۸۵۴ - ۱۹۲۸ء) سُند جنگِ عراق، سید مظفر شاہ کریری (۱۸۶۷ - ۱۹۳۵ء) سُند جنگِ مختار تہٕ پیر غلام محمد حنفی (۱۸۶۹ - ۱۹۳۷ء) سُند جنگِ امیر حمزہ شامل

تہٕ چھُ اُتھی کیفیژ ذرا ڈرامٲیی لفظن منز یتھہٕ اَنمانہٕ بیان کران زِ "کٲشرین ہٕنز تلوار اُس اکبر بادشاہ ہِندِس وقتس تام تہٕ ییٚژلان تہٕ شچھر اَجلکُ دام چاوان - اُتھی وقتس اَندر میون اُکس کٲشرِ وَلہٕ وہراب خان ژکینہٕ تمشیرٕ موغلن ہِندِس شیر افگنس شکمکُ وونت مگر یوٚہے اوس امیٖکُ واکھ تہٕ یوٚہے وُژن - اَمہٕ شمشیرِ مِنٛدِ پلوٗ تہٕ ہینہٕ کُن نظر تراوِتھ ترٛہیٚرٲیے موغل شہنشاہ تہٕ توٚ ییتہٕ کموکھ ہٕکو تہٕ بالوٚ ییتہٕ گوٚ یہٕ زو لوٚ سِتھہٕ تہٕ چھِ تارِ بخہ کین صفن ہیمہٕ خونہٕ تہٕ اُسی وانہٕ سیتو لیکھت - بیٚیلہٕ سانہٕ قومک نب اَمہٕ یژپز لوٗنہٕ ژندرمہٕ نیتہٕ محرُوم سپُد تہٕ محکومی ہِنٛد گٹہٕ زوٗل گوٚ طاری تمہٕ وِزِ اُنی سانیو گوٚ ہٕ ماتوٚ فارسی کین کتھہٕ گرین نش رستم تہٕ سام ہی لوٚہہ وٗر ییہٕ تہٕ ہینہٕ قلمہٕ کہٕ زورہٕ سیتو دِژکھ تمن سوٗ تلوارہٕ اکھ منز یوسہٕ موغلو اَسہٕ ژُوٚرہٕ نیمژ اُس۔

امیر شاہس چھُ اَتھہٕ سلسلس منز دٔسلا یہٕ کرنکھ بجرحاصل تمو کوٚر کٲشرِ زبٲنی رُوح تہٕ بنگرین ہِنٛدِ شرقہٕ نہٕ بدلہٕ گوٚ ڈنکہٕ لگہٕ شمشیرِ مِنٛد ساز عطا تمو ییٚیتھ ناد یہٕ لوٚچ بال نیمہٕ کرین گِنٛدنہٕ بدلہٕ مردانگی ہِنٛد سبق - تمو کوٚر سام ہِنٛدِس وجوٗدس منز اَکھ شہٕ جنگی سورما تخلیق یُس فارسس منز یادِ گزشتہ باوجوٗد راپہٕ ژرایہٕ تہٕ مزانہٕ کنہ کٲشر چھُ باسان ° - ییٚتِن چھُ ضمنی پاٹھو ٹینگ حسابس یہٕ عرض کرُن ضروٗری زِ کٲشرِس رزمیہس چھنہٕ امیر شاہن دس تلمت - بلکہ چھُ اَمہٕ کارہ وانکہ قافلہ سالار محمد گولہ بُلبُل یوان مانہٕ ییمو امیر شاہس برونہہ وہ مینٛزہٕ وٗری سام نامہ کٲشرِس منز بھٔیترٕ بہرحال!

---

° کُلیاتِ امیر شاہ - سامنامہ مرتبہ منظور ہاشمی - کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۷۳ء ص ۲

سمسار کین رزم نگارن ہُنٛد ملک الشعراء۔ وہاب پرے ییٚن ڈیُٹ فردوسی

ہُنٛد یہ کارنامہ کأشرِس ترجمس منٛز اَنِتھ واقعی جوٚرِ ییٚمک تہٕ ہیمنک ثبوت

یہ ترجمہ کیہ برکتہٕ چھُ کأشر شأیری منٛز رزمیہ ادب لیٚکھ ماران باسان۔ وہاب

پرے ین چھُ پننہ زندگی منٛز سیٹھا بلکہ یہ ڈیٛکی زِ تہٕ سیٹھا زیاد لیوکھمت

مگر تہنٛد ناد چھُ کأشرِس ادبی تأریخس منٛز صرف شہنامہ کہ ترجمہ کِنہِ زندٕ

جاوید۔

وہاب پرے اوس بالیغ سیدٕ ژِنتھ بوز شہنامک یُس ترجمہ

دوہن بمبیہ منٛز چھاپ گژھتھ بازرس منٛز آمت اوس۔ اَمیُک اَکھ جلد

سپُد حأصل کیس اَکِس مولوی صأبس دستیاب تہٕ ہیوٚتن وہاب پرِ ینہٕ

پرنہٕ باپتھ۔ اَمہ پتہٕ روٗد مولوی صأب یہ کتاب واپس حأصل کرنس پتہٕ پیٚمی

زنانہ بس، شتیال ڈیُٹ تہٕ کوٚر تمی اَتھو ژ رٕکھ منٛز ساری سے شہنامس

کأشرُ ترجمہ کرنُک ارادٕ ۔ ؎

نہٕ لوٗزتھ بغیرت سیٹھاہ خارہ گوم

ازاں کینہ زن مے وَسے نار پیوم

سبب یُتھ چھُ از خارہ بازی بنیٚ

گیُم راے شہنامہ کأشر ونیٚ

تہٕ کوٚر وہاب صأبن ترجمک اَکھ گنڈُ تہٕ صبر طلب مرحلہ شروٗع۔ اگرچہ وہاب

شہنامس نسبتھ یہ راے اوس تھاوان زِ اَمہ کس خألق سُنٛد سوٗرُے

کلام چھُ اَپُز تہٕ دِلہٕ ڈُز بوٚمت ؎

چھُ سوٗرُے کلام دروغ و خراب

چھُ راوی تمیُک کیاہ وَنان از صواب

یمن رزم نامن ٥نسبتھ چھےٚ عبدالاحد آزادٕنی عام رائے یہ زِ " کأشر رزمیہ داستانہٕ تہٕ چھےٚ فارسی رزمیہ دلیلن ہٕنٛدؠ کہ پأٹھۍ بحرِ تقارب منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ تکیازِ فارسی دوہ ستاد اَسو رزمیہ بابتھ یوٚہے بحر موزوٗن زانان۔ یمن افسانن منٛز آیہ محل وقوع موجوٗب ردیف تہٕ قافیہ ورأے مگر بٔڈۍ پٔٹھۍ جوش نظمہ تہٕ شأمِل کرنہٕ۔ یمن دلیلن ہٕنٛز زبان۔ عبارتُک انداز۔ لفظ ژأر تہٕ لب لہجہ سورُے چھُ اکہٕ حَد توٚعیتُک تہٕ یمہٕ آسہٕ کھانٛدرن کھوٚندرن پیٹھ چِمہ خمہٕ تہٕ شوقہٕ سان نٔژن پیٹھ پران گیونہٕ۔؎

اگرچہ کأشر رزمیہ کِس اکھ فہرستس منٛز تِم بے شُمار جنگ نامہ تہٕ شأمِل ہیکن سپدِتھ۔ یمن منٛز جنگِ ایران۔ جنگِ کربلا۔ جنگِ زیتون۔ جنگِ قندور جنگِ دینوٗر۔ جنگِ خیبر۔ جنگِ تان۔ جنگِ زقوم۔ جنگ خندق و احد جنگِ رستم شاہ۔ جنگِ علی تہٕ جنگِ یرموک قأبلِ ذکر چھِ مگر درحقیقت چھِ سارِنٕے کُلہم رزمیہ شأیری صرف تریٚنوٚ شاہپارو شان تہٕ حشمت عطا کوٚرمٕت۔ تِم گٔے وہٕ جُن شاہنامہٕ تہٕ بُلبُل تہٕ امیرُن سام نامہ، سارِے رزمیہ شأیری ہٕنٛدِس روا اینس بجرٕ دِنس منٛز تہٕ چھِ صرف یمو ہے ترٕیو گوہ تہٕ ماتو سارِوٕے کھوٚتہٕ زیادٕ حِصہ ادا کوٚرمُت۔

شاہنامہ چھُ فردوسی سٕنٛد سہ کلاسیکی شہکار یمِ مجمعس افسانوی ادبس منٛز وُمرِ وُمران پیٹھ اکھ دأیمی تہٕ ابدی جاے شیرتہٕ ہُنٛدِس خأیق سٕنٛزِ زندگی ہٕنٛدِ کہ ۳۵ ؤری ڈامکی کرِتھ بنوومُن سہ نہ صرف ایرانکٕے بلکہ دُرِوسی

---

٥ کشمیری زبان اور شاعری۔ عبدالاحد آزاد۔ جلد اول۔ کلچرل اکادمی سرینگر سنہ ۱۹۵۹ء ص ۱۷۹ - ۱۸۰ تہٕ ۱۸۶

تہٕ تقلیل شارن منز ژوٗمراُو ہتہ لوٗب تہٕ ژوٗوٕن پھیرٕ ہتھ۔

سید امیر شاہ کریری یَس دِژ سام نامہ کأشرِ پأٹھی پھیرنچ تحریک

لیٛنڈکر دوس تہٕ ہم عصر وہاب پرےین ییٚمیٚک تمہٕ پانہٕ تذکرہ چھُ کوٚرمُت ے

خصوٗصن چھُ اکھ مخلصاہ میون یار

نہایت شفیقاہ تہٕ چھُم دوسدار

خردمند، روشن دِلا، باصواب

لقب چھُس پرے ناو عبدالوہاب

دوٚپُن مے کہ اے مرد شیرین کلام

بہ ابیاتِ کشیر وَنتَن تُہٕ سام

سامہ پٲٹھٕ داستان کأشرِس منز نظم کرنُک چھُ امیر شاہ پہٕ وجہ باوان

زِ یوٚدوے کأشرِ شعرو گونہ ہاتو شاعری ہنزن تقریبن تمام فأرژن گوہ ڈیوٚر تہٕ

اَلنہٕ کرٕ تیٚ ہنٛدِ رنگہٕ نہٕ کوٚر کٔھ اکھ مہ لُکھ سرمایہ جمع اما پوٚز رزم نامس

کُن ژیت پئٔ کأشرِ توجہ تہٕ اُتھی سیتہٕ چھُ تہٕ کأشرِ ین ہنٛز محکوٗمی ہنٛدِس

عالمس منز تیٚتھین لکھوژُ بدٕ تہٕ بُزدِل آسنُک بیٚزل کران ے

چھُ کأشرو نٔژن گوہ رنہٕ خنجرو چھیت

اَژن لرزہٕ چھُک کاتہٕ دِلاور پھُٹ

مُنٛلو جامن اَندر کأمیتہ کھٹیلہ پوش

کمہٕ درعہ خفتان کُجا ناو نوش

مگر یم چھ ہنگام سرما ولیم

کڈان کانگرِ ین کُشن بمانندِ شیر

بلکہٕ مقابلہ چھُ امیرنِس سامہ نامہ سیٹھاہ طویل تہٕ یمہ کنہٕ نتہٕ منز اکہ فن بانچ

که هرگونه به نظم آراستم

بگفتم درو هرچه خود خواستم

گۄیہ ظاہر چھُ زِ تٔمِس سندِ یہ دعوا چھُ محض اکھ خوش فہمی یا مبالغہ آمیزی زِ تِکیازِ

پَنُنٕ داوِہ دُردانہٕ تھآوِم جُرِتھ

تِکیازِ فردوسی یَن چھُ پننہِ آتش بیان تہٕ جادو نگار قلمہ تہٕ پننہِ فنی کمالہٕ کِہ جہارہٕ سیتۍ اکھ افسانس زندٕ جاوید شکل دِتھ یہ ثابت کوٚرمُت زِ تٔمِس سند فن تہٕ تٔمِسُند تخیُل چھُ کامیابی یَن ہٕنٛدۍ سآری سٕد حد تٕرٲوِتھ پننِس منزلِ مقصودس دوتمُت۔

وہاب پرے یَن یُتھٕ پس منظر شہنامس ترجمہ کرنُک ستُر کوٚرمُت نظرِ تل تھٲوِتھ چھُ یہ کٲم کارہٕ پٲٹھۍ ثابت تہٕ موٚیَن زِ تِمو ہیٚشرنہٕ یہ کٲم کُنہِ فطری رُجحانہ یا دِلی جذبہٕ مُطٲبق دَرِدَس بلکہ اوس اکھ شرنشونتہٕ کسہِ تہٕ غٲرِمُت تہٕ رشکُک جذبہٕ موجود۔ یہ وَننُک چھُنہٕ شاید کانٛہہ ضرورت زِ یِتھِس جذبَس تحت کانٛہہ تہٕ ادبی کٲم اکہ کامیاب تخلیقُک درجہ حٲصِل کرُن چھُ محال۔ وہاب تہٕ آو یہ کٲم اندوانتاونہٕ برونٛہہ عٲجزتہٕ ہیٚنۍوٚت تِمو امہِ "درِ دُر" نِشہِ نجات حٲصِل کرُن یُمیُک نتیجہ یہ دراو زِ تٔمِسند نامہٕ نہاد ترجمہٕ ہیٚنوٚ کُنہِ تہٕ پن وٲلِس شرتِمہِ جوشُک تہٕ جوٚنُک عشرِ عشیر اتھٕ یٲدِ کرِتھ یُتھٕ کِنہ فردوسی وِہ ستادن ہٕنٛد وِہ ستاد چھُ مانُنہٕ یوان۔ یِیُتھۍ شہنامُن فردوسی پٔشرزَن رگن ہٕنٛد خوٗن قطرٕ قطرٕ زٕ ہیتھ نیوٚ تِمہِ کِس قلم برداشتہٕ ترجمس شرزٕ بیٚیہِ ہٕن باثمر کرنی چھُ ہاوان زِ وہابَن اوس نہٕ سنجیدگی سان اتھ کارس دَس تُلمُت لہٰذا ہیٚنۍوٚت تِمو یہ سِلسِلہ اَڈِ وَتی تہٕ شہنامکۍ شیٚتھ ساس زور دار۔ با اثر تہٕ روان تہٕ دوان شار فقط ۲۳ ہٕتھ بے جان زٕ چھُوٚکۍمتین

مٔنز ڈیکہٕ ٹھیکھ بأتھٕ ہیکہٕ نأدُن لایق فن پارٕ۔ وہابس تہٕ امیر شاہس برعکس چھُ بُلبُل شِنٛد کمال صرف یتھ کنہِ مٔنز پۆشیدٕ زِ تِمو یوسہٕ ییٚنہٕ ژۆوٕ نٔن پننس پلاٹس لوگمُت چھُ تِمو چھُ تِتھنٛد سام ناوٕ اکھ بااثر، پأنٕہ جاندار چیز بنومُت۔ بُلبُل سِنٛدِ کمالُک بیاکھ پہلو چھُ تِمہٕ ساتہٕ جلوٕ ہاوان ییٚلہِ شہٕ اکھ فارسی کلاسیکی رزمیس پننہِ فن کأری سیتو پانٕہ بأتھٕ کأشراوٕنچ کامیاب کوٗشش چھُ کران۔ اَدٕے چھہ تِمو امیر شاہنہ مٔے فارسی نثر خم خانہٕ نجم بَدلہِ کأشر نمکین چایہٕ ہِنٛدی نغمہٕ بٔرِتھ مٕتو تہٕ یِم سأری پننہِ داستانکہٕ تِتھو شۆبہٕ وِزِ چھیہٕ بناوِتھ یِتھ کِنہٕ تِہٕ بصورتھ واجہٕ ہِنٛدِس کرانکس گاہے بٔرِن بٔرِن رنگہٕ شولہٕ چھہ ماران۔ بُلبُلن ریچھ پننس ترجمس بیاکھ خصوصیت یہِ بخشِمژ زِ تِمو سِنٛدِن جذبن ہِنٛدِ اظہارُک مرکز چھُ خاص بأتھٕ مثنوی ہِنٛد مرکزی کردار ساپھ یوت، اَدُمُت یِیمہِ کِنہٕ واقاتن ہِنٛد تسلسُل تہٕ دِلچسپی تہٕ اکِس compact ماحولس سیتو لَرِ لوٗر چھےٚ ٹیکان تہٕ قدمس قدمس ہیچھ سرتازٕ سپدان۔

کأشرِ زبأنی مٔنز رزمیہ شأیری ہِنٛدی اثرات چھینہٕ اَسہٕ وُنی کینہہ تیتھو دیرپا تہٕ جاودأنی باسان ییتھو زِ یِم آسہِ گژھن۔ امیُک وجہ تہٕ چھُ یہی زِ شأیری ہِنٛدِ ذرِیہ تہٕ یِم جذبہٕ ییتھ ماحولس مٔنز عملی شکل ہیٚراوٕہن تہٕ سانہِ سیأسی یا سمأجی زندگی ہِنٛد اکھ روشن پہلو بنہٕ ہیٚن شہ وُچھنکٕ تہٕ تیتھ آزأدی چھاونُک آدِنہٕ کأشرین ژانٛہہ موقہٕ — اَدٕے چھہ وَہسے، امیر شاہ تہٕ بُلبُل شِنٛد پُرجوش کلام اَز سانِہ کِنَن اکھ پرانہِ داستانچ اَلِف لیلوی گیٚنٛدگرایے کران۔

یہ چھےٚ اکھ مختصر سام یوسہٕ مٔے کأشرِ رزمیہ شأیری

گامژ چھنے زائل تام حدس سیٹھاہ کیفیت پنچ روز one - whole

امیرشاہن چھُ پننس ترجمس منز تھمن دوہن ہنٛدِ عام رواجہ تہٕ عادتہٕ موجوٗب فارسیک تہٕ یتھسلہ استعمال کوٚرمُت۔ تہٕ تیمہ سیٹھو تہٕ چھُ تُشند سامناہ ایرانی حادِ تہٕ کاشُر کم تیٚتھن باسان۔ [یٔتین چھُس یہ بیٚنیہ اکہ پھِر کینٛژن دوستن ہنٛز یہ غلط فہمی دوٗر کرنٕ یژھان زِ گمبُل تہٕ امیرن چھُ سانک قصہ فردوسی سنٛدِ شاہنامہ منز نیوٚمُت۔ دراصل چھُ یمو دوہ شوٗرے خواجو تُشند سام نامہ کاشرس منز پھیرمُت۔ تکیازِ فردوسی سنٛدی سامس نیسبت واقعہ چھ یمن دوہ شوٗنی ہنٛدیو ترجمو نِشہِ مُلے بتوٗن۔ اَتھ مسلس پیٹھ چھ مےٚ پننہ رامسے داے ویرٕ ھناوِتھ یانہ ترتیب دِنی متس بلبل سنٛدس سام ناماس منز پیش کٔرمٕژ۔]

امیر شاہ کریری تُشند دوٚیُم رزمیہ کارنامہ چھُ "خاور نامہ" یُس ابن حُسام فردوسی یس یتہٕ ژور ہتھ وری گٔژھ حصہ قلم بند کوٚر تہٕ یتھ منز حضرت علیؓ۔ ابوالمعجن تہٕ سعد وقاص سنٛدین جنگ وجدل کین کارنامن ہُنٛد حال بیان چھُ آمُت کرنہٕ۔ اگرچہ اَتھ ساری پیٹھے داستانس تاریخی واقعاتن سیٹھو کانٛہہ مطابقت چھنہٕ مگر شاعرن چھُ امہ کین کینٛژن کردارن ہُنٛد تاریخی پس منظر موجوٗد تہٕ برقرار تھاوِتھ امیک ویقار قایم تھوومُت یِہ چھُ امیر شاہ تُشند سہ بیاکھ کارنامہ یمہ کاشرس رزمیہ ادبس باگہ بوٚرمُت ہُر پر چھُ کوٚرمُت۔ تکیازِ بقولِ آزاد مرحوم امیر شاہن چھُ کاشرس پٲٹھو رزم سازی ہے کھوتہٕ زِت لیو کھمُت۔"

تمن کول مُبُل سُشند" سام نامہ" چھُ پننہ فنی نزاکژ۔ معنے پچھہ ہمہ گیری تہٕ پلاٹچہ موزونیتہٕ مُتناسب حدبندی کنہ کاشرس رزمیہ ادبس

# لیلایہ تہٕ دھارمک ادب

(موتی لال ساقی)

کأشرِس منٛز لیلاین تہٕ دھارمک ادبُک دوٚنٛت میٚنہٕ بڑوٚنہ چھُ یہ مناسب زِ اسہِ وُچھو دھارمک ادبچ پچھان کیا چھےٚ۔ میأنِ کِنہ چھُ شہ سوٗرُے ادب دھارمک ادبکس دٲیرس منٛز یِوان یمیُک آگُر وید، رز پُران، درشن، اُپنشد، شیو سوٗتر تہٕ گیتا بیترِ چھےٚ۔ یتھہٕ ادبچ خاصیتھ ان چھےٚ یہ کنتہ زٕ امہ منٛز چھےٚ پٔتھ پأٹھی مرکزی خیال، کردار، علامژ تہٕ تشبی بیترِ یمہ سٕے قدیم کتابو منٛز آنتہٕ تہٕ نوٚو جامہٕ وٲلتھ یا پننہِ جامن منٛز ورتاونہٕ آمژٕ آسان۔

یۄدوے زَن کأشر ادبچ بنیاد یہے دھارمِک موضوعن پیٹھ کھڑٕ مژ چھےٚ مگر غفلتہٕ کنہِ چھےٚ امہِ وٕنسامَ تہٕ سامَ ہینہٕ آمژٕ۔ سوٗرُے دھارمک ادب چھُ وُنہِ تہٕ یٚونی ناوہٕ۔ اکثر حصہ چھُ چھاپ سپدنے تہٕ کیٛتژھا چھپیمت چھُ تہٕ چھپنہ وٕنی بازرس منٛز دستیاب۔ کأشرِ زبٲنی پیٹھ دھارمِک ادبُک احسان چھُ ہاوُن تہٕ باوُن لایق۔ دھارمِک شاعرو دِژ کأشرِس تیٛم ساتہٕ نظم یمہ زن ہندی تہٕ اردوٗ زبانِ یہ ڈیٚکہ تہٕ کوٚٹھ کھوکھنہِ یکان تیمہ سانہٕ لفظ دوٚ ترینگ باگہ یُورت حصہ روٚد اَمی ادبہٕ کنہِ زِندٕ۔ مگر امہِ باوجوٗد تہٕ آو کأشرِس ادبس پیٹھ لیکھن وِزِ دھارمِک ادب نظر انداز

(جنگ نامن) ہُنٛز۔ اگرچہ یہِ موضوع چھُ بٔڈیہِ ہِنٛن تہٕ واش تہٕ ویرٕ ژھینے منگان مگر یتھہٕ اختصارس منٛز تہٕ کوٚر مےٚ شاید تمام اہم کتھن وِہا تہٕ۔ بہرحال کأشرِ زبٲنۍ منٛز ماحولچہ یک رنٛگی ہُنٛز عکٲسی، باوقار تہٕ آزاد زندگی ہُنٛز ترجمٲنی تہٕ اَکہِ قومکہِ پگہُک تصوُر کأشرِ اونہٕ بایتھہٕ رزمیہِ (جنگنامن) کرٕ سپدِ احیاء ـــــ تہٕ ہیٚکہِ صرف وقتے یوت وٕنِتھ ـــــ صرف وقت۔

نہٕ الگ الگ کڑٕنۍ چھِنہٕ ہیکن۔ شیخ العالمنٕ ہُند تہٕ چھِ اوتار بٹ ریوان۔ اوتار بٹ چھُ لار علاقس روزن وول اوسمُت تہٕ اَمۍ سُند وَق چھُ پندٲہم صدی۔ اَمۍ چھہ مہابارتُک اکھ مشہور کتھ "بانہٕ سرگبھا" ناوٕ کٲشرِس منز۔ اَمۍ سٕنز زبان چھےٚ ازکل کیٚس عام پرن والِس فکرِ تُرٕنۍ مُشکل۔ اَمۍ چھےٚ پننہٕ دلیل بنٛدن منز لیچھمٕژ تہٕ یِمن بندن ہِنز نمونہٕ چھےٚ یِتھکۍ:

ا . . . . . .

ب . . . . . .

ا . . . . . .

ب . . . . . .

"بانہٕ سرگبھا" چھِنہٕ چھاپ گٲمِژ تہٕ اَمِیُک نوسخہ چھُ بھنڈارکر انسٹیٹیوٹ پوناہس منز رٲژھرِتھ۔

صاحب کول چھُ سداہمہ صدی ہُند شاعر۔ اَمۍ چھُ کٲشرِس منز رامہ اوتار چیرِت لیوکھمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَمۍ زُنمہٕ ژریتھ تہٕ لیوکھمُت، اَتھ منز چھُ شمگیہ سُند بُجر تہٕ اَشٹہ دیوِ سُند اَنہٕ گرٛیہہ وکھنوومُت۔ صاحب کولنہٕ زبان تہٕ چھےٚ سہتا گڈ۔ صاحب کولنہٕ کلامُک نوسخہ چھُ ریسرچ محکمس منز موجود۔

روپہ بھوانی (۱۶۲۵ - ۱۷۲۱ء) ہُند کلام چھُ واکھن ہنٛدِس صورتس منز۔ اَمہٕ ہندین واکھن ہنٛز زبان چھِنہٕ سہل سہل فکرِ تران۔ اَمی رکۍ چھُ میون یہ یقین ذہر تہٕ پچھر یا وان زُلل دیدِ ہنٛدین کلامس منز چھُ زُل کرنہٕ آمُت۔ تتھ ہندس کلامس منز چھُ وار یاہ واکھ یِتھی یم اکھ اوتر [illegible] بیان چھہ۔ بھوانی جی ہندین واکھن منز نہٕ چھےٚ سوء درد تہٕ نہٕ سوء

کرنہٕ پژھا بے خبری کینہہ زٲنِتھ تہٕ اَتھ ڈٔول لاگنُن تہٕ زانہٕ دِے۔ کأشرِس
منز دِنس تل شِتی کُنتھِنوا پیچھِر گوڈنیُک کِتاب "مہانے پرکاش" چھےٚ کأشرِس
منز گوڈنیُک دھارمِک کِتاب۔ اَمہِ کِتابہِ منز گوژھ چھےٚ شِوسو اُتر تہٕ لویہ ہال
چھ لل دیدِ ہُندہ تہٕ۔ لل دیدِ ہِندِس کلامس منز یُس وُسچار، سنیر تہٕ اثر آفرینی
چھےٚ تمہِ سپتی چھےٚ تیٚمِس عظمتُک ژینہٕ وُنی ضرورو لگان مگر تیٚمِس یِواکھن
ہُندرُ رح چھ شیوی نہٕ کیا زٹیٚشرٕ فنکارانہٕ عظمتہٕ چھےٚ تیٚمِس اَندی اَندی
گتہٕ گیوٚر گران۔ للہٕ ہُنز اوٚندر اوس تمہِ برہمہ تیژ سپتی گہان یُس
تیژ تہٕ پرکاش تس شیوی فلسفکو اَنہٕ بوٚن بخشمت اوس۔ میانہٕ خیالہٕ
چھےٚ کأشرٕ زبانی ہنز گوڈنیُک لیلا لل دیدِ نیشی لگنہٕ پےٚ ہرش۔ اَمہِ لیلایہٕ ہُند
ووج چھُ سہ

شوچھےٚ کشٹو تہٕ ژین ووہ پدیشن

لل دیدِ پیٹھہٕ چھےٚ ساٚنی نظرِ سپدان شیخ العالمس پیٹھ ٹھہران
شیخ العالمہٕ منز اکھ زبٹھ نظم ییٚمِس، ووج "تیٚشِنتھے مےٚ ورِدِتو دِچ"
چھےٚ ساٚنی کینہہ لیلایہٕ منزے ابتدائی صورتہٕ۔ "لیلا" لفظُک مانہِ چھُ گُنڈن
تجوبہٕ نمائشہٕ بینہٕ۔ اَمہِ حِسابہٕ چھےٚ لیل شأیری منز سوہ صِنف یُتھ منز
دِیہ پِنڈرِ بیٚوان بیٚوان رنگ تہٕ ویرہ ویر ژھناوِتہٕ تہٕ وکھناوِتہٕ ییٚن۔ اَتہٕ ہنہٕ
کأتھہ علاحِدٕ فارم، بحریا اسلوب۔ کأشرِس منز لیکھنہٕ آمژٕ اکثر لیلایہٕ چھےٚ
باتہٕ "وزن" تہٕ تہٕ باقایدٕ نظمہ۔ بھجنن تہٕ لیلایہٕ چھنہٕ یِتھ پأٹھۍ کانہہ
خاص فرق۔ بھجن چھُ دراصل سہ بأتھ یُتھ منز دِیہ پنز تعریف یا دِیس
حمد پیہ دِینہٕ۔ مگر یہ فرق تہٕ چھےٚ سرسری۔ بٔنیادی طور چھےٚ جھراناوچ
فرق نہٕ چھُ یِمن دوہ شوٕ صِنفن منز یِتھ رنگہٕ ہشر تہٕ یِمن ترٲوِ کرِتھ

ایشیاٹک سوسائیٹی یوسہ کرشنہٕ اوتار لیلا چھاپہ چھےٚ کرٕمژ تہٕ ہیتہٕ گریرسن کستام دینا ناتھنۍ تخلیق چھہٕ وَنان۔ سہ لیلا تہٕ چھےٚ اندازٕ نٕ پرکاش راہنز تخلیق تہٕ کیازِ لفظ ووٚترس تہٕ سٹایلس منٛز چھہٕ اکھ واریاہس حدس تام پرکاش راہنس ڈکشنس سیتھٕ واٹھ۔ یہٕ لیلا چھےٚ کأشرِس بَٹہٕ وَنہٕ وَنس منٛز گیونہٕ یوان تہٕ اَتھیُک انداز تہٕ چھہٕ عام وَنہٕ وَنس ہیوٗہ۔

پرکاش کرٕنۍ کأرِس علاوہٕ چھِیٛرٕ وِشنہٕ کول، آنند رام تہٕ نیلہ کأنٹھٕ ہیترٕ تہٕ رامایِن کأشرِس منٛز اَکا پوٗز ہیمِن سیزٕ تہٕ سہ مقبولیت حاصل یوسہ رامہ اوتار ژرِتس باگہٕ آیہٕ۔ ہیتھٕ قلمی نوٗسخہٕ مرازہٕ کمرازٕ پرکاش کرٕنۍ کأمہٕ مثنوی ہیندۍ بَدس چھہٕ سپدان تمہٕ چھےٚنہٕ بٔنیہ گیہٕ رامایِنکو بدس ہیوٗ رامایِن منٛز چھہٕ صرف نیلہ کأنٹھٕنۍ رامایِن چھاپہ سپدمٕژ۔

پرکاش کرٕنۍ کأمَس سیتۍ چھہٕ واسدیو جیٖن ذکر تہٕ ضروٗرۍ تہٕ کیازِ نہٕ اوس تمس کالہٕ بوچ تہٕ تمہٕ چھےٚ رامہ اوتار ژرِتس منٛز کیٛشہ لیلایہ تہٕ بجھنہٕ واسدیو جیٖن چھہٕ سیٹھاہ کم کلامہ چھاپہ گومٕژ تہٕ اُمی سٕندۍ صوٗفی طرزٕکۍ کیٛشہ وژن تہٕ چھہٕ بَدس۔ اُمِس چھہٕ اَکس قداوار شاعرٕ سٕند انداز تہٕ اِظہار۔ اُمۍ سٕندِس کلامَس منٛز چھہٕ دردٕ تہٕ ہٕیٛشند سوزٕ فنکارۍ ہند حیاد تہٕ زِکرٕ تہٕ ذکرٕ ہیٛند پأٹھۍ سیٹھا گوٚب۔ واسدیو جی تہٕ شأیری منٛز چھہٕ داخلیتُک رنگ تہٕ اَمہ سیتۍ چھہٕ اکھ اکھ خاص گوٚہر گومٕژ ؎

اومے آد اومس اندر ہیٛرٕ شاہ کار

اومے زٕگت دأرِتھ کیوٚل نیرا کار

اومے نیٛرنے کُس وَنہٕ بٔتھوٚن بٔتھوٚن چھُس وِستار

اومس ہیرِتھ اومس ہرمُہ کٕہ نمسکار

فنکارٕ ی یوسہ لل دید پٮ۪ٹھ لون چھےٚ۔ اٗہنٛدیٚن واکھن منٛز چھےٚ دپہ شعرن مگر تُہنٛدرِچ رٕنٛگہ تہٕ پھیرِ یکہٕ نِتہٕ وونٛدِک اثار چھینہٕ یمن منٛز لل دید ہنٛدیٚن واکھن ہنٛدِ کہ پاٹھۍ گرکان ؎

سوو اٗندرٕ نیٚبرٕ پٮ۪ٹھہٕ دیشن          کنٛدیو دیشن کاران لوٗسنے دوہ
ژیٚٹھہٕ کھوٗمرِس اٗندرٕ چھیہٕ ایشان          دِشن دٲرِتھہٕ دِتس ژھوہ

پرکاش رٲم کُرِ گامُی چھُ محموٗد گامیُک کالہٕ بعچ۔ اُمی چھیٚ مشہوٗر رزمیہ رامایِن کٲشرِس منٛز اوتار کٔرِتھ چھُ مثنوی ہنٛدِس صوٗرتس منٛز لیکھمتہٕ آمت۔ میون خیال چھُ زِ پرکاش کُرِ گامُی چھےٚ یہٕ دلیل فارسی پیٚٹھ تارِ ہٕنٛز نہٕ کیاز اتھ مثنوی منٛز چھُ یِتھہٕ پاٹھۍ فارسی لفظ بیترِ ورتاونہٕ آمت۔ اُمہ مثنوی ہٕنٛز بحر تہٕ چھےٚ فارسی پیٚٹھہٕ دوٗرِ ژٕم اننہٕ آمٕژ۔ شاعری ہُنٛد خاص رنگ چھُ یہٕ زِ اُمی چھُ رامایِنک سوٗرے ماحول کٲشرُو مُت یُتھہٕ کنہٕ یہٕ دلیل اتہٕ پنٕنۍ باسان چھےٚ۔ اُمی شعرن لیلایِن چھُ عام کٲشرِ وِژھنک انٛداز تہٕ انہار ؎

وٕنٛدیو ہٕنٛز بہٕ پادن۔ ژھانٛڈتھہٕ رامہٕ راوٕن
ویرہٕ ناگو دِتہٕ لارے۔ نُنہٕ رکہٕ تارٕ ٹیٚپارٕ ے
ہمہٕ سیٚر کیٚنٛز دمے کن۔ ژھانٛڈتھو رامہٕ راوٕن

پرکاش رامنیٚن لیلایِن چھُ اکثر ونہٕ آمٕژ تہٕ ویلاپُک رنگ۔ کرِ گامُی صابن رامایِن کوٗر گوڈنچہ گریرسن تہٕ مُکُند رام شاستری ہٕنٛدِ دیوناگری خطس منٛز رایل ایشیاٹک سوسائٹی ہٕنٛدِ طرفہ چھاپھ۔ اُمہ پتہٕ کوٗڈ اکھ تہٕ ایڈیشن علی محمد تہٕ سنٛزن نہٕ آخرس کوٗر یہ کلچرل اکادمی مروجہ رسم الخطس منٛز چھاپ۔ کلچرل اکادمی ہُنٛد ایڈیشن چھُ ڈاکٹر بلجی ناتھ پنٛڈتن مرتب کوٗرمُت۔ رایل

بسنت رنگہ رنگہ پوشن وھرادانہ
ژیھہ ویمرشہ دیپتر مانہٕ بگوانو
ہری تہٕ ژندرمہ ہیہہ شمع چراغانہ
وُزملہ اَلچہ ہیہہ تاپہٕ دانو
وُزِ میھنہٕ مایا نشرِ بس اُلرانہ
ژیھہ ویمرشہ دیپتر مانہٕ بگوانو

پرمانند چھُ کاشرِ زبٲنی ہُند گوڈنیُک ناوُن تہٕ باوُن لایق نظم نِگار گوٚمُت۔ تٚمسٕنز نظمہ "گُل تہٕ ژھانے" "کرمہ بوٗمِکا" "امرناتھ یاترا" تہٕ "سودام ژرِیتر" چھےٚ مکمل نظمہ تہٕ یِمن نظمن چھےٚنہٕ اَز تہٕ کانٛہہ نوقص کڈُن ممکن۔ یِمن نظمن منز چھےٚ شاعِرن تِمن ابدی حقیقتن ہُنز تہٕ تِمن تجربن ہُنز باوتھ کٔرمٕژ یِمن واش کڈُن اکس عام شاعِر سِنٛد باپتھ ممکن چھےٚنہٕ۔ موضوعچ مجبوری چھےٚ شاعِر ترٛاوُن زبان ورتاونس پیٹھ مجبور کوٚرمُت یوسہٕ عام انسانس سمجھنس کھٕتہٕ مشکل چھےٚ مگر یہ چھےٚنہٕ شاعِر سِنٛد قصور بلکہ موضوعٕچ تقاضہ یِمہٕ نِشہ ژلُن ممکن چھےٚنہٕ۔ مگر زبان مشکل آسنچ چھےٚنہٕ کانٛہہ گلہ کُن نہ۔ Paradise Last آیہ تہٕ مشکل زبان آسنہ کنہ یا مذہبی اصطلاحات ورتاونہ معہ کچھ زانٛہہ تہٕ تکلیف تھاوِنہ تہٕ نہ آو اَمہ کِس بحرس انکار کرنہ۔ بیٚ دوٚے زٕن پرمانند ییٚژ یاٹھ سعہ گوٚن واد وکھناوان چھُ مگر یِمہٕ ساتہٕ شنیر گوٚن واوک ناد چھُ لایان انسان چھُ منہٕ کین ستَرن ووٚنت ہیٚنہٕ لگان ؎

ویدو چھُ ووّن سُتے
بُدھوو نہ اوّن سُتے

آدِ شکھتہ شیو جیس ۔ نمسکار
اوے چھ سار اوے سمرن منس دار
بوداے اندرے نینٹھ ریگ دھتو خبردار
شلہ وہتہ نیندرے بیندرے کرتھس خبردار
دِل تھوٗد نِجے لنجے بوٗٹھے جانا وار
آدِ شکھتہ شیو جیس نمسکار

وانہ یومن داریاہن بھجنن منز لیہ سینہ تا ثیرچ وحدتہ نظر گژھان چھے تمہ سِیتو چھ یمن بھجنن اکہ مُمکن نظرٕ درجہ حاصل سپدان۔ پرمانند چھ کاشرک بایہ بوٗد شاعر۔ یوٗدوے اُمہ سنز شاعری اکِس خاص ماحولس وقتہ آرنخشان چھے مگر ذاتی تجربن ہنزِ وکھنے گژھتھ چھ پرمانندن ہنز شاعری اکھ مخصوص رنگ عطا کوٗرمت۔ پرمانند وکھنا وتن نیر گون واد یا سعہ گژھن واد تسند پرتھ کانہہ تیر پڑھ نِشانس کُن گژھتھ تہ ہِدِ وِہتہ نیران۔ پرمانندن بجر چھ یتہ کتھ منز تس چھے کنھِ تہ تجربہ بادن تنگان۔ کاشرس منز چھ پرمانندن بھتہ باو تیوٗت تھوٗر تہ شوٗدِ یتھ کانہہ جواب چھنہ۔ ہرگاہ مذہبی نو قطۂ نظر اکہ طرف ترا وِتھ پرمانندنہ شاعری وون یہہ دِنہ اُمہ سنز شاعری ہند بجر ژینس تنگہ نہ کانسہ تِہ تار۔ لیلا لیوٗنہ عام باتو علاوہ لیوٗکھ تمو رادھا سوہ بود تہ شیو لگن۔ یمن منز شیو دلیلس ہند آگر چھ لوٗران۔ دہ شوٗبی داستانن ہنز رنگی رنگی چھے ہند زوٗدار تہ مختاوارسہ

واوہ لوٗکہ پالہ دراو لرشہ ڈوٗہ نادانہ
یئندرانہ دِتہ رلہ نادانو

(پرمانندٕن) ناوانٲن مٕنٛز کیتہٕ اُمی شیچھے لیلا یہ پرمانندن رچھٲتس ژاونہٕ چھےٚ یوان ــ

گرٕ گرٕ یوٗز کرٕ گھرٕ یاوُن تے بٕنٛتھ پکہٕ وٕنٛدٕ رٕنٛھ من ستے ژران
گورے چھُ بڑہا جی آسن نے گورے چھُ ستہٕ کنہٕ ٹوٗنٛٹھ بگوان
گورے ہیشر نٕژن بوٗنن تے بٕنٛتھ پکہٕ وٕنٛدٕ رٕنٛھ من تے ژران

•

دینہٕ وٕنہٕ پھیرے ڈٕنٛ دینہٕ نیرے ڈٕنٛ دٕنٛتھ دورے پھیرے
ژبے وَن ژیّے وین کٔمہٕ سنبالے کرہٕ یہ ژیّے رکرٕ پوشن مالو

•

بوٗشر کیس میون زاریس ٹُلبُلین نالہٕ ژٔہرٕ پھٕل
لولہٕ چیوٗ کوٗر اُلی چمن تس رنگہٕ گوٗہ دالین وسی
بُلبُلی نٲگمیشن شش باکے رام چھ ہیتھ یاکھٹو تٕکن دیوٗد
اُمی شنٛزا اکھ لیلا چھےٚ سیٹھا مقبوٗل تہٕ زٕوٗدار ــ

پرمہ دادکَس مےٚ چاونہٕ دامو ست گوٗرو موٗکھ دایکے رامو

اُمی شنٛزٕ بانٛڈے ساریّے لیلایہٕ چھےٚ دادٕوس تل مگر وہ ہرتیں پنہٕنٛد" چھےٚ سر ژٕوابٕ تھہ موجود۔ یہ مثنوی چھےٚ وٕنٛزٕ چھپنہٕ ییٚہندِ دلیل چھےٚ کانٛژس کوٗلگکیا آنندٹِن تہٕ مثنوی ہندس روٗپس منٛزٕ رےٚ لیچھ ہرٕنہٕ آنندٕ بٹٕنہٕ مثنوی تہٕ چھےٚ غارٕ مطبوعہٕ۔ مثنوین ہُنٛد آ گُرٕ چھُ ہٕلٲرت۔ آنند بٹُنو مثنوی چھےٚ زٕیادٕ مشہوٗر تہٕ آمہ علاوٕ چھےٚ اُکھ منٛزٕ سیتی" ستی ساوِتری ہٕنٛزٕ کتھ تہٕ دونہٕ آمٕژ۔ آنندٕ بٹنہٕ نظماوٕ منٛزٕ مثنوی ہٕنٛدی کینٛہہ شار چھ لیکھہٕ گٕنٛژ ــ

## بُڈھی نِشہ ژھیٖنُون مُتٕے

## سہزٕ ویژاہ کرُن

بیا

ظلمن ثنداوِتھ روزِ گٔنٛے زوٗنٕے — چھوٗنٕے مے زال وونٕہ وُنے آس

زٕلرِی لوگ پان ہیٚچھ وون نٕے — کرکینٛہہ نٕہ ژٕ مو روٗنٕے آس

پرمانندُن کلام کوٚر گوڈٕ "گیان پرکاش" ناوٕ نرنجن ناتھ رینہ صابن بیترِ چھاپ۔ ماسٹر جیٖن کوٗر اُمو سٕنٛدِ کلامُک انتخاب انگریزی ترجمہ ہیٚتھ "پرمانند" ناوٕ دیوناگری رسم الخط منٛز ترٛین بٔڈین بٔیوٚن حصن منٛز چھاپ۔ "سوٗدام ژریتر" اوس ۲۶×۲۰ سائزس منٛز الگ پانٕ غلام محمد نور محمد کُتب فروش تہٕ چھوٚپمت۔ ووٚنۍ چھےٚ اُمی سٕنٛدِ کلامُچ پوٗرٕ سوٗمبرن کلچرل اکادمی ترٛین حصن منٛز "پرمانند" ناوٕ چھاپ کٔرمٕژ۔ امہ سوٗمبرنہِ ہُنٛد بوڈ صفتہٕ چھےٚ یہ کتھ زِ اتھ منٛز چھُ شاعرٕ سٕنٛد وادیاہ غارٕ مطبوعہ کلام تہٕ شامل۔

پرمانندس سیٚتھاہ چھُ لکھمن بُلبُل تہٕ ژوان۔ بُلبُلن لیٚچھ نہ صرف لیلا یہ باشہ تمو لیوکھ رادھا سوٗمبرُک کینٛہہ حصہ تہٕ لیلا یہ تہٕ۔ امہ علاوٕ لیوٗکھُن سام نامہ یُس کاشرِ ین جنگنامن منٛز اکھ دیت چھُ۔ اُمۍ چھےٚ مشہوٗر کتھ "نل دمینتی" نہٕ بأتن لٲگٕمٕژ۔ یہ مثنوی چھےٚ سیٚٹھا نوٗدار مگر وۄنہٕ چھُ بُلبُلن سوٗرےٚ کلام نل دمینتی ہیٚتھ چھاپ سپدٕنۍ۔ اُمو سٕنٛز مداح گیتا تہٕ کینٛہہ لیلا یہ چھےٚ گیان پرکاشس منٛز چھپےٚ مرتٕبنٕ۔ لیلاین ہیٚتھ چھُ پرمانندُن سرٛون اثر مگر لیوٗت کرتھ تہٕ چھےٚ اُمی سُنٛد بادنا مُشکٕہ اَدٕ زٕ ہٕٹھان۔ بُلبُل چھُ پنٕنین لیلاین منٛز گوڈٕ گوڈٕ پرسند

---

١ آمینگُ مُرتب چھُ پی، این، کے، بامزئی۔

ہیٚنٛز اکھ پوٚدٕ پیٚ متأثر۔ لفظہٕ ژاٲرِ، بحرن ہنٛدِ انتخابن تہٕ شاعرانہٕ لوازماتن ہنٛدِ بھرپور احساسن چھےٚ رازدان صابنہٕ شاعری ترٛاٹھ پوشہٕ مرگہٕ ہنٛد حُسن تہٕ قیمت بیتھ کٔنۍ ہرٛدا چھُ تُلنس تہٕ جُرحہٕ کرٕ نہٕ۔ رازدان صٲب چھُ اصلی شوبھ چھتو مگر تہٕ چھُ سارِنٕے اوتارن شوبھنٕدِ رنگ زانٕنہٕ تہٕ نوٚ تاکران ؎

یَس دیو آدِ دِیوٚن ہُنٛد چھُ آد
سُے دیو ؤرٕ آسہٕ کرٕ پرساد
تَس دیوس چھ یمپوش ہی یاد
ہر معہ کھہ بَرتلہٕ لایوس ناد
یادہٕ تلہٕ چھُس پکان سینہٕ دوٚنی
گۄسوٗنۍ ہے گۄسوٗنۍ ہے گۄسوٗنۍ

لیلایہٕ ہنٛدِس فارمس منٛز چھُ رازدان صٲبن پرمانٕندٕنۍ پٲٹھۍ نوٚو نوٚو تجربہٕ کٔرۍ مِتۍ۔ اُمہٕ ہنٛز نظم "ڈل ہے ہوش ژیتہٕ کی یمپوش چھاو" چھےٚ کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛزن بہلہ پایہٕ نظمن منٛز گٔنزراونہٕ یِنہٕ چ حقدار۔ اتھ نظمہ منٛز چھےٚ شاعرن زندگی ہنٛز سارٕے دوٚہ بہ ڈُرہ بہ تہٕ وُستہٕ سیٹھا کامیابی تہٕ فنکارانہٕ اندازس منٛز وَرتھناوِمژ۔ یہٕ نظم چھےٚ شوٗزن تہٕ سادر وار علامژن ہنٛدِ وَرتاوٕ کِنہٕ تہٕ ڈیٛپۍ نہٕ جدید نظمن سیٹھا نکھہٕ باسان ؎

اَتہٕ کتہٕ گٔنجہٕ لہٕ پوٗش ژٕنمہٕ ییتھۍ ییر
جوٗر کو پٲٹھۍ کوٚسنگ منٛزٕ نیر
ہوٚ کھیتہٕ چھُے ست نٕن بازرک باو
ڈل ہے ہوشہٕ ژیتہٕ کی یمپوش چھاو

پلنہ ڈونگ بازرس کُن کینہ گوٚ پان
ہیوان کانہہ چھس نہ موٚلوٗ چھ کرٛتھ گیس ہان
دولت فرٛہاد کاشرٕ مٔلو ہیٚیو ے
هنوٚروٚرکھ چھو نہ یِوِدوے مٔلو ہیٚیوے

دازٕ ہریش ڈنڈہ دلیپ چھےٚ نند لال منٛدلوٗہن تہٕ تارا چند بسمل ڈراماکس حصٕ تس منٛز لیچھمژ۔ بسملُن ڈراما چھ علی محمد کتب فروشن ۱۹۳۸ ہس منٛز چھپوومُت۔ اَمی سِندی اَکٕ جُز چھ ڈوٚنہ چھپنے۔ بسملن چھ گیتا ہند کاشر ترجمہ کرنہٕ علاوٕ "رامیہ اوتار" تہٕ "بھرت ملاپ" بینیہ زٕ ڈراما تہٕ لیکھمٕتۍ یِمن ہُند آگر ۔ ۔ ۔ والمیکن چھ۔ بسمل چھ کاشرِ زبٲنۍ ہُند گوڈنیک باکھاری یمہٕ منٛز وارِیاہ کیشہ لیوکھ۔ اَمہ چھےٚ وارِیاہ لیلا تہٕ برٛونہہ منٛز مگر اکھ تہٕ چھپنہٕ چھاپ گومُت۔ پوراکو تہٕ شاستروں منٛز چھ کرشن جو ذِکر گیتا یہ کاشرِ ترجمہ کورمت مگر اکھ منٛز چھپتہٕ زوٗزیتہٕ تہٕ نُسخہ تیتہ تہٕ گہرٲیی بیٚمِیک آگر گیتا جی چھےٚ۔ مدرانند کولن تہٕ چھ گیتا ہیٚند اکیا دیایہ ہُند منظوم ترجمہ چھپیومُت مگر اکھ ترجمس تہٕ چھپنہٕ خاص کانہہ زٕ نظر گژھان۔ مہا بھارتٕچ گیتا یہ ہُند ترجمہ کرن وارِیاہ مہجورٕ مشکان تہٕ زٲنی آکٕرن زان تہٕ چھےٚ آمہ باپتھ هنوٚروٚری۔

کرشن رازدان (دورفاتھ ۱۹۲۶ب) چھ لیلاین ہنٛد ڈٕنی ییٚمیک منٛز حیثیت تہٕ شرفہ نیٛل گومُت۔ ہرگاہ کرشن رازدانن لیلایو بدل میٚنو ڈیٚے باتھ لیکھمٕتۍ میٚنو آسہ یہن تمو آسہ ہے روٚشل ہُر تہٕ پتھ ترٛوومُت۔ رازدان صابس چھ یِمن الگ اسلوب یُس سادہ ہے نیشہ وکھر چھ، تمو چھ نہ پہ مانشدن اثر تہٕ قبول کورمُت مگر تس نِشہ چھےٚ لیلا یہ لیکھن والین

مگر یمہ لیلایہ چھےٚ رازدانن ہنٛز بنین لیلاین ہُنٛد ایوننگ ایڈیشن باسان۔ کرشن رازدانٕنۍ کلام چھُ ۱۹۱۴ء پیٹھ ۱۹۳۰ہس تام رایل ایشیاٹک سوسائیٹی ہِنٛدٕ زٕ نمن سنسکرت ترجمہ ہیتھ چھوپمت۔ امہ پتہ چھُ اَمہ ہُندکم کاسہ کلامہ "ہرکا پر کلیاں" ناوِ علی محمدن چھوپمت۔ مگر اَمہ ہُند واریاہ کلام چھُ وُنہ چھپنے۔

بھٹو کرٕ منوٚتی تہ چھُ کرشنہ رازدانٕنۍ ہم عصر اوسمت۔ اَمہ چھےٚ کینٛہہ کاشرٕ تہ کینٛہہ زٕلہ مُلہ لیلایہ وِنہِ مٕژ۔ یمہ سارےٚ لیلایہ چھےٚ اَنٛد بٕروٚنٛہہ تقریبن ۴۵ وری "امرت ساگر" ناوِ کتابہ منٛز چھپےمٕژ۔ بھٹو کرٕ چھوٚنہٕ اکثر لیلایہ چھےٚ تہ ہرسری مگر کینٛہہ چھےٚ سرٕ وینہ تہ شینہ وینہ۔

مانہ جُو عطارٕ نٛ شاعری چھےٚ شرٕوٕنۍ شرٕوٕنۍ کرٕ وینہ گیٛدان گیٛدان وٕسان بالہ کھول۔ اَمہ ہُند کرشنہ اوتار چھُ بیچرِ رنگو سیٛٹھا ہان۔ "کرشنہ اوتارک" آگرٕ چھُنہ بھاگوت پُران تہ یہ چھُ مثنوی ہشہ ہِس رٕوپس منٛز لیکھنہ آمت۔ کرشنہ اوتارٕ علاوٕ چھےٚ مانہ جُوٚن "رٕکمنی منگل" کتاب تہ چھاپہ مٕژ۔ اَما پوز یمہ حسہ شُوےہ کتابہ چھےٚ وُنہِ نایاب۔ مانہ جُو چھُ کرشنہ بکتہ شاعر اوسمت۔

ماسٹر جیہ زٕ شاعری چھےٚ پننہ رنگہ تہ مزانٕ کنہٕ لیلایہ ہنٛد سس مزانس سیٛٹھا نکھہ۔ اَمہ سنٛزٕ ہُوٚدار نظمہ چھےٚ لیلایہ۔ ماسٹر جی زٕ شاعری ہُنٛد یُس سن تہ پران آلہ ناوٕ کمٕ تہ اوبن کرناوکہٕ فضا چھُ سیٛٹھا کم شاعرن ہاکہ دوان۔ ماسٹر جیہ زٕ شاعری چھےٚ روحانی تجربن ہنٛز شوٚنٛہ تہ ساد دار بادٕ اَمہ منٛز چھُ بادناہ ہُنٛد ستر تہ لوکٕ کٕنیہ ٹھہ مارٕ ان سہ

از واتہ بُوزٕ نم موٚل ییوٚن کو سم وتن ونُقراوسہ

ژٕھ زٕن ژٕھوٚکتہ سٕنٛپ پاچھ ابتا کرن گرتاو سہ

سۄ کینہ بوٗب دِیہ لولہٕ لابہٕ بر
میلی ست گوٗر سوداگر
باوہٕ واوہٕ ہوشہ ہمو پوش پھوٗلراو
ڈل مہ ہوشہ ژہیتہٕ کی پمپوش چھاو

ڈیکس ہیچھ ژندرمہ پرٛزلان لال چھُس
داوہٕ لوٚکہٕ پال چھُس کران گگجگاہ
بڑہا ویٚشِن چھس سیتہٕ زاٗنپانس
چھے ایشانس پوشہ پوٗزا
آکاشہ پوشہ ورشُن ہتہٕ ہتہٕ چھُس
زٕتہ باتہٕ کنہٕ چھُس سبری تہٕ رووٕنا
جاماتہٕ ہنووتُت چھُن آسمانس
چھے ایشانس پوشہ پوٗزا
گنگاس گرہ ہیتھ چھس گنگا
ژلاگ لیکھان چھس کرمہ لیکھا
لچھمی میٹھو چھس دِوان داماٗنس
چھے ایشانس پوشہ پوٗزا

پرمانند تہٕ کرشنہ رازدان چھہٕ بوزہ ہی زٕ شاعر ہوندس شچہ بارس تل وچھنیک تام پٕٹھ کاتھہ فداوار شاعر لیلایہٕ ہندس آدانس منز چھُ ہو رازدان صاٗبُن بیتھ گوبیند کول تہٕ ادس لیلایہٕ لیکھان امہٕ سنز لیلایہٕ چھے "گوبیند امرت" ناوی کتابہ منز دیوناگری خطس منز چھپے مژ

ہلدر جو کیرو ، جگن ناتھ نزالی ، برہمانند ، شری شیوجی ، ستہ لال بکیش کاشی ناتھ ، دِۄ کاکہ ، آنند کاکہ ، ژندر کاکہ ، مکند رام ، زِنہ کاکہ تِکچی ہلدر جی ، آنند جی ، کیشو کاکہ ، راجہ کاکہ تہٕ پریم ناتھ پریمی ناو ہیٚکو ہیتھ۔

مسلمان شاعرو منز چھ شاہ غفور ، شمس فقیر ، قلندر رسّہ بابا تہٕ صمد میر وغیرہ کینہہ وَرتن تھکو یِم شیٚد شیٚوٚد لیلا یہٕ گنز راونہٕ ییٚن۔ کاشرِ صوفیانہٕ موسیقی منز چھ لیلاین ہنٛد کینہہ بند دٕرج مگر یہٕ کتھ چھنہٕ معلوم زِ یِمن ہنٛد لیکھن وٲلی کم چھ۔

جنہٕ چھس گنگ نِنہ شٹ ہارو

ڈیکہٕ چھس پڑزال ژندرمہٕ تار

اَچھ چھس پوشکو امرتہٕ کھاسی

شوٚدِ دل ہے میون اُداسی نیوم

(مقام نوا)

شیو شیو شیو نارایَنہٕ شوٚ مبو      اَیشر پرمیشر شیو شوٚ مبو

ہر ہر سا گر ولہ پیتم ساتھا      دَمہٕ اَکہٕ درشن دِتم مٲتا

تھر تھر تھوٚ تھم وِیترایہ بیٚلم      گنز مہ کِہ ایشر ہر مہ کِہ لوٚمبو

(مقام بہار)

دھار مِک شاعری ہُنٛد بیاکھ رنگ چھُ واکھ۔ واکھ ریوایتھ روز لل دیدِ پتہٕ تہٕ زِنٛدٕ مگر اَمہِ چہِ فارمہٕ منز روٗد نہٕ کانہہ ہشتر یتھ کنہ اتھ اکھ علاحدٕ صِنف سو خن گنزراونس یپہٕ شکہ چھُ پادٕ سپدان۔ لل دیدِ پتہٕ چھُ وہرنہٕ کاکن ، ٹیکہ کاکن ، بونہ کاکن ، لچھ کاکن ، رامانندن تہٕ ٹھوکر جوٗن واکھ ریوایتھ روہ تہٕ جوانہٕ لُر لار زِنٛدٕ۔ واکھس گُتلیق اکھ

ٹھوکُرٕ کُنٛڈھس منٛز رنگہٕ رٔژ پٔژنگ آدٕرِک وتھراوسے

اشہٕ گنٛگہٕ وانے کھوٚرٕ چھٕلس رٔژ مالہٕ گمہٕ وتھراوسے

کاہ سوم نولابک آفتاب جو باسکر تہٕ اوس ماسٹر جی یہٕ پٔیہٕ ہُنٛد شاعر۔ باسکرٕنہٕ ہُنٛنٛز تارِ تہٕ چھےٚ دوہہٕ ندوک شیہجار ژھارنہٕ معہ کھٕتے وزان۔ تٔمِنٛد شیٚول تہٕ سوٗنٛدر انداز چھُ سیٹھا لوٗبہٕ وُن تہٕ پٔژہٕ وُن۔ اُمہِ سٕنٛز شاعری چھےٚ باطنی تجربن ہٕنٛز باوتھ ـــ

اوم یٔرٕ وُن ہمیشہ تابدار کمہٕ مُلکُک جانا وار
زالہٕ لگہٕ نا سُے عنقا مالہٕ گنٛڈ ہمس جھم طمع
نالہٕ ژٕھٹن تہٕ وٕنہٕ ہمس زار کمہٕ مُلکُک جانا وار

نیلہٕ کنٹھہ شرما اوس ماسٹر جین بیاکھ ہم عصر۔ شرما جین چھ واریاہ کینٛہہ لیوٗکھمُت، یمہٕ منٛز شرارا ماین تہٕ "سمہ ہینہٕ و اسودا تا" علاوٕ واریاہ لیلایہٕ تہٕ بھجن شامل چھ۔ شرما جین لیوٗکھ واریاہ مگر تٔمِس سٕتی پٔژ انفرادی اسلوٗب نصیب۔ اُمہِ سٕنٛز شاعری چھےٚ گٔنڈٕ کالہٕ کین لیلا گو شاعرن ہٕنٛز پٕت ژھاسے باسان۔

کٔشیرِ ہٕنٛدی مشہوٗر مزاحیہ شاعر لالہٕ ٹکو مٔتن تہٕ چھےٚ کینٛہہ لیلا تہٕ لیچھمٕژ۔ تمہٕ پٔتہٕ منٛز چھےٚ اکھ لیلا تہٕ چھپیمٕژ۔ گٔنڈٕ کالس منٛز آسہٕ مرحوم نٔنٛد لال امبار دارن تہٕ کینٛہہ لیلا یہٕ وٕنہٕ مٕژ یمہ غار مطبوعہ چھےٚ مگر یمن منٛز چھےٚ کانٛہہ نوٗہر۔

پموٗش شاعرد علاوٕ چھےٚ بٔیہ تہٕ واریہو شاعرو لیلایہٕ لیچھمٕژ، مگر تہِ شیہ ہُنٛد کلام چھنہٕ الگ بٔتھو چھپیوٗمُت۔ یمن کینٛہہ لیلایہٕ چھےٚ "شارکا ہری" ناوِ کتابہٕ منٛز چھپیمٕژ۔ لیلا گو شاعرن منٛز چھ ویشنو کول

# کاشرِس منز نعتیہٕ تہٕ مذہبی اَدب

(رشید نازکی)

کاشرِ زبانِ منز چھُ نعتیہ تہٕ مذہبی ادب نظم تہٕ نثر دوشوٕنی منز چھُ کرِتھ۔ یمہِ اَدبہٕ کِس ذٲلِس منز چھِ مناجاتھ، نعت، منقبت مرثی، تہٕ نثری ادب تہٕ دیوان، مُناجاتک یوٗت تام تعلُق چھُ، یہ چھُ یِتھ کاشرِ شاعرن ورتوومُت۔ یتھ مختصر مقالس منز چھنہٕ یہ گُنجٲیش زٕ تمام صِنفن ہندین تمام شاعرن ہُند ساما ہیہ ہینہٕ۔ مذہبی شاعری ہُند ابتدا چھُ خود لل دٮ۪د تہٕ شیخ نور دین صابنہٕ شاعری پیٹھے گژھان تہٕ کیا زِ یِہُند انداز بیان ابلاغ تہٕ ترسیل سوٗرے چھُ مقصدی، تہٕ مقصد چھُ وحدانی وأرِی داتہٕ پیٹھ دٔرے یا شعو گارنس تام محیط، تصوُفکِس اتھ سوٗدرس منز چھنہٕ مذہبی شاعری ورأے بیٚیہ کانہہ مقصد کارفرما نظر گژھان، یمن دوشوٕنی گوتہٕ ماتن ہُند اندازِ شعر چھُ ورگہ مُناجاتی تہٕ یمن پتہٕ پتہٕ وٲلیو سارِوٕے گوتہٕ ماتوٗ چھُ کُنہ نہ کُنہ رنگس منز مناجاتی اندازِ بیان ورتوومُت۔ خاص کٔرِ تصوُف کِس وَردنس وٲلیتھ چھُ یا بٮ۪یہ کُنہ اندازِ بیانُک جامہٕ پاران چھُ۔ لل دٮ۪د ہُند یہ مُناجاتی شعرُک کوتاہ چھُ خوٗفس تہٕ سعاہس منز ہاگ نژان۔

...م پننہٕ سوٗدرس ناد چھس لمان کیتہٕ پوٗز دِے میون مے تہٕ دِیہ تار

سہ چھُ سکلین بوڈ پاگمبر    ژٕ مے تیُس بوزُتھ سرِ آدانہ
مے ژٕ ئے شوٗرِ منٕز نیوٗدُتھ اندر    چھُس ژٕ پتہٕ تس ژٕ مہربانہ

حضرت شیخس پتہٕ چھُ وُری تہٕ ہتھ ڈوڈاہ ؤرے پے تہٕ بے پرسان صحراواہ، یتھ منز کاشرِ شاعری ہُند منٕہ مون گمہ لاب کنہ تہٕ نظرِ چھُنہ گژھان۔ یہ چھُنہٕ معلوٗم سیدان زٕ اتھ وقتہٕ تاپرن کیاہ زِ پھولنہٕ موٗقع کُلاں۔ شاید چھُ یہ تمہ گزگز راجک نتیجہ ییس بڈ شاہس پتہٕ شہمیری خانداںکین بادشاہن ہنٛزِ کمزوری کنہٕ کٲشرِ حال وُلیتھ روٗد، فارسی زبان اُس امہ وِزِ مسلط آسنہٕ کِس صدس تام محیط۔ عین ممکن چھُ زِ کاشُر گومتہٕ ماتہ تہٕ نا آسہٕ ہن موجوٗد، مگر تمہٕ ہندِ کلامُک شہادتھ چھُنہٕ کُنہٕ موجوٗد۔ حضرت شیخس پتہٕ یِس گوڈنیک گومتہٕ دُتس بیوٗٹھ نظرِ یوان چھُنے، سہ گیہٕ حبہ خوتوٗن۔ حبہ خوتونہ ہنٛز لولہ شاعری اُس اکھ برپوٗر ویداکھ، ییتھ منز تمہ وِزِ ہنٛز عوام گُنٕشہ حبہ خوتونہ ہُند روٗپ لبِیتھ پننس کاسہ لکہ لائنس وُنی دِوان اُس۔ ۱۰ اہتدیس کلامس منز نہ چھُ نعتہٕ نظرِ گژھان۔ تہٕ نہ چھے نعتہ ژھانڈنہ گُنٛجائش۔ مگر اوٚہ ہندِ ہمعصر شاعر خاجہ حبیب اللہ نوشہری چھُ بوڈ بار صوفی اوسمت۔ سہ چھُ فارسیک عظیم شاعر تہٕ اوسمت نہ کُنی چھُ تغلقن اوسمت کران۔ تُہند سال پیدائش چھُ ۹۶۲ھ تہٕ تاریخِ وفات چھُکہ سنہ ۱۰۲۷ھ۔ یِہند کاشُر کلامہ کم کاسہ دستیاب۔ یمہنٛد اکھ نعتہ چھُ بڈٕ اہم۔ یمہ تلہٕ فکرِ تران چھُ زِ کُنی چھُ صوفی اوسمت تہٕ فلسفہٕ وحدتُل وجود چھُ یمہٕ ہند مسلک اوسمت اتھ استعجی دورس منز تہٕ چھُ نعت لیکھنک ہمن یوت سلیقہ اوسمت زِ تُہند نعت چھُ کاشرِ گینہ کِس اندازس منز بیس شاید حبہ خوتونہ ہندِ اثرُک

آہِن ٹاکین پٔنٕز زُن شِہمان        زُ چھُم برٕہمان گرٕ گژھہا

ییٚتھٕے کنہٕ چھُ حضرت شیخہٕ سُند گوٚنٛگُل نامہٕ، بارخُدایا پاپ نوان

نیتھٕ مٕے ورٕ دِتوٚ دود، تہٕ بٲقی شعرَن مُناجاتیچ مُطہر بٲگران۔ بوٚنیُوٹھ یکان

بوٚنیُوٹھ پکیتھ چھُ شاید یِہے ساد مُناجاتی رنٛگ تصوُفٕکین مختلف مقامن

منٛز تبدیل گژھتھ زُلفہٕ غالہٕ ییتھٕ، شریعت، طریقت، مارفت تہٕ حقیقت

کین زمرن رنٛز ناوان، تہٕ کیاز مقصدی حقیقتس منٛز چھہ یہ سورُے

اکہٕ اعلا حقیقتیچ ژھانٛڈ ییتھ انداز بیان کیا تہٕ اُمسن اصل یِیہٕ مارفی ادیا چھُ

مناجاتہٕ پتہٕ چھُ نعتُک درجہ یوان۔ تہٕ اتھ منٛز چھےٚ کٲشُر

زبان سیٹھاہ سرمایہ دار تہٕ بختاور۔ لۄدوبے سارِنٕے نعت گو شاعرن

ہُنٛد تذکرٕ کرُو سہٕ بنہٕ بذاتِ خود اکھ ضخیم کتاب تہٕ مےٚ چھےٚ کُلیاتِ نادم

ترتیب دِنہٕ وِزِ کٲشرِس نعتس پیٹھٕ مُدٕلل پٲٹھی کتھ کرٕمٕژ۔ ییٚتین کرٕ بہٕ

فقط نمایندٕ نعت گو شاعرن ہُنٛد تذکرٕ۔

نعتکِ شروعات چھِ کٲشرِ شاعری منٛز حضرت شیخ نورالدینٕ سُنٛد

کلامہٕ ییٚتھٕے نظرِ گژھان۔ پٔنٛنین شعرکین تہٕ واکھن منٛز چھُ حضرت شیخ

حضورِ اقدس صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز تاریف تہٕ ہُنٛد اخلاص بار بار

عاجزانہٕ اندازس منٛز پیش کران، یہ چھُ کٲہ نٔژ یاد۔ کٲہ ہی اسی فنک

مِثلہ ہنہٕ تہٕ کٲہ ہے دُرود پٔنہ حضرت شیخہٕ سُنٛد زمزمہ دِماہ ییران۔

حضُورٕ سُولس کامتہٕ ژاہی        ژٕے تِس سوزُتھ سہن قرآنہٕ

بھگہٕ سےٚ ییٚمہ رِیا حنتہٕ پاجی        چھُہم ژیتِس ژٕ مہربانہٕ

وَتھ چھاٮ۪نی کعبہٕ تہٕ تحتہٕ کوٗنہٕ نیٚمے دَمہٕ دِمے سجدٕ دِمے نا

خوٚرے چون مذہب اِنام چھیٚمے رُوٚے چون قبلہٕ تہٕ دِل شیدا

[illegible]کبوس یا رسول تمنا چھیٚمے

〃 〃 〃 〃 〃

فاخرنِس زبان چھےٚ بلکل سادٕ عصرٕچ زبان زَن تہٕ یہ چھےٚ اَہنِس شاعرانہٕ عاقبت اندیشی ہُند اَکارٕ ثبوت۔ اَمہٕ پتہٕ چھےٚ دسون ہَتن ورین تام بیٚیہ کانٛہہ نعت گو شاعر یادٕ گژھان۔ حالانکہ مذہبی شاعری ہُند چھُ اَتھ دورس منٛز نہٕ کم کاسہٕ شرارٕ میلان۔ مثلن میر عبداللہ بیہقی سُنٛد عقاید منظوم تہٕ شرح وقایہٕ ترجمہٕ۔

دوٚیمہٕ دورٕکین شاعرن منٛز چھُ ولی اللہ موٗت گوڈنیٚک نمایندٕ شاعر، یُہنٛدِس نعتن منٛز چھےٚ نیاز مندی، ہُنرٕ ہِس تہٕ یکلاچکی گولاب۔

نارٕ یٚمی نفسِ امارہ داغہٕ خارٕی یا رسول

شوٗنہٕ کانٛہہ کنہٕ دینٛچی اَنٛز نم بوزاری یا رسول

دوٚرٕ ہ کی نارٕن بہ زولُس سوز قمہٕ بخہٕ کرٕ تہٕ چھےٚ

نارٕ ہوٚنٛڈی سپنٛس مےٚ گنٛڈی نم کنٛڈ چھُم لاری یا رسول

قطب الدین واعظ چھُ محمد دگامیس تہٕ ولی اللہ متیس ہم عصر اوسمُت۔ یہ چھُ ترٛٹارٕ شرپٮ۪نٛکُ روزن وول اوسمُت۔ آزاد مرحوٗمن چھُ یِہنٛد سنہ وفات ۱۲۷۴ھ ہیوٗمُت، یہ چھُ اَمہٕ دورُک سارِوٕے کھوتہٕ عظیم نعت گو شاعر اوسمُت۔ یِمٕ نعتن سٕاری تقاضن پوٗرٕ کرن والہٕ چھےٚ، سادٕ ہِتہٕ ویرِ تہٕ چھےٚ اَہنٛد کلامٕچ تروتازگی یکلاچ عطرٕ بار کران۔ تہٕ تقدٕچ اوراد پران۔ اَہنٛدِس نعتن منٛز چھُ گوڈنیچ لٹہ غزلُک رنگ

نتیجہ چھُ ؎

یار گژھو دیۆ ییے — وَلہٕ یارٕ گژھو دیۆ ییے

آشکارا دژاوٕ ییے — صوٗرتن ہنز ژاوٕ ییے

چھس مُحمّدؐ ناوٕ ییے — وَلہٕ یارٕ گژھو دیۆ ییے

کُنت کنزاً آوٕ ییے — جلوٕ ہاوان دژاوٕ ییے

نحن اقرب باوٕ ییے — یارٕ گژھو دیۆ ییے

پانہٕ احد آوٕ ییے — کس ہیبہِ مس ناوٕ ییے

نوٗن سہ احمد دژاوٕ ییے — یارٕ گژھو دیۆ ییے

جیبس کیشاہ چارٕ ییے — دوٗد سہ عشقہ ناوٕ ییے

ہاوتس دیدار ییے

یارٕ گژھو دیۆ ییے

اَمی دورٕ ہنا پتہٕ یہن چھُ بیاکھ نعت گو شاعر فاخر کشمیری اوٚہند ناو چھُنہٕ آزاد مرحومس تہٕ مولوی سیدمت۔ البتہٕ تہٕہند گُف چھُ زِ یِمن چھُ مُلا عطاء اللہ ہُما (المتوفی سنہ ۱۱۹۴ھ) ووستاد اوسمت۔ تاریخِ کبیرٕک مصنف چھُ یِمن مُتعلق وَنان: ”درفنِ شعر دستے عجیب داشت و نعت و مناقب و قصائد فارسی ازو بسیار است۔“ لیکن یِہند کلام تہٕ چھُ سیٹھاہ کم دستیاب۔ یِمہِ نعتہ تُلہ چھے یہنزِ فنی چابُک دستی، زبانہِ پیٹھ کمال دسترس تہٕ شاعرانہٕ صلاحیتہ ہنز نیران ؎

رُوے چون کعبہ تہٕ محراب جمہ — دمہ دمے شجدٕ دِمے نا

بوے چون گلاب تاب روٗد میہ — " " " "

صفا و مروہ رُوخ چون چشمے — حجرالاسود خال سیاہ

سید غلام شاہ آزاد تہٕ چھُ کم کاسہٕ اَمی دورُک منقبت گو شاعر یِمہٕند کلام چھُ فارسی تہٕ کٲشرِ دۄشوٕنۍ زبانن منز۔

مقبول شاہ کرالہٕ وٲری چھُ کٲشرِ زبانۍ ہُند رنگہٕ نخت اور شاعر تہٕ چھُ واعظ قطب الدین سُند دورُک شاعر تہٕ کیازِ مقبول چھُ پننہٕ مثنوی ہِندِ اختتٲمی شارٕ موجوب ۱۲۸۶ھ تام زندٕ اوسمت تہٕ واعظ قطب الدین چھُ ۱۲۷۳ھ منز یتھ عالمہٕ گومت۔ مقبولن چھ نعت یِسلہٕ لیکھمٕژ، تہٕ منقبت تہٕ چھن داریاہ لیکھمٕژ۔ نعتن منز چھُ وَن وُنس اَمُن تہٕ گوڈ بوٚد مُت۔ اَمہٕ سِندین نعتن منز چھہ گوڈنیچ لَٹہٕ جذبات نگٲری سیٚتھ سیٚتھ ماحولُک بیقرٲری تہٕ نظرِ گژھان۔ نعتُک نمونہٕ چھُ یہ ؎

ہریکہٕ سدا پُچھکہ راجے  شاہِ معراجے کرسون پاے
ازلی ٹھکہ بجر موٲجے  ازلی اسرار ژٲیہ نش ڈراے
ناوِ چون کرانکھ زن گٲنچھ وٲجے  شاہِ معراجے کرسون پاے
ہیرِ ساتھ شیطانٕ وتہٕ اَسی ڈٲجے  ہرچاہ رُوستے کتہٕ ساگنی چاے
یِہ ژھینی گٲہتہ چھہ لابلاجے  شاہِ معراجے کرسون پاے

غزلہٕ کِس انداز منز چھہ مقبولہٕ سُند نعتہٕ بڈٕ مشہور یمیُک مطلع چھُ ؎

اے بادِ صبا گژھتہٕ شبا سوے مدینہ
منز گلستان ژھانڈتن دلجوے مدینہ

ہیٔیت تہٕ مواد کہ اعتبارٕ چھُ عبدالاحد ناظمس پیٹھ نعتُک ژیٚتھ زورٕ شورٕ گژھان، یُس پیر عزیز اللہ حقانیس تام واتان چھُ۔ نعتہٕ کیو

لبنہ پوان۔ گڈ ادب ئِ چھتہ عرضِ حال کرہ ہچ تو ژھہ تہ چھکہ۔

گگنبدنس یاسین قبا و زمزّل شوئی ژیئے عبا
سرو قدس چھی مرحبا یا رسول سلام علیک

چون جبین یا لوح سیمین ماہِ تابان از برج یقین
یا چھہ ذرامت نوٗن نورِ مبین یا رسول سلام علیک

بُمہ کمان چھا گنہ ہلال خال سیہ بر اوج کمال
سینو یکجا ہلال و بلال یا رسول سلام علیک

ونہٖ وندکیس طرزس پیٹھ نعت لیکھنک ابتدا تہٖ چھہ قطبِ اعلیٰ نے کوٚرمت چنانچہ تہندہ یہ مشہور نعت چھُ ونہٖ ونہٖ کیس طریقس پیٹھ مرتبہ بوٗڈ چھکہ سانہٖ سردارے حقہ سِند یارے وندہ ہیے جان

میر ثناء اللہ کریری چھہ امی دورک بیاکھ نعت گو شاعر۔ ثنا صاب چھہ کریر کیو ساداتو منزٖ اُسی ہتو تہٖ نعت تہٖ منقبت دوشوے چھکہ لیکھی متو۔ یہندہ مشہور نعت چھُ ازتہٖ سانین مسجدن منز دعاے صُبحکہ بحلا حیہ ژانگو شولہ نادان سہ

ہا واو وانکھ نا توانے بیننہ داف تراوتہ مصطفیٰ
احوال میانی تس ونکھ سے ہو کرہم داد دیش دوا

تہٖ منقبتک انداز چھُ۔

سینہ لوٚدوے چھی سینمت دادِ ہی لہ
وہ تہ سپن اسنادِ شمعکہ پٹھ وود
نبض نابینا حکیمس زانہہ مہ ہاو
شاہِ جیلانس پننہ احوال ہاو

محبوبہ مےٚ لولہِ چانہِ گژھتن　　　معشوق چھم منیبہ میانے
طاہٰ ژےٚ کوٚرُے چھِ قصہٕ خوانی　　　واللیل ژیہ موجبہ میانے

عاشق تراٚلی سُنٛد یہِ نعت چھُ سیٹھاہ حوٚل مےٚ کٔرِ اَمہِ شاداب
نعتکہِ فقط کینٛہہ شار پیش۔

سایل چھُ اَمی دورُک بیا اکھ شاعر اَمِس چھُ صدیق اللہ ناو مےٚ چھُ
بوٚنیُمُت کنہِ تام یہِ مولوی صدیق اللہ حاجنی گنٛزرنہٕ یِوان اوسمُت۔ مگر تحقیق دِتہٕ تحقیق
تَلہٕ چھُ نَنان زِ اَمہِ ناوُک چھُ بیا اکھ شاعر تہِ اوسمُت یہِ گوٚو صدیق اللہ شاہ
سازیٚمُت خدیجہ نامہ لیوٚکھمُت چھُ، اَمِس چھُ شاروَنہِ کُن بڈٕ ہُت سلیقہ
اوسمُت۔ تہِ حُسن کھوٚہیاوُن چھُ اَمِس عجائب شاعرا افسانہ ساز اوسمُت ژیٚنہ زٕٹن
زٕبان لیوٚکھمُت۔ مےٚ چھُ باسان زِ یوٚت تام یہِ ناٹیچ گژھ زِ یہِ کلام
چھُ مولوی صدیق اللہ حاجنی سُنٛد توٚت تام پیٚزِ اَمہِ نہٕ مشہور نعتچ پٔژرِک
مطلع چھُ سہ نوٚرُک گہہ پوٚش سنگر مالن دوٚپ لایزالن جبریلس، صدیق
اللہ سائیلنہٕ ماننی۔ تہِ کیاز تِمہٕ چھُ خدیجہ نامس منٛز ایتہٕ لبائی سایِل تہِ تخلص
لیوٚکھمُت نہٕ یہِ نعت چھُ اَہندس ڈکشنس سیٹھا نزدیک۔

طوٗفس تھوٚوسن اَتہٕ پیچ مالن　　　مشغول روزن صلواتس
بزم دیُت عاشقن اَمو خط و خالن　　　دوٚپ لایزالن جبریلس
ژھَٹھ کٔڈ نوٗر کین شمعلن تہٕ ناشالن　　　نٕھ تس شاہنس یِتھ شانن
ملکن دوچھ نہِ مشعلہٕ زالن　　　دوٚپ لایزالن جبریلس

عبدالاحد نادم چھُ کاشرین نعت گو شاعرن منٛز سارِنٕے سرس
وانہٕ چھُ یی زِ عربیس منٛز بوصیریس، فارسیس منٛز جامیس تہِ اردوٗس
منٛز محسن کاکوروِیس مدِ مقابل اگر کانٛہہ نعت گو شاعر ہتاوِتھ ہیکون

جمع یٲدی تقاضن ہُنٛد لحاظ چھُ یہ دور سیٹھا سرمایہ دار۔ اَمہ دورَن چھُ حضرت نادِم، وہاب، سائل، شہید، مسکین پور خوشی پورہ، سیف الدین عاشق ترٲلی، اسماعیل نامی، قطب الدین گنٛٹھ پوری، درویش عبدالقادر، تہٕ حضرت حقانی یِس ہی یاہو یاد گرِ مٕتۍ۔

نادِم چھُ وینہِ ترایک روزَن وول اوسمُت۔ وقتیک واعظ آسنہٕ موجوب چھُ شرعی حد بٔنٛدی ہٕنٛز نِشہ واقف اوسمُت۔ اَمِس نِش چھُ نعتکہٕ صحیح لہجہ ووتلان۔ نعتہٕ کین استعارن، تشبیہن تہٕ نعتکہِ مزاژک چھُس صحیح انداز اوسمُت ؎

چھُس دور پیومُت گژھہ صحت رُوڈم یار مدینس
تمہ نورٕ روشن گے در و دیوار مدینس

واللیل موی کہ لوٗبہٕ ہستن مست چھُ زٕ عالَم
والشمس تٔہنٛدٕ جلوے انوار مدینس

مازاغ چشمن چھکنہ نِنیندرٕ از غمِ اُمت
بٔتہ سوز گرِ صحت روزٕ ہا بیدار مدینس

یہ چھُ عجیب اتفاق زِ نادمن تہٕ چھُ وہِ پون پکہٕ نووُمُت تہٕ اَتھ شر نعتکو یاسمن چھاوی مٕتۍ۔

عاشق ترٲلی چھُ بیاکھ بُڈ کداز نعت گو شاعر اوسمُت۔ عاشق چھُ فارسیک زبردس ووستاد، نعت لیکھنٕک سلیقہ چھُس رُت، ادب تہٕ نیازمندی چھُس خیالن مشکاوان۔

چھم گاہٕ لایہ ہا مدینس کیا اسنہ سہ نا تصیب بیا ۓ

یپو للہ چھنین دولتہ امن کاشش
ہیپو ناشکہ دیو نادرشن اسے کاشش

پھولہ وُن والضحیٰ روے چھی گلستان
شبن واللیل موزن سنبلستان

تھہند روخ مست تمی گل سنبلن تل
بآں سنبل بھاوہ مسول زململ

کفن ثرآوو قبا لرآوو بسامان
شباہ نیرو دوہ پھیرو خرامان

" بتن بر بیشد عنبر بوے جامہ
بسر بر بیشد کافوری عمامہ "

شمایل نبوی چھ کاشر شاعری منز سراپا نگاری ہند بہترین نمونہ
فقط کینہہ شار چھ پیش

گندمی گونہ اوس گل انہار　　روے والشمس والضحیٰ اظہار
بود تیمن بوسر لعمرک تاج　　چھکھ خدا داد دوہ ن جہان راج
موے خوشبوے گوہن تعرک اوشکھ　　عنبر و مشک انبرسن اوشکھ
زنت کشاد جبین نورانی　　سورئیے نور چھی سعو پیشانی

عبد الوہاب پرے حاجنی ین چھ پنس دیوانس منز التزامن پرتھ
حرف تہجی کہ مطابق اکھ نعتہ لیکھمت۔ یمو تہ چھ شمایل نبوی لیکھمت
کلامک نمونہ چھ یتہ کنہ

رنگ و روے پاک حضرت اوس باسوہ خنی سفید
خوش یوان تہ دل نوان خورشید بارحمتہ سپن

شہ چھُ فقط عبدالاحد نادِم۔ یہ اَدس فقط نادِمہ سٕندِ نعتنَک معجزٕ رسوٗلِ خداؐ تہٕ حُبِ رسوٗل دوشوٕے آے کأشرِس تمدُنس تہتھ پأٹھۍ نکھہ رٔز پأغمبرِ خداؐ یس سٕندہ وجوٗد چھُ تھٕکھی حدس تام کأشرِ ین پٔنٕنۍ پاسان یِتھہٕ حدس تام مکہ تہٕ مدینہ کین ژگن پاسان آسہ۔ حضرت نادِمن واتہٕ نوو نعتیہ ونہٕ وُن اکھ تھدِ کھر طیبُس ییمہٕ تہٕ بیتھہ کھر کرٕن فلسفیانہٕ نعمہ کیتہ شاعرانہ اندازس منٛز دل نشین۔ نادِمن چھُ جامی سٕنٛزِ مہجوری ییمہٕ تہٕ کأشرِ پأٹھۍ تضمین کٔرِتھ یوسہ واریاہن جاین اصلہٕ کھوتہٕ زیادٕ دلنواز تہٕ دل نشین چھے۔

یتھین ہیکو نہٕ نادِمہ سٕنٛز شاعری ییمہٕ زیٛدٕ کھٹھ بحث کٔرِتھ۔ البتہ کرٕ یہٕ اَمِہنٛز شاعری ہٕندین مختلف انہارن ہٕندی مختصر نوٗنہٕ پیش۔ سہل ممتنعس منٛز ہیوٗن وَنہ طرزُک نعت وُچھتو کُنہٕ حدس تام چھُ حُضورن ہٕندِ مرتبہ سہل لفظن منٛز فنکہ ناران۔ نادِم چھُ کأشرِ زانہ ہٕندِس ذہنی سطحس ییمہٕ وُسیتھ عقیدتس تہٕ حرمتس گوٗنٛدی کران ؎

گلہٕ مکہ آگرِ غلی مکہ سری یے — بانٛی آبا بٔرِ کرِ توٗ سے
محشرس تام ہے پوشہ سعہ تری کیے — ژٔرِ کی بے دروُدٕ پٔرِ کی توٗ سے
ژھٔنٛتھ کوٗر آسہ ییمہٕ ذات اکریے — فران بٔرِ یے کرِ کی توٗ سے
پانہٕ تی نفسہ رسومت چھُ داوٕرِ یے — ژٔرِ کی یے دروُدٕ پٔرِ کی توٗ سے

جذبات نگأری بے ساختگی تہٕ مرثیو جارِ کُستوٗری چھُ کلان ییلہ نادِمہ سٕندِ نعتنک سعہ تٕرزِ نغمہ چھُ عاشقن ہٕندِ من رٔژ ناوان۔

کمہ وَنتہٕ ہو تہٕ رو سروِ قامتو یے — گرایِن پیتہٕ پتہٕ لارو سے
ژھایِن تہٕ کہ ہوس نالے متو یے — مدنی مارسے متو یے مأرِ سے

کأشرِ مہجوری ہٕندِ نوٗمونہٕ چھُ ییتہٕ کنہ ؎

میر غلام رسول نازکی، فاضل کشمیری، دینا ناتھ نادم، رحمان راہی، روشن
پونچھی، مشعل سلطانپوری، ناظر کولگامی تہٕ رشید نازکی نعتہ لیکھان۔ یہ
چھُنہٕ ممکن زِ سارنٕے ہُندٕ نمونہٕ کلام ییہِ پیش کرنہٕ۔ البتہ نمایندٕ نعتہ گو
شاعر میر غلام رسول نازکی سُند کلامُک نمونہٕ چھُ ییتہٕ کُنہٕ ۔

چھُ کعبس سنگِ اسود داغ سینس — عرق چھُس زمزمُک پیشانِ جبینس
سبھٕٹا پژارِو کر بخششُس نہٕ ذاتھ — شرف یُس تمۍ عطا کور اُمتن ہیتھ
محبوبِ کُس ہُندٕ کُس محمدؐ — دِلُک آرام زُو تہٕ ٹھک رُس محمدؐ
نجاتُچ چھےٚ اکے وتھ زٕ نہٕ بییہ وتھ — محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

منقبت چھُ اکھ الگ عنوان تہٕ اَتھ منز چھےٚ کاشُر شاعری
مالا مال۔ شاہ بی بی پیٚٹھٕ چھےٚ منقبتن دِس دوہ دوہ ہٕتان۔ ییٚمہِ پتہٕ تہٕ الیہ رشید
بابہ جیو، غلام شاہ آزاد، فاخر، میر ثناء اللہ کریری، قطب الدین واعظ
واعظ حمیدہ بابا، ثناء اللہ کریری، عبدالاحد ناظم، عاشق ترالی، غلام مصطفیٰ
شاہ، سیف الدین عارض، وہاب حاجنی، مسکین محی الدین شاہ،
میر عزیز اللہ حقانی، محمد اسماعیل نامی قادری، درویش عبدالقادر
تہٕ شمس الدین حیرانی تہٕ چھےٚ مشہور منقبت گو شاعر۔ ییتہٕ چھُ مقالس
منز چھُنہٕ گنجایش زِ تِمن سارنٕے شاعرن ہُندٕ نمونہٕ کلام ییہِ دنہٕ۔ البتہ ییتہٕ
ہیکون ونتھ چھُ ضروری زِ یمو منز اکثر شاعرن ہُند کلام چھُ غلام محمد نور
محمدن گلشنِ نعت تہٕ گلبنِ نعت ناوۍ مختلف مجموعن منز چھاپ کوٚرمُت۔
نعتن تہٕ منقبتن ہُندۍ مختلف کُلیات تہٕ چھےٚ شایع گٔمتۍ ہُندۍ حالاتِ
زِندگی تہٕ کلامس پیٹھ تبصرٕ سان شایع ییٚنہٕ کرنہٕ، تہٕ کیازِ چھےٚ سون سرمایہ چھُ ہُندٕ تیزی
سان گٔژھان ہُندٕ ٹھکہ زیٚہنن منز مشان، تہٕ اکھ وقت ییٚیہِ یمہٕ سۆرۍ سرمایہ

پیر محی الدین مسکین چھُ یور خوشہ پو رتحصیل کہ لگامکو موذن و اُکی اُسو ہیتو۔ یمہندِ نعتک انداز چھُ عاشقانہ۔ بقول آزاد مرحوم چھِ یم سنہ ۱۹۴۷ ونمُت ترۂ پتہٕ ترۂ وُری ییتہ عالمہ گامُت۔ یمہُند شاداب نعتہٕ چھُ یہ

کیاہ میون حبا نانہ سبحان اللہ     وندس ہا زُو جان سبحان اللہ

طاہا صفاتس یاسین ذاتس     کیا رفعت و شان سبحان اللہ

مافوق عینن ابرو چھُ قوسین     چھس تیر مژگان سبحان اللہ

یہ نعت چھُ سیٹھاہ طویل۔ میٚ کرُکھ بے تکلف پانٕچھ ترٕشہٕ شار پیش۔

اَمہِ دورُک آخری نمایندہ نعت گوشاعر چھُ پیر عزیز اللہ حقانی حقانی چھُ صاحبِ حال بزرگ اوسمُت۔ عشقک رنگ اوسُس نادر چھِ اُمس نعتہٕ وُنمتہٕ کتھہ جلالکو نار ون دزان ناوان تہٕ کہے جماہ چھِ تیلہ لوشہ مرگہ پھر کزاوان۔

گو جہان تاز برو شمارِ رسولِ عربی     روٹ گُل مُشک زِ گُفتارِ رسولِ عربی

خم کھر خاک بسر خستہ جگر حقانیؔ     آشہ ہیوت آو بہ بارِ رسولِ عربی

جمالک یہ گولاب وُن دِچھمتہ دی تو جلالہ کس الاو جلومُت کتہِ نظراہ

ژٕ تیٚ کیا اسے چرخ ہوس پرور یلس عنز خار چھے میونے

نظر کر در دو عالم مصطفیٰ غم خوار چھے میونے

سرن مرسون پانٕجھر قب لولاک لب کوثر

یوہے چھُم یاور و داور یوہے دِلدار چھُے میونے

یا

دِ مُہلت اے اَجل تام چھ میٚ یا محمد یار ہاو مہ روے

مرے کرتام یام نے احمدِ مختار ہاو مہ رو سے

موجودہ دور کین شاعرن منز چھُ میرزا غلام حسن بیگ عارف تنہا انصاری مرحوم

# کاشُر غزل

## (گُلشن مجید)

غزلہ چھِیٹھ ہِیوٗن مضموٗن چھُنہٕ کانٛہہ تارِیخی حاژیژ. مثلن یِژ وٕنہٕ روٗشُل میرن 'غزل' (یِتہٕ آیہ ہتہ تمام کلاسیکل شاعِری) چھِنے غلام نبی فراقن تہٕ غزلہ ہِنٛدۍ پاٹھۍ بیان چہ موجودگی، ہِشۍ شاعِری. دینا ناتھ نادم تہٕ غزلہٕ ہِنٛدۍ پاٹھۍ اکہ لفظہٕ ہٕنٛز دۄیم سیٹھاہ دول لفظ زیوٗنچ حُسن تہ حال امین کامِلنہٕ غزلہ ہِنٛدۍ پاٹھۍ متحرک امیجری ہِشۍ شاعِری تہٕ حجہ بہٕ غزلہ ہِنٛدۍ پاٹھۍ دُنی یا مختلف چیزن ہُنٛد سوٗمبرن ذاتیُک تہٕ زلا تیداد حقیقتن ہُنٛد اتہٕ گنڈتھ (دُنیہٕ ہِنٛز متعلق یہ پیزار یِیتہٕ چھ یم یم [illegible] زبانۍ کہ فلانۍ فلانۍ چیز چھُ حد بد سوت شُرۍ) تہٕ تِہنٛز زانہٕ نو روٗشُل میر چھُ سانہٕ اژ چھ غزلہ ہُنٛد بب چھِنے جلد بازی.

سانۍ (آلہ پلہ سارۍ) کلاسیکل شاعِری چھِنے پننہٕ اکہ خاص استعاراتی نظامہ بادوجود تیٚمہ سیٹھاہ اظہارچ شاعِری. تہٕ امیک [illegible] [illegible] چھُ کُنہٕ کیفیژ یا تجربن واقاتن ہٕنٛز پیٚنہٕ سیٹھا چپا لاو دِوان۔ ازیُک شکل غزلہ پرادیُژ چھِنے تمہ پکہ چھ آمہ دور چہ سادیے غزلہ پننہٕ بافت تہٕ مزاجہ کیتھ آ. غزلہ. سانہٕ آتھ کلاسیکل غزلہ ہٕنٛز چھ کینہہ مشینی تہٕ نفسیاتی خامیہ. راہی صابس نام دانان اُس

معدوٗم گژھہ۔

مذہبی ادبک نثری حصہ چھ نظمس مقابلہ سیٹھاہ کم۔ فقط چھ اکھ شخص مولوی نور الدین قاری اوسمت یمو کاشرِ پاٹھۍ وارہ بوٚڈ شیٹھ وُری کاشُر مسلہ کتاب لیچھمژ چھےٚ۔ امہ علاوہ چھےٚ امۍ مصنفن کاشہ ہارہ باگے سراحمہ بیپٹھ تفسیر بیان کاشرس نظمس منز ترجمہ کرمژ۔ کاشُر مسلہ کتابہ ہند دوٚیم چھاپ چھ لوہورہ ۱۳۴۸ھ منز شایع گوٚمت۔ امس پتہ چھ مولوی محمد حسن وفائی ین بیاکھ مسلہ کتاب لیچھمژ یوسہ امہ مسلہ کتابہ ہند نقل چھےٚ۔ مگر وفائی صابن چھ اکھ پنُن ناد نژوومت۔ مےٚ نیش چھےٚ دوشوٚے مسلہ کتابہ موجود۔ تہ وفائی صابن چھےٚ پننہ کتاب قاری صابس پتہ تگ پنداہہ وُہرہ چھاپ کرنہ آموٚژ۔

نثری ادبک بوٚڈ بار نومونہ چھ مولوی یوسف صاب مرحومن تفسیر قرآن، یُس از کل بازرس منز میلان چھ۔ وُنیان مولوی غلام محمد حنفی سوپورِ ین تہ اوس ۱۹۴۸ء بوٚنیہ قرآن شریفس کاشرِ پاٹھۍ تفسیر کوٚرمت، تہ پتہ اوسُن نظر گذر دیتہ باپتھ مولوی یوسف صاب مرحومس نیش سوزمت۔ یمہ تفسیر کنہ چھےٚ نہ کوٚنہ گوٚ پہ چھپنہ مولوم سپدان۔

ترجمہ زنگو تہ چھ اکھ فارسی تہ عربی ادب کاشرِ پاٹھۍ ترجمہ آمت کرنہ۔ مرزا غلام حسن بیگ صابن چھ چہل اسرارک کاشُر ترجمہ کوٚرمت یُس سیٹھاہ معیاری چھ۔ امہ علاوہ چھ قصیدہ ہمزیہ، کبریت احمر تہ قصیدہ بانت سعاد ہُک کاشُر ترجمہ آمتہ کرنہ۔ یم وُنی کیتہ بازرہ چھپنہ میلان۔ نثری ادبس منز چھ ڈاکٹر شمس الدین احمد سُند ترجمہ سیرۃ النبی اکھ جان کوشش۔

شاعری ٹُلو کہ بیان چھ ہمیشہ ہٕنٛز شاعری۔ یہ چھےٚ مُتحرک لفظن ہٕنٛز سعہ صوٗرت۔ یتھ منٛز مختلف مسٔلہٕ تہٕ صوٗرتِ حال پیکر چھ لبان۔ دوٚیم خصوٗصیت چھس بے تکلُف لہجہ۔ بے تکلُف لہجہ چھ رِوایت کٕرٕ کامِل صابن شوٗرٕ وٕگر اتفاق چھُ یہ زِ سانِو بیشتر شاعرو پٲرِ چھ یہ رِوایت اکھ تٕہٕیمہ درجک مذاکھ بناوِتھ۔ راہی، عازم، فراق تہٕ شوق چھ اتھ رِوایتس رٲچھ کٔرِتھ مرغوب بانہالی، مشعل سلطانپوری، قاضی غلام محمد بیتر گۄڈٕ تہٕ اتھ بظاہر آسان لہجس منٛز۔

نوٚ غزلہ ہٕنٛز چھےٚ یتہٕ اکھ خصوٗصیت زِ یہ چھےٚ حوالجاتی ییٚز ریش آزاد۔ (یہ چھُ نوٚ نظمہ ہٕنٛد صِفت تہٕ) امیک خالص پٔزر چھُ امیک اندٕریم ہٕشر تہٕ توٗ وزن۔ حالانکہ سانٛی زٕ اہم غزل گو مشعل سلطانپوری تہٕ مرغوب بانہالی چھ ینیہ شاعرچ اساس یوٚہے حوالجاتی پٔزر مانان۔ تجربہ تہٕ پیکر چھُ یمنِس شاعری دُنی یمِس اندرٕ حقیقت تہٕ سائنسی۔ تجربک تہٕ پیکرک معمول نیبر یس دُنی یمِس منٛز ژھانڈُن چھُ شاعری جمالیاتیچ بے خبری۔ محی الدین حاجنی صاحب سید یہ آمہ بے خبری ہٕنٛدی شکار ییلہ تمو مقالات کتابہ منٛز رٲئی ییندیس ؎

ڈوٗل حقیقژ رنٛگ تہٕ پرٛیز لیو خاب میون

اَمی سدابن ہسگوی ویرانہ تے

مو وحنی دُنی یمہ چھ حساباتی ترکہ کھول تہٕ چھوٚن قرار دِتکھ۔ یتہٕ شایہ کرٕ یہ عرض زِ شاعرانہٕ منطق چھےٚ لاگوٗی سائنسی قاعدن قونونن ہٕنٛز پابند۔ ییلہ سائنسیچ پابندی تیلہ سائنسی سوشلزمچ تہٕ تیلہ دینیاتیچ تہٕ تہٕ ——— غزل چھےٚ منظوم مسلہ دلیل۔

وۄنی یہٕ اَکھ مشینی عمل یا قائلین باف ہُنر بنیٚ یُس۔ راہیٖن دِژ اَسہِ
نوروزِ صبا مُنٛز کینٛہہ شاندار تمثیلی انداز چھِ تہٕ بصری پیکر واجنہِ غزلہٕ۔
فاخرتہٕ محمود گامی پینہٕ بیچھ میجور تہٕ نظم نِگار نادمَس تام چھِ یہٕ کھَنڈ ہُنٛد
گیونہٕ پینہٕ واجنہِ شاعری ہُنٛز مِثال سہ

ژھایہ دِل ہیچھ کور ژۄلہم ماہِ تابان اے صنم
گژایہ چانہِ عاشقن گوٚ دِل پریشان اے صنم

نرم، سوٚت سوٚت انفعالی لہجہ تہٕ Sophistica-
tion یہٕ زَن غزلہٕ ہُنٛد مزاج چھُ یِم اَتھ کاٲرِل عطا ینہٕ دِسی۔ اَکہٕ پیٚر
گوٚ یہٕ بُنیادی مزاج مُشخص۔ غزلہٕ ہیٚلو نوٚکھ اطراف تہٕ امکانات۔ تہٕ
غزل چھِ وۄنی سہ انتہائی ذاتی تجربہ یُس بلواسطہ پننہٕ بادِ ونٛتہ کران چھِ
اَتھ ذاتی تجربس مُنٛز چھُ قاری یا بوزَن وول یِتھ کُنہِ شریک ہیٚکہِ اَتھ
چھِ سوال وۄتلاوَن واجینہِ شکل۔ یہٕ سوال وۄتلاوَن واجینہِ شکل
چھِنہٕ کاشرِہ ہُشی، کُنی تہٕ ویژ شکل ٲسِہ کیٚہ چھُ اَتھ واریاہ ریٚمپہ مثلن
● اَکِس شارَس مُنٛز بظاہر اَکھ اَکِس بکھلہٕ نہٕ متضاد پیکر یا دلیل۔
● تشبیہات تہٕ استعارو ستی موضوعُک ہیجان انگیز Perception
● اَکھ منظم تہٕ وۄتلاوِتھ، بحر، قافیہ تہٕ مُجرد موضوعس
درمیان تفاوُتھ یادِ کرِتھ۔
● دلایلی تہٕ عبارتی ماذین درمیان رِشتس نشر دِتھ۔
● بدٕ ہیٚٹھ خود کلامی
اَز چھِ شاعری چھِنہٕ مانیکھ اَکھ سہ صوتی لہجہ یُس ماورائے لغت
چھُ۔ تہٕ موجود غزلہٕ ہُنٛز چھِ یہٕ اَکھ بار خصوصیت زِ یہٕ چھُنہٕ بیانیہ

بہم کران ۔ رأہی چھُ بسا اوقات لفظ، فقرٕ، علامت بیتر چھِ پأٹھۍ پانہٕ وأنۍ زٕلہٕ کران زٕ شارح کانٛہہ اکھ قأبلِ قبوٗل تشریح چھُنہٕ ناممکن بنان ۔ اِمکأنی اِشارٕ ہیٚنز کینٛہہ داوے چھےٚ اتھۍ ہکان ییتھ ۔ ییتھ پأٹھۍ چھےٚ رأہی صأبنہِ غزلہِ ہنٛز جزئیات نگأری خأرج از امکان ۔ یِہُنٛد ہر پیکر چھُ اَدٕ کینٛہہ نیم روشن تہٕ یُہ اسرارِ منظر نگأری چھُنہٕ اَتہٕ کیٛتھ جاے بشلن یہ نن تنہا مصرع

انگ انگ وچھس سیمنہٕ جنٛتھ

چھُ یِہُنٛد تصویری کائینات تیٚج اکھ نمکارٕ خوٗ خصوصیت ۔ یُہ تجربٕ منظر نگأری ہُنٛد مُبدل ژھارن تہٕ جذبأتی تناو یا تنز ریا کرُن چھےٚ سأنۍ شأعری رِتوا ۔ جنبہِ خوتون، رسُل میر، رحمان ڈار بیٚیہِ مثالہٕ مہیا کرٕتھ ہیکن ۔ اتھ شأعری رِوایتس تٕلۍ موجودٕ شأعری ہنٛز دینا نأدم، فراق، ناجی، شاد تہٕ بیٚیہ کیٚنٛژ و دیگر (کانٛسہ زیادٕ، کانٛسہ کم، کانٛسہ شعوری تہٕ کانٛسہ لاشعوری پأٹھۍ) جنبہِ پٕرٕ کڑیہٕ اَتھ ہنٛز شأید اَتھ نیوٗن ژوٗرٕ نالس کُن

(نأدم)

ژٕتہٕ آسہا ہنٛز سڑک پٔراران پوشہ نٔمہ ہیٚتھ
یِمہ سونٛتھ یپأری آو مُرہِ تھ نظر ہیٚتھ

(فراق)

آسہ نا کینٛہہ جُدٕ جُچھت زانٛہہ ییتھ مکانس دوہس کھٔژنو کانٛژھا

(ناجی)

خدٕ منظر نگأری کُس واتھ چھُ اذیت کوشی سیتۍ زمانہٕ غزلہِ ہنٛز اذیت پسندی ہُنٛد نموٗنہٕ تہٕ چھ یِہنٛدے منظر نگار شأعرن ہنٛز ۔ شأعری

دلیل، یہِ زَن راہی صابٕنۍ نِش اہم عنصر چھےٚ نہٕ چھہٕ مشعل، ناظر تہٕ مرغوب صابٕنۍ نِش واتنیار کٕرِک کُل ہُم مسلہ تہٕ یہِ چھِہ یِم کائِل سٕینٛدِس مدرٕسِس منٛز لچکدار لہجہ کہ اَتھہٕ رٕٹہٕ سیٚتۍ نکھہٕ والُن یِژھان۔ غلام نبی ناظرنِ شاعری منٛز چھےٚ دلیل استدلالُک رنٛگ رٹان۔ چونکہ فراق، ناظر، گوہر بیتٕ شرٕ شاعری چھےٚ تمثیلی لہٰذا چھےٚ استدلال حدس منٛزٕ رٔوزِتھ نہٕ حجت چھےٚ نہٕ بنان کامِلس منٛز چھِہ یٔہے استدلال بنان قولِ محال۔ سنتوش تہٕ گوہر سٕنٛزٕ غزلہٕ چھےٚ عقلی استدلالس پیٹھ خلق سپدان۔ یِم چھِہ شارس منٛز ینٛہٕ موضوعٕ نیبر مس دُنیہس منٛز رائج قاعدن تہٕ قانونن ہنٛزٕ پابند زانان۔ یِہنٛزن غزلن منٛز چھُہ لفظ چیزٕ ہُک بدل یا نمایندٕ تہٕ اشیاہٕکۍ مطلب لوکن ہنٛگ وَنن دیناہٕ تہٕ نادِم صابنۍ نظم پیشاہ زَن دلیل تہٕ استدلالس ماتحت چھےٚ تیٚتھی چھےٚ یِہنٛزٕ غزل امہ نِش مُبرا۔ لفاظیت تہٕ خالص ہیئت ہنٛزٕ اکھ انتہائی مِثال۔ کانٛہہ تہٕ تجربہ یا پیکر چھُہ چھرا لفظن ہنٛدِس جادِس گنٛڈتھ

غزلہٕ ہنٛد اکھ بیا اکھ منٛورٕ وَری وصف چھُہ اَمیُک لچک دار لہجہٕ راہی ہنٛدِس لہجس منٛز چھےٚ نہٕ یہِ لچک۔ ممکن چھُہ یِہنٛد غزل بنٕنہٕ ٹایپ۔ مگر اکتہ آیہ شایہ یمن ہنٛزٕ ووٚجوٗدچ (شاعرانہٕ) Formlessness بکار۔ راہِیَن کٔرۍ غزلہٕ ہنٛدِس مروج چالو محاورٕس بدلاوٕنہٕ با تجُربہٕ کینہہ نوۍ تجربہٕ تہٕ تیٚمہِ مثال بہٕ یِمہ شار سیٚتۍ دِمہ ؎

نیلس فریمس منٛز سبزٕ سبزٕ شولِنگ
پارد پاروتی ویگال اکھ اکھ انگ

راہی چھُہ لفظن ہنٛد نامانوس ورتاو تہٕ ترتیب سیٚتۍ (یہِ زَن یِہنٛد شاعرانہ منطقِ ہنٛد اکھ اہم طریقہ کار چھُہ) غزلہٕ منٛورٕ وَری جذباتی مواد تہٕ فضا

رکھی دراو شفی شوق احتیاط پسند۔ تمئ تل راہی۔ کاٚمل سِنٛدِ ۔ Term-i-
nology یا وانن تھاپہ سنٛد فائدٕ مگر پننہ آواز بدلاوُن پٮ۔ شفی شوق
چھُ طنزٕک حوالو دِتھ زمانٕس تہٕ اَوَے روٗد شعرٕ تہٕ موحتاط۔ نتہٕ طنز
ورتاوان ورتاوان روز زٕ سانین بیشتر شاعرن تہٕ مسخرن کینہہ فرق۔

مےٚ پُھٹرِتھ واپسے شٕے پان واپس
زٕ ظلم شیطان تے یزدان واپس
مےٚ ٹھوٗو ہم منزٕ لاہ اکھ شاندپاںٛش
وَتو اٚخرو یتھ نیٚو پان واپس (شوق)

پیکر سازی منٛز روز کاٚملس تہٕ رٲہِیس پتہٕ اکھ فرق زٕ کاٚمل چھُ
شبیہہ زوراوِتھ یا یتھ جزئیات نگاری بھرپور کام ہیوان۔

شہہ رو کیتھ کوہ نم چھک ژاپان
کیا سٕہ کینہہ فرماوُن چھےٚ سا

نوجوان شاعرن منٛز چھُ اکھ اہم غزل گو شاعر رفیق راز۔ یہِندِ
غزلہِ چھُ تصوفک رنگ۔ یہِندِ غزلہِ اکھ مرسائے فضا ینس منٛز چھُ نہ حرف
یہِندِ لفظ ژارے (ترکیب گرنک انداز چھُ کاٚملن) اَتھ بلکہ یہِندِس
قافیس نہ دخل۔ کاٚملس تہٕ رٲہیس پتہٕ چھُ قافیس سیتھ سانہٕ غزلہِ
منٛز اکھ انتہایی توہین آمیز سلوک سیدان۔ تہٕ زن گوٚیہ آو اکھ غاٚر
ضروری چیز زٕ اَتھ حرف وزن یا سازٕ یا یتھ ورتاوِنہ۔ مگر نوجوان
غزل گو شاعرو دِتین اَتھ قافیس رٲیی ہنٛد ژورِمیہ شاعرک درجہ۔
یس زن اوٚ تام وننہٕ آمتین سارِنے مصرن ہنٛد مزاج تہٕ تاثر متعین
کران چھُ۔ کاٚمل صاحبس متعلق چھےٚ یہ اکھ عام راے زِ یہِندِ قافیہ چھ

مفروضہ دائیراونٛد منٛز انداز یُس کامِل سٕنٛزٕ غزلہ منٛز سأگیٚس ژٕونٛش تہٕ وانٛن ترٛاین اَکھ ایرانی (ہریرہ موئی) بناوان تہٕ ۔ اہی سٕنٛزٕ غزلہ منٛز قول محال چھُ سنتوش، ناجی، فراق، الیس راحنی، گوہر سٕنٛزٕ غزلہ منٛز خودسپردگی ہُنٛد انداز تو رچھ گُفنچ بجز یاد۔

حُسن اگرچہ تہٕ ہنٛج گُفنچ بجز یاد چھے مگر اَکھ منٛز چھُ لطافت تہٕ زٕ گوہی جبار تیلی یادہ سپدان ییلہ زن کأملینٛز پاکھٕ تولقنس منٛز تہٕ لاتولقی ہُنٛد اظہار آسہ لاتولقی چھے فنکارس اَکھ وسی کنواس تہٕ بے تکلف لہجہ بخشان۔ بے تکلف لہجہ سٕنٛز مثال کأملینٛز غزل چھے گۓ تہٕ عامیانہ زبان یا اسٹینیارہ ووس بیان بلکہ غار ضروری اہتمام ورائے اسٹیتیار یا متحرک لفظن ہُنٛد ورتاو۔ راہی پُندہ دہ صبا منٛز بیم تہٕ غزلہ چھے تمہ چھے غار ضروری اہتمام چہ غزلہ شاعری کا پیچھ خیال چہ غلبیچ غزلہ بے تکلف لہجہ۔ نٮ۪ہ دکلاؠ ہُنٛد انداز بانہ وانی کتھ باتھ ہُنٛد رنگ یہ زن ونی گِین راہی سٕنٛزِ غزلہ ہُنٛز نہ خوبی چھے تُہ کامِل سٕنٛدے پیچھ شورو سپدان۔

ژے چُھکھ قائم مے ڈول کھور
اڈ ژسے زیو نُحُم اڈ مے ہور

کأملن کرٕ اَکھ مبا گھر، روایت غزلہ منٛز لچک دار لہجہ آسنیچ شورو مگر یہ روایت ہنٛز نہ بڑونہہ تکیا زہ یہ لہجہ ہمو تہٕ باگی رود تیمن راہو یہ نٛیمنھ لے تہٕ۔ لچک دار لہجس منٛز چھُ شاعر پنٛنہ غزل اَکس قضیس منٛز نٮ۪لان تہٕ بدل بدل قضیو منٛز اَکس بٔیس قضیس منٛز اندو اننا وان تہٕ پرن والیس چھُپنہ کہینہ ذہنی دِکہ لگان۔ اَتھ برعکس چھُ قاری چھکرنہ پوان ییلہ سہ کامِل سٕنٛد لہجہ باگی راوان والیس آتش یا آزاد سٕنٛزٕ غزل پران چھُ۔ اگر

نہ وچھنہ یوان تہٕ نہ تخلیق سپدان۔ ہرگاہ یہ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہ زِ یہ چھُ کُنہِ ماشرک اکھ لازمی جُز یہِ آسان تیلہِ باسیہ یہٕ کأنٛسہِ افسانُک ارتقأیی عمل غأر فطری تہٕ نہ غأر حقیقی۔ ساجس کیہو ماشرس سیتۍ اَتھ گوٚت رِشتہ چھُ ییمہ اکہِ مثالہِ سیتۍ واضح سپدان زِ ییمہ ساتہٕ آینسٹاین ریلیٹوٹی (Relativety) تھیوری پیٹھ تحقیق اوس کران پلکگ نمی ساتہٕ اوس پکاسو تہٕ کیوبزمس (Cubism) پٮ۪ٹھ تجربہ کران۔

ٹھیک تتھے متوازی رِشتہ چھُ سأنٛسس ماشی ماشرتی کیہو سماجی ارتقأیی عملس تہٕ ادبس درمیان تہٕ۔ یہِ زَن گوٚ ییلہِ مُلک آزاد سپد تہٕ سأینسی تہٕ تیکنیکی ترقی ساتہٕ بقا خأطرٕ اکھ لازمی کتھ بنیہ یہ۔ اَسہِ پزٕ ییہ نہٕ کأنٛسہِ مارکونی یا ایڈیسنہٕ سندِس لٹھنہٕ پیٹھ تہٕ نہ کوٚر اَسہِ تتہٕ پیٹھٕ یہ شورٕ وٕ پتہٕ پیٹھٕ ترقی یافتہ مُلکو یہ سفر شورٕ وٕ اوس کوٚرمُت بلکہ کرہ اَسہِ ابتدأیی تحقیق تہٕ تجربٕ کو دارہ ٹنٛزلہِ By pass تہٕ شورٕ وٕ کوٚر تمہ مقامہ پیٹھٕ یُس ساتہٕ ماحولہ مزاجہ تہٕ سماجی سیأسی کیہو اقتصادی حالاتو موجب مُناسب اوس۔ چونکہ ادب چھُ نہٕ زندگی ہنٛدیو ییمو شوبو نشہ کانٛہہ بدون چیز اَوٕ موکھ رُود اَچھ ترقی ہنٛد اہار تہٕ کم بیش تتھے۔ تہٕ یہ چھنہٕ نہٕ کانٛہہ ہنٛدی لائیکھ یا عأز بٕچ کتھ۔ اَمہ بیانُک مطلب گژھ نہٕ ہرگز تہٕ یہ کڈنہٕ یُن زِ حرف کیاہ پزٕ نقأ لی یا تہٕ زِ مضمون نگارکٲ چھُ ادبس منز نقل نویسی ہنٛز حمایت کران۔ بلکہ چھُ مدا صرف یہ کتھ کھٲر کرٕنۍ زِ ساتہٕ افسانوی ادبُک ارتقأیی عمل نہ چھُ غأر فطری

# کأشُر افسانہٕ

ہردے کول بھارتی

کأشِر افسانہٕ چھ وٲنِس پَچھِنۍ مُساپھِرۍ ہِنٛزِ وَٹھۍ تہٕ عالمچَن مختلف زبانَن ہِنٛدِ افسانوی ادب نظرِ تَل تھٲوِتھ چھُ اَمہِ حسابہٕ کأشُر افسانہٕ پیٚٹھ کوٚرِنس۔ یُتھ کوٚرِنس آسنہٕ باوجود تہٕ ییٚمہِ ارتقائی عمرِ لۄکٕٹ اَمہِ اَکھ مختصر وقتس منٛز طے کٔر تہٕ تِمَن مقامن پیٚٹھ یِہ وُنی کیٚس کھوٚڑا چھُ۔ بُہ وُچھان چھُس یِہ یقین کرُن ہِنا مُشکل گژھان زِ آرچ واتِنس کیا پَچھِ حرف تہٕ وَٹھۍ۔ تِتھ چھُ غالبَن یِہ وجہ زِ اَمہِ سفر گوو تِتہِ پیٚٹھ شوٗرو یَتہِ پیٚٹھ مِثالے اُردو یا ہندی افسانُک شوٗرو گو۔ بلکہ تِمَو اَمہِ گوڑٕ نِیہ کیٚنٛہہ مَنزِل تہٕ منٛز نہٕ کرٕتھ کیٚنٛہہ دور pass بِہ ۔ اَکھ منٛز کانٛہہ نشک چھُکھنہٕ زِ تِریٚشری طور اَکِس سفرس سام ہیٚنہٕ وِزِ چھُ اَمیُک تہٕ ارتقائی عمل غار فطری باسان تہٕ مجلسَن منٛز بحث زینہٕ خاطرٕ ہیٚکہِ کیٚنٛہہ دانشوَر اَکھ حربہ کِنہٕ استعمال کٔرِتھ پَنُن تُک آسنُک ثبوت تہٕ دِوان۔ یُتھ بحث زینچ کُل اوٚکُک طرف تراوِتھ ہرگاہ وُچھِو یِہ تلہٕ چھُ یِہ عمل فطری تہٕ نہٕ حقیقی تہٕ۔ تہِ زَن گو ہرگاہ یِہ کتھ تسلیم کٔرِتھ اَسہِ سام ہیٚنہٕ پیٚیہِ زِ ادب چھُنہٕ ساجی سیاسی اقتصادی کیٛہو حالاتو نِشہِ اَلگ تھاو

کأشِر افسانُک آغاز سپُد ترقی پسند تحریکہِ پیٹھے تہٕ اُمی کٔرِ تمہ میعار کہِ میزان کُنہِ پس۔ پیشہ یا مُشکلہ بغأر قبول ییم اَمہِ تحریکہِ خأطرٕ لأزمی اَسی۔ یوہے وجہ چھُ زِ اَمہِ دورٕک کم و بیش سأری اَفسانہٕ چھہِ تہٕ تِمو افسانو رنٛشہ کینٛہہ خاص مختلف ییم اَتھ تحریکہِ تحت مٔلکہِ کین مختلف حِصن تہٕ مختلف زبانن اندر اَتھ دورس منٛز لیکھنہٕ آیہِ۔ بلکہ چھے کُنہٕ کُنہٕ جایہِ حالہٕ اُنی ہٕنٛد درسن تام پٔراگرافن ہٕنٛدی پیراگراف ہوی اَکی اَنہٕ مانہٕ لیکھنہٕ آمٕتی۔

..... ریتہٕ کول سورو ونہٕ چھُ اَتھ (کٔہ یہ)

آب رٕسو زَن گٔرٕ ھان تہٕ گأمو گامس آیہٕ کأمِن گٔرٕ ھان تیوٗے

چھُ گاش پھولنہٕ پیٹھ اَڈ رأتن تام آبک مٔنگ آسان

... اَزِ تہٕ اوس گأمو گام آیہٕ دادہٕ ژٕسحہ آمٕت...''

(افسانہ رٕتے۔ مصنف دینا ناتھ نادم۔ کونگ پوش۔ جُلے سنہ ۱۹۵۰ء)

..... گامکین بکینن اوس اَکھ زٕ دوہ

بڑھنہٕ خوف زِ خوشکی مارِ گو ژٕھنہٕ سپدن.......

پہأڑی نالہٕ یُس گامہِ کین دان کٔھٹن تنگ اوس

دِوان اوس دانہٕ پٔینہ بڑٕ نیشے ہو کھمٕت۔ ییمہ کِنہِ گأمکو

لوکھ اَسی ہر وِزِ ڈیکہِ ژٕ کرِتھ آسان......

(تامل افسانہٕ ''ہالو''۔ مصنف راج رتنم۔ ترجمہ سوم ناتھ زتشی۔ کونگ پوش۔ جُلے سنہ ۱۹۵۰ء)

واقعاتن تہٕ ہیہنٛدیس بیانس منٛز آمہٕ ہشرک سبب ہیکہِ نہٕ محض

تہٕ نہٕ غا٘ر حقیقی۔ بلکہ باسہٕ ہے پرٛتھ صوٗرتس منٛز یہِ زِ یٲژھو غا٘ر حقیقی
ہرگاہ آسہ کیٚس تہٕ زندگی ہنٛدین باقے شوٗبن ہنٛدین ارتقٲیی عملس منٛز
ییٚتہ ہِشر تہٕ متوازی رِشتہ دریٛنٛٹھو گژھان ہیٚے نہٕ۔

کٲشُر افسانہٕ آو آزادی حاصل سپدنہٕ پتہٕ تمہِ سانہٕ وُجوٗدس
منٛز ییٚلہِ مُلکس منٛز مختلف سیاسی جماژو پنٕنہِ پنٕنہِ وِہراونہٕ خاطرٕ پنٕنہِ
دُکان نو سرٕ چمکاونی اَسہِ ہیٚتیٚمژ۔ کھووٕر درجہٕ پارٹی آسہِ زیادٕ منظم
تہٕ مُلکچہِ ثقافتی کیہو تمدنی زندگی منٛز تہٕ اوس مختلف انجمنو کیہو تنظیمو ذریٚعہ
پنٕنہِ دایرٕ اثر سیٹھا ؤسی تہٕ زوردار۔ یہِ اوس سُہ دور ییٚلہِ مُلکی
پیمانس پیٹھ کینٛہہ ادبی تحریک نظرٕ اَس گژھان۔ تہٕ سُہ گیہِ یہِ ترقی پسند
تحریک۔ سایٛنس ریاستس منٛز تہٕ یِمو بزرگ ادیبو شروع کٔر موجوٗدس
کرِتھ کٲشرِ یٲژھو افسانہٕ لیکھنُک سِلسلہٕ کوٚر تمن تہٕ اَسہِ ستیٚنٛد سیٹھو
یاورٕ گیہِ اَتھ سیاسی تحریکہِ سیتو وابستہ۔ چنانچہ سپُد کٲشرِ افسانُک
آغاز تہٕ ترقی پسند تحریکہِ سیتی۔

گوڈنیُک افسانہٕ یُس چھاپ سپدِتھ لوکن برونٛہہ کنہِ آو اوس
شری دینا ناتھ نادم سُند "جوابی کارڈ"۔ اَمہِ سیتی سپُد شری سوم ناتھ
زتشی سُند افسانہٕ "ییٚلہِ پھوٗل گاش" تہٕ شایع۔ بلکہ چھےٚ یِمن دۄنٛونی
متضاد رایہِ زِ کٲشرس افسانس لوگ "جوابی کارڈ" سیتی کُن کینہ "ییٚلہِ
پھوٗل گاش" سیتی۔ کیٚنٛژن بزرگ ادیبن ہُند وَنُن چھُ زِ گوڈٕ آو "ییٚلہِ
پھوٗل گاش" لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ "جوابی کارڈ" تہٕ (اَتھ تحریکہِ
سیتو وابستہ) کیٚنٛژن بزرگن ہُنز رایہِ چھےٚ اَمہِ مختلف۔

بہرحال یہِ بحث اَکہِ طرف تھٲوِتھ چھےٚ یہِ کتھ سیکہٕ زِ

کران تہٕ کیتھ کنٛز زٕچایکھ اَسی گاڈ کَڈٕلہٕ نکھہٕ تہٕ پکہٕ تاوٕے
یکھہٕ ییٚڈ سیٚنی۔ مےٚ اُس ماچہ مکایہٕ ژٕوچہٕ مَن دٕژہٕ ژ
یِیہٕ مےٚ نالَس کُنٛزٕلٕکھ اُس۔ تہٕ ییٚلہٕ ییٚڈ کھوٚکھہٕ
یکان سعہ آیم ہٕژ رٕنیٚ۔ مےٚ دٕژایہٕ تٕہتھ نٕکھہٕ مگر پیٹھےٚ
آیاوٕ اَکھ بندوٗقی تہٕ تمی ژھنیا ٕکھ بندوٗقہٕ ٹاسہٕ
اَکھسَ۔ مےٚ چھےٚ وُنہٕ تمیٚک آکھ ڈیچھنِس چھاپٕ ژھیس ژ
یہٕ یاد پیٚیمہٕ اوٚسُس یہٕ جَل جَل اَتھہٕ کٕڈان تہٕ اَکھ تمی
مایہ لیوان ییٚمہٕ مایہ گادٕ چھےٚ وُژھِس تھٕنہٕ بیٚہتھ تَن
پیشان......!

(اَفسانہٕ "شیٖنہٕ پیٚتو پیٚتو" مُصنیف دینا ناتھ نادِم
چھاپ رسالہ "کونگ پوش" جنوری ۱۹۵۲ء)

اَتھ مُقابلہٕ ییٚلہٕ اَسی "کوہہٕ وانگ" زٕچھہٕ چھُن وٕچھان شہ
چھُ امی فارمُلہٕ ہُک پاداوار آسنہٕ باوجوٗد تہٕ سیٚٹھاہ سطحی تہٕ سرسری
باسان۔ گو نیشنٕدی حاریٕ ناٹ چھےٚ یہٕ "شیٖنہٕ پیٚتو پیٚتو کیہٕ" "بہ" کردارہٕ
نِسبتہٕ خاص کینٛہہٕ ہیوٗن ـــــ ہمیس اَگر مکایہٕ ژٕوٹ وایس حاصِل کرنَس
پیٹھ" بندوٗقی "اَکھ نمی چھُ کران ییٚمِس چھُ وُشکہٕ ژٕوچہٕ" ہُشند
ابچاو بےہوش کران۔ ہُمہ اَگر" مارشَک" شکار چھُ یہٕ چھُ حاجُ گردارٕی
تہٕ چاپ دارٕی ہُند۔ پوز ناڈیم حساب ہیوٗہ نٕ چھےٚ شیٖنہٕ پیٚتو پیٚتو ہنٛس اَمہ
دورُک اَکھ نمائندٕ اَفسانہٕ بناوان تہٕ اَتھہٕ برعکس چھُ اَرجن دیو مجبوٗر
ہُند "کوہہٕ وان" اَمیہ ہیوٗ نہٕ ہیٚنہٕ کی مُوہ کہنہٕ فارمُلہٕ ہُک مُنافکیہٕ باسان
بلکہ اَتھ چھےٚ فرق چھےٚ عزیز ہارونہٕ سٕنہٕ "افسانہٕ ژٕوٗن" (کونگ پوش ۱۹۵۱ء)

ہوی حالاتھ اَسِتھ۔ تِکیازِ حالاتھ ہوی آسِتھ بلکہ تِمی آسِتھ تہٕ چھُ فردٕ سٕند رد عمل انفرادی آسان۔ تہٕ ظٲہر گژھا چھےٚ زِ ہیٚلہٕ رد عمل آسہِ بیان تہٕ آسہِ آمی آنہٕ ناہٕ۔ بلکہ چھُ آمہٕ کیٚ اَنِہِنٛگ وجہ یہٕ باسان زِ اَکھ تحریکہٕ تحت یہٕ کینٛژھا تخلیق سپدیہ تہٕ سپدِ اَکِس فارمولاہس تحت تہٕ فارمولا باسے کُنہٕ تہٕ جاپہٕ پیٚتھ وَرتاوِنہٕ نتیجہ آسن ہوی۔ یُوہے وجہ چھُ زِ آمہٕ دورٕ کین افسانن ہُنٛد فکری سطح چھےٚ ہیٚشی تہٕ ورخنو کہ اعتبارٕ تہٕ چھےٚ تہٕ تمن منز فاص کانٛہہ رنگارنگی نظر گژھان۔ البتہ اَکِس جرف لیکھن والیس منز (craft) کُنہٕ ادب پارس مقابلتن زیادٕ پٔتہٕ وٕن پاسنہٕ وُن بناوان۔ مثالہِ اَمِن دیو مجبور سٕنٛد "کولہٕ وان" ناوکہ افسانُک رحمہ چھُ تہٕ دینا ناتھ نادم سٕنٛد افسانہٕ "شینہٕ ہیتو چٕھتو کہ" بہ "کردارہٕ نِشہٕ خاص کینٛہہ مختلف۔ دوشوے چھُ اَکی ہے فارمولہٕ کس تحت گرنہٕ آمتہٕ اَو کُنہٕ چھُ دوشوٕنی ہُنٛز زندگی ہُنٛد کرٛنچھر سختی، تہٕ دوہٕ کھ دود ہُو سے۔ دوشونی چھےٚ پننہِ پننہِ ذات پٮ۪ٹھ یہ آمژٕ، اَوے چھُ دوشونٕی ہُنٛد نفسیاتی وُجود تہٕ مصنوعی۔ پٔز نادم صابنہٕ منز ہُنٛد (Craftsmanship) چھُ اَمِس تخلیقس جامہٕ ولٕہِتھ زِ یہ چھُ مقابلتن زیادٕ credible، بیٚ یہ وُن تہٕ بسنہٕ وُن باسان۔

> "بہٕ اوسُس نہٕ تَمِس مرُن سوٗریتھے ہیکان، تہٕ اوسُس تام وارتھ اوسُس بہٕ بدل کینٛہہ یاد پاوان۔ شاید سُہ دوہ ہیٚلہِ بہٕ گوژُھ سیٚنہِ پننِس مٲلس سیٚتۍ شہرٕ وُچھنہِ۔ تمن دوہن اوس شہرٕ دوٚہم "مارشل" چلان تہٕ کُنہٕ اَمِس نمائشی منز جکھٕلکی کھاہِتھ رٕژ داوی

حقیقت چھِنہٕ یہِ زِ یہِ "ردِ عمل" سۄ تیاو نہٕ بلکہ آیہٕ اَکھ تجربُک ثمر لوٗ تمِس گُذرِنہٕ پتہٕ سنجیدگی۔ طِفلہٕ ہِشیو تۄ بالیغ سپدِن تہٕ ولولہ انگیز ماپہ نازی ہِنز جاے رٹ خیالاتن ہِندِ وسیٖرن تہٕ فِکری ٹھہراون۔ پوٚز یہ سورُے اوس نہٕ اَکھ اَکِس نشہ ہِیون۔ بلکہ اُس یہ اَکھ مسلسل عمل، یُس سہٕ از تہٕ جاری چھُ تہٕ پگاہ تہٕ جاری روزِ ۔ کُنہِ خاص دورس مصلحتن بوٗش کھارنہٕ خاطرٕ سہٕ پننہِ پتھ کالہٕ نِشہِ الگ کرِتھ ویٚچھناوُن چھُ نامُناسب تہٕ تہٕ غارٕ منطقی تہٕ۔

"..... اِنسانس چھ یوان زندگی منز ساسہٕ بدی نہٕ بتہ بڈی حادثہٕ تہٕ واقات پیش یِم حادثہٕ چھ ترادان اُہِندس ذہنس پیٹھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اثر..... منتقی چھُ ترأِبِ نہٕ زأری بنان۔ سُنٛز ژۄر چھُ بوڈ بارٕ امانت دار بنان......

ہتہٕ ترأوِ نہٕ اَکھ زٕ یا پٕھلے کلانگ اَکھ نیٖر کوٚنڈ (نہٕ پتہٕ اَفسانہٕ بنِتھ)..... یا شیٖٹھ وٕرِ شہٕ پُرچھ پٹھ ٹھہرِتہٕ نوٗن کانٛسہ ہِندِ ذری یاوِ بیزارٕ سیٖتہٕ یاد پیوان۔ سہٕ کیا چھِنہٕ تِمہٕ ساتہٕ سوچان پتہٕ بینکہٕ افسانُک موضوع بنِتھ......"

(اَفسانس مُتعلق کیٛنٛہہ بُنیادی کتھہٕ از اختر محی الدین ۱۹۵۵ء)

سوچنکِس اَکھ اندازس ہیکو نہٕ سہٕ تن وٕنِتھ بلکہ ژیٚتھ دِتھ فنکارِ سفرِ بچ سہٕ وتھ یتہٕ کِتہِ نیچ کوشش ہمیٖشہ کانٛہہ موڑ، کانٛہہ پڑاو کانٛہہ دوریا کانٛہہ منزِل حتمی چھُنہٕ آسان۔ "اَفسانس مُتعلق کیٛنٛہہ بُنیادی

تہٕ علی محمد لونٕ سٕندِس "ہم لوکھ" ناوٕکِس افسانس درمیان تہٕ[۱]۔ تہٕ نور محمد بٹنٕ سٕندِس افسانہٕ "ٹھوٗر" (کوہ نگ پوش جولے سنہ ۱۹۵۵ء) تہٕ صوفی غلام محمد سٕندِس "ژٕنہٕ ٹھوٗر" (کوہ نگ پوش اکتوبر سنہ ۱۹۵۵ء) ناوٕکِس افسانس درمیان تہٕ۔

گوڈٕ سنہ ۱۹۵۴-۵۵ء ہس تام آسن ترقی پسند تحریک ژھینہٕ کینژھہ پیٚٹھ تہٕ مگر Hangover اوس وُنہٕ باقے۔ اوٚت تام یِم افسانہٕ اَتھ تحریکہِ تحت لیکھنہٕ آیہٕ تِم ہیکو کھ اُسو دوٚن حصن منٛز تقسیم کٔرِتھ۔ اَکھ تِم یِم کھیٚلو ذہنس (Herd - mentality) تحت لیکھنہٕ آیہٕ تہٕ دوٚیم تِم یِم ہیٚوہ فارمولایی موضوع آسنہٕ باوجود تہٕ فنی اعتبارٕ مکمل افسانہٕ چھہٕ۔ یوٚہسے دوٚیم ہیٚوہ قسم چھہٕ سانہٕ اَزی کہ افسانک مولادار۔ تہٕ اَتھ اہم دورس متعلق مصنف یہٕ وَنِتھ ژٕلوٚنی کھتہٕ کرنی چھہٕ یہٕ زِ نِشہٕ زٕ نِتھ کٲنِتھ اُچھہٕ برابر نہٕ

"...... امیک ردِ عمل روٗد پانژھہ داہ ؤری
تانی تہٕ ییتہٕ ہیٚوتن وارٕ وارٕ سعہ تن ..... بییتی
ہیٚژن باقے مصلحت بارسس ییٚنہٕ ...."

(رتن لال شانت۔ کاشُر افسانہ" از تہٕ پگاہ"
شیرازہ ستمبر، دسمبر سنہ ۱۹۷۴ء)

۱؎ یہٕ افسانہٕ سپُد سنہ ۱۹۵۵ء ہس منٛز اَتھی عنوانس تحت کوہ نگ پوش رسالس منٛز شایع تہٕ دوٚیمہ پھِرِ آو یہٕ "فرزہ تنٛج" عنوانس تحت شایع کرنہٕ۔

"...... کیرٛ لٔٹہٕ وُچھ راجن بھوشنہٕ تہٕ
پُرٛہِتھ لٔٹہٕ ژٕ تٔرٛامہِ تیٚشٕدِس تُجھس بیٚچھ اکھ عجیب
اُشُن تہٕ نظرن مَنٛز اکھ عجیب سٕرٛیٚہ۔ زَنتہٕ اوس
تِمس ڈیٚن اَمان اَمان کُنتام شاچھ ڈیٚٹھمُت۔ زَنتہٕ
اوس سُہ بِژھان اَمِس کیٛاہ ہتام وَنُن......

" چانٛی کِنہٕ چھُ زندگی مَنٛز اَکی سے جایہ واتُن۔ تہٕ
یِہٕے چھےٚ باسان سیٛٹھاہ تہٕ ژھوٚٹ وَتھ۔ مگر زندگی
مَنٛز چھےٚ کانٛہہ سیٛٹھاہ وَتھ کُنہِ کُنہِ ٹۄٹھان تہٕ۔ تہٕ
یُس سٔہلاب باسان لیتہٕ معہ نٕچہٕ کوٗرُم سُہ آسمان
گوٚمُت کُنہِ کُنہِ مَنٛز وَپیٚٹھو......"

(افسانہٕ اَڈٕ پیٚے کَتھ۔ اُمیش کول۔ چھاپ ۱۹۵۵ء)

بھوشنہٕ اَسِنٛدُ " شاچھ" چھُ افسانہٕ نِگارس مَنٛز شاچھ نتہٕ وجودکِس آنٕس مَنٛز اَنٛدٕرٕ پِھٹیک وُٹھو گوٚمُت اکھ زِیو۔ تہٕ زندگی ہٕنٛزِ سیٛٹھاہ ژھوٚچھ وَتہٕ ہٕنٛد "برم" چھُ ذاتُک خاب تہٕ وَتھ ٹۄٹھُنُک یا "سٔہلاب سٕرٛی" پیٚٹھ گژھنُک احساس چھُ اکھ تژھ زِیتہٕ وَن (بلکہ زٕتنایہٕ) یۄسہٕ ذاتی تجربُک ڈیٚت یا حاصل چھُ۔ یۄہے وجہ چھُ زِ باوت کرنُک انداز تہٕ چھُ انفرادی کِھیٚلہِ ذہنیت تہٕ " فارمولائی " کانٛہہ رٔنٛشہٕ آزاد گژھتھ ذاتیچہ زٕتنایہ ہِنٛز باوتھ کرنکو اُمو انداذن وِژہ کاشُرِ افسانس اکھ تژھ رٔژ تہٕ حسمت منہٕ پیرا ییٚتھ بیٚچھ اَزی کہِ افسانہِ چ منٛدور کھٔرا چھےٚ۔ تہٕ یہِ حقیقتھ تسلیم کرنس مَنٛز نہٕ گژھہ اَزی کِس افسانہٕ نِگارس تہٕ نہٕ نقادس کانٛہہ گال باسُن۔ اخترؔ محی الدینٕ سِنٛد افسانہٕ

کتھ" ویرٔژھ ناوٕن وائلِس ادبہٕ پٔتھٕر فکری سطحِ تہٕ باوٕنٕچ کرنُک فن کتھ معیارَس پیٹھ اوس آمہٕ ساتہٕ، اَمیُک انداز چھُ اختر محی الدینٕ سٕنٛد "ڈٲری بابہٕ ہٕنٛد بیزار" اَفسانہٕ یَرِ یٕمہٕ سیٚتۍ گژھان، یتھ ازتہٕ سنگ میلُک خصوٗصیت حٲصل چھےٚ تہٕ یتھ منٛز زندگی ہٕنٛدٕ "متہٕ شرارٕ نیٚب اَکھ زٕژ" تہٕ "چلے کلا نک اکھ تیرِ کوٚنڈ" وٕکھنہٕ تَرِیتھ دورُک پَزر چھیہ باسان۔

ترقی پسند تحریکہِ پتہٕ کٔمِس اَتھ دورَس ہیٚکو اَسی کٲشِر افسانوی ادبُک درمیانی دور تہٕ وَنِتھ۔ اَتھ منٛز کانٛہہ شک چھُنہٕ زٕ اَتھ دورَس سیٚتۍ وابستہٕ کیٚنٛہہ افسانہٕ نِگار اَسی ترقی پسند تحریکہٕ سیٚتۍ تہٕ وابستہٕ رٔوِدی ہیٚتۍ۔ مگر وونی اوس کٲشُر اَفسانہٕ نِگار فارمُلٲیی دورِ نیٚشہٕ آزاد گژھتھ موضوٗعِ علاوٕ اسلوٗبس، ہیٔتس تہٕ فکری پہلوٗہس پیٹھ انفرٲدی طور سوچنہٕ لوٚگمُت۔ یوٚہے وجہ چھُ زٕ اَمہِ دورُک اَفسانہٕ چھُنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین اَفسانن ہٕنٛدی پٲٹھۍ یک رنٛگی۔ اَمہِ دورُک کیٚن اَفسانن منٛز چھُ گوڈنِکہِ پھیرِ تہٕ احساس گژھان زٕ کٲشُر افسانہٕ نِگار چھُ زندگی ہٕنٛزِ تمہٕ گرمی ہٕنٛزِ کتھ کران یمہٕ تٕمیٚسٕنٛد اندرِ نیٚبر خاطرٕ تیٚژے ضروٗری چھےٚ ییژا تٔمِس ذاتکہِ بقا خاطرٕ چھےٚ سُہ چھُ نہٕ کھوچھرٕ نارٕ سیٚتۍ انقلاب کرُن تال رکھ وٕنیچ کوشش کران بلکہ ذاتُک دود تہٕ دمہٕ کھسہٕ کھ بینس اَندرُکیٚس منٛز بدلاو کیٚنٛژھا ... کران تہٕ کیٚنٛژھا دوا ژھانڈان۔ گوڈنِکہِ پھیرِ چھُ احساس گژھان زٕ افسانہٕ نِگار تہٕ چھُ اِنسانے۔ تہٕ تٔسنٛد دوٚپ چھُ تہٕ دوہٕ زمیُک کاش بلکہ سُہ Phenomenon یتھ کاش تہٕ ہنُن اوس تہٕ اَنہٕ گٹہٕ تہٕ، تاپھ تہٕ ہنُن اوس تہٕ شُہُل تہٕ۔

دورِ پیٹھ اَتھ سفرس سیتۍ چھُ۔ ۱۹۵۵ ہس منز "اَفسانس متعلق کینہہ بنیٲدی کتھ" لیکھن وول ادیب ییٚلہِ اَز کل افسانس متعلق کینہہ وَنان چھُ تیٚلہِ سوچن تراے تہٕ چھےٚ نوٚ اظہار چ نشان دہی کران۔

"...... پیٚچیدٕ تہٕ تہہ در تہہ زندگی چھےٚ تیوٗتے پیٚچیدٕ تہٕ تہہ در تہہ چھُ اَدب تہٕ۔ زندگی تہٕ اَمہ کین مختلف شوبن متعلق آے از ابتدا مختلف فلسفہ تہٕ نظریہ پیش کرنہٕ۔ اَمیو فلسفو تہٕ نظریو منز کُنہ اَکس وَنو مکمل؟ یُدوے کانہہ اَکھا مکمل آسہے نیٚلہِ آسہے انسٲنی ذہنس تہٕ سوچس دروٗزٕ وُنی تہٕ اندس پیٹھ ٹھوٗر لوٚگمت۔ مگر اُسہ چھہ پَتہِ کالس منز تہٕ پَتہِ وز کائناتکو نٔوی نٔوی گوشہٕ تہٕ نوٚ نوٚ تراے وُچھتھ حٲران سپدتھ نوٚیہ فلسفہ تہٕ نوٚیہ نوٚیہ نظریہٕ قٲیم کران بلکل ییٚتھے کنہٕ ییٚکو اَدبس متعلق تہٕ وَنہتھ ..... ییٚتھین حالاتن منز کُنہ اَکس نتیجس یا رٕجحانس وَنوٚ آخری تہٕ حتمی؟ یہ چھُ سوال!"

(اختر محی الدین، گمہٕ ڈہ کتھ۔ شیرازہ جلد ۱ جون ۱۹۷۵ء)

اتھ منز کانہہ شک چھُنہٕ زِ یہ "سوال" چھُ اَکہ ژھیٚنیک احساس مگر احساسک یہ منزلہٕ چھُنہٕ اَکہ ژھیٚنیک دیُت ہلہ یہ وَنی وادن منز اَرز ذاتیچ نہٕ تہٕ زمانیچ تہٕ۔ توٚتہ ہیکہٕ نہٕ اَمیُک سہ حرف اَکس فردس منز

"بٔڑیسو واتُل"، دیپک کولُن "سفرتہٕ سیٚتھو واٲلی"، علی محمد لونُن "فرعون تیٚجُ" تہٕ ایمن کاملُن "نووٚ تاوَن" تہٕ "کوہ کرجنگ" ہیوی بہلہٕ پایہٕ اَفسانہٕ پرِتھ ییتہٕ چھُ نہٕ اکھ اہم دورُک متعلق یہِ وَنُن سہی باسان زِ ـــ

"بزدوشتو، اختر زٕ یا باقی یِنتم افسانہٕ اُسو اوٚت تانی (سنہ ۱۹۶۷ ہِ پیٹھ بروٚنہہ) وقتیکس گیتس سیٚتۍ ژھانٛٹھ وانِنہٕ بدلہٕ بھٹین پیٚٹھی بیچھہ کانٛہہ تہٕ ڈرِی یاوٕس ناس ژراس وَنان"

(کأشر افسانہٕ از تہٕ پگاہ - رتن لال شانت)

سوال چھُ ہرگاہ بٔڑیسو واتلہٕ شند دوہ کھ دود تہٕ فرعونہٕ تیٚجہ منشہ کرِ ییچھر سانہٕ سماجک، سانہٕ معاشرُک پٔزر چھُنہٕ، ہرگاہ نووٚ تاونک پٔزر وقتیکس گیتس سیٚتۍ ژھانٛٹھ وانِنس برابر چھُ نہٕ تیٚلہ کتھہ وَنو وقتیکس گیتس سیٚتۍ ژھانٛٹھ وانِنۍ؟ حقیقت چھےٚ یہِ زِ یُس تام نہٕ کانٛہہ تہٕ فن پارٕ ییٚنہٕ وقتیکس مخصوص چوکاٹھس منز بٕتھاوِتھ پرکھاونہٕ یِیہِ توٚتام گژھہ ہمیشہ پٔترِس پیٹھ اپزٕ ایُک تہٕ اَپزِس پیٹھ پزُک گمانٕ ممکن چھُ وُنی کیٚن باسہِ تمہٕ وقتہٕ کِس اختر سٕنٛد موضوع تہٕ شوٗدبیانیہ انداز تہٕ کاملہٕ سٕنٛز تیٚج لفظہٕ ژارٕ اکھ فطری تہٕ عام کتھ۔ لون صابُن اسلوب تہٕ امیٚشُن فکری انداز اکھ سیٚنز تہٕ سادٕ عمل مگر یوٚہے باسُن بیٚیلہٕ وُنہہ ییٚنہٕ وٕری یَتھ کُن ژھال نیٚتھ لہوٚچ کھاران چھُن تیٚلہ چھُ یہِ "باسُن" غلط باسان۔ ییٚمہٕ نوٚرک" تہٕ "جدیدیتک" نگارٕ (فہمید گی کینہہ، دیکھا دیکھی یا فاشنہٕ کنہ) ژھ وا یارٕ وانِنہٕ چھُ یوان۔ تمیُک شعوری ایحساس چھُ تِمَن ادیبن تہٕ بیٚن درمیانی

اَسہ اوٚت تام حالَس منٛز کانٛہہ فرق آس۔ پوٚز بیٚیہ ہیوٚو یہ باپتھ زِ قسمکیو لوکٹو بٔڈیو اہم کہو غارٕ اہم نوٚیو تجربہ گٔیہ اکہ طرفہٕ موضوٗعہ ہٕنٛدِس اعتبارٕ ژھرِ پورِ وٕنہٕ علاوٕ رنگارنٛگی بخشان تہٕ دوٚیمہ طرفہٕ بنیوو یہ ورگہٕ زندگی ہٕنٛزٕ نوٚن حقیقتن نوٚو انداز باوٕنہٕ باپتھ لکھاری سٕنٛدِ مقابلی اَحساسک سبب تہٕ۔ ییمو زَن کٲشُر افسانہٕ تمہٕ مقابلس ہیوٚٹ واتنہٕ ییتہٕ نِش یہ ڈُنیکِس درینٛٹھو گژھان چھُ۔ ترقی منٛنہ یِہہِ اظہار دِچھتہٕ چھُ جایہ ریکھ تراوِتھ یہ ہُنہٕ ٹھنٛڈی کرِنی غلط زِ اَکھ ایکٕ افسانہٕ کیا گوٚ ییمہ سٕنہ کہ ییمہ تٲریخہ ہیوٚٹ شوٗرو بیٚیلہ فلانی افسانہٕ نِگارَن فلانی افسانہٕ لوٚکھ۔ البتہ چھیٚ اَمِچ ژینہٕ وَن سَنہ ۱۹۶۰ کِس ڈٔہلِس گوٚڈنِکس حِصس منٛز میلان یِتھہٕ زَن کٲشُر افسانہٕ مُلکہ کِس ادبی منظرس منٛز پنُن مقام حاصل کرنس اہل سپُد۔ تہٕ سٕنہ شیٚیچہ کِ ڈٔہلِکِس اَخری حِصس منٛز سپُد اَمیُک یِم نقوش زیادٕ واضح تہٕ نویر کُو زیادٕ ژینہٕ وُن۔ ییٚلہ کیٚہ "نامہ کیٚہ شُمل" "سیٚٹھا سوٗمولی" "شِکستہ تہٕ داد" ہِی افسانہٕ شایع سپدی۔

نوٚو زَتنا یہ ہٕنٛدِ ایمانداراہ باوتھ کرنہٕ خاطرٕ ادس روایتی سانٛچہ رٕد کرٕنہٕ منوورٕ ری۔ تیلی ہیٚکیہ موضوٗعس تہٕ ہیٚیتس درمیان ہم آہنٛگی اَسِتھ۔ نوٚتنا چونکہ چھیٚ زینہٕ مُطابق ذٲتی اورٕ کتھ آسان۔ اَدے بنیٚ یاوتہٕ کہ نیچہ یچہ تہٕ ذٲتی تہٕ بیوٚن بیوٚن۔ اَمہ اکِس نِشہِ منٛگل مختلف ییمہ اَسو گٔنہ خاص "اِذمس" یا "وادس" سٕیتھ ترتیب ہیکو کرنہٕ یِتھہٕ (یہِ phenomenon چھُ جدید ادبس منٛز پرٛیتھ جایہ درینٛٹھو گژھان) قدرتن ہٕنٛزٕ ژھعہ کِ وٕنہٕ پاییدار ی۔ سے یتھہٕ

یا کُنہٕ خاص دورچ شییر گَنڑتھ !

درمیانٕی دورکس آخرس کُنہٕ ہیوٚہ سیدن اَکھ کارِوانس سیتۍ
کینہہ نوٚو ادیب شامِل تہٕ کینٛژھَو پرانیو سفر دارو ہُنٛیوٚت لوٚب۔ نٔوۍ ادیب
اُسۍ نہٕ کُنہٕ تحریکہِ (سیاسی یا ادبی) نِشہِ جواب دِہ۔ اَوٕ موکھ اُسۍ تِمن
ذاتی سوٚمبرن۔ تہٕ ذاتۍ ژیننٕۍ تہِندِین اَفسانن ہُند پیٚنٛز دوٗنن۔ بیہ اوس
اَمید وفنک نوبہِ نہٕ اَزۍ کہِ افسانک گوڈ۔ یُس تمہِ وقتہٕ کیو کینٛژھَو نقادُ
نہٕ کوٚر تہٕ کینٛژھَو قبوٗل کوٚر۔ اوتار کرشن رہبرُن افسانوی مجموعہ "نوٚو برگھ"
تہٕ گوٚو بیشتر رِوایت پرست نقادو وٕنِتھ نہٕ زِ اَتھ منز شامِل تمام
افسانہٕ چھہ محض خاکہٕ تہٕ تہٕ چھُ ہُس خاکن ہُند مجموعہ۔ تہٕ کیازِ اَتھ منز اُسۍ
نہٕ وہکھٕتِین مصنوٗعی واقعن منز ہینہٕ آمتۍ۔ شاید لدٕ تفریحاپہٕ کردار زور
زبردستی یِتھہِ نیتہٕ گَنڈِتھ آمتۍ زِ یِمہٕ گژھن منز کُس کھلاڈی شِدی پاٹھۍ
تمی تار رَز پیٚٹھی یکھِ یوسہٕ لیکھن والۍ حرف پنٕنس ذہنس منز چاوٕرِتھ
چھٕۍ۔ تِم اُسۍ پُوٚت منظرس منز یکھاری شنز فکری سطح ڈیکھ آسہٕ
باوٕجود تہٕ بظاہر عام انسانہٕ سِندی پاٹھۍ گَۓ وَتہٕ راوات تہٕ گۓ منز لٔس
واتان۔ گۓ کتان تہٕ گۓ طوطہٕ ہی بولان۔ تِمن سیتۍ وابستہٕ کانہہ تہٕ واقعہ
کانہہ تہٕ شفقت چھٕۍ نہٕ تمۍ تیار سا پُنچھ کُتھ۔ تہِنزِ زندگی ہُند تاثیر
شِہِل، دوہ کدرس کتھ چھُ یکھاری حرف بیان کران تہٕ ژبیان چھہ تِم
پننہِ ترجیحہِ حِسابہٕ پانٕے۔ تِہنِدِ اِحساس تہِنِدِ شعور چھہ تہِندِ ماحولُک
ذہنیت، زوٗر پیٚشر نہٕ آمت خیالی پیٚز رٔنہٕ کینٛہہ۔ اَوٚتے چھنہٕ یِمن منز
عام قسمُک سوٚ ونیِتھ پوٚژھ ڈراماٸیت نظر گژھان یوسہٕ اُکس روایت
پرست نقادس اَتھ افسانوی مجموعس تسلیم کرنک قٲبِل کرِ ہے۔ تہٕ یُہُنٛے

"..... سُہ یُس شاید گوتم اُسہٕ وَنان ڈراوِتھ
بجہِ سڑکہِ منٛز یتھہٕ "تارکول" وہریتھ اوس، تتھیٚن
سیاہ "تارکول"، سڑک چھےٚ راہ منٛز کارِ نہٕ آمٕژ
تمیٚ سٕنٛز کارِ مٔژ چانٛدِ لچھ گٔژھتھ۔ پرٛاژو کیٚنہ ڈراس
دوہ دوہ۔ ژوہتر ژوہتر لوٚگ پکنہٕ یتھہٕ بھارت ورشس
منٛز اُچھ پھیری پھیری چھُ اُدرہٕ نہٕ بوٗرہٕ دُچھان
تمیٚ سٕندس رٕیس چھےٚ اکھ اکھ گرٛیتھ تران۔ تمیٚ
سُنٛد یارِ دہ سن چھُ زیادٕ نیادِ بے قرار سپدان۔

(افسانہٕ نِروان - اوتار کرشن رہبر)

نوٚوتہٕ بدلیوٗمُت اُمیٚدی ییٚکس پُرزِس اپُرزِس منٛز بوٗگمُت ژٕنبہ
تہٕ اَمہِ ژٕیہٕ ہیٚک دِتھ، احساس بادٕ خاطرٕ چھُ لکھاری سٕنٛد بابت
پننِس متوٗازی عالمس ژھانٛڈ دِنۍ ضروٗری سپدان، تکیاز ژٕہیٚک
نوٚہر یا پوٚز چھُ دوٚیمی ژہیہ پیٚون تہٕ اَپُز باسان امہِ موکھہِ چھُ تِیُنٛد
خاطرٕ — "یہ چھُ علاقہٕ" "یہ اُسہٕ ہیٚکہ" یا "یہ آسُن گوژھہ" زنِیرُن
تہٕ اکھ فرضی بنان۔ یہ کارِ ہیٚتر اوٚنیج ظُلال چھےٚ اَکِس وجدٲنی دُنِیہس
(Visionary World) زِتھ دوان، یمیُک اظہار تجریدی
اروٗپ یا بے ہیٔت آسُن لازمی چھُ۔ ذہنی سطحن ہُنٛد یہ میٚثل چھُ اکھ
مکانہٕ زمانہٕ چہ روایتی بنٛدشہ نِشہ آزاد گٔژھتھ اکھ اَنتہٕ روس
باڑو دِوان۔ اَزکس کٲشرِ کہانی کارِ سٕنٛز کرمہ بلوغ چھُ یوٗہے
عالم۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ تِہنٛز تخلیق چھےٚ اَروٗپ تہٕ بے ہیٔت باسان۔
لفظن آسان گرامنے بدلیوٗمُت گہہ رودمُت تہٕ یمِتھ کیٚنہ آسان

نٔہ چھُن تہٕ مشروط یُس زِ کُس کٔھرِس شُرہ ہینہٕ آمتِس وۄتل بُچھ کرِ ونِس
انسانہٕ پُشند ژِہہ پتہٕ ژہہ بدلوٗن پۆز اَپُز ژہینہٕ تہٕ بیان کرنہٕ خاطر
پیٹھ یکجاہس پانہٕ تہٕ وۄتل بُچھ کرنہٕ، ریاکاری، کوٚنکھ (a.su.-
med poised تہٕ پاسہٕ پرزناونکھ کھڑاوِ ہی داریاہ موکھٹ
پٔتِمِس یژھینہٕ تہٕ پژھنک وایہ بترنہٕ ورائی ہرد پیٹھکی پاٹھو
دِوِتھ ہیٚز۔

تٕہ نمرود اوسُس بےٚ پیٚمو کان لوے۔ سہٕ شوٗد
تہٕ اوسُس بےٚ پیٚمہ نار کوٚنٹس ھٹول لاٹے
دۄہ شوے وقتو لاٗج مےٚ پانے کرژھ۔ "ہوٗدہ ہوٗد"
پہ کرٕیکھ لاٗجم ایمان داری سان۔ بٔہ چھے وُچھان
اوسُس تو ہند مرن۔ مگر دۄہ نی رژد پہ سہٕ کھوتان
وول اَنہٕ گوٚٹ۔ سہٕ وُہتہ راوِ راوٕن وول اَنہٕ گوٚٹ
دۄہ نی چھُم باسان یتھ لیہ اَپار — مگر کیا ہ؟

(افسانہٕ ژٕپے چھکہ ژٕپے چھکہ۔ اختر محی الدین)

افسانہٕ نگار چھُنہٕ دۄہ نیٚک گَنہٕ پٕٹھ پیٚز اینزِ چ، حالانکہ ژ
پاگوناہ نواسح نشان دہی کران نہ چھُ تماشہٕ بینہٕ سندی پاٹھی دُوِر
ہہیتھ والٹیری آیہ عوامچہ بہتری باپتھ سینہٕ وۄکٹیک پلان گراف
بُلوکہ چھُس گل بنیٛ پان پرزناونچ۔ اوٚسے چھُ سہٕ پانس اپریشن ٹیبلس
پیٹھ کھارِتھ تختہٕ مشق کران۔ خانن منز ژٕلنہٕ آمت ٹکہ گوشت و چوہ
چھُس گیے شوٗد تہٕ گیے "نمرود" باسان۔ گرا یرِوان ژھانڈن وول
دۄہ مُت گوٚمُت۔

شکھ ڈیاوٕت۔ یمہٕ منٛز تس پننہٕ ذات نہٕ شامِل چھےٚ۔ مگر اَمیُک مطلب
گوٚو نہٕ یہِ زِ تس کیاہ چھُ میٛنٛز موٗنِس زُو زامُت، بلکہ یہِ زِ برق رفتار
حادثٕی تبدیلی (ترقی تہٕ ہیکوس وُہنہٕ) چھُ تسُند وجوٗد زُو مروومُت
تہٕ تس Microscopic Identity ہٕژ مٕژ۔ اَتھ حالتس
منٛز ہیکیٚ افسانہٕ نِگار پرانہٕ پٲٹھۍ ہِندس کردارس "زنٛدٕ روزنُک" ضمانت
دِتھ؟ یا کانٛسہِ کردارس یا کُنہِ واقعس "نمایندٕہ" (Repre-
sentative) وٕنِتھ؟ بےٚ پرٛتھ اَنٛدرٕ کِس منٛز پرٛتھ ہیٚنہٕ ذات
ہیکہِ صرف پننہٕ نمایندٕ آسِتھ تہٕ یوٗزنہٕ صرف پنُن آسِتھ۔ پنُن پنُن ٹکارہٕ۱
"پرانہٕ فلمہِ ہُند آکھ منظر۲" "ہمزاد۳" "کنٛز ذاتھ۴" "اَنہٕ۵" افسانہٕ
چھہٕ اَمی پٲٹھۍ بادٕتھ کران۔ یوٗزنہٕ آسِتھ تہٕ چھُ نہٕ ہیمَن منٛز کُنہِ قسمُک
ہمیشہٕ نظریُک ڈھان نہٕ واقعہٕ رنٛگوٚنہٕ نہٕ اسلوبہٕ رنٛگی تہٕ کیاز برٛنٛزنہٕ حقیقتھ
ہیکہِ نہٕ حتمی (Absolute) آسِتھ۔ اَدے ہیکہِ نہٕ یہِ۔ یا اَمیُک
دِیُت، اَرژ بادٕتھ، اَتھ مُتلق زیٚنُن یا اَتھ مُتلق ردِ عمل ہیوٚہ آسِتھ تہٕ
نہٕ حتمی آسِتھ۔

یہِ کتھ نظرِیُک ہتھیار بنٲوِتھ چھُ یہِ دنُن غلط زِ بکھارٕی گوٚڈٕ موضوع
تہٕ مقصدٕ کیٛنژ اَزی کرِ ژھہِ بیٚچ دٕکھنہٕ کرُن مگر رنٛگہِ روٗپہٕ کیٛنژ گوٚڈٕ افسانہٕ
روایتی روزُن۔ سوال چھُ یہِ چھا ممکن؟ یہِ ما گرٛاہ گولس منٛز زبردستی
تہٕ پٲٹھۍ فٹ کرنُس برابر؟ اَتھ وٕنِو ایمان دارٕی؟ یہِ ما چھےٚ سوٚہ ریاکٲری

---

...ن لال شانت ۲ اختر محی الدین ۳ ہری کرشن کول ۴ بھارتی ۵ اقبال
فہیم ۶ ناصر منصور۔

اَکھ الگ علامتی اظہار۔

"یێلہٕ ٹانگس پیٹھ ییتہٕ کنہٕ بیٚہنہٕ بہٕ ژانٛگہٕ
کنڈلہٕ پیٹھٕ اُمراکدل چھُس گژھان۔ مےٚ چھےٚ
عجیب حالتھ گژھان۔ مےٚ بُچھ چھُ بوٗہے پیٚتھ
آسان۔ مکانہٕ پیٚشوٚ پیٹھو کلہٕ کڈِتھ۔ یہ پیٚتھ بٔنتھ چھُ
مےٚ ییتہٕ لاران۔ بہٕ چھُس بروٗنٹھ پروٗنٹھ پکان یہ
تہٕ چھُ مےٚ سیٚتہٕ سیٚتہٕ پکان۔ یوت تیز ٹانگہ
چھُ دوان۔ تیوٗت تیز چھُ یہ پیٚتھ تہٕ دوان۔
خبر کیا زِ؟ بہٕ چھُس پننہِ کھوٗرس دوٗر ژلان مگر
یہ چھُ نہٕ مےٚ ژھاوان"

(افسانہٕ ییتہٕ لاران پیٚتھ۔ ہری کرشن کول)

اَکہ افسانکہ بہٕ "چھُ بیک وقت وارِیاہن جاین تہٕ وارِیاہن سطحن پیٹھ زِندہٕ روٗزِتھ ذاتکہٕ ژینُن باوتھ خاطرٕ لفظن مانے بدلاوِتھ علامتن ہنز کنتھ کرنس پیٹھ مجبوٗر تہٕ کیاژِ موضوعس ییتہٕ رستہٕ ہیٚنہ کانہہ تہٕ جاے برابر۔ نہٕ زمانہٕ مکانکہ تصوٗر نہٕ لفظن ہند سیٚدہٕ مطلب تہٕ نہٕ کردارن ہند ڈرامٲیی اظہار۔ اَزیُک انسان چھُ (ییٚنہ کرنہٕ) تھتھ خدس پیٹھ دوتمت ییتہٕ نش کانہہ تہٕ حقیقتھ نش دوٗرِ ژلان چھُنہٕ گژھتھ پکان تسی اندی چھُ واقاتن ہِشی ٹاسہٕ دارے چھےٚ ہیٚنز بڑیرٕ زِ ت چھُ نہٕ کنہٕ سیٚتہٕ دوٗرتھ کھیوان۔ اَکھ اَدٕ کنہٕ نہٕ کانٛہہ تکمیل سیرِ پیٹھ تُلان تُلان چھُ دوٗرِ تسنٛد خاطرٕ ییتہٕ اَکھ اُژھن Routine بنے مژہ دویم اَدٕ کنہٕ زیادٕ ژانہٕ سیٚتہٕ چھُ دوٗرِ تس پٔتھ کنہٕ پیٹھ

قدرن تہٕ بےپٔرٛتھ اَندٕ یکھس منٛز نٔو ژٕتنا یہِ ہیٚنہٕ عکأسی کرٕنہٕ چارنہٕ
کَسنہٕ آمنٕس اِنسانٕس وِیستارٕ ہاوُنٕچ کوٗشِش کرٕان تہٕ یہِ کرٕنہٕ وِز
چھُ تسنٛدِ خاطرٕ بُنھِہ پھیٚر بَنٛنہِ ریاکأری ہیٚندِ جٕنٛدٕ اوّکٕس طرفہٕ ژرٛاوُکھ
نٔیی نیار قالِب پھِرٛاوٕنی لأزمی بنیومُت۔ یہِ کار انجام دِنہٕ خأطرٕ یودوے
کینٛژٲو سَفرٕ دٔراو قلم کارو تھٔکِتھ چھینٛد رٕتھ لوٗب ہیٚیت مگر دوٗیمہ
طرفہٕ سیٚدی شمس الدین شمیم، ناصر منصوٗر، اقبال فہیم، مجید عاصمی، امین
شاکر، انیس ہمدانی تہٕ م، ح ظفر ہِشی "نازٕ دم لکھأری اتھ کاروانس
سیتیٚ شأمِل۔ کُل چھےٚ ذات پرٛزناوِتھ بیٚنہٕ یادی سوالن ہنٛد جواب ژھارُن
تہٕ ایحساس چھُ تی یہ پنٛتھ کالہٕ اوس تہٕ برٛونٛہہ کالہٕ آسہِ یِنہٕ، زندگی
چھےٚ تہٕ خدایہ گژھہٕ نہٕ گژھنۍ!!

دُبارٕ پانناونٕک ساماناہ ییٚمِیُک رِوایت پرست تہٕ committed

نقادس وُنہٕ تہٕ Nostalgia چھُ ؟ !

تہٕ بحث کُنہٕ منطقی انجامس پیٚٹھ واتناونہٕ خاطرٕ دلیلَن تہٕ جوٲبی

دلیلَن ہُنٛد غوٗلام گردِش شوٗروٗ کرنہٕ کھۄتہٕ چھُ جان زِ کیٚنہہ مِثالہٕ

دِتھ ییہِ کتھ پھُٹ کڈنہٕ ۔ "ژس" [1] "کوہ قافس پیٹھ پٔری جشن تہٕ ہیرو"

وکھنہٕ کِس جوکا ٹھٔٹس منز" [2] ہی ازکہٕ سوچن ژایہ ہٕندی افسانہٕ سکن

ہٕ رِوایتی "رنگہٕ روٗپس" تُرلیکھنہٕ پیٹھ اکھ مقابلہٕ ییٚنہٕ نس تہٕ کوشش

کرنہٕ آیہٕ تنہٕ نس گو رِوایتی قالب ژھوٚٹ تہٕ باوتھ گیہ ذم پھٹھ "بیگاہ" [3]

تہٕ "ژرکٕ تجل" [4] ہوٚن افسانن ہیو رِوایتکہٕ آمارٕ گرا فینٹ سی

(Fantasy) ہُنٛد پیوند کرُن تہٕ گیے مُستقبلچ چھل پیٹھہٕ ژاونی۔

مگر امیُک مطلب گژھ نہٕ ہرگز تہٕ ییہ آسُن زِ نوِ نجہِ یہ کیٚنژھ

لیکھنہٕ چھُ پیوان تہٕ گیا چھُ سورُے باسے یا یہ زِ پیٚٹھ کتھ کیا چھُنے

زِ بینچھے باوٕنہٕ پیوان ۔ بالیُس کھسرتہٕ یم شُرکہ ورتاونہٕ پیوان چھ تم کیا چھ ظاہر

کیہو باطِن اندرٕ پیٚٹھس ۔ توٚے کیا چھُ امیُک عکس ادبس منز تہٕ زوٚلان ۔

تہٕ چھنے نہٕ کتھ ازکل تہٕ چھُ پیٚٹھ دورکی پاٹھی کھیٚلی ذہینس تحت اریاہ

کیٚنہہ لیکھنہٕ پیوان ۔ گیے فاشنہٕ کنہٕ گیہ زِ ییٚنچھ زِ اکھ چھُ چلے جاد

پوز دُنی کینسن چاکہ رکھ نوٕ اکھ حدبندی کرنی یا لیبلہٕ لاگنہٕ

تہٕ فتواہ دِنی چھُ نہٕ ٹھیک ۔

اکھ کتھ چھےٚ سیٚٹھہٕ زِ اَزیُک کأشُر افسانہٕ نگار تہٕ چھُ بدلوٚمُت

---

[1] اختر محی الدین [2] فاروق مسعودی [3] ہردے کول بھارتی [4] ہری کرشن کول [5] رتن لال شانت ۔

متاثر آسنہِ سپدمُت ۔ یمہ کنہِ سائنس تھیٹرس کُنہِ قسمُک انفرادیت آسہِ میٚچھ ہ۔ کٲشُر ڈراما چھُن وۄنۍ وۄنۍ تھٔکنہِ ہیوٚتمُت پٮ۪ون۔ تہٕ یتہٕ چھِنہٕ تھیٹر مستقل پٲٹھۍ وۄتلنہٕ خاطرٕ گرا اکس لنجہٕ تھپ دِوان تہٕ گرا بییس۔ وۄنۍ یۄتھ تہٕ یہِ زِ یہ کتھ کُنہٕ چھُ ممکن زِ کشیرِ منز آسن یہ ڈرامہ ریوایژ۔ یتھہٕ زن کشیرِ چھہ سنسکرت زبٲنۍ وارِیاہ مشہور ڈراما بخشیمتۍ۔ یہِ کتھ چھےٚ صحی زِ یمٲنس زمانس منز آسہن سنسکرت ڈراما لیکھنہٕ آمتۍ۔ مگر تِم چھِ وقتن پانس سیتۍ ڈوٚلتھ نیمتۍ تہٕ صرف چھِ تواریخی منز کُنہٕ کُنہٕ جایہِ چھُکراوِنہٕ آمتۍ حوالہٕ میلان۔ مگر تمۍ حوالٕو سیٹھاہ مشکل یہ کشیرِ منز ڈرامہچ تواریخ تیار سپدِتھ۔ کلہن سنٛز راج ترنگنی منز چھُ اکس گیتہٕ رٮ۪تھہٕ سنٛز ذکر میلان۔ یمہ زن پننہٕ مہہ نر سیتۍ یتھنۍ نوکھ پننہِ گرودہ اُسہِ بناوِتھ متھ۔ اَمس اوس اِندر پرٛھاناو۔ مگر اَمۍ سنٛز ذکر تہٕ چھےٚ راج ترنگنی منز چھِرا ادِ موکھ آہرٕ زِ سہ اُس تمہ وقتہٕ کس سیاستس پیٹھ کٲفی اثر انداز۔ اَمہ علاوہ تہٕ چھُ راج ترنگنی منز کینژن رقاصن تہٕ اداکارن ہنٛد ذکر، مگر سُہ چھُ سیٹھا اشارٕ سری۔ یتھ اَمہ علاوہ منزٲنۍ سلطان زین العابدین بڈشاہن کٲشر زبان پننہِ سرپرستی منز۔ شری ور چھُ پننہِ راج ترنگنی منز لیکھان زِ بڈشاہ سنٛدِس ناٹس منز اُسہو کٲشر زبٲنۍ ہنٛدۍ زِ بہلہِ پایہِ ادیب، یودھ بٹ تہٕ سوم پنڈت۔ یودھ بٹ اوس کٲشر زبٲنۍ ہنٛد اکھ بوڈ شاعر، تہٕ اَمۍ اوس بڈشاہ سنٛدِس اکِس واقعس کٲشرِ پٲٹھۍ اکھ ڈراما بنوومُت یتھ ناو اوس زینہِ ویلاس۔ مگر اَمہ ڈرامہک تہٕ چھُ ذکرے اوت تہٕ امیُک مسود چھُ خنایہ گومُت۔

# کٲشُر سٹیج ڈراما

(پران کشور)

اِنسانہٕ سٕنٛد پانس پیٚنہٕ پیٚٹھ اَز تام چھےٚ تھٔدِ ترٖین انسٲنی سماجکہ وۄتھ بوٚ خاطرٕ سیٚٹھاہ اہم کام کٔرمٕژ۔ بلکہ یہ وَنُن چھُ زیادٕ صحیح زِ انسانہٕ سٕنٛد شعور بالیغ بناونس منٛز چھُ فنہٕ چوٚ بٔیۍو صنفو نِسبتھ تھیٹرُک تہٕ ڈراما نویسُن سٕنٛد زیادٕ حِصہ۔ اگرےٚ اَسہِ بارٔیکی سان وُچھو تیلہ پییہ اَسہِ واد باپس خدس تام ماننٕ زِ تھئیٹرُک تٲریخ چھُ انسٲنی ہیٚنز باتن ہٕنٛد تواریخ۔ تکیازِ یمہٕ وقتہٕ کانٛہہ ڈراما وُچھو دُس منٛز آو، تمہٕ ولس تمہ وقتکہ سماجُک تہٕ تمہ وقتکِس انسانہٕ سٕنٛد سوچنُک پرتو۔ ممکن چھُ کشیرِ منٛز تِ ما آسہن یِہاے صورتھ۔ مگر چونکہ اَسہِ وُچھنہٕ یتھ کالہٕ امنٕ غولٲمی اَسہِ اَسو زٲژ ہتو۔ اَوزِ کہ خاطرٕ اَسہِ دربدر۔ زِنٛدٕ روزنس اوس ہیم۔ اَسہِ ہے مختلف فنن کُن لگہہ تہٕ کیچھ۔ بٔسیہ تمن فنن کُن یمہ سیتہٕ اَسہِ ژوٹ ہیکہ ہے نہٕ ہنٛتھ۔ ہرگاہ بہٕ وَنہٕ یہ موضوع شورُک کرو نے زِ کشیرِ منٛز چھہ ڈرامہُک رِوایت نہٕ آسنس برابر تہٕ وہ کھتن ڈٔکنس ڈرمہ۔ مگر یہ چھےٚ اَکھ حقیقت۔ رِوایتو نِشہ چھُ سون مُراد Tradition۔ تمہ ٹریڈیشنہٕ ہِموکِنز کٲشر ڈراماہُک تواریخ ہنیومُت آسہٕ ہِموکِنز پیٚنیٚک فنکار خاہ تہٕ ڈراما نِگار چھُ، اداکار چھُ یا ہدایت کار چھُ

سٟیُد، تِمو کٔر ہیٚتہٕ کیٚن گامَن ہٕنٛد اِنتظٲمی مامَلاتَن ہٕنٛز مٔے نِشہٕ وٲقفیت ہیمَن باَنڈٕ جشنَن ہٕنٛدِ کہ پلاٹ چھہ اَکھ اَکِس سٟتۍ رَلان۔ بادشاہ اوس گُرِس پیٹھ سوار ہیٚنِس وزیٖرَس سٟتۍ گامَس مَنٛز اَژان۔ پٹوار، نمبردار بیتر آسہ بادشاہَس برونٛہہ کنہِ پیٚش یِوان کرنہٕ۔ یِمو پاتھرو منٛز یِم کینٛہہ لُکہ جُوٗنہِ کیٚن تہٕ بھگت چھیٚتر اَکِس گامُک فنکار یا بٕمبہِ ہٕنٛدِ لُکہ فنکار پیش چھہ کران۔ تِمو منٛز چھہ یِم ناو ہیٚنٛو لایق: راز پاتھر دَرزٕ پاتھر، بٹہٕ پاتھر، شکارگاہ، بکروال پاتھر، بُہرِ پاتھر بیتر۔ یِم پاتھر چھہ اَکھ اَکِس سٟتۍ رَلان تہٕ پیٚنٛٹھٕ منزانہٕ چھُہ طنز مزاحُک اَکھ دِلچسپ کتھ چھیٚے یِم پاتھر چھِ تہٕ دٔشہہ گَن یِوان زیٖمن ڈرامہِ منٛز چھِہ کردار کردار ہیٚو باسان۔ تِم چھ سارِی Caricature ہیوی۔ تہٕ اَدٕ کینٛہہ ہرگاہ المناک واقعہ کھَڈیتہٕ المناک واقعہ تہٕ آسہ، تاثیر چھِہ ہلکہ یِوان۔ اَوے کنہٕ چھہ یِم پاتھر سانٛگِس سٟتۍ رَلان۔ کتھ ہُنٛد مطلب تہٕ پیٚٹھ جُمہلن سٟتۍ بدلاوُن چھہ یِمَن لُکہ ناٹکَن ہٕنٛز اَکھ خصوصیت تہٕ ہرگاہ یِمو منٛز مُشتحر کڈوُن، یِم ڈرامہ ہیٚن وُسی یِمَن پیٹھ یِیہِ ہیٚ تفصیلہ سان لیکھنہٕ، ہرگاہ یِم اَسہِ نِش مُکمل صوٗرتس منٛز واتی ہیٚنو آسہ ہیٚن۔ وُنی کیٚن چھیٚے کوشش یِوان کرنہٕ زِ یِہنٛز مُکمل صوٗرتھ گژھہ ڈریشٹھو گژھن۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھُہ محمد سبحان بھگتُن یِم پانہٕ لُکہ فنکارَن ہٕنٛدِ خاندانہٕ منٛز ڈرامتی چھہ، وارِیاہ کام کرمُت۔ چنانچہ ریاستی کلچرل اکادمی تہٕ ریڈیو کشیٖرِ ن کوٚر تِمَن اَتھ ہیٚتھ، یِہنٛز کینٛہہ پرٲنی باَنڈٕ پاتھر مثلن زٔنی پاتھر، دَرزٕ پاتھر بکروال پاتھر لُکَن ناو واتی۔ غریب گرٕیُس چھُہ بادشاہَس

کٲشِر چھِ وارِیاہ دۄہ لہٕ گٔژھنہٕ وِچھمِتؠ۔ یہِ کتھ چھےٚ صحی زِ یتہٕ
بُدھ وۄرِی یوٚ پیٚٹھ چھےٚ کٲشِر عِلم تہٕ اَدبُک مرکز رُوزِتھ۔ مگر یتہٕ رۄزِ
یِیتہٕ تِتھۍ حالات رُدۍ کینٛہہ یِمَو فنونِ لطیفہٕ نہٕ صرف نظر انداز آیہ کرنہٕ
بلکہ یِمَن ہُند ختم کرنُک چھِ وارِیاہ کوٗشِش تہٕ۔ مگر تو تہٕ روٗز ڈراماہ ژیٖنے
سۄتھرِ رٔٹِتھ یِیتہٕ کیٚنہہ لوکھ ناٹکن منٛز باقی۔ یِم لوکھ ناٹکہٕ گیوٚہ بانڈ جشنہٕ
دراصل آسہٕ ہندوستانکین بێین حِصَن ہنٛدۍ پاٹھۍ یِیتہٕ تہٕ
پیشہٕ ؤر ناٹک منڈلہٕ۔ یِم زَن گامہٕ تہٕ شہرٕ شہرٕ پھیران آسہٕ۔ یِم
ناٹک منڈلہٕ آسہٕ مذہبی قصہٕ کہانی لوکن برونٛہہ کنہٕ ڈرامائی صورتس
منٛز پیش کران۔ اَمہٕ چھِ یِمَن مُتلق یِیتہٕ کیٚنہہ توارێخن منٛز وارِیاہ حوالہٕ
میلان۔ وَقتس سیٖتۍ سیٖتۍ بدلے یِمَن لوکھ ناٹکن ہنٛدۍ موضوع تہٕ
یِم آیہ مذہبہٕ پیٚٹھٕ سماجس کُن۔ کُنہہ صَدی ہنٛدِس آخرس تام تہٕ آسۍ
یِم بانڈ جشن فنی اعتبارٕ کافی پٔرتی تہٕ زۄدار۔ اَمہٕ وَقتہٕ آسۍ سۄہ یِنگ
تہٕ واہتھوٗرک بانڈ اَتھ آرٹس منٛز سیٹھاہ ماہر پیوان مانہٕ۔ مگر ۱۸۷۷ء
منٛز پیٚس زبردس ڈراگ ووٚتھ، تمہٕ کِنۍ مۄدۍ سۄہ یِنگ بانڈ بیہ چھ
بیہ چھ کران تہٕ یِتھہٕ کِنۍ گوٚ اَتھ علاقس منٛز یہِ فن ختم۔ تہٕ واہتھوٗرکین
بانڈن ہنٛدِس آرٹس تہٕ آو زوال۔ والٹر، آر، لارنس چھُ پننہِ Vally
of Kashmir منٛز یِمَن بانڈن مُتلق لیکھان زِ یِم بانڈ چھِ گامہٕ
زندگی ہنٛز صحی تہٕ سیٹھاہ رٔژ عکاسی کران۔ یِہُنٛد costume
تہٕ یِہُنٛد make up تہٕ چھُ سیٹھاہ پٔرتہٕ قسمُک آسان۔
تہٕ یِم چھِ گامہٕ زندگی بڑھان پاٹھۍ پیش کران۔
دیان چھِ یِیمہ وقتہٕ مہاراجہ گلاب سنگھ کٔشیر پیٹھ قابض

چھُ ڈرامٲٹِک تواریخ دراصل امی ڈرامہ پیٹھٕ شورو سپدان۔

اگرچہ "ستیہ کہہ وٹ" اوس نندہ لال کولن پارسی تھیٹر تہٕ تمہ وقتہ کیو اردو ڈرامہ نویسہ متأثر سپدِتھ لیوکھمُت، مگر امہ پیٹھ چھےٚ سنسکرت ڈرامہ ہندِ ہُنر تہٕ چھاپ۔ تکیازِ یہ وَنُن چھُ زیادٕ مناسب زِ امہ منز چھےٚ دوشوےٚ ٹیکنیکن ہنز خصوصیت ییپہٕ ملوَن۔ امہ ڈرامہ کی ڈایلاگ چھہ آغا حشر سندِس اندازس منز لیکھنہٕ آمتی، تہٕ کردار چھہ تِتھی کنہٕ پننین جذباتن ہنز شاعرن منز وکھنےٚ کران۔ مگر امہ منز چھہ کردارن ہُنْد نقصہٕ خٲلِص سنسکرت ڈرامہ ہُنْد ہیو تہٕ تِتھی کنہٕ سوتر دھار ڈرامہس تان کران۔ تہٕ تیتھی ٹریجڈی شدت چھےٚ اختیار کران۔ مسخر (Comedian) چھُ لیوان تہٕ لوکن اتھ نادِ نیچ کوشش کران۔ اَمہ ڈرامٲٹِک پلاٹ چھُ راجہ ہریش چندر تہٕ تارامتی ہنز کہانی۔ یہ دلچسپ اُس میٚنہٕ کین لوکن ویٚنہ۔ اگرچہ امہ منز چھہ وارِیاہن جاین سنسکرت لفظ یتلہٕ پاٹھو ورتاونہٕ آمتی۔ توتہٕ چھےٚ مصنفن کوشش کرمٕژ زِ کلمہ تاثر گژھہ ٹھیٹھ کٲشُر زبٲنی ہُنْد روزُن۔ امہ منز امکی اکثر تشبیہات تہٕ استعارٕ چھنہٕ خٲلِص کٲشرکہ تہٕ کیٚہ تہٕ چھہ مصنفن تم تِتھہٕ کنہٕ ورتاوِمتی زِ تم چھنہٕ اَسہ دوہہ بَرابر باسان۔ یوٚتامت شاعرن ہُنْد تولُن چھُ کینہہ چھہ چھر ایمہٕ بندی، مگر اکثر چھہ حسین تہٕ سنہ وٲنی۔

"ستیہ کہہ وٹ" پتہ یم ڈرامہ نندلال کولن لیکھومتی چھہ تیمن منز چھہ تمی وارِیاہ باتھہ زبردستی اَنی متی تہٕ تیہندہ خاطر چھنہٕ مناسب ماحول پیش آمُت کرنہٕ۔ نندلال کولن چھہ بییہ تہٕ ڈراما لیکھومتی مثلن ساوتری ستیہ وان، کرشن سداما بیتر تہٕ یم چھہ کتابی صورتس

بۄوٚنہٕ کنہٕ داہ بلا کران۔ گوڈٕ چھِ بڑٕ بڑٕ فریاد کران۔ مگر پتھٕ وزیرس
تہٕ پٹوارِس پانہٕ وٲنی سۄہ ہیر گۄہیر کران چھِ وۄچھان۔ اَمِس چھُ کمبر
پھُٹان۔ تہٕ نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ پٹوٲرۍ تہٕ نمبردار چھِ بٔڑۍ سیٚدان
تہٕ گریستیس چھُ رزِ گنٕڈ پیوان کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ اَمی پٲٹھۍ بانڈ کٲمہٕ زندگی
ہندین دار یاہن واقاتن ہٕنز تصویر کشی کران۔ مثلن کملٕرشن۔ زمین
لاگُن، ہیوٗل دۄہ وٕون، نیشنہٕ کرنہٕ، فصل لوٗنُن بیترِ۔ واریاہو تہٕ
سۄہ تہٕ بَگ کین بانڈن علاوٕ اَسہِ اکھ گانکی بانڈ سیٹھا مشہور۔ یمو
ہنز چھےٚ کیٚنہہ جماژ ونہٕ تہٕ بانڈٕ پٲتھر لاگان تہٕ یمنٕ ادا کاری چھےٚ
سیٹھاہے ہتھ دیہ معیار رچ۔ بانڈٕ جشنکو یم نوموٗنہٕ وُنی کین موجود چھِ۔
یمن پیٹھ چھُ مغل تہٕ پٹھانن ہندِ زمانٕچ چھاپ تہٕ یمن لوک ناٹکن
ہنٛد حلیہ چھُ تیوٗت بگریومُت زِ یمن ہنز چھُ نوٹنکی، جہاں شرکو تماشہ
تہٕ بنگالچ جاترا یہِ ہنٛدہ پٲٹھو نوو رٔچ پادٕ کرُن قریب قریب ناممکن۔
ڈُہمہ صدی ہندین شورو عس منز بخشو، ہندوستان کین بیٚین علاقن
بنارسی تھیٹرن آغا حشر، بےتاب تہٕ ماشٹر رحمت نیو ڈرامہ نو زندگی
فنہٕ کین دِلداداد وار بن کأشرن تہٕ میوٗل شمٲلی ہندوستانکین مختلف علاقن
منز یم ڈرامہ وُچھنک موقعہ۔ تم سیٚدی یمن ڈراماہن مقبولیت وُچھتھ
سیٹھاہ متاثر تہٕ تمو کوٚر پتھ اکھ سٹیج کشیرِ منز قایم کرنٕچ کوشش
۱۹۲۹ء منز لیوٗکھ نندہ لال کولن کٲشرس منز گوڈنیک ڈرامہ
"ستیچ کہوٕ وٹ"۔ یہ ڈراما لیکھت کٔر تمو ثابت زِ کٲشرِ زبٲنی منز
ڈراماہٕ تہٕ ہیکہِ وسی سپدِتھ۔ تہٕ اَتھ منز تہٕ ہیکن ڈرامہ لیکھنہٕ پتھٕ
ڈراما آدن تہٕ لیکھنے اوت بلو کہ سپد سٹیج تہٕ۔ کأشرس اَدیس منز

کرٕ سنجیدگی سان یِمَو IPTA ہِچ اَکھ شاخ قائم کرنٕچ کوٗشش
ہیکہٕ تِمہٕ وقتہٕ اُس یِمَن کتھہ کرنس پیٹھ تہٕ حکومتن پابندی لگاوِمژٕ

اَدٕ کِنہ اوس یِمَن IPTA ہِچ شاخ قائم کرٕنۍ سیٹھاہ مُشکل۔ چنانچہ
طے سپد زِ گوڈٕ یِیہِ اکس وُسی بنیادس پیٹھ اَکھ ڈراما سٹیج کرنہٕ تہٕ تمہ
پتہٕ یِیہِ اَکھ انجمن بناونہٕ۔ یتھ IPTA بجایہٕ بِنیہِ کانٛہہ ناو یِیہِ تھاونہٕ
کاشُر ڈراما لیکھنٕچ کٲم آیہ یِمَن کِس مشہوٗر افسانہٕ نگار مرحوم پریمناتھ
پردیسی یَس سپُرد کرنہٕ۔ مرحوم پردیسی یَن لیوٗکھ ڈراما "بٹہٕ ہٕر"۔ تِمَن
دوہَن آسہٕ یِمَن پرٕتھ چیزس پیٹھ سخ پابندی تہٕ ڈراما سٹیج کرنہٕ خاطرٕ
اوس حکومتس اِجازت ہیوان ہیٚون، تہٕ سیتی اوس ڈرامُک مسوٗدٕ
تہٕ سنسر یوان کرنہٕ۔ چنانچہ آو یہ ڈرامہ گورنرس ہاونہٕ۔ تمو دیُت یہ سٹیج
کرنُک اجازتھ۔ حالانکہ یہ ڈراما اوس یِمَن کین کملین ہِنزٕ زندگی مُتعلق
تہٕ اَتھ اوس نہٕ سیاستس سیتی کہنی تعلُق۔ یتھہ کنہٕ آیہ ۱۹۴۶ ہس منز
یِمَن ڈرامہٕ چ تحریک شُروع سپدنہٕ برونٹھہ ختم کرنہٕ۔ تہٕ ڈراما "بٹہٕ ہٕر"،
ہُندُک مسوٗدٕ کٲفی ژوٗرٕدار اوس روٗد کاغذس پیٹھے۔ اَمہ ڈرامُک مسوٗدٕ
نہٕ سپد اَتھ کارِوٲیی منز فنا یہٕ[1]

اَمہ حوصلہ شکنی باوجود تہٕ روٗد یِمَن فنکارَن منز سٹیجُک یہ
جنوٗن برقرار۔ سنہ ۱۹۴۷ ہس منز یلہ سون وطن آزاد سپد، یِمَنٕچ زندگی

---

۱۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ اَتھ اندر چھِنہٕ کانٛہہ حقیقت نہٕ چھُ "بٹہٕ ہٕر" لیکھنہٕ
آمُت تہٕ نہٕ حکومتس پیش کرنہٕ۔ یہ چھُ محض اَکھ افسانہٕ یُس نہٕ
بعد کنہٕ حقیقت ہیوٗکہ پیش سپدِتھ۔ (کاملؔ)

منز شایہ تہٕ سپدِی مہتو گرٕ وسیاب چھِنہٕ۔ یِم لُکھ پتھ سٹیج تہٕ گمہٕ نیٖو ناہ
مقبوٗل گوٚڈ رنہٕ پوٚ ناہ "سٹیج کھوٗٹ" سپُد۔

سنہ ۱۹۴۴ہس منز سپدٕ یِیتہٕ سری پرتاپ کالج ڈراما کلبہٕ وٲرٕ
تہٕ اکھ نٔو ڈراماٹک کلب قٲیِم۔ یمن منز نیشنل ڈراماٹک کلب تہٕ سدھار
سمتی ڈراماٹک کلب قٲبلِ ذکر چھُ۔ یِمو دۄن شویرٕ ڈراماٹک کلبو کٔر
کٲشرِس پنڈت طبقس اندر سماج سُدھارٕچ خاطرٕ کیٚنہہ کٲشرٕ ڈراما سٹیج
یِمو منز چھُ ودوا نامی ڈراما اہم۔ اتھ ڈرامہس اندر اُس
اکِس ودوا یہٕ منزٕ دۄکھ لد داستان پیش آمُت کرنہٕ۔ یہ ڈراماہ گوٚو اتھ
تہٕ سپدیوو کٲفی مقبوٗل۔ اتھ دورانس منز یِم ڈرامہٕ سٹیج سپدی، تِہندی
مسودٕ اُسو نہٕ تیتھو رُودار تہٕ مکمل ژٕ تم کرِہن سانِس کٲشرِس ادبس
منز کانٛہہ اضافہ۔

اصلی پٲٹھ کشیر منز تھیٹر تہٕ ڈراما کلچرل تحریکہ ہُند اکھ اہم
حصہ بناونٕچ گوڈنیچ سنجید کوشش سنہ ۱۹۵۴ہس منز۔ یہٕ اوس سُہ وق
پیٚلہٕ یِیلہٕ پیٚنٛچ قومی تحریک اکِس فٲصلہ کُن مرحلس پیٚٹھ واتنس قریب اُس
لازمن سپد یہٕ تیٚنیک ادیب تہٕ فن کار تہٕ یہ تحریکہ نِشہٕ متاثر۔ اتھ وقتس
منز اُس ہندوستان کین بیٚین حصن منز انڈین پیپلز تھیٹرن لوک ناٹکو
تہٕ ڈرامہو ذریعہ لوکن منز بیدٲری پادٕ کرنٕچ اکھ منظم تحریک شوروٗ
کرمٕژ۔ بمبیٔ دِمہ آو مشہوٗر اداکار بلراج ساہنی یُس انڈین پیپلز
تھیٹرک روحِ رواں اوس سُہ سٕمکھ یِیتہٕ کین تمن فن کارن تہٕ یِم یِیتہٕ تھیٹر
تحریک چلاونٕکو خواہشمند اُسی سٹیج تہٕ ڈرامہن متعلق بلراج ساہنی سُند
اکھ نوٚن تہٕ تاکار نظریہ وُچھتھ گیہ یِیتِکی فنکار سیٹھاہ متاثر تہٕ تِمو

کرٕ سنجیدگی سان یمٕو IPTA ہنٛز اکھ شاخ قایم کرنٕچ کوشش ہکہٕ تمہٕ وقتہٕ اُس یمٕو کنہٕ کرنس پیٹھ نہٕ حوالہ کو متن پابندی لگاوِتھ۔

اَمہٕ کنہٕ اوس یمٕو IPTA شاخ قایم کرنٕی سیٹھاہ مشکل۔ چنانچہ طے سپُد زِ گوڈٕ پیہ اُکس وُسی پیمانس پیٹھ اکھ ڈراما سٹیج کرنہٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ پیہ اکھ انجمن بناونہٕ۔ یتھ IPTA بجایہ بنیہ کاشُر ناو دینہٕ آونہٕ کاشُر ڈراما لیکھنٕچ کام آیہ یمٕو کِس مشہور افسانہٕ نگار مرحوم پریمناتھ پردیسی یس سپرد کرنہٕ۔ مرحوم پردیسی ین لیوٗکھ ڈراما "بٹہٕ ہر"۔ تمِن دوہن آسہ یمٕو پرتھ چیزس پیٹھ سخ پابندی تہٕ ڈراما سٹیج کرنہٕ خاطرٕ اوس حوالہ کو متس اجازت ہیوان نیون، تہٕ سیتی اوس ڈراماہک مسودٕ تہٕ سنسر یوان کرنہٕ۔ چنانچہ آو یہ ڈرامہ گورنرس ہاونہٕ۔ تمو دیُت نہٕ یہ سٹیج کرنک اجازت۔ حالانکہ یہ ڈراما اوس یمٕو کین کملین ہنٛز زندگی متعلق تہٕ اَتھ اوس نہٕ سیاستس سیتی کینہہ تعلق۔ یتھ کنہٕ آیہ ۱۹۴۹ہس منٛز یمٕنہٕ ڈراماہچ تحریک شروٗع سپدنہٕ برونٛہہ ختم کرنہٕ۔ تہٕ ڈراما "بٹہٕ ہر" ہیُمُک مسودٕ گوو کافی نٕو دار اوس رٕود کاغذس پیٹھے۔ اَمہٕ ڈراماہک مسودٕ نہٕ سپُد اَتھ کارہٕ اٮ۪ی منٛز چھاپہٕ[1]

اَمہٕ حوصلہ شکنی باوجود تہٕ روٗد یمٕن فنکارن منٛز سٹیجک جنوٗن برقرار۔ سنہ ۱۹۴۷ہس منٛز ییلہٕ سون وطن آزاد سپُد، یمٕو پنٕچ زندگی

---

[1] ونہٕ چھُ یوان زِ اَتھ اندر چھنہٕ کانٛہہ حقیقت نہٕ چھُ "بٹہٕ ہر" لیکھنہٕ آمُت نہٕ حوالہ کو متس پیش کرنہٕ۔ یہ چھُ محض اکھ افسانہٕ یُس نہٕ بکنتٕ بتہٕ حقیقت ملکہٕ پیش سپدِ تھ۔ (کامل)

منز شاید تہٕ سپدی منٛز کٲمیاب چھینہٕ۔ یِم سپدی سٹیج تہٕ مگر نیوٕ ناہ مقبوٗل موٗدی نہٕ یوٗ ناہ "سٹیج کھوٗٹ" سپدٕ۔

سنہٕ ۱۹۴۴ہس منز سپدِ پرتاپ کالج ڈراما کلبہ وٲرٕ تہٕ اکھ نٔو ڈراماٹِک کلب قٲیِم۔ یِمن منز نیشنل ڈراماٹِک کلب تہٕ سدھارسمتی ڈراماٹِک کلب قٲبلِ ذِکر چھہ۔ یِمو دون شوٗنہ ڈراماٹِک کلبو کٔرہ کٲشرِس پنڈت طبقس اندر سماج سُدھارہٕ خاطر کیٛتہٕ کٲشر ڈراما سٹیج۔ یِمو منز چھہ "ودوا" نامی ڈراما اہم۔ اتھ ڈرامہس اندر اوس اکس ودوا یہٕ منز دوہہ کھہ لد داستان پیش آمژ کرنہٕ۔ امہ ڈراماہکو ہاتھ تہٕ سپدی کافی مقبوٗل۔ اتھ دورانس منز یِم ڈرامہ سٹیج سپدی، تِہندی مسوٗدہٕ اوس نہٕ تیتھ زٕودار تہٕ مکمل زِتم کرِہن ہاوس کٲشرِس ادبس منز کانہہ اِضافہ۔

اصلی پٲٹھی کٔشیر منز تھیٹر تہٕ ڈراما کلچرل تحریکہ ہند اکھ اہم حصہ بنٲوِتھ نیچ گوہ ڈرامہ بنچ سنجید کوٗشش ۱۹۵۴ہس منز۔ یہٕ اوس سُہ وق ییلہ بنیٛچ قومی تحریک اکس فٲصلہ کُن مرحلس پیٹھ واتنس قریب اوس لٲزِمن سپد بیٛنیک ادیب تہٕ فن کار تہٕ امہ تحریکہ نِشہٕ مُتاثر۔ اتھ وقتس منز اوس ہندوستانکین بٔڈین حصن منز انڈین پیوپلز تھیٹرن لوک ناٹکو تہٕ ڈرامو ذٔریعہ لوکن منز بیدٲری پادٕ کرنٕچ اکھ منظم تحریک شوٗرو کٔرمژ۔ یِمیٛنے دوہن آو مشہوٗر اداکار بلراج ساہنی یُس انڈین پیوپلز تھیٹرک روٗحِ رواں اوس سُہ شُکھ بٔڈین کین نٔوین فن کارن تہٕ یِم بٔٹیہ تھیٹر تحریک چلاونکو خواہشمند اسی سٹیج تہٕ ڈراما ہن متعلق بلراج ساہنی سُند اکھ نٔوین تہٕ ناٹکاری نظریہ وُچھتھ گٔیہ بٔٹینکو فنکار سیٹھاہ مُتاثر تہٕ یِمو

آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس۔ مگر یِمَن انجمنن ہُند مقصد رُود پزیٖچھ وقتہٕ پزیٖچھ مرحلس پیٹھ یِمۍ زیٚنتھ گۅڈ ادب تہٕ آرٹ گوتہٕ اکِس سیکہ بنوٚو بیاکھ پیٹھ اِستادٕ سیٚدن۔ سنہ ۱۹۵۰ ہس تام کٔر یِمو ثقافتی انجمنو اکھ با ڈراما سٹیج۔ یِمَن منز ڈرامہ کو جدید تجربہ تہٕ آیہ کرنہٕ۔ یِمو منزٕ رۅچھ Folk Ballet قابلِ ذکر۔ یِم بجہ نغمہ بنیاد پیٹھ تیار آیہ کرنہٕ۔ اَتھۍ دورانس منز سپُد اکھ بوڈ شیڈو پلے تہٕ تیار، یتھ منز کشیر منز تحریکِ آزادی آیہ تارٛیخی پس منظرس منز پیش کرنہٕ۔

سنہ ۱۹۵۰ پتہٕ آو سٹیج تہٕ ڈرامہ چہ اکھ تحریکہ منز ٹھہراو۔ تہٕ امہ پتہٕ چھینہٕ ۱۹۵۳ ہس تام کینہہ تہٕ لیکھنہٕ یا سٹیج کرنہٕ یوان۔ ۱۹۵۳ ہس منز آو اکھ سیاسی بحران۔ امی بحرانہٕ متاثر سپُدتھ لیوکھ دینا ناتھ نادِمن کشیرس منز اکھ اوپیرا "بوٚمبُر تہٕ یمبرزل"۔ اکھ اوپیراہس منز کور شاعرن بنمبرزلہ ہُند روایتی لول تہٕ بوٚمبرس پیٹھ پھلوا سیدٕن پیش۔ اَمِک کردار چھہ بوٚمبُر، یمبرزل، گُل لالہ، ٹیکہ بٹنۍ، درکتوم تہٕ چمنس زاگن دول ہُرُد تہٕ طوفان چھُ۔ یہ چھُ اکھ Allegore opera۔ یتھ منز لوکن ہنز نمایندگی چمنکۍ پوشہ چھہ کران تہٕ شرانگیز تہٕ جنگ باز طاقتن ہنز نمایندگی طوفان تہٕ ہرُد چھہ کران۔ یہ چھُ

---

۱ تہٕ ۲ وارہ چھہ گوٚب لفظ۔ یتھ پیٹھ یہ کیشرِ ہا سٹیج سپُد مثلن گوڈ صاحب بیترِ تیمن ہیکو یہ کُنہ صوٗرتہٕ ڈراما وٕنتھ وَن گوٚ یمو چیز و دیت ڈراماہس یادگر حنس ذریعہ (کامل)

۳ ساہ ہو اوسن جناب شیخ محمد عبداللہ شیر تمہ وقتچہ تحریکہ خلاف اشتراکی نظریچ نمایندگی کران (کامل)

منز آو اکھ انقلاب۔ یوکھ اُسی سیاسی طور بیدار سپدِمِتۍ۔ تمہِ وقتہٕ اُس قبایٔلی زندگی پیٹھہٕ کینہہ موہوم انسانی شبہہ زٕچھِتھ کٔرِتھ تیہِ کوشش کران۔ اُمھی اندر ووتھ پیٹھہٕ کہوکینشرٕ اُدہو تہٕ فنکارن قومی کلچرل محاذس کٔن تہٕ قبایٔلی مجلس خلاف ووکن ہندس عظیم جلسس آیہِ اُردو ڈراما "کشیر یتہٕ ہیے" رچ شکلہِ اندر زنُو دِنہٕ۔ یہ ڈرامہ چھُ اَکھ اہم تہٕ کیازِ اَتھ منز اوس گوڈنیچ لٹہِ mixed cast یانے مرد تہٕ زنانہٕ یکہٕ وٹہٕ کام کران۔ اَمہِ برونہہ یم ڈراما کشیر منز سپدِمٕتۍ تِمَن منز مردیے زنانہٕ کردار تہٕ اداکران۔ سنہ ١٩٤٧ پتہٕ ییٚس گوڈنیکٕ کاشرٕ ڈرامہ لیکھنہٕ تہٕ سٹیج کرنہٕ آو سُہ اوس مرحوم پردیسیٚن "شہید شیروانی"۔ شیروانی سٕنز شہیدٕ سپدنٕچ خبر اُس سیٹھاہ پیٚٹھ المناک۔ یہ ڈرامہ آو جلدی منز لیکھنہٕ۔ لہٰذا اُس نہٕ اَتھ منز ٹیکنکی پوختگی۔ اگرچہ مواد اوس کافی زوردار مگر اَتھ ہیٚوکنہٕ جاندار ڈرامہ بٔنِتھ۔ اَمِکۍ مکالمہ اُسی سیٹھاہ ہیے زوردار تہٕ کردار نگاری اُس ریٚژ۔ اَمِکۍ بٔتھ لیکھی مرحوم مہجورن۔ یم کافی مقبول سپدی۔ یم ڈرامہ سٹیج کرنہٕ پتہٕ سپُد کلچرل محاذکین فنکارن احساس زِ سٹیج گوژھ گامن منز تہٕ واتُن۔ چنانچہ آیہِ Open air theatre شوروٗ کرنہٕ تہٕ تجربہ کرنہٕ۔ یم تجربہ رودُو گامن منز سیٹھا کامیاب اَمہِ مقصد خاطرٕ یم لکہ کٹہ لوکٹہٕ ڈرامہ لیکھنہٕ آیہِ تِمَن منز آو یمہِ کتھہِ ہُند خاص خیال تھاونہٕ زِ تِم گژھن گامی زندگی بلکل نزدیکھ آسنہٕ۔

ییٚتہٕ کیس آرٹس تہٕ ادیبس ہُنرٕ ہیرُدِنہٕ خاطرٕ روزِ کلچرل فرنٹچ کٔرِتھ تیتھ وقتہٕ تھیکنہٕ لایق۔ کلچرل فرنٹہٕ پتہٕ بنیوو کلچرل کانگریس۔ تمہِ پتہٕ

پٔنٕنہِ جاے۔ یتھے کٔنٛز آیہ مرکزی انفارمیشن بیورو طرفہٕ تہٕ گامہٕ زندگی
مُتعلق کیشرٕ ہندی ڈراماہن ہندی کاشُر ترجمہ تہٕ سٹیج کرنہٕ۔ یِمَن منٛز
اوس "سون گام" قابلِ ذکر۔ ١٩٦٦ءمنٛز گوٚ ییٚتہٕ ڈراماکیس توارٕخس
منٛز بیاکھ دور شوٗروٗ۔ حکومتہٕ کہِ طرفہٕ آو گوڈنِچہ لٹہِ "جشنِ کشیٖر"
مناونہٕ۔ سوٗکولن، کالجن تہٕ مختلف ڈراما کلبن ہندِ خاطرٕ آو الگ الگ
مُقابلہٕ کرنہٕ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ وارِیاہ ڈراما سپدی سٹیج مگر کاشُر یا پٔتھ
اَسہِ زِ یمے ترٛےٚ لیکھنہٕ آمِتۍ۔ اَکھ "اوپیرا" لیوٗکھ دینا ناتھ نادم
تہٕ نوٗر محمد روشنن بیکوٹہٕ۔ بٲتھ الگ ترٛاوِ یتھ یوٗ تامتھ آیہ کہِ ٹیکنیک
توٗلُن چھُ، تتھ منٛز آسہ وارِیاہ خامہٕ۔ اَتھ منٛز اُس اوپیرا، ڈراما
تہٕ مشیٖڈو پلے ترٛین صنفن ہُنٛز گیٖٹہ آمیژ کرنہٕ۔ یہ گوٚ گوٚاب۔ اَتھ
"اوپیراہس" منٛز آو سٹیجس پیٹھ پلے بیک ڈیٚمہٕ تہٕ تجربہ کرنہٕ۔ ہی مالہ
مُنٛد کردار اوس اَکھ لُڑکہ کرَان تہٕ اَہندی بٲتھ اُس اَکھ زنانہٕ فنکار
گیوان۔ چنانچہ بأتن تہٕ مکالمن ہُنٛزن آوازن منٛز لوسہٕ فرق اُس
سوٗ اُس سپدِتھٕ آسہِ وٕنی باسان۔ ییٚتہٕ نہ ڈراما یِم اَتھ جشنس اَنٛدر
ناوہٕ ہیٚتھ لایق اُسِ چھہ دینا ناتھ نادمن لیکھمٕتۍ۔ نیکی بدی منظوم ڈراما
یُس ہندوہٲی سوٗکولک لُڑکو سٹیج کوٚر تہٕ بیٚیہ امین کاملن لیوٗکھمُت
ڈراما شبہ خوتون۔ نیکی بدی اوس علامتی تہٕ آہنگ موضوع اوس ماے
تہٕ محبت پٔنٕنہِ دٲنی ورٕناون۔ امین کاملن اُس پنٕنس ڈراماہس مواد جمع
کرنس منٛز کافی محنتھ کرٕمژ۔ اَمہ ڈراماہکۍ ڈائیلاگ تہٕ کردار نگٲری
اُس حسین مگر اَمِچ پرٛزٕشہ اوس امیک یہ کُن پتہ کُن ترٛو وُتمُت کابل
صابن دِتھ اَتھ پتہٕ ریڈیو ڈراماہس ہیٚچ شکل تہٕ یہ گوٚ قومی ڈراماہن اَنٛدر شامِل

کأشرِ زبأنی ہُند گوڈنیک اوپیرا تہٕ اَرِچ شأیری، اَرِچ نظم تہٕ اَمِیُک Build up اوس بڈٕ حسین۔ ییٚتہٕ کِس ڈراماکِس توأریخس منز چھُ یہٕ اوپیرا اکھ سنگِ میل۔ اَرِچ شأیری چھےٚ نقدیا تہِ ییٚمہ کِنہِ اَمِکہِ بأنتہ عامَن تہٕ خاصَن اَزبر گیٚہ۔ مگر یوٚت تام سٹیجکہِ لوازمات چھہ تِمو کِنہِ آسہ اَکھ منز واریاہ خأمی یہٕ۔ دوٚیِمہ لٹہ سپُد یہٕ اوپیرا تمہ وقتہٕ سٹیج ییٚلہ روٗسی لیڈر مارشل بُلگانن تہٕ مسٹر خروشچوف یور آیہ۔ امہ وِزِ آسہ اکھ پروڈکشن چہ سارےٚ خأمی یہٕ دوٗر کرنہٕ آمژٕ۔

دیٚومبر، ہیٚمبر زَل، یہتہٕ آو ڈراماکِس تأریخس منز ١٩٥٥ہس تام بٔلیہ ٹھہراو۔ یہٕ کتھ چھےٚ نہٕ اَکھ دفتس منز آیہ یہٕ کأشرِس منز ڈراما لیکھنہٕ یا سٹیج کرنہٕ مگر یتھ کأنہہ ڈراما سپُد یہٕ تخلیق یُس ناوس لایق آسہ۔ ١٩٥٥ہس منز آیہ حکومت کہ طرفہٕ کُشیرِ ہیچھونِ ہےٚ بچاونہٕ خأطرٕ اکھ تحریک چلاونہٕ۔ چُنانچہ علی محمد لون، امین کامل تہٕ پُشکر بھانن لیکھ لوٗکھ شاہلا بہٕ نِشہ بچاونہٕ خأطرٕ تہٕ رضاکارانہ کأم کرنہٕ بأبتھ سنجید تہٕ مزاحیہ ڈراما۔ یِموٚ منز سپُد علی محمد لونُن ڈراما "وِز چھےٚ سأنی" تہٕ پُشکر بھانُن مزاحیہ سکِٹ "یاتن یانژاخ" سٹیج تہٕ۔ ڈرامہن ہند تأریخس منز چھُ یِمن ڈرامہن ہند سٹیج سپدُن اَکھ اہم نکیا، بِلم آیہ یہٕ ییٚتھ جایہ اُکس Portable سٹیجس پیٹھ گِنڈنہٕ یِمن ہند خأطرٕ اُس سیٹنگ تہٕ آہرٕ بناونہٕ تہٕ Light تہٕ Stage ہُند تہٕ انتظام کرنہٕ۔ موضوعکہ اعتبارٕ اُسہ یِم ڈراما وقتی یا ہنگأمی تہٕ یِمن منز اوس ہیلسی ہُند عنصر تامکار ڈریٹھ یوان، مگر کِردارن ہِنزٕ اَڈرام مکالمن ہِنزٕ بےساختگی کِنہِ روز یِمن ڈرامہن کأشرِین ڈرامہن اندر

تہٕ وارِیاہ اَکھ ۔ ریڈیو پیٹھٕ چھہ وُرِی یَس اندر ہِنٛزٕ شیٛتھہ لو کیٛہہ بٕڈٕ ڈراما نشر سپدان۔ یِمو منٛز ژھ ہنٛد پیٛش گِہ اُردو پاٹھو تہٕ ہاپی کاشرِ پاٹھی نِچہ آسان۔ بلکہ یہ وَنُن چھُنہٕ غلط زِ زیادٕ تر ڈراما نویس چھہ ریڈیو ڈراماہو سیٹھی بالیغ سپدی مِتۍ۔

تِمہ مین وَرِہن پٕنٛدہن وَرِہِ یَن منٛز آیہٕ وارِیاہ ڈراما لیکھنہٕ۔ کینٛہہ سپدی سٹیج تہٕ کینٛہہ چھہ وُنہٕ کِتابی صورژ منٛز۔ کینٛہہ چھہ حبان تہٕ کینٛہہ ڈیٖلہ۔ یِمن اندر چھہ وارِیاہ ٹیکنیکی تجربہٕ کرنہٕ آمٕتی۔ وارِیاہن ڈراماہن پیٹھ چھہ مغربُک خاص کرِ یوٗرپُک اثر، آنٛگہ تہٕ بیکٹ ہٕندین ڈراماہن ہُنٛد اثر۔ کینٛژن اندر چھہ یہ اثر تیٖژ کنۍ وَرتاونہٕ آمُت زِ اَسہ چھنہٕ یِم ڈراما کُنہٕ رنگہٕ وو پر باسان مگر کینٛژن منٛز چھہ یہ اثر محض شعبدہ بازی ہِش باسان۔ کینٛژن پیٹھ چھہ لوٗکہ تھیٹرُک اثر تہٕ جان پاٹھی وَرتاونہٕ آمُت۔ مگر کینٛژن منٛز چھہ فارم برائے فارم وَرتاوِتھ کرنٕچ بازی ہاونہٕ آمٕژ۔ یِمن تِمہ مین وَرِہن پٕنٛدہن وَرِہِ یَن منٛز لیکھنہٕ آمتین تہٕ سٹیج سپدیمتین ڈراماہن منٛز چھہ اَکھ اہم مُقام رادھے کرشن براروٗ ہٕندِس "یاہو" ڈراماہس حاصل۔ یہ چھہ لُکہ ڈراماہن ہنٛز ہیٛئتھ وَرتاوِتھ لیکھنہٕ آمُت۔ اگرچہ اُخرس پیٹھ چھےٚ اَکھ نیٛہہ ژھوکان۔ توتہٕ چھہ یہ اَکھ کلہم اثر ضرور تراوان۔ تہٕ اَکھ منٛز چھہ اَکھ ڈراماہ بیچ ہیٛش کَش زبردس اَکھ روٗٹھ کران۔ لوٗکہ پاٹھرن ہِندِس طرزس پیٹھ اُسہ آمہٕ بروٗنٛہہ موتی لال کیموٗ ہن کینٛہہ ڈراما ہِنٛدی پاٹھی لیکھو مِتۍ۔ یِمن اُمو یَتہٕ کاشرِ ہابہ وول۔ یِمن اندر سپدی ترٕنوو، منٛزلہ یکہ حرم خانُک آیہٕ کامیابی سان سٹیج۔ کیموٗ ہٕندین ڈراماہن پیٹھ چھہ گُجرات کہ لوٗکہ تھیٹرُک تہٕ اثر۔ یِمن

سپدہٕ تمام ریڈیو سٹیشنو پیٹھٕ نشر۔

جشن کشمیر رۄد کیشرٕن ذریعہٕ جاری تہٕ آمہٕ سیتۍ رۄد سانین
لیکھن والین ڈراما نگاری ہنز اکھ تحریک۔ چنانچہ ۱۹۶۱ ہس اندر
یُس جشن کشمیر مناونہٕ آو تتھ منز آو اختر محی الدین سُند "نسبہٕ ہُند
سوال تہٕ سٹیج کرنہٕ۔ یہ اوس گۄڈنیُک کأشُر علامتی ڈراما یتھ پیٹھ یونانی دیومالایہٕ
ہُند زبردست اثر اوس۔ مگر اَمِچ رفتار اُس سۄست تہٕ کردار نگأری کمزور۔
اختر محی الدینٕنۍ چھُ بیاکھ ڈراما پننس اکس افسانس پیٹھ لیوکھمت۔
یتھ "آپنا ہوریننگ" ناو چھُ۔ ٹیکنیکی اعتبارٕ اوس یہ ڈراما "نسبہٕ ہُند
سوال" کھوتہٕ زیادٕ زۄردار تہٕ مکمل۔ آمہٕ ورٕ اوس ٹیگور ہال بنیومت۔
اَمہٕ ہالک بننٕ چھُ تمہٕ ترقی ہُند ذمہ وار یُس وۄنۍ کینہ کأشرین ڈراماہن
اندر اسہِ وُچھان چھہٕ۔ بیاکھ اہم واقعہ چھُ کلچرل اکادمی ہُند قیام
ہیپانٕ آو جدید طرزُک سٹیج بناونہٕ تہٕ یِپارٕ گو ڈراما کلبن سرپرستی
کرن وول یہ ادارہٕ تہٕ قایم۔ کلچرل اکاڈمی کوٗر سالانہ ڈراما فیسٹولن
ہُند اہتمام تہٕ تمام اہم شہری ڈراما کلبو ہیوٚت مقابلس منز حصہ نیٚنٕ۔
یِمو فیسٹولو خأطرٕ آیہٕ نوٚو لکھارٕ ہمراہ تارکرشن رہبر، موتی لال کیمو، سجود سیلانی،
پھوشن بے تاب تہٕ مکھن لال کول بیتر ڈراما نگأری کُن۔ اُکھی سیتۍ ہیوٚت
کلچرل اکاڈمی ہنز سرپرستی کینو لوکہ فنکارو تہٕ بۄدٕ شہہ کُن یِنہٕ تہٕ تمو تہٕ
ہیوٚت پننٕ فن شیرُن پأرُن۔ یِمن منز رۄد اکُن گامتیک بھگت تھیٹر
مُرس۔ تہٕ آمیُک ناچ چھُ محمد سُبحان بھگت سُند کلش۔ یہ سُند جدید طرزٕکہ
سٹیج پیشہٕ متأثر تہٕ اُمۍ تُل پانہٕ تہٕ ڈراما نویسی پیٹھٕ قلم۔

ڈراما نویسٕن تہٕ اداکارن وۄتش دِنس منز چھُ ریڈیو کشمیر سرینگرُک

زٕنٛدٕ یوٚت تمام سیاسی شعبہٕ بازی چلان روزِ۔ یِہُنٛد بیاکھ ڈرامایُس
لیکھنہٕ آو گمرٕ وُنہٕ سٕتیٚدنہٕ سٹیج چھُ آدم، حوا تہٕ ابلیس۔ یہ تہٕ چھُ
غالبَن یوٗرپی ڈراماکارو نِشہٕ متاثر سپدِتھ لیکھنہٕ آمُت۔ اِنسان چھُ
بے بَس۔ اَکھ کٔٹھ پُتلی یُس خالق پننہٕ مرضی مُطابق نژ ناوان چھُ۔ سُہ
چھُ پانس سیٖتۍ وابستہٕ مسلن سٕتۍ نیٚژھان مگر تس چھےٚ طنابہ چارٕ
یوان تہٕ مُقررٕ کرنہٕ آمژٕ وَتہٕ پیٚٹھ پکنس چھُ سُہ مجبور یوان کرنہٕ۔ یہ چھُ
اشیکھ موضوع۔

اکاڈمی ہٕنٛدِ طرفہٕ ڈراما فیسٹول مُقابلن منٛز حِصہ نیٚنہٕ والین
منٛز آوُ اوتار کرشن رہبر سٕندِ ناداننس منٛز۔ اَمہِ کوٗر مادیت کِس تلخ
دردناک پہلوہَس پیٚٹھ زبردس طنز۔ یُس انسانس نِشہِ انسانیت
کھسیہ چھُ نِوان۔ یہ اوس یِہُنٛد ڈراماہ نمائش۔ اَمِچ ڈراماہیت پیٚٹھ اوس
مغربی ڈراما نِگارن ہُنٛد اثر۔ یِہِمُو لیوٗکھ بادشاہس پیٚٹھ تہٕ اَکھ ڈراما
ییٚمیُک کنواس سیٹھاہ وسیع چھُ۔ مگر اَمہ تژونہٕ سٹیجس پیٚٹھ سُہ
اثر یُس یہ ڈراما ہُنٛد آسُن چھُ۔ یِہُنٛد دوٚیُم ڈراما چھُ ریٖشہِ تہٕ آب تہٕ یہ
چھُ بادشاہ ڈراما کھۄتہٕ وارِیاہ چُست۔ مُمکن چھُ اَکہِ دۄہ یمِ کُنہِ وِز
سٹیج ڈراماہ ہیٚچھ شکل نہٕ۔ یِہِنٛدین ڈرامہن منٛز اہم خصوصیت
چھےٚ تاریخی واقعات یِتھ کنۍ گاشرِ۔ پانٛژھ کم توجہ چھُ دِنہٕ یوان۔
تاریخی ڈرامہن منٛز کتھ وۄہ تھنس سیٖنز چھُ بیاکھ اَکھ رُت
ڈراما موتی لال کیموٗ سٕنز ژھاے بروٗنہہ کنۍ یوان۔ یہ چھُ راز للتادتیہ
سٕندین فتوحاتن ہِندِس یوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ یہ ڈراما تہٕ
رُوٗ سٹیج چھ کوتاہی کھنٛز تشنہٕ۔ اَمہِ سٕنٛد بیاکھ قابلِ ذکر ڈرامایُس سٹیج

منز چھُ اکھ بانڈ یا بانڈٕ جوڑی سوتر دھار ستۍ کام کران۔ اَتھ سٹائلس
چھُ بیٚتہٕ کِس بانڈٕ پاتھرس سیٚتۍ واٹھ ڈین مُشکل سپدان۔ کینژٕو کالی
لیکھن والیو کوٚر اَتھ سٹایلس تقلید۔ مگر اَتھ ڈراوٕ زیادٕ کال تہٕ رٕیہ
تحریک ژھوکۍ۔ چنانچہ اَتھ سٹائلس سیٚتۍ یِمَن دلچسپی روزٕنی گژھہ
سُہ گوٚ محمد سُبحان بھگت۔ یِمو سپُز اکھ بانڈٕ پاتھر چھپےٚ، ییٚمہٕ روٗد
تِمی قِسمکۍ ڈراما لیکھان یِم زَن شہرکۍ ڈراما نویس لیکھان اُسۍ۔
ریڈیو ڈراماہن ہنٛز مقبولیت وُچھِتھ تہٕ سٹیجک وَدھوٚن
جوش پانَناوِتھ یِمو اَدیبو ڈراما نگاری کُن قدم تُل۔ تِمَن اَندر روٗد
علی محمد لون سارِوٕے کھوتہٕ برونٛہہ۔ یِمو کوٚر فارمس مُتلق وارِیاہ تجربہٕ
تہٕندِ مشہوٗر ڈراما سۄتیا چھُ اکھ رُت نموٗنہٕ یتھ منز سنسکرت تہٕ
جدید ڈراماہچ ملہٕ مِش تہٕ اظہار ڈرٛیٛٹھ چھِ پیوان۔ بدقسمتی کِنۍ ہیوٚک نہٕ
یہ ڈراما وُنیُک تام سٹیج سپدِتھ۔ اگرچہ یہ چھُ ڈینیٹک کاشُر ڈراما ییٚتھ
پیٹھ علی محمد لون صابس ساہتیہ اکادمی ہُنٛد اِنام تہٕ وُتُر۔ لون صابن
بیاکھ ڈراما یُس سٹیج سپُد چھُ تقدیر ساز۔ اَمہٕ ڈراماہچ خارمہٕ پیٹھ
چھُ مغربی ڈراماہک نوٚن اثر۔ حالانکہ یہ ڈراما چھُ اَمہٕ اَنٛدۍ کِنۍ موجوٗد
کِردارن پیٹھ زبردست چوٹ۔ اگرچہ یہ ڈراما چھُ اکہ ماحولُک تہٕ وقتُک
پیداوار۔ مگر یِم کِردار اَتھ منز پیش چھِ آمتۍ کرنہٕ تِم روزَن توتام

---

ل یہ ڈراما چھُ ہِندی پاٹھی (ترجمہ چھُ ڈراما نگارن پانہٕ کوٚرمُت) کین وُنی
مرکزی ساجمُس ایند ڈراما ڈویژنٕ کِس طرفہٕ سٹیج سپدان تہٕ ساریوے
مُلکس منز پسند آوُنہٕ۔ (کامل)

کینہہ سٹیدینہ ییہ وُنیک تام سٹیج۔ البتہ یِہنٛد ہیرو چھامہ آو سیٹھا کامیابی
سان سٹیج کرنہٕ۔ بلکہ وُنہِ تہٕ چھہ کینٛہہ فنکار باقاعدٕ پأٹھۍ اَتھ سٹیج
کران روزان۔ اگرچہ امیُک ماحول فلمن منٛز بڑتی سپدنہٕ کنہٕ طریقہٕ چھُہ
دوہہ خو بدلیومُت۔ مگر نونہٕ چھُہ یہ ڈراماو چھیتہٕ ہلین گرٛوس گژھان یِنٛکر
بھانس کیٚہ لوٚر ہتیوٚت سوم ناٹہ سادھوئن تہٕ ریڈیو خاطرٕ لیکھِن تہٕ امہ
بناوِ سماجی بدعتن پیٹھ ڈراماہن ہُنٛد موضوع۔ چناچہ تہٕ لۆ نوش آیہ
پیٚشکر بھانس سیتۍ اشتراک کرِتھ سٹیج خاطرٕ لیکھِنہٕ تہٕ سٹیج تہٕ کرنہٕ
بلکہ آیہ یِہنٛدۍ شو دِلہٕ تہٕ بمبیہ تہٕ دِنہٕ۔ چناچہ چھِنے جہیز چہ بدعتٕ تہٕ
تتھ خلاف نوجوانن ہٕنٛز بغاوژ ہٕنٛز عکاسی کران تہٕ لۆ نوش چھُہ ییٚنہ
سپدِ ہینس اکیس دلدوز واقعس ڈرامائی شکلِ منٛز پیش کران۔

محمد سبحان بھگت رُودۍ شہر کین فنکارن سیتۍ خیالاتن ہُنٛد
تبادلہ کران تہٕ امہ لٔب تِمن نِشہ ڈراما نویسی ہٕنٛز اکھ نۆو تحریک۔ یہ گو
پنن لیکھمت ڈراما پیش کران۔ یِمو منٛز چھہ تقدیرٕ ہاوس تہٕ متینہ لیچہ
پانژو فائلی ذکر۔ گوڈنکو نہٕ ڈراما چھہ عام ڈراماہن ہٕنٛز ہیئتھ منٛز لیکھنہ
آمتۍ تہٕ یمن اندر چھے کأمی زندگی تہٕ مسلن ہٕنٛز عکاسی کرنہٕ آمٕژ۔ مگر
متینہ لیچہ پانژو ڈراماہس منٛز چھہ امہ پنن روح پانٛدٕ پأٹھرن ہٕنٛز ہیئتھ
کُن پھیرمُت۔ چناچہ یہنٛد ڈراما اکہ نندرن پیٚٹھ یتھ یہ ریتہٕ (دسمبر ۷۷ء)
سٹیج سپد چھُہ لوکہ پأٹھرچ اکھ رژ مثال۔ بلکہ چھُہ یہ ڈراما لوکہ پأٹھرن
ہٕنٛز فارمس اکھ اِضافہ۔ باسان چھُہ بھگت صابن چھُہ پنُن پان پرزناوُن
مشکیو نتمُت۔ اکہ نندٕ ہیچ کھٔتھ وُژھہ تہٕ ظلمن چھُہ یکدم غلام رسول سنتوش
سُندِ منظوم ڈراماہس کُن گژھان یُس امہ نزانٛدیُک وُری برونہہ لیوکھ

تہٕ آو کرنہٕ چھُ "لل بوٗ دٕرایس لولرے"۔ امہِ ڈرامہٕ ہیچ فارم چھےٚ
اَتھ منٛز باقے ڈرامہٕ ہن نِشہِ بدٕلن تہٕ اَتھ پیٹھ چھُ مغربی ڈرامہٕ ہنٛد
جدید فارمک اثر۔ امہِ ڈرامہٕ کٕ ٹریٹمنٹ ایکٹ چھُ دراصل گوڈنیک
تہٕ کردارن ہنٛز شخصیت چونکہ مختلف ماحولن منٛز تہٕ چھےٚ کٔنی تہٕ یہندی
مسلہٕ تہٕ چھہِ کٔنی، اَوٕ کنہِ چھہِ یہِ اداکاری ہنٛز جولانی یِژھان، ییٚہ
تہٕ بدقسمتی کنہِ سٹیجس پیٹھ پیش نہٕ ہیچ سپدِتھ۔

سٹیج ڈرامہٕ ہس کوٚر یتھ منٛز ورٕہ تِ سیٚجہِ دیلانی مسندلو
ڈرامہٕ ہیوتہٕ وارِیاہ بڑٕ ژٕر۔ یہِ رُود پرٛیتھ ڈرامہ فیسٹولہٕ خاطرٕ لیکھان۔
یہندٕ گوڈنیک ڈرامہ "کاشہ تارکھ" اوس اکہِ انگریزی نظمہِ نِشہِ اخذ
آمُت کرنہٕ۔ مگر ڈرامہ اوس سیٹھا نۄدار۔ پرٛیتھ کردار اوس دُسوار تہٕ مکمل
اوٚ ہندٕ بیاکھ ڈرامہ یتھو کوٚر اوس گوڈٕ ریڈیو خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت۔ مگر تتہٕ
ڈیٹ اَمُو اکھ سٹیجک رُوپ۔ مگر اَتھ منٛز رُوزٕ نہٕ سعہ تھٔپھ لبہِ سہ ریڈیو
ڈرامہٕ ہس اُس۔ اوٚ ہندٕ بیاکھ ڈرامہ کٕچ راتھ تہٕ گوہنگار چھُ فنی اعتبارٕ
تیٚتھی کرٕ کھعو تہٕ زیادٕ پُراثر تہٕ تہٕ مکمل۔ اَمُو چھُ لوکہ فارم ورتاوِتھ بیاکھ
ڈرامہ کتہٕ رفی تہٕ نیو کھمٕت۔ یتہٕ منٛز کردارن ہنٛز اَڈٕژن تہٕ مکالمت یندٕ
ٹلہِ تراو سوٚ نتھ سیٹھا پیش چھُ سپدِمت نہٕ اَوٕ کنہِ چھہِ یہِ پُر اثر تہٕ
بنیومت۔

کأشرِس منٛز چھےٚ طنز و مزاحچ سیٹھا ویرفتہ۔ یہِ ویرفتہ دِہ
کرنس منٛز چھُ یتھکہ بعاشن کأشرِس ڈرامہ ہس وارِیاہ دیت۔ ریڈیو
ڈرامہٕ ہن منٛز یمہٕ سلسلہٕ چہاہ لوکن اندر مقبول گژھنہٕ کنہِ، دِیت اَمی
یمو منٛز کینژن سٹیج رُوپ تہٕ۔ یمو منٛز چھُ سند باد جہاز تہٕ بدقسمتی

کنۆ سٔپدٕ نہٕ یہٕ وُنٕیک تام سٹیج۔ البتہٕ یِہِنٛد ہیرو مچامہ آوٕ سیٹھا کامیابی
سان سٹیج کرنہٕ۔ بلکہ وُنہٕ تہٕ چھہِ کینٛہہ فنکار باقاعدٕ پاٹھۍ اتھ سٹیج
کران رۅزان۔ اگرچہ اَمیُک ماحول فلمن منٛز ہرتی سٔپدنٕک طریقہ چھُ
دوہہ وۍ بدلیومُت۔ مگر نونہٕ چھُ یہ ڈرامہٕ وُچھتہٕ ہیٚن گرُس گرٕھان پیٚشکر
بھانٛڈن لۍ لوٗر ہٕتیوٚت سوم ناٹک سادھوٚین تہٕ ربٕڈبو خاطرٕ لیکھٕمن تہٕ اَمہِ
بناوِ سماجی بدعُنوانیٚن ڈرامہٕ ہِنٛد موضوع۔ چُناچہ تہٕ نٔو نویش آیہ
پیٚشکر بھانٛڈن سیتۍ اشتراک کرِتھ سٹیج خاطرٕ لیکھنہٕ تہٕ سٹیج تہٕ کرنہٕ
بلکہ آیہ یِہِنٛدۍ شو دِلہ تہٕ بمبیہ تہٕ دِنہٕ۔ چُناچہ چھِ جہیز چہ بدعُنوانہٕ
تہٕ خلاف نوجوانن ہنٛزِ بغاوژ ہنٛزٕ عکاسی کران تہٕ نٔو نویش چھہِ یٚمنہٕ
سیٚٹھۍ بتیس اکس دلدوز واقعس ڈرامائی شکلِ منٛز پیش کران۔

محمد سُبحان بھگت رۅدۍ شہرکیٚن فنکارن سیتۍ خیالاتن ہِنٛد
تبادلہٕ کران تہٕ اَمہِ لٮ۪ب تیمن ژِشہ ڈرامہ نویسی ہنٛزٕ اکھ نٔو تحریک۔ یہٕ گوو
پیٚنٕنۍ لیکھمٕتۍ ڈرامہ پیش کران۔ یِمو منٛز چھہِ تقدیرٕ ہاوس تہٕ مَتیٖنہ لیچہ
پانٕژھ قابلِ ذکر۔ گوڈٕ ڈیکوزِ ڈرامہ چھِ عام ڈرامہ ہنٛزٕ ہیٚنٛز منٛز لیکھنہٕ
آمِتۍ تہٕ یِمن اَندر چھےٚ گامہٕ زندگی تہٕ مسلن ہنٛزٕ عکاسی کرنہٕ آمٕژ۔ مگر
مَتیٖنہ لیچہ پانٕژھ ڈرامہ منٛز چھُ اَمہِ پنُن روح بانٛدٕ پاٹھرن ہنٛزٕ ہیٚنٛز
کُن پھیرمُت۔ چُناچہ یِہِنٛد ڈرامہ اکہ نندرُن یُس پیٚتمہِ ریڈیو (دسمبر ۷۷ء)
سٹیج سٔپد چھُ نٔوکہ پاٹھرُک اکھ رژ مثال۔ بلکہ چھُ یہ ڈرامہ نٔوکہ پاٹھرن
ہنٛزِ فارمہ اکھ اِضافہ۔ باسان چھُ بھگت صابن چھُ پنُن پان پرزناوُن
مشیٚتہ تمن۔ اکہ نندٕ نیچ کتھہٕ وُژھہ تہٕ ظوت چھُ یکدم غلام رسول سنتوش
پیٚنٛدۍ منظوم ڈرامہ کُن گرٕھان یُس اَمہِ نزانٛکۍ وَرۍ برونٛہہ لیٚوکھ

تہٕ آو کرنہٕ چھُ "لَل بو ڈرایس لولرے"۔ اَمہِ ڈراماہِک ہیچ فارم چھےٚ
اَہنٛدٕ ین ہاٚےِ ڈراماہن نِشہِ ہیوٚن تہٕ اَتھ پیٹھ چھُ مغربی ڈراماہن ہنٛد
جدید فارمُک اثر۔ اَمہِ ڈراماہُک ٹریٹمینٹ چھُ دراصل گوڈنیٚک بیٚکھ
تہٕ کِردارن ہنٛز شخصیت چونکہ مختلف ماحولن منٛز تہٕ چھےٚ کُنی تہٕ ییٚنٛدکہٕ
مسلہٕ تہٕ چھہٕ کُنی، اَو کِنہ چھہ یہ اداکاری ہٕنٛز جو لاٚنی یژھان ییٚہ
تہٕ بدقسمتی کِنہ سٹیجس پیٹھ پیش نہٕ ہیچ سپدِتھ۔

سٹیج ڈراماہس کوٚر پتہٕ من ورُہتیٚن سجوٗد سیلاٚنی مسنٛدو
ڈراماہ ہیوٚتہٕ وارِیاہ برٛزر۔ یہ رُدُد پرٛیچھتہ ڈراما فیسٹولن خاطرٕ لیکھان۔
ییٚنٛد گوڈنیُک ڈراما "کاشہ تارُکھ" اوس اکہِ انگریزی نظمہِ نِشہِ اخذ
آمُت کرنہٕ۔ مگر ڈراما اوس سیٹھا نۄ دار۔ پرٛیچھتہ کِردار اوس وُسوارتہٕ ٹیکھول
اوٚہنٛد بیاکھ ڈراما تیٚنٛشتو کوٚر اوس گوڈٕ ریڈیو خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت۔ مگر تتہٕ
ڈیٚت اُمہ اَتھ سٹیجُک رۄپ۔ مگر اَتھ منٛز رُوز نہٕ سعہ گٕنٛژ یُس ریڈیو
ڈراماہس اُس۔ اوٚہنٛد بیاکھ ڈراما کِرٛراتھ تہٕ گوو نہگار چھُ فنی اعتبارٕ
تیشتو کرٕ کھۄتہٕ زیادٕ پُر اثر تہٕ مکمل۔ اُمہ چھُ لوکہ فارم ورتاوِتھ بیاکھ
ڈراماہ گتہٕ رِفی تہٕ لیٚو کھمُت۔ یتہ منٛز کِردارن ہنٛزٕ اُڈرن تہٕ مکالمٕن ہنٛد
ٹُلہٕ تراو سوٚنچتھ سمجھتھ پیش چھُ سپدُمُت نہٕ اَو کِنہ چھُ یہ پُر اثر تہٕ
بنیوٚمُت۔

کاشرِس منٛز چھےٚ طنز و مزاحچ سیٹھا وِیرٕ شے۔ یہ وِیرٕ شے دکہ
کرنس منٛز چھُ پُشکر بھانن کاشرِس ڈراماہس وارِیاہ ڈیُت۔ ریڈیو
ڈراماہن منٛز ہنٛدہ سلسلہ مچاوُن لوکن اندر مقبول گٕژھنہٕ کِنہ، ڈیُت اُمہ
یمو منٛز کینٛژن سٹیج رۄپ تہٕ یمو منٛز چھُ سنہٕ باد مچاوٕ تترٕ [illegible] بدقسمتی

منز شریک۔

یہ موخصر تہ سپٹھا ڈتا دلی منز لیکھنہ آمت کاشرین ڈرامن ہند سام روز نامکمل ہرگاہ یہ نہن ملکی تہ غار ملکی زبانن ہندین مشہور ڈرامن ہند ذکر کرنہ پیدہ تہ، یم کاشرس منز ترجمہ کرنہ آیہ۔ یمن منز چھ ابسن سند ڈراما GHOSTS تہ WILD DUCK (کنج) ترجمہ کار اختر محی الدین تہ سومناتھ زتشی۔ رابندر ناتھ ٹیگور سند ڈراما Red Orleanders (وونزل گلالہ) مکت دھارا تہ ڈاک گھر ترجمہ کار نور محمد روشن، علی محمد لون تہ امین کامل۔ جی شنکر پلے سند ڈراما 'مہتے گرتھ نیچھو' تہ گریش کرناڈن سند ڈراما 'ہیہ ودن' ترجمہ کار موہن نراش یمو منز آیہ واریاہ ریٹیج تہ کرنہ۔

D.T - نوو اکھ کیتھ لوکہ اتھ چھےٚ صابن سنتوش۔ یہ کٔر آو تہٕ سٹیج تہٕ mension ڈیتھمُت یتھ مُتعلق مختلف رایہ سپنٕ آستہٕ۔ مگر یتھ کتھ کرٕنہٕ کانٛہہ اِنکار زٕ یہ چھُ کاشرِ منظوم پاٹھرن اکھ رُت اِضافہ اکہ منز چھُ سنتوش صابن داستان بوز ناونُک سون گیونُک پرٕن طریقہ کتھ برونٛہہ پکناونہٕ خاطرٕ استعمال کوٗرمُت تہٕ امہ خاطرٕ چھُکھ احد زرگر تہٕ اکہ ننٛدر نشہ کانٛہہ مدد نیومُت۔

بنسی نردوش چھُ بُنیادی طور افسانہٕ نویس مگر ریڈیو خاطرٕ لیکھی اُمو وارِیاہ جان تہٕ زودار ڈراماتہٕ۔ بس اکھ ٹماہ گوٗ تیوت مقبول زٕ اُمو دِژ اتھ سٹیج ڈرامایچ شکل تہٕ پروڈکشنس اندر رؤد یہ تاثرُ پادٕ کرنس اندر سیٹھا کامیاب۔ ہری کرشن کول تہٕ چھُ بیاکھ افسانہٕ نویس۔ یمہٕ آو ریڈیو ڈراماہن کُن تہٕ۔ یمیلہ وَنُن کھُر چھُ پزان یمہٕ ہنٛد ریڈیو ڈراما رؤد بزف کامیاب گیلوکہ آو آل انڈیا ریڈیو کہ نیشنل پروگرامہ خاطرٕ تہٕ منتخب کرنہٕ۔ یہ مقبولیت وُچھت دِژ اُمو اتھ سٹیج ڈرامایچ شکل۔ مگر وُچھن والین ہنٛد وَنُن چھُ زٕ سٹیجس پیٹھ شوکنہٕ اُمُت تہٕ تاثرُ پادٕ کرتھ یس ریڈیو بوزتھ سپدان اوس۔ یمہٕ ہنٛد بیاکھ ڈراما یُس سٹیجہ خاطرٕ یموٗلئیوٗ کھہ تہٕ ۱۹۷۷ء اندر آو اکادمی ہنٛدِس ڈراما فیسٹولس اندر سٹیج کرنہٕ اوس ناٹک کرُو بنٛد۔ امہ ڈراماہچ بنیٛو چھےٚ زوٗدار مگر انٛدس واتنہٕ چھُ امیُک وونُن واریاہ ڈیوٗل گژھان تہٕ آخری حصہ چھُ میلو ڈراماہس کُن لمان۔

کلچرل اکادمی چھےٚ پرتھ ؤری یہ ڈراما مُسوّدن ہنٛد مُقابلہ کران مگر وُنیکُس نام سپدکہ سیٹھا کم سنجیدگی سان ڈراما لیکھن والہٕ اتھ مُقابلس

اَمیٖنَس کامِل سٕنٛزِ "نوٚ بوٚدٕ" چھُ ساہِتیہ اکادمی دِتی انعامٕ تہٕ کیٚنٛژَن زَبانَن ہِنٛدِ ریڈیو ڈرامہٕ قومی اعزاز۔ یِمَن مَنٛز اَکھ کاشُر کتاب تہٕ شامِل چھےٚ۔

ساٗنہِ کشیٖرِ مَنٛز، یٚیٚتہٕ زَن ڈرامہٕچ تحریک سٹھاہ اَتھ تہٕ اَدٕرٕ ہیوٗرِ ہش چھےٚ، چھُ ریڈیو ڈرامہٕ یَتہٕ پَنہٕ نِہ خاطرٕ تِکِن مَنٛز اَکھ قابلِ قدر مُقام بٕدوٗمُت۔ ریڈیو کشیٖرِ کہِ اَکِہ جاٗیِزٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ یٚیٚتہٕ چھےٚ تِکِن اندرٕ گیوٗنٕ یٚتہٕ ڈرامہٕ دوٚیِم سٕہ چیٖز یُس تِمَن زیادٕ پسنٛد چھُ۔ ریڈیو کشیٖرِ کِس پروگرام بوزَن والین ہُنٛد خیال چھُ زِ اگر اَمہٕ کیٚو پروگرامو مَنٛزٕ ڈراما خارِج کرَون، اَمِچ شوٗب تہٕ مقبولیت گژھِہ خطرناکھ حدس تانۍ کَم۔ بہرحال یِم ضمنی معروضات آیہٕ یٚیٚتہٕ نَس اَتھ کِنہ پیش کرنہٕ۔ زِ ریڈیو ڈرامہٕچ مقبولیت تہٕ اہمیت ہُنٛد اَکھ ہلکہ نقشہٕ روٗزِ تلہٕ ساٗنِس ذہنَس مَنٛز۔ ووٚنۍ کرَو اَسۍ کاشرِ ریڈیو ڈرامہٕچ اَکھ مختصر جاٗیزٕ پیش۔

آزادی بٕرونٛہہ اوس کاشُر اَدب اَمہٕ چھِہ شاعری تانۍ محدوٗد۔ نثر اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ لیکھان۔ باقے اوس کانٛہہ دھارمِک یا سماجی ڈراما لوکٕ ٹھیس پیمانَس پیٹھ سٹیج سپدان۔ مگر نثرٕچہ باقے صِنفہٕ آسہٕ بار سٕس آمٕژٕ۔ آزادی پتہٕ یُس احیاے نوٚ ساٗنہِ تمدنی زندگی مَنٛز سپُد، تَمہٕ کِس بٕرکتہٕ ہیوٚتُن لیکھن والیو پنٕنیو زَبانو پیٹھ کاشرِس کُن یُن۔ تِہٕ اَتھٕ زَبٲنۍ مَنٛز ڈراما افسانہٕ، ناول، تنقید تہٕ باقے مضامین لیکھنٕک شُرُوع کرُن۔ یوٗ دوٚیے کلچرل فرنٹ اَکھ سِلسِلس مَنٛز اَکھ تاریخ ساز رول ادا کوٚر۔ ریڈیو کشیٖرِ تہٕ روٗدُنہٕ اَکھ عہد ساز رول ادا کرنَس مَنٛز پتھ۔ کاشرِ زَبٲنۍ تہٕ اَمہٕ کِس اَدبَس اشاعت تہٕ مقبولیت دِنہٕ باپتھ یُس رول اَمۍ ادا کوٚر، سُہ ہیٚکہٕ نہٕ زانٛہہ مشراوِنہٕ۔ اَتھ ادارس گیہِ ووٚنۍ اَلہٕ پلہٕ گُنہٕ تٕرٕہ[29] وری قایم سپدِتھ کٔرِتھ

# کأشُر ریڈیو ڈراما

(علی محمد لون)

ریڈیو ڈرامہ چھ فنی تہٕ ادبی حیثیژ پٮ۪ٹھ پٔژھ وِپرن تہٕ ادبی خلقن منز ہیوٚن بیوٚن رایہِ ہُند اظہار یوان کرنہٕ۔ تہٕ کینہہ کٹر پنتھی نقاد چھِ اکہ ستیج ڈرامہن نکھہ نوٚکھ مرتبہٕ دِنس راضی سپدان۔ تِم چھِ تیمَے کنہٕ اکہ سیلسلس منز پننیو اعتراض باوان۔ یتھ کنہٕ زن مختصر افسانہٕ ناولہ ہِندس مقابلس منز واریاہس کالس یمین کٹر پنتھی نقادن ٹارہ اوس کھسان۔ مگر یتھ کنہٕ زن مختصر افسانن پنُن فنی تہٕ ادبی وجوٗد چھیکرس ماننہٕ نوو۔ یتھے کنہٕ چھ ریڈیو ڈرامانہٕ ژٕنی کینہہ وارہ وارہ پنُن وجوٗد مانہٕ راونس منز واریاہس حدس تام کامیاب سپدمت۔ ساًنی بدنصیبی چھ یہ زِ اَسی چھِ ادبس تہٕ فنس منز تیمے میزان پانسہ ماننس ڈلوڈلی تیار سپدان۔ یم میزان مغربہ پٮ۪ٹھ یوان آنہٕ چھ۔ مغربس منز بیٚلہ زن ریڈیو ڈرامہن اعتبار پیوو۔ سانین نقادن تہٕ پیوو پنُن موقف بدلاونس پٮ۪ٹھ مجبور سپدُن۔ وونہٕ چھِ یہ حالت زِ سایٔنس ملکس اندر چھ ریڈیو ڈراما ادبی فنی تہٕ تعلیمی ادارن منز وارہ وارہ مقام حاصل کران۔ کینژن یونیورسٹین منز چھُ باقاعدہ ریڈیو ڈراما اکہ مضمونہٕ کہ حیثیتہٕ پرناونہٕ یوان۔ ریڈیو ڈرامہن ہندی مجموعہ چھ سنجیدہ ادبس منز شامل ہیوٚن گژھنی

ڈرامہ آسنس برابر۔ تہٕ بیٚیہ اوس ییٚنہٕ اکھ وجہ زِ تِمہ وِزِ آسہٕ اکثر لکھن
تہٕ اردوٗ ہس منٛزٕ سیکھان۔ ریڈیو کشیرِ کِس اسٹافس منٛز کام کرن والیٚ
اکثر پروگرام افسر آسہٕ ڈرامہٕ کہ فنہٕ نِشہٕ بلکل ناواقف۔ تہٕ تِمن نِش
یہ توقع کرٕنۍ زِ یِمو بنٲوِ ڈرامہٕ ہس گژھہٕ اوس فضوٗل۔ دوٚیِم یہ چیز اوس وقتس
منٛز ڈرامہٕ کہ ناوٕ تشر سپدان تِم آسہٕ بقولِ امین کامِل محض "ٹیچرٕ"
یا نے سیدھاہ وٕسہٕ بابہٕ ہزل تہٕ مذاکھ۔ تہٕ یِمن منٛز ہیٚیت آسہٕ تہٕ گنہٕ
زٕنگہٕ تہٕ (سیواے مکالموٚ) ریڈیوچہ تکنیکہ سیتۍ واٹھ کھیوان۔ براڈکاسٹنگ
ذمہ داری آسہٕ تِمن انٲنۍ ان ییہٕ تہٕ چلاوٕنۍ رٕکتن منز آمِژ تھوٚونہٕ۔ یِمن زٕن
ییہٕ نیو سیاسی رابطو کنۍ اور شیدیے میٚتھ آسہٕ۔ تہٕ اوٚدۍ آسہٕ کمہٕ نہٕ کیٚنہہ
پارسوزانا۔ آل انڈیا ریڈیو کہ طرفہٕ یِم پروگرام افسر اتھ زمانس منٛز
ریڈیو کشیرس منٛز مقرر آسہٕ آمتۍ کرنہٕ۔ تِم یوٚد وے براڈکاسٹنگ منٛز
سیٹھاہ ماہر تہٕ ذٲنۍ کار تہٕ آسہٕ۔ مگر کٲشرِ زبان نہٕ زانٕنہٕ کِنۍ ہیٚوک نہٕ
تِمو تہٕ کٲشرین ریڈیو ڈرامہٕ ہس کانٛہہ ... اتھ روٗٹ کٔرِتھ۔ بہرحال
یِمن حالاتن تہٕ بیٚین مشکلاتن ہندِس پوٚت منظرس سیتۍ کٲشرِ ریڈیو
ڈرامہٕ ہک سلسلہ۔ ڈرامہٕ اوس بڑہٕ موموٗلی۔ امہ وقتکۍ ڈراما چھہٕ تاریخی
اہمیت تھوان۔ مگر ادبی قدر قیمت چھکھہ نہ آسنس برابر۔ ریڈیو ڈراماہس
سیتۍ زیادٕ کیٚنہہ چیز آیہٕ ییٚنہٕ چھوٚٹ کہ کھوٚتہٕ داستانو منٛزٕ اخذ کٔرِتھ
پیش کرنہٕ۔ لکہو کٔرۍ یِم پسند۔ کٲشرین ڈرامہٕ ہس نسبت عام لُکن ہند
یہ موافق ردِعمل وُچھِتھ کوٚر بیٚین کیو کینژو ادیبو ریڈیو ڈرامہٕ سُگن ترجمہ
کیٚنہہ ترجمہ سپدِ۔ کیٚنہہ ڈراما آیہ بیٚیو زبانو پیٹھ ماخوذ کرنہٕ۔ نوٗر محمد
روشن تہٕ مرزا عارف لیکھ کیٚنہہ طبعزاد ڈراما۔ عارف کھوٚت اکھ نہٕ

تہٕ پنٕنہ نیوٗ براڈ کاسٹو ذریعہ یہ کوٚر اَتھ نہ صرف سون اَدب تہٕ زبان اَکہ نوٚو
زندگی نِشہِ روشناس۔ بلکہ وۄنہٕ تلووُن ملکن ہندین شیچھے بیتین دِلن تہٕ
ہوشہٕ بیتین ذہنن منز اَمہ زبانہِ ہُند لول تہٕ شرٛپہار تہٕ۔ یہ چھےٚ سوہ اَکھ
حٔد مقصد۔ یمہ کہ برکتہٕ اَز کٲشرہ اَدب تہٕ شاعری مُلکہ چین بیٚین ترقی یافتہ
زبانن ہندین تخلیقی کارنامن مقابلہ پنٕنہ تخلیقہ پیش چھِ کران۔ یتھ زن چھُ
یہ زٲنہِ کہ کٲشرِ نثری سرمایک بیشتر حصہ چھُ ریڈیو کشمیر چین نثری تخلیقن
ہُند دین۔ کٲشرِ زبانہِ ہنزِ روایتی تہٕ جدید شاعری منز تہٕ کوٚر اَتھ اداکن
اَکھ حسین تہٕ قابلِ قدر اضافہٕ۔

یٚمہ زبانہِ زن ریڈیو ڈرامہ ہٕک نوٚک چھُ۔ یہ چھُ بہرحال ریڈیو کشمیرکے
دین۔ یہ کتھ ہیکو بٔڈہ وۄنہٕ فقہ سان وٲنتھ زِ سأنہِ ریڈیو ڈرامہ چھہ
سائنس اَدبس تہٕ زبانہِ ہیٚتھ بٔڈس سنہ اَتھ تراوی ہیکٕہ تہٕ یہ چھُ سائنس
اَدبی سرمایس منز اَکھ مستقل تہٕ قابلِ قدر جایہ حاصل کرنس منز
کامیاب سپدمت۔ ریڈیو کشمیر لوگ چھُکے سنہ ارناہ جبہس منز کام کرنہ۔
گوڈہ گوڈے اوس آمیٚک زیادہ تر مقصد آزاد کشمیر ریڈیو ہیٚتھ سپدن وٲلس
پروپیگنڈہس جواب دِین۔ تِمہ اَز کی پاٹھی تیٚلہ تہٕ بٔڈہ زورہ شورہ سان
چلان اوس۔ یہ حالت رُوز ونٕہ تہٕ وادن چلہ دِنہ تہٕ ریڈیو کشمیر کہ اکثر پروگرام
آسہ اَکہ حسابہٕ اخباری، غأر ادبی تہٕ غأر تخلیقی رنگیہ آسہ نشس وانان۔
تہٕ پتھے حالات رٕژھہ گھنڈ بہتر بنین سپدی۔ پروپیگنڈاہک زور تہٕ
گوو کم۔ تہٕ ادبی نشریات بنین باقاعدگی سان پروگرامن منز شامل سپدنی۔
اَتہٕ تہٕ روٗد گوڈے سورسے زور اُردوٗ ڈرامہس پیٚٹھ۔ تکیازِ ریڈیو والین نش
آسہ آل انڈیا ریڈیو کہ وارِیاہ اُردوٗ ڈراما دستیاب۔ کٲشرِس منز اوس

روشنُن ڈراما اوس اَکھ خالِص کوشُر موضوٗعہٕ ہیٚتھ۔ اَتھ منٛز اوس اَکِس ڈوٗنۍ ہیچہ پنڈِتس کٲسبہٕ پیٚشہٕ زندگی دِپرٕژ نادِرٕ آمٕژ۔ کاربارٕ کۍ نیاسے ہنگ دستی، درمیان دارن ہنٛد دۄسو اُمو پنٛدرِ محنتک استحصال پٮ۪ سۄرُے اوس بٔڈٕ بے خوفی مگر فنکٲری سان ہاوِنہٕ آمُت۔

کامِلُن 'معمہٕ پیٚژ' تہٕ اوس اَکِس موہوٗلی پیٚژ پیٚشہٕ زندگی ہُنٛد حال ہاوان۔ یُس زن پنٕنۍ تُرِ بانے پنٕنۍ مشین اَکِس حاجت منٛد شُنٛد مُشکل دوٗر کرنہٕ باپتھ تس چھیٚپیہ چھُکھ دِوان۔ اَتھ ڈرامہس منٛز اوس کامِلہ پیٚشہٕ درد مندی تہٕ مُسینٛز فنی صلاحیت سیٚتھ نٔبرٕ وٲتھ کھیوان۔

زُتشی روشن تہٕ کامِلنہٕ ڈراما ہیو تہٕ آو زبردست مقبولیت سٕتہٕ اَمی سٕتۍ ہیوٗت ہیٚنو ناٹک کارَو نٔو نٔو سنجیدگی تہٕ شدت ہیٚتھ کٲشُر ڈراما لیکھُن۔ سومی غلام محمد، شفیع شفائی، پُشکر بھان تہٕ علی محمد لون اُسو امہ برونٛہہ تہٕ نثرِ ہٕنٛز منٛز ڈرامہ لیکھان۔ مگر وۄنۍ آیہ تِم پتہٕ پٔتھرُ دِتھ برونٛہہ کُن۔ اَمہِ وقتس منٛز سپٕد سوٗفی شُد بیچہ کنہٕ پُشکرن ہیٖرو حیامہ تہٕ شفائی سٕندۍ گیٖتہٕ داستانہٕ ریڈیوکس منٛز نشر۔ یِمن تہٕ نیشو ڈرامانگارن ہنٛدۍ ڈراما سپدۍ سیٹھا مقبوٗل۔ تہٕ گژھن ہیٚنۍ بار بار فرمائشہ بیٚیہ سپدۍ۔ بیچہ کنہٕ تہٕ ہیٖرو حیامہ واریاہ لُکہ نِشہ پُشکرن حیامہ بنیو باقاعدٕ اَکھ سِلسِلہ وار ڈراما۔ یُس زن اَز تہٕ تِہُندۍ کمو کُکن ہنٛد محبوب تہٕ ٹوٹھ چھُ۔ صوٗفی تہٕ ہیٚکہ ہا اَکھ بوڈ ڈرامانِگار بٕنتھ مگر بدنصیبی کِنۍ گو سُہ صحافتس منٛز۔ تہٕ اُسی سپُد تِمو پیٚشو ڈرامائی صلاحیژ نشہٕ محروٗم۔ شفیع شفائی ہس کٔر زندگی یاوری۔ سُہ اَکہ جوانی ہندۍ بیٚیہ عالمس منٛز۔ تہٕ کٲشرین ریڈیو ڈراماہن ووٚت

چیز لیکھو کیفے بوہلٹ۔ مگر روشن رگُد وار یاہس کالس لیکھان۔ تمُہ رنیہ کینہہ تکہ کہار نیہ تہ تمن بناوین جان تہ خو بصورت ریڈیو ڈراما یمن منز "شب رنگ" تہ "مسکین ٹبڑ" بیتر بڑ مقبول سپدی۔ پزر چھُ بی رز روشنینو پیٹھے زِ ڈراما روزن کاشرین ریڈیو ڈرامہن منز یادگار۔ علی محمد لونن تہ کوُر نہرو لیاقت ماہرہ پتے اکھ ڈراما "جنگ چھُ جاری" ناو یُس اہسی طالسطائی سُنز کہانی پیٹھ ماخوذ۔ مگر آخر ڈرامہن سُپد نہ خاص کینہہ قبولِ عام حاصل۔

کینہہ کال گژھ حصہ سُپد آل انڈیا ریڈیو کہ طرفہ ڈرامہن منز ڈوگری ہند مقابلک ایلانہ۔ یمہ زن ہٹینہ کین کیشرین ادیبن منز مقابلہ آراییہ ہند حیسہ ونیہ نوو۔ امی مقابلہ خاطر لیکھو سوم ناتھ زتشی ین "وجہ واد"۔ نور محمد روشنن "کاری گر" تہ امین کاملُن "موہ میشر" ناوک طبعزاد ریڈیو ڈرامہ۔ یمن زن امی ترتیبہ گوہ ڈرامیٹک دویم، تہ تریم ییت مہہ دیتہ آو۔ یمن ڈرامہن منز آو گوڈنچہ لٹہ بڑ سنجیدگی تہ کامیابی سان ڈرامہ کین فنی گوشن سیتی سیتی ریڈیو چہ ٹیکنیکہ ہند پور پور خیال تھونہ۔ زتشی سُند ڈرامہ "وجہ واد" اوس وجہ لہ کین گاڈ ہانژن ہنزہ زندگی اندکہ پیٹھو نژان۔ ڈراما لیکھارن اوس بڑ کامیابی سان گاڈ ہانژن ہنز وردار، کہ ییچہ مکہ انسان ییس زندگی ہنز عکاسی کرہ ہش۔ اتھ منز اوس ریڈیو ڈرامہ چہ ٹیکنیکہ ہند پور پور ورتاو کرنہ آمت۔ کینہہ کال گژھ حصہ آو یہ ڈراما آل انڈیا ریڈیو کس قومی پروگرامس منز ساریے علاقائی زبانن منز نشر کرنہ۔ یہ اوس گوہ ڈرامیٹک کونسل ڈراما ییتھ یہ لوبڑ اعزاز حاصل سُپد۔

سیٹھاہ مُشکل۔ مگر کینژو ڈرامانِگارو کوٚر یہ چیلینج تہٕ قبوٗل تہٕ قلم تُھوٗکھ تہٕ پتھ پتہٕ کینہہ بدلہٕ آیہ اشارٕ کنہِ یہ ہُتادیتہٕ۔ تہٕ یم موضوٗع مخالف ردِ عمل وۄتلاوِہن تِم آیہ ابہام تہٕ بلواسطہ طریقو مگر فنکارٕ سان ڈرامہٕ ہن منز انِنہٕ۔ اَتھ کنہِ سپُز یہِ کاشُر ڈراما ہیچھ ترقی رٔٹِتھ۔ مگر اَمہ باوجوٗد چھِ یہ کتھ ژینُن تھوٚونی لایق زِ ریڈیو چھُ اکھ پبلک ادارٕ اَتھ تہٕ چھِ کینژہ پننہٕ مجبوٗری تہٕ آسان۔ یِمن مُنٛد اثر شیٖد سیٖود ناٹک کارن پیٚٹھ تہٕ چھُ پیوان۔ یوٚہے وجہ چھُ ز ریڈیو ڈراماہ سۭتۍ اَتھ زمانس منز کینژو تخلیقو موضوٗعو نِشہٕ دس تُلاو۔ یِم ژن دوٚہہِ ہمیشہ صورتہٕ منز اَتھ بدٕ رنگارنگی طاقتھ تہٕ زندگی بخشِتھ ہان۔ یوٚہے وجہ چھُ ز ریڈیو کشیر کیس اَتھ دورس منز سپدِ یہِ اکھ لٹہٕ ہزل تہٕ مذاکس کُن زیادٕ رجحان۔ یِتھہ کنہِ اکھ مجبوٗل قسمک مزاح بارٕ شس آو۔ زندگی تہٕ اَمہ کِن یُژن نِشہٕ ژھینہٕ تھٲمتی موضوٗع آیہ ڈبہٕ تُرونٛتھ کُن۔ ترجمن تہٕ داستانن ہُنٛد دور گو بیٚیہ اکھ لٹہٕ شوٗرو۔ داریامُو ڈراما نگارو تُرٛو لیکھنہٕ پتھ کربھان۔ سومناتھ سادھو تہٕ لولن رژدی توٚنہٕ لیکھان۔ یکبار یِمن اُس نوکری ہنٛز مجبوٗری۔ مگر بیٚیہِ پابندی کرِ ڈرامہ مپشہ کنہِ۔ لیکھن والین ہنٛز اکھ تازٕ دم جماعتھ آیہ برونٛتھ کُن یِمن نوین ڈرامانگارن ہنٛدین ڈرامہن منز اُس تازگی۔ یِہنٛدی موضوٗع اَسِہ رنگارنگ۔ تہٕ یِتھہ کنہِ لوٚب ریڈیو ڈرامہن بیٚیہ اکھ لٹہٕ نوٚو قوتھ۔ بنسی نِردوش۔ ستار شاہد۔ شنکر رینہ۔ اوتار کرشن رہبر۔ موتی لال کیمو۔ سجود سیلانی۔ شبنم قیوم۔ فاروق

زبردس نوقصان۔

علی محمد لونن "اگر آش سورہ" اوس یٔیتہٕ کین ہاٚنژن ہندِ
زندگی پیٹھ اکھ حقیقت پسندانہ ڈراما۔ یُتھے یہ ڈراما نشر سپُد۔ ہاٚنژ
طبقن کوٚر اَتھ پیٹھ احتجاج۔ یہ اوس گوڈنیُک کٲشُر ڈراما یمیُک
اَکھ حدس تام مخالف ردِعمل دیُتھ لوٚگ۔ تہٕ گوڈنیُک کٲشُر ڈراما یتھ
یتھ پیٹھ نشر سپدنہٕ پتہٕ پابندی عاید آیہ کرنہٕ۔ لونن نِیُو بیاکھ ڈراما
"ژوٚر" تہٕ اوساس سوسایٹی منٛز اَکِس خاص طبقس منٛز نالیٚتھ
کرنہٕ۔ یُتھے پاٹھۍ کھٲج داریاہ گوڈنکین دۄہن ہیٚلہ زن پشکر
کھانن منٛز یارن ہندین موضوعن پیٹھ تہٕ تِرانہٕ وقتہٕ کیس اَکِس
"راسہ کٹس" پیٹھ "ژے یاونہٕ" ناوُک ڈراما لیوٚکھ۔ "ژے یاوُن"
اوس اَکِس حقیقی طبلہ نواز کرداریس پیٹھ کُنتہ بادان۔ یُس محض طبلہ نواز
آسنہٕ کِنۍ پننِس سماجس منٛز کھاندر بنیوونہٕ۔ کُنہٕ حدس تام چھیہ دُنیہٕ تہٕ
پرفارمنگ فنکارن ہیٚبھ سماجک یہ وطیر کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ زنگو موجود۔
ڈراما نگارس پیٚیہ کرنہٕ یہ مخالف ردِعمل وُچھتھ بددِل۔ مگر ریڈیوٗ اٚکی
گٔیہ محتاط۔ تہٕ کینژس کالس ہیٚنک دۄہ دِس نہٕ کُنہٕ ڈرامہ ژارنے۔ یہ
اوس شہ ورخ بیٚلہ زن ترون ہک حادثہ سپدِمُت اوس۔ تہٕ
ریڈیوٚس منٛز کام کرن والین پیٹھ اوس زبردس شک ییوان کرنہٕ۔ یہ
چھِ شے ورخ یٔلہ آش، کھیتہ ؤن سیری پہ چُھیتھک نوٗر۔ سونتہٕ بلبل
وطن دار۔ ظُلم۔ قٲد بیتر لفظ نظمن منٛز ورتاونک اجازتھ اوس تہٕ
تہٕ نثری تخلیقاتن منٛز۔ یتھین حالاتن منٛز ڈراما پکُن اوس

رکھو ساریٚ نیٚ تٔرِس [شاید سپُد تہٕ یہ اوٚسے کُنہٕ ڈبارٕ نشر] "ہٕرُد" چھُہ
شنکرن بیاکھ ڈراما یُس اکِس دِلچسپ موضوعس پیٚٹھ واٹھ لکھان
چھُہ۔ ریٹایر گومُت اکھ صحت مند بُڈ، یمیٚ سٕندِس دِلَس وِتہٕ تہٕ بیندِ بینہٕ
نوشِن کورِن ہٕشرٕ جوٲنی تہٕ کیلنڈرس پیٚٹھ نیمہ گرٕیاں دیوٲنی تعمیر چھُہ تلایہ۔
یہ ڈرامہ چھُہ اکھ بہترین نفسیاتی تجزیہ۔ یہ سپُد آل انڈیا ریڈیوکِس
قومی پروگرامس منٛز نشر۔ تہٕ سپھٕ ٹاہ پسند آو کرنہٕ۔ کیٛازِ کہ آو یہ اکِس
بین الاقوامی مقابلس منٛز تہٕ سوزنہٕ۔ یتھ زن پرائز اطالیہ وَنان چھِہ۔ اَتھ
رُود یہ کینڈٕرٕ نمبرَس پیٹھ۔

اوتار کرشن رہبر تہٕ لیکھیٚ کیٚنہہ رٲتھ ڈراما۔ "یہ چھُس ژُور" تہٕ
"تلاش" ڈرامہ چھِہ عصری پزرن سیٚتھ تعلق تھٲوان۔ تہٕ آمہ لحاظہ ہیکو کھ
ہم جدید ڈرامہ ہٕن منٛز شامل کٔرِتھ۔ یمہٕ سٕندِ کٕنی تواریخی ڈرامہ "بڈشاہ"
تہٕ "اکھ تہٕ حال" تہٕ آیہ بڑٕ پسند کرنہٕ۔

موتی لال کیموٗ سٕند دیٛت چھُہ بیٚیہ انہارُک۔ یمو کٔر یمنٛ ڈرامہ
ہٕن منٛز جدید ڈرامہس تہٕ روایتی بانٛڈ پاتھرس میٚل کرنُک کوشش۔
چنانچہ یمہٕ سٕندی ڈرامہ "تٕہ نوو"، "مانگے"، "حرم خانک آتہٕ"، "بیستر چھِہ آمہ
لحاظہ بڑٕ اہم۔

فاروق مسعودی تہٕ لیکھیہ ہمہ ان ڈراما۔ مگر تمہ رود اکھ بچہ تہٕ
کالج پاتھر "تلاش" ناوُک نہ ڈراما تۄادن وُنیشِک نام نشانہٕ۔ یمن ڈرامہ
ہٕن منٛز چھِہ اکِس نوجوان تہٕ جدید ذہنکِس فنکارٕ سٕندر سوز سے
تجربہ، مشاہدہ، تہٕ کھ تہٕ روے نظر گژھان۔

نیٖہ ہری کرشن کول سٕندی ناد چھہ اتھ سلسلس منٛز قابلِ ذکر۔

زدوشنین ڈرامہٕ ہن منٛز اگرچہ تمہٕ سٕنز داستان گوئی ہٕنٛد انداز غالب چھُ۔ مگر نوٗنہٕ چھہ یمن منٛز تازگی تہٕ نوٚیر نظرِ گژھان۔ اُمہٕ سٕندی فقط سیہ "میون مرُن" "آکاش پاتال" "بس اکھ طماہ" سٕیدی تکن منٛز بٔڑ پیٚنٛد۔ اُمہٕ سٕندی باقے ڈراما اگرچہ حقیقت پسندی ہٕنٛدی وٕتھ چھہ رٹان۔ مگر نوٗنہٕ چھُ یمن منٛز فقط سیہ آسہٕ نکھہٕ گمانہٕ سیدان یہ چھُنے گوڈنیچ لٹ زٕ ریڈیو ڈراما ہن منٛز سیٚہ فقط سیہ تٕک رٕٹ تہٕ کامیاب استعمال۔ "داگ نشرٕ" چھُ بنسی نردوشن اکہ رُوٗحہٕ شہ نیر لیوٗکھمت تہٕ جان چھُن لیوٗکھمت۔

ستار شاہد تہٕ ہیکہ ہے اکھ جان ڈراما نگار بٔنتھ۔ مگر شاید چھہ نہٕ لیکھنس برابر لیکھان۔ نوتہٕ چھہ اُمہٕ سٕندی "نٔو کولوٗنی" تہٕ "انہار زی ارمان" جان ریڈیو ڈراماہن منٛز گنٛزرنس لایق۔ شنکر رینہ سٕنٛد ڈراما "دھمدیکہ کول" چھُنے یُتھ اساطیرہٕ پیٹھ منٛزٕ سیدھ لیکھنہ آمُت۔ مگر شنکرن کوٗر یہ موضوع پیٹھ کنہ ماخوذ زٕ باسان چھُ کانٛہہ کامِشر کٕنہٕ کتھ چھہ بوزان۔ آتیچ کردار نگٲری (خاص کردار چھہ سیدھ یا تہٕ بے مسن سٕندین اساطیری کردارو پیٹھ نیٚہ آمتیم) داستانی عنصر تہٕ مافوق الفطرت عوامل چھہ امہ ڈراماچ کمزوٗری زنتہٕ۔ بٔہمہ کینہ یہ کاشرین ریڈیو ڈرامہ ہٕن منٛز یادگار روزِ۔ "وفہ نیٚ کہنز وارِ چھہ؟" ڈرامہ اوس شنکر رینہ ہن اکہ افسانہٕ پیٹھ اڈاپٹ کوٗرمت۔ میانہِ کنہ چھہ یہ کاشرین ریڈیو ڈراماہن منٛزٕ اُتہٕ نی لیکھنہ آمتیو ڈراماہو منٛز بیٚتر "موربُڈی" ([illegible])

"ہیمانہ جگر کہ دادہ ووہ کھ" "داگن کھر" "تائہ شتی کوہر" تہٕ باقی یادگار ڈرامہ لیکھنہٕ۔ سلسلہ وار ڈرامہن مُنڈ طریقہ تہٕ رودٕ بڑٕ جان۔ اَکھ سلسلس منز ہیکہ اَسی خوشحالن پٹھ کرٕ بان سٕنٛد سلسلہ وار ڈراما "سندباد جہازی" ہُک ذکر کرِتھ۔ یُس تریَن قسطن منز نشر سپد۔ تہٕ ییمہ کِنۍ ہمدردین دِلن منز جاے کرٕ۔ "وچھہ روز ییکان" ناوک سلسلہ یُس زن اختر محی الدین سومناتھ زتشی تہٕ لون لیوکھ تہٕ تیٚمہ رسیٛٹھاہ مقبوٗل۔ یمہ منز تیٚمہ سپد لونٛ ڈراما آل انڈیا ریڈیوکِس پروڈکشن کِس مقابلس منز تہٕ شامل تہٕ اکھ آو بنگالی ڈرامہ ہُنٛد سیتہ گوڈ نیتھ بناونہ دینہٕ۔ آمہ پتہٕ سپد یہ ڈراما آل انڈیا ریڈیوکِس قومی پروگرامس منز تہٕ ملکہ چن بجن زبانن منز نشر

کاشر ریڈیو ڈرامہ چُک یہ جایزہ اند وا تناونہٕ برونٛہہ چھہ یہ ظاہر کرُن ضروٗری زِ ساٛنی ریڈیو ڈرامہ ہٕن ترٛاو ساینس سٹیج ڈرامہ ہس پٹھ زبردست اثر۔ بیٚینہ زن ملکہ کین باقے حصن منز سٹیج ڈراما ترس چھہ آسان۔ تِتہ چھہ سون ریڈیو ڈرامہ ییٚتہ ترس۔ تِتہ چھہ کامیاب سٹیج ڈراما ریڈیو خاطرٕ اڈاپٹ یوان کرنہٕ۔ مگر ییٚتہ چھہ کامیاب کھوناکام ریڈیو ڈرامہ رنٛگہ منٛڈ تبدیلی کرِتھ سٹیج تھپران۔ ریڈیو ٹیکنیک چھہ یوٗت اثر فلیش بیک، پس منظرکہ تاثرات، آوازٕ بہتر سورُے چھہ بلکل ریڈیو کِس ٹریٹمنٹ منز ورتاونہ یوان۔

کشیر منز ریڈیو ڈرامہ ہُک یہ جایزہ روزِ تہ تام نامکمل۔ یوٚت تام نہٕ ڈرامہ پیش کرن والین فنکارن تہ اداکارن ہُنٛد مختصر ذکر یِیہ کرنہٕ۔ سرفہرست چھہ پران کشور۔ یمو ازتام ہتہ واد ڈراما نہ صرف پیش کرِی بلکہ

ہری کرشن کول سُنْد "یپٚلہٕ وتن کھُر چھُ پِوان" تہٕ چھُ کاشُرِک
اَکھ رُت ڈرامہ۔ یُس زَن قومی پروگرامس منٛز تہٕ نشر سپُد۔

سجود سیلانی تہٕ شبنم قیوم چھِ پسیار نویس یِگرا میہ یِتہٕ
تہٕ چھہ پیٚھنٛدۍ کیٚنہہ ڈرامہ بڈہ پَسند آمتۍ کرنہٕ۔ خصوصن سجود سُند
"ہانٛنی کوٚر" تہٕ "راتھ تہٕ گٕرہ بنگار" چھہ اَکھہ سِلسِلس منٛز قابلِ ذِکر۔

موضوعن ہنٛز رنگارنگی سیتۍ سیتۍ آیہ ریڈیو ڈرامہن منٛز کیٚنہہ
جان ٹیکنیکی تجربہٕ ورتاونہٕ [ اگرچہ یِم تجربہ بیٚیَن زبانن ہنٛدین ڈرامہن
منٛز پرانے میتۍ آسہٕ] یِتھیَن ڈرامہن منٛز چھہ لون سپنٛدۍ ڈراما "حمیدی
مہمان" "رُوح تہٕ رُوٹل" "غدار" "میانہ جِگر کہ دادِ دوہ بُتھ" "گنٛڈۍ
صحراو تہٕ ووجود" "بیتر اختر جی" "سمندر تہٕ سردار" "آدم چھُ عجیب ذاتھ"
موتی لال کیموٗ سُنْد "حرم خانک امہ"۔ فاروق مسعودی، سجود سیلانی
سوم ناتھ سادھو نٛ کیٚنہہ ڈراما تہٕ ہری کرشن کولُن "یٚپلہ وتن کھُر چھُ پوان"
بہترین ڈراما پیوان۔ یِمو منٛز چھہ "آدم چھُ عجیب ذاتھ" ہری کرشن کولُن
"یپلہ وتن کھُر چھُ پوان" تہٕ بوشُن "گنڈۍ صحراو تہٕ ووجود" "قومی پروگرامس
منٛز نشر سپنٛدۍ متۍ۔

ریڈیو کشیر کیو ڈراما فیسٹولو تہٕ سلسلہ وار ڈراماہن ہنٛدۍ
براڈکاسٹن تہٕ کرۍ ریڈیو ڈرامہ چہ ترقی تہٕ مقبولیتہ منٛز زبردس کام۔ یِکہ
چھہ یِم فیسٹول بڈہٕ شوقہ سان بوزان۔ تہٕ اَکھہ تعلیم سامیہ داد خط ریڈیو کاشس
سوزان۔ یِم ویس فیسٹولن ہنٛدۍ موکمہ آیہ کاشرۍ بانی منٛز "آکاش پاتال"
"میون مرن" "بس اکھ طماہ" "روح تہٕ روٹل" "بنٛنہ تہٕ پرُوک" —

# کٲشُر ناوِل

(اوتار کرشن رہبر)

کٲشرِ زبٲنۍ منٛز چھُ ناولہٕ ہُنٛد وجوٗد نہ آسنَس برابر۔ یہ چھُ اکھ سُہ احساس یُس کٲشرِس ادیبس سام ہینہٕ پتہٕ یکدم سٕنبھتھ گژھان چھُ کٲشُر ادب چھُ اکھ سُہ ادب یتھ منٛز افسانہٕ (شارٹ سٹوری) گٕنڑ بارسس آوتہٕ آمہٕ پتہٕ لٗب ناولہٕ ہٕریٚتہٕ نثرٕ نتہٕ چھیٚے مختلف ادیبن منٛز یہ صوٗرتھ رٕوزٕ ہیٚژ ژِ گٕنڑ لٗب ناولہٕ ہنٛدِ فقط بادٕن تہٕ آمہٕ پتہٕ پرٛود افسانن یا شارٹ سٹوری قد تہٕ مد۔ یہ چھُ بے شک کٲشرِ ادبُک اکھ دلچسپ انہار۔ سوچُن چھُ یہ ژِ ناولہٕ ہُنٛد فن کیاہ ژِ وتہٕ ملیوٗ واریاہ ژٕھیٚر کٲشرِ ادیبن منٛز نتہٕ یہ کیاہ ژِ پیچیدٕ تہٕ وُنیکیُن نامُمکن؟ آخر یہ کیاہ روٗد گژھٕوٕنۍ تہٕ ناپیدٕ چھیٚے؟ یمن سوالن جواب ژھارنہٕ سیٚتۍ تم نثرٕ تہٕ مضمون روح کانہہ تُمہ پیٚٹھ کٲشرِ ناولہٕ ہٕنٛدِس ارتقاہس سیٚتۍ تُلُک چھُ ہتھ وانۍ ساروے کھۄتہٕ بوٚڈ تہٕ اہم وجہ چھُ یہ ژِ کٲشرِ نثرٕچ حقیقی وٲنس چھیٚے سیٚٹھا مونژصر۔ نثر آدٕ کٲشرِس ادبس منٛز ستہٕ یم ۱۹۴۷ء پتہٕ اکھ خاص تسلسل تہٕ سنجیدگی سان لیکھنہٕ۔ وانہٕ ناوٕرکی ذٕری تہٕ چھ ریڈیو تُھرکی یہ ادٕ کاسٹ تہٕ کینٛہہ میگزین روزان۔ یمن منٛز گٕنڑ کالس اندر کونہٕ نَگ پوٚش تہٕ گگریٚ پھیرنس لایق چھ۔ یمن میگزینن منٛدی مختص

یِمَن منٛز کَرٕ کھ کام تہٕ۔ پُشکر بھان تہٕ سوم ناتھ سادھو تہٕ چھِ یہِ حسٕن یِتہٕ
پیش کارٕ تہٕ اداکارہ اہم ناو۔ کشمیر پٹھ تہٕ گٔژھ از برونٛہہ کینٛہہ کال کینٛہہ حان
ڈراما پیش۔ اداکار منٛز (مرحوم جگن ناتھ ساقی صاحب علاوٕ) یِمَن ہٕنٛدؠ کُہ
ناو وُنی کینٛہہ ذہنس منٛز یوان چھِ تِم چھِ ساجدہ بیگم، محمد یوسف قریشی
شانتا کول، پُشکر بھان، سوم ناتھ سادھو، محمد سلطان پنڈت، محمد عبداللہ
مکھن لال صراف، شُداماں جی کول، راج دُلاری، شبلہ بیگم، حفیظ کوشر
برج کشوری، پرانا سنگھ، نرلوکی داس تہٕ باقے درجن داد زنانہٕ کہہ مرد
اداکار۔

بہرحال کاشرِس منٛز ریڈیو ڈرامہ چھِ اہمیت تہٕ افادیت آسنہٕ بٕتہٕ
تہٕ چھِ کینٛہہ مُشکلات درپیش۔ بوڈ مُشکل چھُ یہِ زِ یتھی ڈراما چھِنہٕ زیادٕ
تعدادس منٛز میسر سپدان۔ لیکھن والؠ چھِنہٕ سٹیج ڈرامہس کُن
یوان۔ ٹکیاز یہ چھُ اکھ دشتِ خارزار۔ اتھ منٛز چھےٚ محنت تہٕ لگان تہٕ
ژھکہ تہٕ۔ علمہٕ تہٕ خرچ گژھان تہٕ تجربہ تہٕ گژھ چھُ یوان کھارُن۔ دُسرِ چھےٚ
حان ڈرامہٕ ہٕنٛز کمی ساری یہ بہاڑ کاشنگ نظ ہٕس ہمیشہ ناموافق
اثر ترٛاوان۔ یتہٕ نو ڈراما چھِ دُبارٕ نشر یوان کرنہٕ۔ وجہ چھےٚ کہ تِم یوان
زِ ساعتِ نوجوان ادیب (ییمِو وُنِ اتھ مادانس کُن قدم ترٛاوُن مائل چھِ
سپدِ کو میتوم) یِن اتھ مسلس کُن توجہ۔ تہٕ پتہٕ کُنہِ تِم نظمہٕ غزلہٕ افسانہٕ
تہٕ اپسے بہتر لیکھان چھِ۔ تِتھے کُنہِ لیکھن ڈراما تہٕ۔ تہٕ یمہٕ وِہرِ سے
کُو زِ کینٛہن اکھ مسلہ بٔنتھ درپیش چھُ یوان سہ گژھ دُور۔

بیٚیہ کاںٛہہ مکمل ناول کٲشرِ زبانۍ منٛز سرِ بازار آیہٕ۔ تہٕ یِتھ پٲٹھۍ چھُ اختر محی الدین کٲشرِ ناولِ ہِندۍ مُولادار یا بٲنی کار بنان۔

یوٚدوے کٲشرِ زبٲنۍ منٛز آسہ ہے نہٕ لیکھنچ کانٛہہ اکھ پیٚٹھ مُسلسل عمل منٛز تہٕ سنٛجیدگی سان گنوٚہہ صدی ہِنٛدۍ شوٗرو سپدیہ۔ باسان چھُ اَتھ زمانس منٛز یہے موختصر افسانس (شارٹ سٹوری) مُقابلہ ناولے بارسس تہٕ کیاہ زِ وارِیاہن ہِندوستٲنۍ زبانَن منٛز چھےٚ ناول اَکھی زمانس منٛز لیکھنہٕ ییوان تہٕ یہِ چھُ سُہ زمانہ یتھ منٛز شارٹ سٹوری مُقابل ناول نویسی ہِندِ کُرِیہ فنس چلے چاو اوس۔ ہندوستانس منٛز وقتہٕ تلیو یہِ فن انگریز نا ہِمہ تہٕ یوٗرپی اَتھہٕ سیٚنی۔

کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛز بڈٕ ویٚرِ چھےٚ کٲشرِ اخبارَہ آسُن سیٹھاہ تامُت۔ چھُ زِ صحافت یا اخبار نویسی چھےٚ نہٕ وُنہ تہٕ یتھ زبٲنۍ منٛز وقتہٕ تلیتھ ہیٚچھ یہ۔ یہ یہ زَن گنہ تہٕ ترقی یافتہ زبٲنۍ ہنٛد تم تہٕ ماز آسان چھےٚ۔ یوٚدوے اَمہ چیزَن کٲشرِ زبٲنۍ منٛز لکھہٕ رٹھیکہٕ ژٲوِ یتہٕ آسہن سیٹھا ممکن چھُ قسط وار ناول ہُند سِلسلہ ما آسہ ہے شوٗرو گومُت تہٕ مقبول سپدمُت تہٕ کٲشرِ ناول ما آسہ ہے بوٚڈ تھہ ڈرامہٕ۔ مختلف اَدبَن ہنٛز ہسٹری پیٚرتھ چھُ ننان زِ اخبارَو تہٕ رسالَو چھُ ناولہ ہُند فن مقبول بناونس منٛز واریاہ مدد کورمُت۔ تہٕ پھیپرتھ چھُ ناولِ تہٕ یمَن اخبارَن تہٕ رسالَن ہنٛز سرکولیشن تہٕ شعوہر کتھہ بڈاونس منٛز پنُن حِصہ ادا کورمُت۔ یِتھنے پیٹھہ یہِ وَنُن ضروٗری باسان زِ اَمہِ قسمچ کوشش سپدیہ یہ کٲشرِس منٛز تہٕ مگر پیمہ کھرٕ تہٕ سپکس کینٛہہ تہٕ ۱۹۲۳-۱۹۲۴ عیسوی سنس منٛز کر یہ پروفیسر سری کنٹھ توشخانی لوہور پریس اُردو رسالہ "بہارِ کشمیر" منٛز اکھ قسط وار کٲشر ناول

اُسو لگٕژ رٕژھتہٕ سرکولیشن موجوٗد ووٗد۔ ہمیشہ روٗدُک اَتھ زو تہٕ بیٛیر زوٗیمہ
رکھنہٕ تہٕ نوٚیو مادان سرکرٕ بیٛیچ زیادٕ گنجٲیش روٗز۔ ظاہر چھُ ناولہٕ ہنٛز طوالت
ہیکہِ نہٕ ریڈیوہس برداشت کٔرتھ نہٕ یم میگزینہٕ یم ہمیشہ پننٛ کھوٚرٕ ٹھیکہ
راوٕنچ کوشش مٕنز روٗدی۔ اَمہ پتہٕ تہٕ ڈرامہ کینٛہہ میگزینن ہِمن مٕنز نیب
کاشُر ادب ہشی پراز بنٛنہٕ قابلِ ذکرہ چھُ مگر یم تہٕ ہیکہٕ ناولہ بایَت پننہٕ
ورق آینہٕ تھٲوِتھ۔ اِختِصار کہِ سببہٕ سپدِ یم ساری ذریعہٕ ناولہ مقابلہ
مختصر افسانہ (شارٹ سٹوری) بایَت زیادٕ موزوٗن ثابت۔ یم ادیب گوڈٕ
کالس مٕنز نثر لیکھنہٕ لگہٕ تِمو ذریعہ ویہہ پننہٕ کامیٛتہٕ ژھوٚٹہٕ ژھوٚٹہٕ مضموٗن
تہٕ کہانی لیکھہِ لیکھی۔ ہمہ ہمہ بیٛیلہٕ تہٕنٛد حوصلہ بڈِ تہٕ تہنٛدیس قلمس
آو آے۔ اَدہٕ ہیٛتہٕ تِمو دوٚیمین صنفن ہندس حدٕ ژھونٛڈہٕ ہِمن مٕنز
ناول تہٕ اَکھ چھُ۔ گوڈٕ کالس مٕنز یم ادیب کاشُر نثر لیکھنہٕ لگہٕ تِمن
مٕنز اُسو بیشتر تم یِم اَمہ برونہہ بایَتہ اُردو لیکھان اُسی تہٕ ہندی
تہٕ یہنز باوتھ اُس بایتہ شاعری مٕنز سپدان نتہٕ افسانن مٕنز۔ ناول
لیکھنک تجربہ اوس نہٕ کانٛسہِ اَکس۔ ماجہ زیوٗ اظہارُک ذریعہ بناوتھ
سپز کوٚڈ تہنٛدیو قلمن واش تہٕ کامیابی ہندس سپدُک زیادٕ یقین۔ اختر
محی الدینٕنہٕ 'ستہ سنگر' چھُ کاشُر افسانن ہِنٛز گوڈنیُک سومبرن یُس
کانٛسہِ افسانہ نگارن انفرادی طور چھاپ۔ چھاپ سپدنُک تٲریخ چھُ ۱۹۵۵
اَمہ برونہہ پیٛیہ کینٛژھاہ کاشُر افسانہٕ رنگہٕ تہٕ ووٚجوٗدس مٕنز آو تہٕ تیتہٕ رٕژھ یا تہٕ
ریڈیو کشمیرٕ ذریعہٕ لوکن تام واتان نتہٕ کونگ پوش تہٕ گریز رسالن منٛز
ذریعہٕ۔ ۱۹۵۷ - ۱۹۵۸ء ہس مٕنز آیہٕ گوڈنیُک کاشُر ناولیٹ "دود تہٕ دگ"
بازرس مٕنز۔ تہٕ یہ تہٕ چھُ اختر صابنی تخلیق۔ دود دگ ناولہٕ برونہہ چھکنہ

"چمن" اخبارس منز چھاپ سپدیہ۔ یمن سارنٕے مسودن پیٹھ کُنہ قسمک بحث کرُن چھُ حال تہٕ کیازِ اصل تنقید چھُ پتہٕ ناول چھاپ سپدنہٕ پتہٕ ممکن۔ یہ کتھ چھےٚ لہٰذا ثابت کرٲنۍ زِ ناولہٕ ہنز ورٲثت چھےٚ دہ شیہ وٕرے بنیادٕ تہٕ معیارٕ کنۍ کٲشرِس ادبس منز موجود۔

ناول نویسی ہُند فن چھُ اکھ مشکل ترین فن۔ ناولہٕ ہُند کینواس چھُ سیٹھاہ وسیع۔ تہٕ اکھ منز چھ ترٛیشہ طریقہٕ جذبات داخلی تہٕ خارجی۔ ترٛیشہ طریقہٕ چھ کیفیتہٕ شعوری تہٕ لاشعوری تہٕ زندگی ہنزِ رنگہٕ رنگہٕ نقشن تہٕ پیچ و خم ہیٚنیو جاے زِہارَن زندگی چھےٚ ینٛ اُتتہٕ روزٕس تہٕ وانتہٕ روزٕس سنیس تہٕ دہ گنیار۔ باوُد تہٕ وسِچار تہٕ اوہ ہیر تہٕ کہ ہیر ہیٚتھ امہِ چہ پٚینہٕ منز ینہٕ پاس دوان۔ تہٕ یہ بار ویتراوُن چھُنہٕ پرٛیتھ اکس لیکھارِ سُند جگرٕ تہٕ توانگر۔ اکھ لیکھار گژھہ بیک وقت اکھ قلمکار یا انشاء پرداز، اکھ شاعر تہٕ اکھ مصور تہٕ اکھ ڈراما نگار تہٕ اکھ افسانہ نگار آسُن۔ تس گژھہ سون مشاہدٕ آسُن تہٕ زندگی ہُند وسیع تجربہ آسُن سیتۍ سیتۍ بے حد تاب تہٕ صبر آسُن۔ ناولہٕ ہنز وسعت جزئیات نگٲری تہٕ جاینہٕ طوالتھ چھےٚ امہِ باپتھ فنہٕ نقطہ وار بار مشکل بناوان۔ ناولہٕ ہُند خوش پۅت آرُن دوشن: اکھ شوبہ دار تہٕ زودار آہنگ تیار کرُن تہٕ ینہٕ مواد فن چہ منزلہ منز زندٕ جاوید کردار وَ ذریعہ پیش کرُن ——— یہ چھےٚ سیٹھاہ مشکل تہٕ صبر آزما کام۔ ناول نگٲری ہنزن باریکین چھُ اکھ لیکھارٕ مسلسل کوشش تہٕ پکہٕ ہم عملہٕ منز پیٚنتھہٕ وارہٕ وارہٕ تہٕ ہنہٕ ہنہٕ مشقس گران تہٕ ورتاوان۔ تہٕ اکھ تلخ حقیقت چھےٚ یہ زِ یمو کٲشرِ ادبچ

"ژکرپھیر" یا "لیلا" لیکھنہٕ شروٗع۔ مگر یِما آسہٕ نہٕ زِ یہٕ ژوٚر قسط چھیپیمت۔ "بہارِ کشمیر" گو بند تہٕ اَکھ ناوِل تہِ لوٗگ ہوٚتھ گرندٕ مٕنہٕ تِنہٕ پاٹھو ییلہِ ۱۹۴۷ء پتہٕ کأشر نثر چھپنہٕ تہٕ چھپنہٕ لوٗگ۔ "کونگ پوشس" منٛز لجہٕ یہِ اَکھ ناوِل" ذاتہِ مُبرات" قسط وار چھپنہٕ۔ مگر دٔہ بیٚیہِ قسطو پتہٕ گو یہِ سلسلہ بنٛد۔ وَنہٕ چھُ یِوان حبیب کامرانس (ناوِل نگارس) آیہِ مزاز کینہ کیٛاہ تام تبدیلی زِ تَس گیہِ لیکھنٕچ ہِش کھمر تہِ نِکھتہ تمو ژِدو نہٕ لیکھُن کرنٕس بلکہ یہِ ناوِل نہٕ کرُن ضایہ ییلہ یِہِ تمو لیچھمُت اوس۔ کیاہ وُتو تمو اَسانہِ مکمل تہٕ گُرمت کِتھہٕ نہٕ ہیکہِ پأٹھو کانہہ فیصلہ دِنُن چھُ مشکل۱۔ بہرصورت کُنہِ چھِپنہٕ بِیہہ توٗتہٕ اختر صاب نہٕ "دوٚدوٚگ" ناوِلہٕ پیٹھ وانان یہ بیہِ ۱۹۵۷ء — ۱۹۵۸ء ہِس منٛز چھاپ سپدیہِ "دوٚدوٚگ" چھپتہٕ پیٹھ از نام سورییہ نہٕ ڈِکہِ (Decades) یکأشرِ ناوِلہِ منٛز اصل وأتس تہٕ چھپیہ پیٹھ۔ بے شک چھُ یہ اَکھہِ موزُم وَقٕت اَکاپوٚز یِہ بیہِ ناوِل نویسی ہنٛز رفتار اِمکن دٔریوِنہٕ اَندر وُچھنس منٛز آیہِ سوٚ تہٕ چھپنہٕ کُنہ کنہِ جان۔ یہِ چھپیہ سیٹھاہ سوٗت تہٕ موٚد یوس کُنہ نژن چھپیرُن سونٛتھ دراہ بیہِ شیٚیہ اوریجنل (Original) ناوِلہٕ چھاپ فائدٕ منٛز نہٕ لبس۔ یہِ چھُ سون کُل سرمایہ! کُل کائنات! یقینن چھپیہ بیہِ نہٕ ژوٗر ناوِلہٕ کینژن لِکھارین لیکھتہ مگر یِمہ چھپیہ وُنہٕ مسودن منٛز شکلہِ منٛزے پیٹھ ماسوائے اختر صابنہِ "زِوو تہٕ زولانہ" نیمکۍ کینٛہہ حِصہٕ

(۱) اَمہِ ناوِلُک ہٕند گوڈنیُک قسط چھُ جملے ۱۹۵۵ء کِس کونگ پوشس منٛز چھاپ سپدیومُت۔

*out, experimentally, in conduct .... It is the form in literature which has explored most fully the life of the ordinary man & found it worthy of portrayal."*

اَکھ خیال چھُ یِتھ زِ ناول نویسی چھےٚ تیٚلی پھانٛپھلان یێلہٕ کانٛہہ خاص سماجی یا سیاسی تحریک کُنہِ سماجس منٛز کاڈ کڈان آسہِ۔ بیشک چھےٚ اَمہِ قسمچہِ تحریکہٕ ادیب سٕنٛدِ خاطرٕ معلوٗمُن مواد فراہم کران تہٕ وُزنہٕ ہیٚنٛد اَکھ اہم ذٔریعہ بنان۔ مگر کأشرِ ادیبن کرٕ یِژھ تحریکہٕ تہٕ اَکھ ۱۹۴۷ء برونٛہہ لیوٗسہٕ آزأدی ہنٛزِ تحریک کاڈ کڈان اوس۔ کأشرِ شأعرن لوٗب اَمہِ نِشہِ ضروٗرُ مواد۔ اَما پوٗز کأشرِ ادیب روٗد شعوٗر نگے تراوِتھ رُد اوس ذہنی طور تیوٗت لیس مانٛدٕ زِ تمہِ سٕنٛدِ خاطرٕ اوس اَچھ زٕلوٗ اَکھ موٚدہ زبان۔ یِتھہِ مَنٛز تٔہنٛز وُرہیٚن منٛز آیہٕ سانہِ زندگی منٛز سیاسی، سماجی تہٕ ثقافتی طور کینٛہہ تبدیلی دورِ یِمن ہنٛز کینٛہہ اظہار چھہ یِمن منٛز لِکھارین ہنٛدِ بابت، کوٚت مواد پوشیدہ چھہ مگر کأشرِ ادیب روٗد زہہ لہٕ تہٕ زِیے کران۔ موجوٗدٕ دورچ شاہکار روٗسی ناول "کینسر وارڈ" چھہِ کُنہِ تحریکہِ ہنٛزٕ پیداوار بلکہ یہ چھےٚ اُکس نظامس خلاف بذاتِ خود اَکھ تحریکہِ ہنٛد آغاز۔

کُنہِ تہٕ زبأنی پوٚچھر دِنہٕ بابت تہٕ کانٛہہ فن مقبوٗل بناونہٕ خاطرٕ چھےٚ ترجمن ہنٛزٕ اہمیت نِشہِ تہٕ ٹاکارٕ۔ ترجمہ چھہ بذاتِ خود لِکھارین ہنٛدِ بابت سیٹھاہ فایدٕ منٛد ثابت سپدان۔ لِکھارین چھُ یِژھ کامہِ

اَتھ فنس کُن وُنیکھ تام لوٗسے کھوٗسے ہیوٗ، تم تہٕ رٕڈ دیہِ مستقل طور
ڈاڈ گرٕ اتھ۔

کاشرِ زبٲنۍ ہُنٛد اَکھ اَہم مسلہ چھُ یہِ زِ یتھ زبٲنۍ چھُنہٕ ریڈنگ پبلک (Reading public) اُمو مسلن اوٚن ناولہٕ ہنٛدِس فنس بڑونہٕ پکنس منٛز بانٛسے کوٚس۔ یتھ زبٲنۍ ہٕ پرن وٲلۍ آسن سعٕ ہیے چھپہٕ تہٕ چھپہٕ لہٕ کِتھ پاٹھۍ۔ یوٚہے وجہ چھُ یمہٕ ناولہٕ کاشرِس منٛز آزتام چھاپ سپدۍ یمہٕ آسن ہٕ فی ساس آبٲدی منٛز دہ یوٗ زٕنیو تہٕ پرمٕتۍ۔ افسانہٕ، ڈراما، بیترِ چھ ریڈیو، سٹیج تہٕ ٹیلی ویژن ذٔریعہ تہٕ گژھن تام واتان۔ یمن چھُ ناولہٕ مُقابلہ کتہٕ کوٚر مارکیٹ۔ دُنیہٕ ہچین مختلف زبانن مثلن انگریزی، فرانسی، روٗسی بیترِ زبانن منٛز یا مُلکہ چین مختلف زبانیٖن منٛز بیٚیلہٕ ناول نگٲری ہنٛدِس فنس وۄہتھ بُڈ لوٚگ، پَرن والین ہُنٛد اَکھ جان تہٕ معولہٕ دُن طبقہٕ اوس تیار بہ تیار۔ ناول نویسی ہیو ونیہٕ چھیہ خم تہٕ گُتشہ سپتھ یہ بنیہ یمن وُسی۔ لکن سپد تفریح۔ دل بہلاوِنی تہٕ ذہنی آسودگی باپت اکھ نوٚو تہٕ بہترین وسیلہ دستیاب۔ اکھ انگریز کرِ لکھاری چھُ لیکھان:

"For many, it is the only
experience.
outlet to a large
For others, it is an indirect
satisfaction of some need for
philosophical or moral guidance,
not set out in rules, but worked

چھاپ پیمٕژ۔ موریر چھُ ایرٲنی شہنشاہ علی شاہ قاچارٕنٛدِس وقتس منٛز انگریزٕ سفارت خانس سیٖتھ طہرانس منٛز وابستہ رُودمُت۔ ایرٲنی زبانہِ منٛز چھُ امیُک ترجمہ حاجی شیخ احمد کرمانی ین کوٚرمُت۔ یہ ترجمہ چھُ تیوٗت موٗلہٕ وُن زِ یہ چھُ اصلی اوریجنل (۱۸۲۴ تا ۱۹۰۵ء) تخلیق باسان۔ ڈاکٹر شمس الدین احمدن چھےٚ داستان نُما ناول فارسی پیٹھے کاشرِس منٛز پھیرمُت۔ ترجمہ چھُ بڑٕ میوٗلہٕ تہٕ خوش کرُن۔ بیاکھ اکھ ترجمہ چھُ پرتھوی ناتھ پُشپ صٲبن۔ تمہِ چھےٚ رابندر ناتھ ٹیگورٕ سٕنٛز بنگٲلی ناول "چوکھیر بالی" کاشرِس منٛز پھیرمٕژ۔ یہ ترجمہ سپُد ساہتیہ اکادمی طرفہٕ ۱۹۶۶ء منٛز اَچھہ کِتھہٕ نادِ چھاپ۔ پُشپ صٲبن ترجمہ چھُ گوڈنیُک ترجمہ یُس کُنہ ناولہٕ کاشرِس منٛز سپُدمُت چھُ۔

بہر حال پیش ہن چھُ یزار زِ ناولہٕ رٔنٛگہٕ یہ کینٛژھاہ اَز تام کاشرِ زبٲنی منٛز لیکھنہٕ آو یا دوٚیمیو زبانو پیٹھہٕ پھیرنہٕ آو، امہِ سیٖتۍ چھےٚ زمین واریاہ سوٚنٛتُر تہٕ ہموار۔ یِمہٕ پیٹھ ناولہٕ ہُنٛد اگُر وُن فن وۄتھ بلیٚتہٕ تہٕ وۄدہِ یہِ تھہٕ ہیکہِ۔ امہِ بٲرٕ چھُ یہ کتھہٕ زٕ ہیوٚ مُشرہِ دِنہٕ زِ کینہہ تہٕ اَدبس منٛز یِلہِ ناول نگٲری ہنٛد بارسس آیہ، یکدم پیٚیہ نہٕ شاہکار ناولہٕ لیکھنہٕ۔ اکھ لوگ کینہہ وَق۔ تہٕ یمو پٔنُو لکھار یو کھوٚتہٕ کھوٚڈ اَتھہٕ کٔرُن کل یہ دُکہٕ یٖمن رنٛز ہر میدانس پٔنٕنۍ اکھ اہمیت حٲصل۔ اختر محی الدین۔ امین کامل۔ علی محمد لون۔ غلام نبی گوہر تہٕ بنسی نردوش چھِ کاشرِس ادبس منٛز امہِ اہمیتہٕ ہنٛدۍ حقدار۔ اختر صٲبنہ "دود دگ" پتہٕ لیچھہِ کامل صٲبن "گٕٹہِ منٛز گاش" تہٕ امہِ پتہٕ لون صٲبن "اسہِ تہٕ چھِ انسان" منٛز رُوزِ کینٛژھاس کالس ژھۄمبہٕ تہٕ بیہ تہٕ آخرس گوہر صٲبن تہٕ نردوش صٲبن پھیٚر اد۔

اَندٕ واتٕ ناوٕلس ستی فنی زاوِیہ جار سمجنکھ تہٕ تِم سٔتی بہتہٕ موٗجُودس کرنٕکھ موقعہٕ میلان۔ یِمن نِشہٕ وُکھرٕ وُکھرٕ ٹیکنیکن ہِندِ باپتھ ہینا زیادٕ جان پأٹھۍ لگان۔ اَتھ کِنہٕ چھےٚ کأشرِس منز شاہکار ناولہٕ بجر رنگ سیٹھا زیادٕ گٔنڈِتھ پیش نہٕ تہٕ اَمیُک چھُ ضروٗر رُوِتھ تہٕ۔ وُنیکتام چھےٚ فقط ژۄر ناولہٕ کأشرِس منز بہرشِ آمژٕ۔ تہٕ چھےٚ نہٕ ہرگز کانہہ جان رفتار۔ اما پوٚز خوشی ہِنز کتھ چھےٚ یہ زِ یِمن ترجمن منز چھہِ کینژن شاہکار ناولن ہِندۍ ترجمہ تہٕ شأمِل۔ ناولہٕ متعلق چھُ عام خیال یہ زِ یوٚدوے بالزاک دۄن بیہنک عظیم ناولسٹ چھُ مگر دۄنۍ ہِنزِ بیچ عظیم ناول چھےٚ ٹالسٹائے سُنز ناول " وار اینڈ پیس " (جنگ تہٕ امن)۔ خوش قسمتی چھےٚ یہ زِ یِمن ژۄن ترجمن منز چھُ اَمیُک ترجمہ تہٕ شأمِل۔ یہ ترجمہ چھُ منظور عأظم بٔڈ سخنٕس نہٕ عرق ریزی سعتی کوٗرمُت۔ اَنتز محی الدینٕ وُنۍ چھُ وَنیٚ تِمۍ اَس یہ روٗسی ناول انگریزی منز دِہہ پتہٕ پتہٕ لِکھِتھ پرٕرِ۔ اما پوٚز عاظم صأبُن کأشُر ترجمہ پرِتھ بیٚیہ تِمۍ تہٕ عظیم ناول زیادٕ بہتر پأٹھۍ سمجھتھ۔ بیاکھ اکھ لوٗبہٕ وِنۍ تہٕ بولہٕ وِنۍ روٗسی ناول بجر علی محمد لونن کأشرِس منز۔ یہ گۄیہ گورکی سُنز ناول " مدر " (ماجِ) لون صأبن یہ ترجمہ تہٕ چھُ بٔڈ ہمت تہٕ زوٗدار۔

فارسی زبأنۍ ہِنز اَکھ مشہوٗر تخلیق " حاجی بابا " (حاجی بابہ) بجر ڈاکٹر شمس الدین احمدن کأشرِس منز۔ ایرأنی زندگی ہِنز چھےٚ یہ دِلکش تخلیق چھےٚ اصلہٕ انگریزی زبأنۍ منز جے، جے، موریرن (J. J.) [illegible] " اڈونچر آف حاجی بابا " ناوٕ لیچھمٕژ یہ ١٨٢٤ عیسوی منز

---

١؎ لون صأبس میوٗل اَتھ کامہِ پیٹھ روٗسی سرکارہٕ طرفہٕ نہرو ایوارڈ تہٕ۔

ناولہٕ ہِندِ سے جدید رۄپ۔ وجہ چھُ یہِ زِ مشینو سیتۍ آیہِ زندگی ہِندِس پرٛیٚتھ شوبس منٛز تیزی۔ قدرن ہِنٛزن تیزی سان بدلیہ۔ اختصارُک ہٕ طوالتُک ہُند سوال آو زندگی ہِندِس پرٛیٚتھ قدمس پیٚیٹھ تہٕ پیٚیہ چھُ تم وجہ ہات یِمہ کِنہِ ناول لیکھنُک رِواج سپُد کم تہٕ ناولیٹن ووت ہُرِ ہُرِ ناولہٕ نِش ناولیٹس چھُ وۄنی تِنیوٕت کُن لوگمُت زِ ناولیٹ بدلہٕ چھُ اکثر ناول تِکھٕٹلے وَرتاونہٕ یِوان۔ نتہٕ چھےٚ فرق واضح۔

## دوودگ

دۄد دَگ' چھےٚ گوہٕ ڈٕ ہیچ کاٹھِ ناولیٹ۔ یہِ چھےٚ بٕیِین کیشرن ناولیٹن مقابلہٕ ٹیکنیکہ مۄجوب زیادٕ زبرتہٕ شوٗبہٕ دار۔ انداز بیانس منٛز چھےٚ نفسیاتی کُشش۔ کہانی ہُند وقت چھُ سُہ زمانہٕ یُس جرمنو جنگس لَیہ لوٗر چھُو۔ کیٚنٛژھاہ پیٚٹھ تہٕ کیٚنٛژھاہ بروٗنہہ۔ یہِ چھےٚ زندگی ہِنٛزِ کیٚنٛہہ تلخ حقیقژ اچھن برٛونٛہہ کُن انان۔ یِمہ وُچھتھ تِمہ وَقتہٕ کیو ادیبن تہٕ نقادو کوٚر ہۄرۍ یِمہ وقتہٕ یہِ لیکھنہٕ آیہِ۔ اخترصابنِس ناولیٹس پیٚیٹھ آیہِ لذت پسندی مریضانہٕ ذہن تہٕ پرونوگرافی ہِنٛز مۄہر تَھپیان کرنہٕ ییٚزِ چھُ یہِ زِ یینس (ہےدک) چھُ ادیبن تہٕ سارِنے وحول [illegible] فنن تہٕ پرٛیٚفارمینگ آرٹن ہُند اکھ خاص تہٕ اہم موضوع روٗد مُت جِنسی کیفیژن ہِنٛز سارے ویژھنے ہیکون تہٕ ناکارہٕ انٛزتہٕ تہٕ رد کرتھ اخترصابس آسہ ایہ لحاظہٕ ذہنی طور پینٛن ہم کال ادیبن برونہہ راتھ تہٕ یہِ اُس مۄہدٕ ذٕ فیصلہ ترقی پسندی ہُنٛز نیرٕ اکھ نتیجہ گرٕ شعوری کوشش۔ اخترصابنِس شاہکار افسانہٕ "ڈٕ دیا یہِ ہِندِس بیزارس"

غلام نبی گوہرن ژھاوِ نہٕ تخلیقہٕ "مُجرِم" تہٕ "پیٚل" مارکس ہُند تہٕ زردوشٹ
صاحبن "اَکھ دور"۔ موضوعہٕ کِنۍ ژھاوِ۔ اندازِ بیانہٕ تہٕ قصہِ وننہٕ کہ
اعتبارٕ چھےٚ یِمن پانژوٕنی تخلیقن مَنٛز اَکھ وکھر مزاج تہٕ جُدا گانہٕ رنگ
تہٕ سٹایل۔ کأشرِس نثرِس بڑھرُاو دِنس تہٕ کینٛہہ نۆوی اُسلوب بدہ
کڈنس منٛز چھےٚ بے شک یِمہ اَکھ اہم قدم۔ وۄنۍ گۆو ناول وَننہٕ
بجاے روز یِمن ناولیٹ وَنُن زیادٕ مُناسب تہٕ ناولیٹ بنٛنس منٛز یہ
چھےٚ یِمن وارِیاہ خأمی روزمٕژ۔

ناولہٕ تہٕ ناولیٹس منٛز چھےٚ وارِیاہ فرق موجود۔ مگر یہ اَسہِ تہٕ چھےٚ
یِمہ کُنی فارم مانٛنہٕ پیوان۔ یہ دۄشوٕنی ہُنٛز ذِکر چھےٚ ناولہٕ ہِندِس ناوس
تَل پیوان کرنہٕ۔ تِمو بأدی فرق چھےٚ یہ زِ ناولیٹ چھےٚ مختصر آسان۔ طوالت
تہٕ تفصیلات چھہ کم آسان تہٕ تجربات نگأری چھہ محدوٗد طریقس منٛز
سپدان۔ ناولہٕ منٛز چھےٚ سیٹھاہ وسعت آسان۔ یَتہٕ تہٕ اہم سیأسی
سماجی، داخلی تہٕ خارجی تحریکہٕ چھےٚ کام کران تہٕ زندگی ہِندِ ہِن شینٛزن
تہٕ وۄہُن نیأدن ہِند باس دِوان۔ مختلف واقعاتن ہُنٛز باتفصیل وِبرٕ ھنے
چھےٚ پرتھ جاے میلان۔ ناولہٕ ہِندِس پأٹھۍ ہیٚکہِ ناولیٹ تہٕ پۆر سماجک
مُطالعہٕ ہِنٛتہٕ۔ کِردار نِگأری تہٕ چھےٚ ناولیٹس منٛز ناولہٕ ہِندی پأٹھۍ سپدان
مگر اہم کتھ چھےٚ یہ زِ کِردارن ہُنٛز تأثر چھےٚ ناولیٹس منٛز ناولہٕ کھۄتہٕ
ہیٚنہٕ زیادٕ بوٚڈ شوٚد مِنگان تہٕ کیازِ ناولیٹس منٛز گژھن کمہٕ کھۄتہٕ کم
کِردار زندگی ہُنٛزن وُسعتن پٔتس منٛز ژٔرٕ وپہ آہتہ تہٕ سعہ نبرأو رتہ
ہیٚکہِ۔ سائینسن تہٕ ٹیکنالوجی یُٹن یوٚت ترقی پرأو نیوٚت تیوٚت آیہ ناولیٹ
بارس۔ ناولیٹ چھےٚ مشینی زندگی ہِندِ سے پأداوار۔ یہ چھےٚ دراصل

کوٗڈ چُھت۔ مگر کینژھہ آسہ نہٕ تہٕ یِمو نٔژ مرنس فرصت اُسِس دِژ میٚژ۔ آمہ
سببہٕ اوس عبدالغنی محلس منٛز بدناو تہٕ بدکار۔۔۔۔"

دوہ دگ چھےٚ اَمی سۭتۍ بدناو تہٕ بدکار عبدالغنی پٔتھٕر جنسی لبٕچ
ہٕنٛز دلیل۔ راجہ چھےٚ ناولہٕ ہٕنٛز روٗح۔ فاطمہ تہٕ راجہ چھےٚ زٕ بٔنیہٕ اُسمژ تہٕ
مزازن الگ اَکِس نِشہٕ وۄکھر۔ فاطمہ چھےٚ سیٚژ تہٕ سیس ہٕمل [illegible]
تہٕ لیٚژ۔ ہمیشہ علیل نٔز زۄد رکھنہٕ ڈیٚنجہ آسان۔ لۆکچارس پیٚمہٕ تلخیہ تَس وۄچھنہٕ
پیمژ چھےٚ۔ شاید چھےٚ تِہمۍ سۭتۍ تمی سیٚنز شمہ کاچ مرٛژ۔ اَسُن چھُنہٕ تمی سیٚند
دہانۍ پۄکمُت۔ راجہ چھےٚ کانٛسہ کٔٹ۔ سۄ چھےٚ شوخ تہٕ مزاجہٕ خوش کرٕنۍ
یاوُن مژ۔ اَسان اَسان دوہ کڈٕنۍ قٲیل۔ مگر تجربہ چھُس زندگی ہٕنٛد کم۔
اَدے چھُس بِچارِ وۄنہٕ وَسان۔ راجس چھےٚ اکس اَڈٕ ور انسانس سۭتۍ نیٚتھر
سپدان یُس نزیم شٔرین ہٕنٛد مول آسان چھُ۔ عبدالغنی چھُ کُنژ کھانٛدر
کران تہٕ کرٕنۍ زنانن طلاق دِوان۔ مگر اُمی سٕنٛد لذت پسند ذہن چھُنہٕ یِہٕنٛز
تسلی لبان۔ تَس چھُ گوڈنیک کھانٛدر اَکِس کھارِ کورِ سۭتۍ سپدان تہٕ کیاز
تَس بیٚٹھ چھُ عاشق آسان سپدمُت۔ یپارِ چھُس آسان راجس پیٚٹھ نٔظر
پیومُت۔ کھانٛدر کین دوہن تہٕ چھُس یِنہٕ کُل آسان زٕ کتھ پاٹھۍ اَتھ راجس
اَتھہٕ واٹنہٕ تہٕ والیس ناوٕ۔ ناولہٕ ہٕنٛز یِمن چھےٚ کینژہ واقاتن سۭتۍ وونہٕ
پیوان۔ یِمن منٛز کینژھہ یِتھٕ پٲٹھۍ چھِ: شمہ صابُن کارِ بار۔ فاطمُن علیل روزُن
عبدالغنی سٕنٛز ہوس پرستی تہٕ راجس اَلیہٕ تہٕ وۄلیہٕ یُن۔ شمہ صابُن کارِ بار
ٹھپ سپدُن تہٕ عبدالغنی سٕنٛد فاطمس سۭتۍ اَدِ سۄ کھانٛدر کرُن تہٕ شمہ
بیمار راجس قریب۔ دوہ دگ چھےٚ یِژی دوہ یِکھنہٕ تہٕ دادٕ رچ تہٕ مجبوری تہٕ
لاچاری ہٕنٛز کہانی۔ راجہ چھےٚ اکس تیژہ زنانہٕ ہٕنٛز تصویر اَچھن برونٛہہ کنٛن

منزٕ نہٕ چھےٚ اُنٛچ اَکھ حسین صوٗرتھ دریٛنٛٹھ یوان۔

دوٚد دگ ناولہٕ ہنٛدۍ ژور بٔجۍ بٲڈۍ کردار چھہٕ راجہ۔ فاطمہ، شمہ صاب تہٕ عبدالغنی۔ کاٚنٛسہ اَکِس کردارس ہیٚکوٚ نہٕ سماجک نمایندہٕ کردار وٕنتھ۔ فاطمہ تہٕ راجہ چھےٚ زٕ یٔتیم بیٚنہٕ۔ مامہٕ ہنٛدِس رٔچھہ کرنس پیٚٹھ دٲرِتھ۔ مامنہٕ ہنٛزٕ ہٕنہٕ درینٛہٕ چھکہ پیٛنٛے۔ فاطمس چھےٚ شمہ صابس سیٚتۍ لاٚزٕ ہیلہٕ وٲن سپدان۔ سُہ چھُہ اَکھ زٕنٛٹ منوش۔ نمہٕ کارہ بار کران۔ عبدالغنی چھُہ تمیٚ سُنٛد مُنٛشی۔ سُہ چھُہ بے حد لذت پسند تہٕ ہوس پرست۔ مُصنیف چھُہ اُمیٚ ہنٛز ذٲژ کران لیکھان:

"ژٔنٛگہٕ ژٔنٛگہٕ ذاٚژٕنٛ منٛز اوس عبدالغنی بہ پلہ نٔاکھا۔ مایہ تہٕ محبت زانہٕ نہٕ یُس گُناہ گوٚ۔ عبادت مٲلس اوس جنت تھٲوِتھ بیتہٕ ہیٚوٚ لانٛد چھِسے دِوان .... پانس کاٚنٛسہ بیٚنہٕ ہنٛز زٕ آشس۔ تمہٕ زٕ ہِنٛز نکہٕ دٲلِتھ۔ یِتہٕ زٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ یُہٕ تہٕ یہٕ کانٛہہ۔ نہٕ اوس تمَن نظر دِوان تہٕ شاد سکہ رُد خصتس گژھان ..... عبدالغنی ین اوس اکٹھہ ژھٕہمہ تام پٔرمُت تہٕ پتہٕ مختلف باپارن منٛز منشی گرۍ کٔرمٕژ۔ اُمِس اُس حساب کتاب تھاو پنٛژ کٲم سیٚٹھاہ جان زانان۔ اوس سُہ سارنٕے باپارن ٹوٚٹھ۔ شمہ صابنس کارخانس اُس تہٕ تتہ تام دٔیتھہ لگان یتہٕ تام نہٕ عبدالغنی منٛز باگ آسہٕ ہے .... سُہ اوس چھیہٕ ٹھوان زنانہٕ نِشہٕ سُن اوشُس سخت۔ مجلسن منٛز آسہِ سُن تمہٕ کیٚتھہ زنانہٕ ہُنٛدِ ن تہٕ وُنمت آسہٕ ہے ــ "وہ ذ چھا حُسن مرنٕ سے" کینٛژٕ زنانہٕ اُسِس اَتھہ پیٚٹھ بٲزار دادۍ ہنٛد۔ کینٛژ اوشس کرِ وٚژہ تہٕ کمبر وُہنٛہ ڈیوی

# گٹہ منز گاش

"گٹہ منز گاش" چھُ اَمین کاملُن تخلیق۔ یوسہ قبائلی حملہ کس پؤت منظرس منز لیکھنہ آمُت چھُ۔ مشہور انگریزی ادیب ایچ۔ ای۔ بیٹس (H.E. Bates) سُند ناول "دِ سکارلیٹ سورڈ" (The Scarlet Sword) تہٕ چھُ اَتھی پس منظرس منز پینٹھ بیٹھ پاگران تہٕ شیران۔ اما پوز کاملُن صاحبُنہ تخلیق منز چھُ تُہ دار تہٕ رہدار بیان تہٕ واقعاتن ہندین موٗلن سیٹھاہ قدٕ ربہتہ تہٕ سُنز واقفیت ڈریٹھ چھُ یوان سعہ چھُنہ بیٹسہ (Bates) سُنز کتابہ منز نظرِ گژھان۔

"گٹہ منز گاش" ناوِ لیُک ہیروین چھےٚ فاطمہ۔ سۄ چھےٚ بنڈٕ پورٕ چ بسکین۔ مگر ورمُلہ کِس اکِس مدرسس منز ماسٹر بابہ آسنہ موکھ چھےٚ سۄ اکِس کراے مکانس منز روزان یس عزیز اللہ ناوِ کِس اکِس انسانہ سُند جاگات چھُ۔ فاطمہ چھےٚ کُنہ زٕ آسنہ موکھ ولی مُدٕ ناوک اکھ شخص بنڈٕ پورٕ پیٹھٕ سیتؠ ثلان۔ یُس ورمُلہ گرٕ سیہ منز ہیتھ ٹوپہ سنز کام چھُ کران۔ رام کرشن چھُ ورمُلیُک اکھ دُکاندار۔ سُہ چھُ اَمِس ماسٹر بایہ ہندیس عشقس منز ولنہ یوان۔ مگر فاطمس چھےٚ رام کرشنس شدید نفرت رام کرشن چھُ اکہ دوہہ پننہ لوٗلچ باوتھ عزیز اللہ سندس جوان نیچوِس حسب الالتماس پیش کران۔ یمہ چھنہ اَدٕ تِتھ تا مُتھ فاطمہ وچھمُت آسان کراموٗ سیند سُنکھ بے حد تاریف بوزمژ چھُ تس پانس دِل دمہ تہٕ کڈان۔ سُہ چھُ مکانہ شیر نک پیٹھ زُلتھ فاطمُن دیدار کران تہٕ اَمِس پیٹھ دِل وجان فدا سیدان۔ سُہ چھُ پننہ لوٗلک مژرٕ تہٕ ترٕ شارٕ چھٹین

انان۔ یمہ سِتہٕ ذہنی طور اَکِس اَڈور اِنصافس سیتھ دور چھےٚ ہیکان گرِتھ عبدالغنی یَس نیش چھُ جنسک (Sex) مطلب صرف لذت تہٕ مزہ، یٚیلہٕ راجہ گوہ یہٕ کھوہ پروزان چھےٚ۔ عبدالغنی چھُ تس اَڈہٕ لٕنٛگ کرنس پیٹھ مجبور کران۔ راجس چھُ سیٹھا عذاب تہٕ بدحال سپدان۔ سو چھےٚ ناگوکہ کشیر منز مہیتہٕ پران۔ عبدالغنی تہٕ اچھ چھےٚ مُژرِنہٕ لیوان تہٕ ناول چھےٚ انصاف شعریت کِس اَصولس (Poetic Justice) پیٹھ اَندہ واتان۔

دوٚدگ چھےٚ ناولیٹک قالب رَٹنس منز یتھ نوزیژ۔ امیٚک کنوامن چھُ سیٹھے بے موختصر۔ کردار چھِ کاریگر تِہ تور کنہ سوٚتی تہٕ سوٚمی فاطہ چھےٚ تیز بے زوٗ زَن تہٕ سپہ ٹٕنٛج چھےٚ۔ شمہ صاب یتھ یاگھ ناولہ منزیس آرہٕ تیس منز گوہ ڈوبران چھُ۔ سہ چھُ نہٕ تتھ یاگھ اَندہ واتان۔ مُصنف زن چھُ تس یکدم وَنٕٹھ کران۔ کارہ بار ٹھپ سپدِن اوس ٹھکے یگرفاطمہ تس مہ گھارہ ہیٚون چھُنہٕ ژَمان۔ یہ چھُ سیٹھاہ غٲرفطری باسان۔ ناولہ منز یتھ یاگھ کھاندرنہٕ طلاق سپدان چھُ۔ اِنسان چھُنہٕ ذہنی طور یم قبوٗل کرنہٕ خاطرٕ تیار۔

اختر صابنیٚن بیاکھ ناول "زوٗ تہٕ زولانہٕ" (یمیُک کینہہ قسط منےٚ پرمُت موقعہ آمُت چھُ) چھےٚ زبانہٕ زوٗدار، شوٚبہ دار تہٕ مکمل باسان۔ یہ ناول چھےٚ یہ کتھ تہٕ روشن کران زِ اختر صاب چھُ بحیثیت ناول نگار برابر ترقی کران۔

کنہ

بٔڈ (Bold) آسنک ژۄلۍ وٲتۍ ڈیٖمنٹ نہٕ کیاز تِمو تُل تمہِ زمانس منٛز اَتھ مۄضوعس پیٹھ قلم بیٚیلہ قبائلی حملُک واقع بِلکُل تازٕ اوس۔ مُصنِف چھُ مختلف کردارن ہنٛد ذٔریعہ مختلف درجن ہنٛد ردِ عمل بٔڈ گاہے جایہِ صاف ظٲہر کران۔ کُنہ جایہِ نٔنۍ پأٹھۍ۔ تہٕ کُنہ جایہِ محض اِشارن تہٕ کنایَن منٛز۔ بیانس منٛز چھےٚ سنجیدگی ہِنٛز سیٖتۍ ہزلہِ مزاحُک تِہ اکھ خوش پہٕنۍ آمیزش ڈٕرِنٛٹھ یِوان۔

ناول چھُنہٕ سٟدۍ سٟود ورتلہ پیٹھۍ یا بنٛڈ پور پیٹھ شۄرٕ وٕ سپدان۔ یہٕ زن عام حالاتن منٛز سپدُن گۄژھہٕ۔ مُصنِف چھُ بذاتِ خۄد ناولہِ ہنٛد اکھ کِردار تہٕ اَمِس سیٖتۍ سیٖتۍ چھِ ماسٹر عبدالسلام، نازکی صاحب بییٚن تہٕ اَکھ کِردار۔ کامِل صاحب چھِ "گۄڈٕ کتھ" منٛز ونان:

"ناول چھےٚ کٲشرِس ادبس اندر اکھ نٔو کتھ۔ اَدٕ کتھ ہیٚیہ پیٚیہ گۄڈنی زنتہٕ کانہہ صورت (فارم) ژھارنٕ۔ یہٕ ہیٚیہ سانین لۄکن پیٚٹھے بایہٕ وۄہ پیٚر بایہٕ۔ چُنانچہ میٚے کوٚر کتھ گرُن شِنٛد ہیٚو طرزِ اختیار۔ یُس زن سانین لۄکن پرون ٲلی میراث چھُ۔"

کتھ گرن شنٛد مطلب چھُ شاید داستان گوشنٛد۔ یِژھ ٹیکنیک تہٕ ہیٚکہِ بے شک ناولہ باپتھ اکھ موزون تہٕ ژۄدار ٹیکنیک ثابت سپدِتھ۔ مگر یہِ ٹیکنیک چھنہٕ جان پأٹھۍ تہٕ صاف پٲٹھۍ ورتاونہٕ آمٕژ۔ ناول چھےٚ ییٚمہ منظرٕ سیٖتۍ شۄرٕ وٕ سپدان زِ مُصنِفس چھُ بنٛڈ پور گژھُن۔ سہ چھُ بسہ کھسان۔ مگر وۄنہِ چھُ بسہ گڈہر سپدان تہٕ یہٕ چھےٚ بہتھ گژھان مُصنِف چھُ نزدیٖکے اَکس کامِس منٛز سپدان تہٕ اَتہِ چھِ سہ ماسٹر عبدالسلامس سمکھان۔ کتھ کتھ چھےٚ چلان تہٕ اَتھ منٛز چھےٚ قبائلی حملُک ذکر سپدان تہٕ ماسٹر عبدالسلام چھُ مُصنِفس فاطمہِ ہٕنز کہانی بوزناوان یُس تس ہیٚبار کیاہ گُذریوو۔ اگر ماسٹر

ہُنز فاطمس بادان۔ فاطمس چھ پننو کینہہ اصوٗل تہٕ آدرش۔ تس چھینہٕ پسند زِ اکھ دوہ پیہ مردِ بیکہٕ تس لولہٕ چیٖنہ تہٕ سہ دِیس جواب۔ سہ چھیٚ تس کُنی کتھہِ وَنان زِ سہ یُودوے تس سیٖتۍ نیٖتھر کرُن چھُ یژھان تس پزِ شریفن ہنٛز وتھ اختیار کرٕنۍ۔ پننس ماٗلِس ونُن زِ سہ کرِ تمۍ سُنٛدِس ماٗلِس سیٖتۍ کتھ باتھ۔ یِی چھُ سپدان۔ تہٕ مُروج طریقو تہٕ آدابو سیٖتۍ چھیٚ کھانٛدر کتھ سپدان۔ یُتھے دوہ ہُن چھُ کٔشیرِ پیٹھ قبایلی حملہٕ سپدان تہٕ ورمُلس چھُ نار تہٕ مار زٔھٹھ گژھان۔ اُکھتی ہنٛدۍ بایس مُنز چھُ اکہٕ دوہ تہٕ راتھ کیُٛت رام کرشن ہُنٛد زُوگُن۔ بچاونہٕ خاطرٕ فاطمہٕ نِس ڈیرس پیٹھ واتان۔ فاطمہ چھےٚ اُکس بژ تہٕ انسان دوست کاشُر زنانہٕ ہنٛدۍ پٲٹھۍ ساریے دِیے تہٕ نفرت مُشراوِتھ تس پناہ دِوان۔ اکہٕ دوہ چھ قبایلی اتھ مکانس پیٹھ تہٕ جونٹہِ ماران یتھ مُنز لیٚچھ چھُ چھوکہٕ لدٕ سپدان تہٕ رام کرشن چھُ فاطمہٕ زندگی بچاوان گولہٕ تُہُنٛد نشانہ بنان۔ فاطمہ چھےٚ قبایلین وَنان زِ رام کرشن چھُ تمُنٛد کھانٛدار۔ فاطمہ چھےٚ قبایلی حملہ پتہٕ واپس بٹنٛدٕ پترٕ گژھان۔ سلو چھینہٕ چُھ عمرِ کانسہٕ سیٖتۍ کھانٛدر کران۔ حبیب اللہس سیٖتۍ تہٕ ادیمو کیہہ تہٕ کیاز تمۍ سُنٛدس کاٚکا عزیز اللہ ہُن چھُ قبایلین تُہُنٛد ساتھ دیُتمت آسان۔ یِہ چھےٚ گٔژھ ہنٛز کاشر ناول لیٚکھ کہانی۔ یہ سہ ناول کانٛدھی جی سُنٛد یُس حسبِ ملک اکھ عملی پژتو چھےٚ:

"یہنٛد کتھہِ زِ ماٗلِس مُنز گیہ سہٕ چھُ کٔشیرِ اندر اکھ کانٛہہ زِ نظرٕ"

یِم لفظ وٚنۍ گانٛدھی جی تیٚن نٕتہٕ وِزِ ییٚلہٕ ملک تقسیم سپُد تہٕ فرقہ پرستی چھینہٕ کٔشیرِ اُسے نہٕ بالکل شولہٕ مارنہٕ لۄگ۔ کنواسہ لحاظ چھےٚ موضوعس مُنز زیادہ وسعت موجوٗد۔ کاٗمل صاٲبن چھُ یقیٖنَس پیٹھ

تہٕ بیاس قسم وارٕ لکھ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ مناظرٕ مرکبان۔ چھولہٕ دار۔ ڈانجہٕ تہٕ
پالکہٕ۔ مختلف پٔڑاو۔ پاک تہٕ پوہترجایہٕ۔ سورٕے چھہٕ دیژن ٹکہٕ یوان۔
کیتو لکھ چھہٕ یٔتیتھ ڈری یہٕ یاترا کرٕنہٕ موکھ دوٗر دوٗر جایو بیتھ اور
واتان۔ اکثر لکھ چھہٕ پیھل کام تام بسہٕ منز گڈھان تہٕ اتہٕ پیٹھٕ پنن زنوٗ بٹھ
تہٕ کرٕ کھٕ سفر دوہ کھلی طے کران۔ کینہہ چھہٕ گرٕ ین، ڈانجن نہٕ پالکین
منٛز بوندبست کرٕتھ منزلِ مقصودس پیٹھ واتان۔ آدیٚ یس پنٛژھ
نوٚژھ تہٕ بیمار تہ چھےٚ نہٕ تیتہ پانچُھ۔ مگر ییم ثقلی۔ ییم مرکبان نہٕ ییم ڈانجہٕ
موٚزوٗر۔ ییم تیٛتھ ڈری تہٕ اکھ مقدس کوہ ہچایہٕ تام یاترِ ہیتھ واتان
چھہٕ۔ یمن ہنٛز زندگی کیاہ چھےٚ؟ کیاہ تمہٕ لکھ ییم انسانن ہنٛدین کلن پیٹھ
سوار گژھان بگوانس منت نظام دِنہٕ گژھان چھہٕ تمہٕ چھانٛڈ ی کینہہ ییم؟
لون حمایین چھہٕ اکھ سیٹھے نوٗزک موضوع ژورمت۔ یمیک شدت اکھ
حساس انسانے موٗضوعس ہیٚکہٕ گٔژھتھ۔ ناولہٕ ہنٛدی اہم کردار چھہٕ لطیف۔
بیان۔ کیدار تہٕ کینہہ ڈانجہٕ موٚزوٗر یمن منز سام جیٛچھ قابلِ ذکر چھہٕ۔ یمتھ
یاترایہٕ منٛز چھےٚ سام جیٛچھ واسٕ اکھ گرٕ ہن کالہٕ ویٹھ سیٹھ یمیک پنٛنٛز
پالکہٕ سام جیٛچھس سان ۱۲ ژٕنی تکھ تلیتھ چھہٕ۔ لطیفس چھےٚ سام جیٛچھس
سیتی بےحد ہمدردی۔ سام جیٛچھن کن بنیچھ چھہٕ ۱۹۴۷ ہرٕ نہہ آزادی
ہٕنٛزِ تحریکہٕ منز شہید گومت تہٕ تمہٕ چھےٚ یمنہٕ کن اکھ کوریَن ثراوِمژ
یمیک سنٛزِ زندگی تارینہٕ موکھ چھہٕ سام جیٛچھ یٔتھ ڈریہٕ اوستاہ یہٕ منز تہٕ
یٔزہٕ ہمنتہٕ کران تہٕ ییم کہ ہچھنہٕ زہچھو تہٕ تہٕ سیٛہ بال ژھتھ ڈان
سام جیٛچھس چھہٕ بٹھو سیتو ڈاکہٕ گومت۔ سأری سے کھورٕ ہن چیو پاکھ
گومت۔ سہ چھیٚنہٕ قدم تہٕ تلیتھ ہیکان۔ مگر سہ چھہٕ ڈیہہ چھہٕ ڈیہہ چھہٕ دنس

